# گُلستان

(کأشُر ترجمہٕ)

فارسی

شیخ مُصلحُ الدّین سعدی شیرازیُ

کأشُر

حکیم غلام حسن تسکین

جموٗں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

ناشر:۔ سکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔
سری نگر۔

پریس:۔ فوٹو لیتھو ورکس دہلی۔

کتابت:۔ ولی محمد میر محمود آبادی

کتاب میلنک پتاہ

"کتاب گھر"

مولانا آزاد روڈ سرینگر ا

19001

# عرضِ ناشر

شیخ سعدی شیرازی ہنٛز گُلستان چھےٚ کاشرِین خونٛس ستیٚ اَدرِتھ۔ تِم رٕوٗدی لگ یگ شیٚن ہتَن وٗرِیَن تام اَدبُک یہٕ شاہکار، اسلوبُک یہٕ عجآیبات تہٕ داناپی ہُنٛد یہٕ لُبِ لُباب دَرسَن پَران تہٕ ڈٕرراوان مگَر یہٕ چھےٚ تعجبیچ کتھ زِ لچھ بدلو کاشرِو ژاٹہٕ باجوٗ پرِ یہٕ تہٕ ساسہٕ بدلو عالی مرتبہٕ اُستادو دِیُت اَمُیک دَرس، مگر تیوٗت کرِتھ چھُنہٕ اَز تام ، ییٚلہٕ وُنہٕ زمانَن ہُنٛد بَدلحاظٕ بُتھ پھیٚرمُت تہٕ اَچھ ژٕکراوِنہٕ چھےٚ۔ اَمہِ کلاسیکی کتابہٕ ہُنٛد اَکھ تھیکُن لایق ترجمہٕ تہٕ کاشرِس منٛز کرنہٕ آمُت۔ اَز چھےٚ گلستان لگ بگ سانہٕ نِصابہٕ نِشہِ نیبر۔ مگر وُنہٕ چھ تھٕتی ہیٚنٛدی تہٕ مُسلمان زِنٛدٕ۔ یِمو لوکچارس منٛز یہٕ پرمٕژ اَس تہٕ یِمَن اَز تہِ اَمہِ چہ حکایژ تہٕ شعر زِیوٗ پیٚٹس پیٹھ موجوٗدٕ چھہ۔ کاشرِس منٛز اَمُیک ترجمہٕ نہٕ آسُن چھُ تِمہِ وِزِ زیادَے دوکھ ہیوٗہ باسان، ییٚلہِ اَسی یاد تھاوَو زِ دُنیاہچِن بجَن بجَن زبانَن منٛز چھہ اَکی پانٛژہ پانٛژہ شیٚنیٚ شیٚنیٚ الگ الگ ترجمہٕ شایع سپدی متی۔ یہٕ کتھ چھےٚ ذیٚہنس پریشان کران زِ کاشرِو تِل پیٚتِمِن شیٚن ہتَن وٗرِیَن منٛز فارسی چین داریاہَن اَمہِ کھوتہٕ زیٚچھَن کتابَن مثلَن شاہ نامہ فردوسی، سام نامہٕ تہٕ دَرجنہٕ واد،

مثنوین پننہ زبانی منز پھرنگ دس۔ مگر گلستان روز تہنز زبانی پلو نشہ ہمیشہ دور۔ اَتھ ہیکن میثالس خیالس منز زِ وجہ اُسِتھ۔ اکھ یہ زِ یہ اُس کاشرِ تعلیمی تہ تدریسی زندگی ہند اکھ تیُتھ حصہ بنیامت زِ یہ اُس نہ وہ پہرے باسان۔ یہ اُس کاشرِن پننہ گرد ویٹھہ ہُند اکھ تیُتھ حصہ باسان۔ بُس گرِسے منز چھُ تہ بِتھہ کاشراونک خیالے اوس نہ پاد گژھان ۔ بیاکھ وجہ ہیکہ یہ اُسِتھ زِ گلستانہ ہُند ناقابلِ تقلید تہ پولادک ہیوٗہ پوختہ اسلوب، اَمہ کِہ اختصارُک اعجاز تہ اَمہ کِہ شعری حُسنک ترٛہراوُن وول طلسم وچھِتھ اوس کاشرِس شاعرس ۔ نثرنگارس گلستانک یاوُن سوٗرِتھ پادِ — قلم نِشان تہ سُہ اوس نہ اَتھ سیتی گِنڈِ باشہ کرنس بہرُان۔ باقی فارسی مثنوین اوس ترجمہ کرُن کم خطرات پیش کران مشکلن یہ زِ تمن دوٚہن اُسی نہ تمن ہندی واریاہ قلمی نُسخہ میسر۔ نہ آسہ یمہ کِتابہِ لِصابس منز۔ اوٚکنی اوس کاشرِس ترجمہ کارس اطمینان روزان زِ تہنز کوشش سپدِ نہ تقابلی مُطالعہ۔ تہ ہرگاہے تس کانہہ کھوٚنڈ تہ لوٚگمت آسِہ۔ سُہ دِیہ نہ بارو۔ گلستانہ اَتھ لاگُن گیاو اَزی کِہ مُحاورِ مُطابِق ننگہ نارِ اَتھ لاگُن۔ شاعرس اوس پنُن سوٗرُے ادبی زور زیتہ راوزُنک اندیشہ، اَز تہ ییلہِ اُسی گُلستانس نظر دِوان چھ امیُک پُرجلال، سنگین تہ تہ کرِتھ تہ لطیف انداز وچھِتھ چھ ژٔس گژھان۔ اَز بروٚنہہ شیٹھ ستھ دُری ییلہِ کاشرِس منز نثرے موجود اوس نہ۔ ہٕتھِس ہِوس کارنامس ۔ یتھ منز نثرٕچ اکھ انتہائی شاندار

تہٕ پُرسطوت شکل موٗجوٗد چھےٚ۔ کاشرس منثرس پھرُن اُس نہٕ ڈیٹھ کھاہ۔ یہ اُس نہٕ سانہٕ زبٲنؠ ہندس توٲریخی گرافس کُن وُچھتھ ممکن تہٕ کاشُر شاعر ہینکہ ہے مثنوی کِس شعرس لرِ لوٚر اَکھ شعر تھٲوِتھ نتہٕ نہٕ۔ مگر نثرس منثرس ترجمہٕ کرُن تہٕ اوس نہٕ تُس خیالے پوان۔ مقبوٗل کرالہٕ وٲری کرٕ نخشبی سِنٛز گُل ریز ترجمہٕ۔ مگر یہ چھےٚ ترجمہٕ کھوتہٕ زیادٕ باز تخلیق۔

نخشبی سِنٛز گُل ریز منثر تہٕ چھُ نظم تہٕ نثر یکہٕ وٹہِ پکان مگر مقبوٗل اوس رِوایتھ تہٕ زمانہٕ چُن بُنٛدِشن منثر تھہٕ کُنہ وَلنہٕ آمُت۔ زِ نثرس نثر کرُنک خیال پیٚنہٕ سیتی آسہ ہے تُس آولُن پوان۔ گُلستانہٕ ہُنٛد ترجمہٕ اوس زیادٕ مُشکِل۔ اَمیُک کرٕ تلہِ دارِ ہیوٚہ نثر۔ جُملن ہُنٛد زِن تہٕ اِلہامی آہنگ، خیالن ہٕنٛز بے رحم حقیقت پسندی تہٕ حُسنِ ظرافتُک ژاشر بُرتھ بیان۔ کاشرس شاعرس آسہ ہے یہ وُچھتھے وُتار پوان۔ بیٚیہٕ اوس کتابن منثر اَکھ اَکھ تقدس تہٕ عطا سُپدمُت تہٕ اَتھ سیتی اَتھ لاے کرٕنی گیاو بوٚمبرِ گنس کُنہ لایخ۔

بہرحال، گُلستانہٕ سُپد نہٕ برژوٚنہٕ بہن ترجمہٕ تہٕ اَتھ سوٗداہس منثر رُود کاشُر خسارس منثر۔ اَزیٚلہِ فارسی کشیرِ ہنٛدِ ضراب خانہٕ نیبر چھےٚ گاہِ موزوٗن چُھ زِ اُسی لاگو اَتھ کاشرِ پلو نہٕ اَتھ سیتی کرو ہتہٕ بدن وُری پیٚن ہُنٛد لولہٕ نیاے نوٕ اَنمانہٕ تازٕ۔ گُلستان کاژاہ "زم خوردٕ" روٗسی گٹ چھےٚ۔ تمیُک اَندازٕ سپدِ بیٚیمہٕ کتھہٕ سیتی زِ اَسہِ وٲتی داہ باہ وُری اَتھ ترجمہٕ کرنس

پیٚنہٕ لگہٕ متی۔ اَسہِ کٔر پَننین کِتھین معروف فارسی دان شاعرن یہِ ترجمہٕ کرنچ عرضی۔ مگر زِیوٚکِنی آنکار کرنہٕ باوجود دِیُت تِمو عملی طریقس مَنز دول۔ غلام حسن تسکین صابَن کٔر یہِ محنت طلب کٲم گوڈٕ پَننہِ شوقہٕ سیتی شروع۔ اَسہِ تہٕ کوٚرُس پیٚنہٕ سوال۔ وونی یہِ کینٛہہ تہِ بروٚنٛہہ کنہٕ چھُ۔ سُہ کوتاہ چھُ گلستانہٕ سیتی انصاف کران تتھ ہیکو تہٕ وَنِتھ کٔرِتھ۔ ساٰنی ریویو کرن وٲلی ادیبن اوس لیوٚکھمُت زِ کینٛژن شعرن چھُنہٕ منظوم ترجمہٕ کامیاب۔ اَسہِ ووٚن تسکین صابس تِم شعر نثرس مَنز پھیرنی۔ وونی میٛد چھےٚ گلستانہٕ ہُندِ یہِ کٲشُر ترجمہٕ گژھہِ نہٕ صِرف طالب علمن نِشہِ مقبول بلکہِ اَکھ عام کٲشُر قٲری تہٕ توشہِ زِ نوٚش وٲژگرٕ۔ گلستانہٕ ہُند کٲشُر روٗپ چھُ سانہِ زبٲنی ہُند اَکھ دُکانہٕ تہٕ دوٗر کران۔ یوٗس کتاب سانیو بُزرگو لِبقولِ محمد حُسین آزاد عانکہِ ہِندی پاٹھو اَچھن پیٹھ لٲگناو تہٕ یوٗس دُنیاہ چَن کلاسِکین مَنز اَکھ سَرسَبز پوشہِ وٲرِ بَنِتھ اَز تہٕ مُشک ژھٹان چھےٚ، سوٚ کٲشرِس مَنز بسرنہٕ آسنی اوس یہِ ڈیٚڈ زِ تہٕ سون وَشفہٕ تہٕ تہٕ گوناہ تہٕ۔

---

سعدی شیرازی زاو لگ بگ ۱۲۰۰ء مَنز تہٕ ۱۲۹۱ء مَنز گو رحمتِ حق۔ پتھ کُنی روٗدُس تقریبن اَکس شَتس کس تتھ علاقس مَنز پھیران تھوران۔ یُس تِمہِ وِزِ دُنیاہکین سارِوے کھوتہٕ اَہم تہٕ تواریخ ساز

واقعاتن ہُنٛد حالہٕ مآدان اوس۔ اَتھو صدی مَنٛز وۄتھ چنگیز خان گوبی صحراوٕکیو واراتو مَنٛزٕ تہٕ تَمہٕ وَقتہٕ کس تہذیبی سیٚتھرس کوٚرُن تُلکہ پیٚٹھہٕ۔ جایہٕ جایہٕ آیہٕ کلہٕ کھاسرِن ہنٛدی مُنارٕ تعمیر کرنہٕ تہٕ کتاب خانن زوٚنٛگ دنہٕ۔ ہلاکو خانن ییٚلہٕ بغدادس تَہراج کۄرتھ اِسلامی خلافژ ہُنٛد خاتمہ کوٚر۔ تَمہٕ وِزِ چھُ شیخ سعدی زَن تہٕ گُٹہٕ کارس مَنٛزٕ پننس مَنٛز اَتھس پیٚٹھ گُلستانہٕ ہُنٛد ژونگ زالِتھ نیران (سالِ تصنیف: ۱۲۵۸ء)۔ واوہٕ حال آیہٕ تہٕ مدٕ وۄتھہ۔ یِپ گرہٕ زد تہٕ ژھوکیو۔ مگر گلستان رُوز اَکہٕ بالہٕ تھنٛگلکی پاٹھۍ زنٛدٕ تہٕ زوتان۔ جلدے واتژ یہٕ ساری سے ایرانس۔ تورانس، تاتارس، افغانستانس تہٕ ہندوستانس تام۔ یانہٕ سعدی چھُ پننہٕ کلامکہٕ مشہوری تہٕ تاثیرُک ذِکرٕ یِتھہٕ آیہٕ کران۔

° ذکرِ جمیل سعدی کہ در افواہِ عوام اُفتادہ، وصیتِ سُخنش کہ در بسیطِ زمین رفتہ۔"　　　　(دیباچہ گلستان)

گُلستانہٕ مَنٛز یم قصہٕ بَیان کرنہٕ یِیس اَنداز وَرتاونہٕ آمُت چھُ۔ تم اَسی نہٕ ژھۍ ڈبلیو۔ سی۔ آرچر، یِتھی گُلستان لگ بگ شیٹھ وری برونٛہہ انگریزی پاٹھۍ پکِہ مِژھنے، سُنٛد خیال چھُ زِ یمو مَنٛز چھُ واریاہ ایران کِس، اسلام ینہٕ برونٛہہ کِس لِٹریچرس مَنٛز موجوٗد تہٕ ییٚہ آسہٕ سعدیس برونٛہہ تہٕ پژھر کتابہٕ فارسی مَنٛز۔ مگر گلستان چھِنے اَدب، اَدا، اسلوب تہٕ اِنشاہک سہٕ کمال یکہٕ وٕٹہٕ کران زِ یم سارینے کتابہٕ چھِنے تمی کُنہٕ اَچھوتلہٕ غاب سپدان بیٚتھکنی

آفتابہ کھسنہٕ پتہٕ تارکھ وُنہٕ چھینہٕ پوان۔ گُلستان چھُ تمہٕ وقتہٕ کِہن مُسلمانن حقیقت پسندی ہُنْد تہٕ کاروبارِ سلطنت حکمتہٕ سان چلاونک وُتُش دِوان۔ تَوَے چھِنے امریکِہن کینیڈن حِصَن مَنْز پولیٹیکل سائینس تہٕ تمہٕ کِہن علمبرداران، کوٹلیہ تہٕ میکاوُلی ہِنْزِ ہِش سوچن تراہ تہٕ سیاست گری نظرِ گژھان۔ سُہ چھُ قناعت، نیکی تہٕ نیکوکاری ہُنْد دَرس دِواں۔ مگر تسنْد حِس مزاح تہٕ تسنْد جرأت منداٰنہٕ تہٕ پُرجلال لہجہ چھُ یمن نصیحتن حکمت کِہن کیپشولن، (CAPSULE) تہٕ قولِ فیصلن ہِنْز توژہ عطا کران۔ اَوَے چھِ گُلستانکو جُملن ہِنْدی جُملہٕ فارسی علاوٕ ہندوستان تہٕ اَکھتہٕ کشیرِ ہِنْدِس لکہٕ اَدبَس مَنْز شامل گژھتھ وُنہٕ بے ساختہٕ پاٹھو زبانن پیٹھ پوان۔ گُلستان چھِنے عاموٕ تہٕ خاصو۔ بادشاہ تہٕ دَرویشو، شاہزادو تہٕ گرٕہسی کورو، سارِوے پرٕ ہِژ تہٕ یہ چھِنے عادات اطوار، گاٹہٕ جار، مذہب، طریقت، تصوُف، حکمت، تدبیر تہٕ تقدیرِچ گنجینہٕ آسنہٕ باوجوٗد بُنیادی طور ادبی کِتاب۔

عَجَم تہٕ عجمی اَدبُک یِؤتاہ بوڈ سفیر شیخ سعدی چھُ تیؤتاہ چھُنہٕ بییہ کانٛہہ۔ یہ چھُ صحیح زِ تسنْد ہم عصر مولانا رُومی چھُ رُوحانیتَس مَنْز تسنْد کھوتہٕ تھُدِر شانہٕ، تسنْد کوٗتس حافظ چھُ شاعرانہٕ صنعت گری مَنْز تَس بڑوٗتھ تہٕ تسنْد بیاکھ ہم زبان فردوسی چھُ رزم لیکھنَس مَنْز تَس ہیؤر۔ مگر یِیلہٕ سارِنے چیزن یکہٕ وٹہٕ نظر دِمَو اَکھ ہمہ گیر اَدبی تہٕ سیاسی شخصیت بنِتھ چھُ شیخ سعدی کاڈ کڈان تہٕ اَزتام کُس فارسی اَدبَس مَنْز چھُ سُہ سارِوے کھوتہٕ

قُدآور (ALL ROUNDER)۔ یوہے وَجہ چھُ زِ گلستان چھِنے سَتوٗ ہتوٗ وَرِی یوٗ پیٹھٕ فارسی اَدبٕچ ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ مقبول کِتاب۔ یہٕ آسہٕ تَتہٕ پیٹھٕ ماورالنہر پیٹھٕ عراق تہٕ تاتار پیٹھٕ کیر الۍتام کَردرٕ بَدلوٕ لوکو پَرمٕژ تہٕ لُچھ بَدلوٕ اُستادو پَرناومٕژ۔ اَمِکۍ ساسہٕ بَدۍ نُسخہٕ چھِ دُنیاہچن لایبریرین مَنٛز۔ مےٚ وُچھ تاشقندچھ اورینٹل لائبریری مَنٛز اَمیُک اَکھ تیٚتھ نَظَر افروز نُسخہٕ یمیُک چھِہٕ تصویرہٕ (ILLUSTRATIONS) بجاے خود اَکھ فنی نوادرات چھِ۔ واقعہ چھُ زِ شاہنامہٕ فردوسی تہٕ خمسۂ نظامی، یتہٕ چھُ گلستانے مُصوَرَو ہتی بھاو پوشس تَنٛدر کَرۍمتی۔ اکادمی لایبریری مَنٛز تہٕ چھُ اَکھ مُصور گلستان موجود۔

شیخ سعدی ہنٛدِس شعرٕ اسلوٗبس ہیٚوک نہٕ کانٛسہٕ نقل کٔرتھ۔ تمۍ سُنٛد نثرٕیُس گُلستانہٕ مَنٛز چھُ، بنیوو نہٕ فارسیس مَنٛزٕ نثرٕ لیکھنک اَکھ آگُر (اَتھ پیٹھٕ چھُ تہرانکۍ محمد علی فروعینن واریاہ کام کَرمٕژ) اَکھُتۍ دِیُتن باقی زبانن مَنٛز تہٕ نثر لیکھنک اَکھ نوٚو طرح۔ سُہ چھُ گُلستانہٕ مَنٛز نثر نگار علاوٕ اَکھ مُختصر اَفسانہٕ نِگار بَنِتھ تہٕ اُبھران تہٕ تَیسنٛزَن دلیلَن مَنٛز چھُ اَکس بےباک تہٕ خودآگاہ اَفسانہٕ نِگارسٕنٛد نَظرکون بَدیوان۔ اَکھ اَکھ جُملہٕ چھُ واجہ کَرٛانٛلکۍ پاٹھۍ جُرِتھ۔ یِتھ نہٕ آب ہیٚکہٕ اَژتھ تہٕ خالی کانٛہہ جُملہٕ چھُ یُس نہٕ کار ہیٚکہٕ ہُون قرار دِتھ۔ تَیسنٛزٕ نَظرٕ ہنٛزٕ وسعت چھِنے یہٕ زِ کنُوہمہٕ صدی مَنٛز کوٚر وِکٹوریہ دور کیو عالمو تیٚنٛدین اخلاقی نظریاتن تہٕ خاص طور امرد پرستی حَملہٕ۔ مگر اَز چھِ تَمہٕ تَس پَننہٕ کھوتہٕ اَکھ زیادٕ عارف تہٕ زِنٛدگی شناس مانان۔ گُلستانہٕ مَنٛزٕ لیس

تخریب تہٕ طلاطم چھُ بوزنہٕ یوان۔ سُہ ہیکہٕ ہون نہٕ تَسنٛدٕ زمانچہ کہین طوفانن تہٕ نظریاتَن نِشہِ الگ کرِتھ۔ یہ حقیقت چھےٚ تَسنٛز زمانہٕ شناسی ہنٛز دلیل زِ یِیمہِ وِزِ کتابن ہندی فانوس برباد یوان آسی کرنہٕ تہٕ قلمن زیو کترنہٕ۔ تمہِ وِزِ لیچھ تمیٚ گلستان تہٕ بوستان ہِشہِ تمہِ کتابہٕ یم ہر ہمیشہ ساٗدرٕ دار روزن۔ یمَن چھ اخلاقی، سیاسی، فلسفیانہٕ، نفسیاتی بیترِ پہلو مگر ہیٚنٛزِ زندگی ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ راز چھُ یہنٛدِس اِنشاہ تہٕ اَدبی طرزس منٛز موجود۔

ترجمہٕ تہٕ سُہ تہٕ گلستان، ہِشہِ شاہ کار کلاسیکک چھُنہٕ آسان۔ کینٛہہ عالِم چھِ ترجمس اَصل لیکھن والِس سیٚتی دغابازی (BETRAYEL) برابر مانان۔ سعدیس متعلق چھُ بڑوٚ نہےوَننہٕ یوان زِ تَسنٛدِس اَکِس اَکِس لفظس چھ دَستہٕ معنی ہیکان نیرِتھ۔ یِژھ اَدبی نوٗرٕ ترٛٹھ کاٗشرِس زانٛپانس منٛز ٹلنہٕ چھُ سیٚٹھا جراَت منگان۔ مگر اَمہِ لِگاٗر چھُنہٕ چارٕ تہٕ کینٛہہ۔ انگریزی یس منٛز ووت اردا ہمہِ صدی پیٹھ گلستان ترجمہٕ کرنُک سِلسِلہٕ جاری تہٕ تیوٗت گرِتھ چھُ نوِ مترجم پرانین رَد گرِتھ بیاکھ کوشِش کران۔ کاٗشرِس تہٕ چھُ اَمہِ تیوٗنگل بالہٕ پیٹھی پکُن۔

دوٚمید چھےٚ زِ زیرِ نظر ترجمہٕ سپدِ کشیرِ منٛز تیتھےٚ کنٛی مقبول ییتہٕ کنٛی بڑوٚ نہٕ یہُن اَصل گلستان اوٗس۔ ہرگاہ کاٗنٛسہِ ییتہٕ ترجمس منٛز کانٛہہ وَشفہٕ وَکانہٕ دَرینٛٹھی ییہ۔ تَس چھُ درخاست زِ سُہ کرِ اَتھ کُن مترجم یا

یا اکادمی ہُنٛد توجہٕ مبذوٗل۔ یُتھ آیَنٛدٕ ایڈیشن بہتر بناونہٕ ییہِ۔ چھیکرس کرٕ بہٕ روٗحِ سعدلیس تَشٛدُرے پہٕ شعر اَرپن کرِتھ ییمہٕ کوٗششہِ ہُنٛد جواز عرض ؏

من آں نیم کہ حرام از حلال نہ شناسم
شراب با تو حلال است و آب بے تو حرام

محمّد یوسف ٹینگ
سیکریٹری

۴۔ مارچ ۱۹۸۸ء



# گوڈٕ کنہٕ



حضرت شیخ سعدی سُند ناو اوس شرف الدین ۔ لقب مصلح تہٕ تخلص سعدی ۔ یہنٛدِس مابہٕ صاٮ۪بَس اوس عبداللہ ناو تہٕ سُہ اوس تمہِ وقتہٕ کِس بادشاہ اتابک سعد زنگی سٕندِ دربارُک اکھ مُلازِم ۔ شیخ سعدی سٕندِس زاسنَس مُتعلق چھُ اختِلاف ۔ گُلستانہٕ ہٕندِ اکِہ شعرٕ مُطابِق چھُ تِہنٛدُ زاسنہٕ ۶۰۶ سنہ ھ بوان ۔ شعر چھُ یِتھہٕ کٕنٛی :-

"اے کہ پنجاہ رفت و در خوابی مگر این پنج روز دریابی"۔

تہٕ گُلستان چھہِ تِمو ۶۵۶ سنہ ھ منٛز مُکمل کٔرمٕژ ۔ یِتھے کٕنٛی چھُ "بوستان سعدی" کِہ اکِہ شعرٕ مُطابِق شیخ سعدی سُند زاسنہٕ ۵۸۵ سنہ ھ مانٛنہٕ یِوان ۔ بوستان سپٕز ۶۵۵ سنہ ھ منٛز مُکمل تہٕ شعر چھُ یِتھہٕ کٕنٛی :-

"الا اے کہ عمرت بہ ہفتاد رفت مگر خفتہ بودی کہ برباد رفت"۔

مگر گوڈٕ ٹِچ را ے چھےٚ زِیادٕ صحیح باسان تِکیازِ شیخ سعدی یَس زَن شاہی خاندانَس سٕتی نزدیکی تعلق اوس تہٕ اَمہِ خاندان کِین کیٛنٛژَن بادشاہَن ہٕندی تعریف تہِ چھِن یِمَو پٔنٕنٮ۪ن قصیدَن منٛز کٔرِمٕتی ، چھِنہٕ

گژھ جایہ کینہہ ونان۔ اُمِس بہلہِ پایہ بادشاہ سُنْد دوراوس ۵۹۹ھ
پیٹھہ ۶۲۳ھ یس تام۔ بیٚیمہ کنہِ یاسان چھہ زِ اَتھہ زمانس منٛز آسہ ہے
شیخ سعدی وُنہ شُرے۔ تہٕ مورخین چھہ ۶۰۶ھ تمی سُنْد زاسنہ
مانٛنس پیٹھہ زیادٕ زور دِوان۔ واللہ اعلم بالصواب۔ البتہ چھنے
یہ کتھ شیقہ زِ تم چھہ ۶۹۱ھ یس منٛز بیٚیمہِ عالمہ گمتی تہٕ تہٕنٛد مدفن چھُ
شیراز سے اندر۔ شیخ سعدی چھُ اُمی خاندانہ کرِ عقیدتہ تہٕ موکھہِ
پٔنن تخلص سعدی تھاوان۔ یہٕنٛد بابہ صاحب ینمہ وزِ بیٚیمہ عالمہ گو۔
سعدی اوس تمہ وقتہ کم عمر۔ شفیق تہٕ پاک طینت ماجہ کرٕ تہٕنٛز تعلیمہ و
تربیت شیراز سے منٛز۔ بیٚیلہ شیخ بنا بالغ گو، ایران خاصکر شیراز
اوس سیاسی کشمکش تہٕ فتنہٕ فسادس منٛز گرفتار۔ سہ گو ترک وطن
کرنس پیٹھہ مجبور۔ اُتھی دوران چھہ تم جایہ جایہ سُنْد مشاہدہ تہٕ تحصیلِ
علمک سِلسلہ جاری تھاوان تہٕ بغداد واتتھ تمہ وقتہ کس مشہور و
معروف مدرسۂ نظامیہ س منٛز داخلہ نوان تہٕ بڈین بڈین عالمن نِش
فیض حاصل کران۔ چنانچہ چھہ اَتہ تم تھذِ پایہ کس بزرگ عالم
علامہ ابوالفرج عبدالرحمان بن جوزی سٕنٛدی شاگرد تہٕ بنان۔
اگر یہٕنٛزٕ سارے حکایتہ محض شاعرانہ تخیلاتن ہٕنٛد پیدا وار بے یوت
مانوکھ نہ نیٚیلہ چھہ تموَ کاشغر، ترکستان بلکہ ہندوستانک سفر کوٚرمُت۔
بہرحال چھنے یہ کتھ صحیح زِ کم از کم تریہہ ؤری چھہ تموَ مختلف ملکن
ہندس سیر و سیاحتس منٛز گذارِتھ عملی مشاہدہ کوٚرمُت۔ شیخ سعدی
اُسی لوکچار پیٹھے خوش بیان تہٕ پُر اثر مقرر۔ تہٕنٛد طبیعت اوس

درویشانہٕ تہٕ وجد و سماچن محفلن منٛز تہٕ آسی شریک سپدان۔ تم آسی سیٹھا تیز فہم۔ سیر و سیاحتس دوران چھُ تمو زندگی ہندین رنگہٕ رنگہٕ پہلودن متعلق قیمتی تہٕ موللی تجربہٕ سٔری ہتی تہٕ تمے چھکھ پننین تصانیفن منٛز سیٹھا لوٚبہٕ وٕنس اندازس منٛز پیش کٔری ہتی۔ یمو ستی انسانس پیٚتھ موضوٗعس پیٹھ ہدایت تہٕ نصیحت حاصل چھ سپدان۔

وطن واپس ییتہٕ پتہٕ کٔر تمو درویشانہٕ زندگی بسر تہٕ وارِیاہن سماجی تہٕ مذہبی بدعتن ہُند کوٚر کھ ازالہٕ۔ گُلستان تہٕ بوستان شاہکارو علاوہ چھ تمو قصاید، غزلیات، رباعیات، مقالات تہٕ کینہٕ عربی قصاید تہٕ تصنیف کٔری ہتی ییم تہندس کُلیاتس منٛز چھپے ہتی چھہٕ۔ گُلستان تہٕ بوستان طرزس پیٹھ چھہٕ شیخ سعدی لیس پتہٕ وُتھ تہٕ کینٛہہ تصانیف موجود۔ یِمن منٛز شیخ عطار تہٕ ابوالمعالی نصراللہ سٕنز کتابہٕ شامل چھے تہٕ یمن پتہٕ جامی سٕنز 'بہارستان'، معین الدین جوینی سٕنز 'نگارستان'، تہٕ قاآنی سٕنز 'پریشان'، ہیکو کھ شامل کٔرِتھ مگر یہ کتھ ہیکون شقہٕ بٲگرٕ وٕنتھ زِ شیخ سعدی سٕنزن تصنیفن مُقابلہٕ چھے یِمہٕ سارے کمزور۔ تہندی قصایدن تہٕ چھ پنُن اکھ خاص انداز تھاوان یعنی نہٕ صرف بے جا تعریف بلکہٕ نصیحت تہٕ تنبیہہٕ مثلاً شیرازکس اکس حاکمس مجدالدین ہٕندِ ناوٕ اکس قصیدس چھُ تمو ییتھہٕ کٔنی وَنس تلمت :۔

جہاں برآب نہادہ است و زندگی بر باد
غلامِ ہمتِ آنم کہ دل برو نہ نہاد

ژھنڈ کر زیاد یہن قصیدہ چھ اتابک سعد زنگی خاندان کِہن کینژن
بادشہن کُن منسوب یہند سعدی سیٹھا عقیدت منداوس رتہ کینہہ
قصیدہ چھ فقط نصیحتہ خاطرے لیکھنہ آمتی ینہ کاتسہ ہند تعریفہ
خاطرہ نہ کینہہ۔ مثلاً ؎

ایہاالناس جہاں جائے تنہائی نیست
مردِ دانا بہ جہاں داشتن ارزانی نیست

یا

خوشتت عمر دریغا کہ جاودانی نیست
بس اعتماد برین پنج روز فانی نیست

یتھے کنز چھ شیخ سعدی ینزی غزلیات تہ ینن اکھ الگ مقام
تھاوان یتھ متعلق "لِسان الغیب"، حافظ شیرازی وَنان چھُ ؎

استاد سخن سعدی است نزد ہمہ کس اما
دارد سخنِ حافظ طرزِ سخنِ خواجو

تہ امیر خسرو چھ وَنان ؎

جلد سخنم دارد شیرازۂ شیرازی

۱ سعدی سُنز نثر چھ سیٹھا لُوبہ وُن، وَبہ وُن تہ پُر اثر، روان،
شیرین تہ جاذب۔ زندگی ہند ژوک مودُر چھُ ژھوٹِین تہ
پُر اثر جُملن منز ژومراوِنہ آمُت۔ مثلاً :-

توانگری بہ دل است نہ بہ مال
بزرگی بہ عقل است نہ بہ سال

نہ ہر کہ بقامت مہتر است بہ قیمت بہتر۔
ہمہ کس را عقلِ خود بکمال نماید و فرزندِ خود بجمال۔

محال است کہ ہُنرمنداں بمیرند و بے ہُنراں
جائے ایشاں گیرند۔

اگر یم مِثالہٕ تہٕ شیخ سعدی یَس سِتۍ و البستہٕ مختلف
واقعات قلمبند ین کرنہٕ تیٚلہِ چھےٚ نہٕ موکلن یاتھ۔

بہرحال حضرتِ شیخ سعدی یِمَن اِخلاقیاتُک درس دِنَس اندر دُنیاہَس
اندر جوُرِ میلُن شاید مُمکن چھُنہٕ، چھِنہٕ تعارفکی محتاج۔ تِہُندِ زِ دۄن
شاہکار "گلستان" تہٕ "بوستان" تصنیفہٕ ہُندناو آسہِ ضرور پرٛتھ
اَکِس پَرِ روٗنی شِتیرِ زُبوٗ بیوٚڈھ۔ یِمَن کِتابن اندر چھےٚ زِندگی ہِندِ پرٛتھ
شعبُک نُمایندگی موجود یعنے سُہ کُس پہلو چھُ یُتھ مُتعلق تہٕ مۄللی تجربہ
تمثیلی دٔلیلَن تہٕ حکایژن منز وِرٛھاونہٕ آمتی چھِ۔ "گلستان" چھُ
نثرِ مُسجح تہٕ پرٛتھ حکایتس سٟتی چھِ وضاحتہٕ خاطرٕ کینہہ شعر، قطعہ، رُباعی،
فرد، نظم یا مثنوی فارسس منز درج۔ اَتھ کِتابہِ چھِ کُل آٹھ باب
(حِصہٕ)۔

بابِ اوّل — بادشاہن ہِندین عادتَن مُتعلق (در سیرتِ پادشاہاں)
بابِ دوم — درویشن ہِندین اخلاقن مُتعلق (در اخلاقِ درویشاں)
باب سوم — قناعت کَرنِ بجرٕسس مُتعلق (در فضیلتِ قناعت)

تہٕ یژنہٕ حصہ کہِ عنوانہٕ تلےٚ چھُ فِکرِ ترِان زِ زندگی ہندس کتہٕ شعبس سٕتی چھُ اُمیُک واٹھ۔ تہٕ مےٚ چھُنہٕ باسان زِ زندگی ہُند کانٛہہ شعبہ کیٛا چھُ بیٚتھہ آمُت تراونہٕ۔ بہرحال چھےٚ یہ مِثالہٕ خیالہٕ اَمہِ شاہکار تصنیفچ وِژھنے کرنٕچ زیاد ضرورت۔ البتہٕ چھُم وَنُن یہ زِ اَمِچ اہمیت نظرِ تل تھٲوِتھ گو مےٚ واریاہ کال یژوٚنہٕ شوٗق زِ یہ پھیرِن یہ کِتاب کٲشرِس منز۔ چنانچہ از یژوتِھ سنہٕ وٚری تل مےٚ اَتھہ کامہِ دس ۔ مےٚ آسہٕ ہے وُنہٕ اَمیُک نِصیف حِصہ ہیوٚہ مُکمل کوٚرمُت زِ اَمکی کینٛہہ قسط آے 'نیب' تہٕ " وولرکی مکر" رِسالن منز شایع کرنہٕ ۔ بیٚیلہ زَن اکاڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز جموں و کشمیر کہِ ذریعہ مےٚ یہ کام اَندوانتہٕ ناونس مُتعلِق وَنہٕ آو۔ ترجمہ روٗد سپدان مگر منز آیہ بیٚیہ کینٛہہ کامہِ کٕھٹہِ بیٚیہ موکھہِ اَتھہ کامہ ہتہٕ اژ یِرگو۔ یوٚت تام ترجمہ کہِ فنُک تعلُق چھُ یہ چھےٚ اَکھ سٕٹھاہ مُشکِل کام بیٚیٹھہ بیٚیلہ گُلستان ہِیتہٕ شاہکار کِتابہٕ ہُند ترجمہ آسہ۔ مےٚ چھُنہٕ دعوی زِ یہ کیٛا چھُس کانٛہہ کمالہٕ وول ترجمہ کار۔ اَمہِ علاوٕ چھُم نہٕ یہ تہٕ دعوی زِ یہ کیٛا چھُ کانٛہہ عالمانہٕ تہٕ ماہرانہٕ ترجمہ۔ فقط چھُ مےٚ یہ مَقصد زیرِ نظر تھوومُت زِ کٲشر زانن والۍ تِم قارئین یِمن اَمہِ کہِ نفسِ مضموٗنہٕ نِشہ باخبر سپدِتھ یِم نہٕ فارسی زانان چھِ۔ اَمہِ لحاظہٕ

چھُ یہِ سپُدتہٕ لفظہٕ ترجمہٕ نہ زِ تفسیر یا کاشُر وضاحتی تہٕ فاضلانہٕ ترجمہٕ ، مگر پژھ چھم زِ محنت گژھ نہٕ ضایع تہٕ فارسی نہ زانن والی دوست ہیکن کیٛتہٕ نتہٕ کیٛتہٕ فایدٕ امہِ نِش تُلتھ تہٕ بیٛیہِ گژھِ سانہِ زبٲنی امہِ ترجمہٕ ستی کیٛتہٕ نتہٕ کیٛتہٕ ہُر برپوٗدوٗے سُہ ہُرہ بر سپدِ ہے کم نہٕ باسہِ۔

بہٕ کرٕ برن والین تہٕ گزارش زِ میٲنِس ہوٚے غرض نظرِ تل تھٲوِتھ کرِن تم انتھ ترجمس پیٹھ کاشُر رائے قایم تہٕ بینو مشورٕ وٕستی کرن مےٚ باخبر۔

بہٕ چھُس پننس معزز دوست محمد احسن احسن صاٲبُن سیٹھاہ ہے مشکوٗر یمو مےٚ یتھ سطحس پیٹھ پننی رائے تہٕ مدد آیتن تھوو۔

جناب موتی لال ساقی صاٲبُن تہٕ جناب مشعل سُلطانپوری صاٲبُن تہٕ چھم امہِ موکھہٕ شکریہ کرُن ضروری تکیاز یِم رۄدی مےٚ وِزِ وِزِ امہِ کامہِ ہنٛز اہمیت نظرِ تل تھٲوِتھ قلم تیز راونچ ہمت بڑاوان۔

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ جناب پروفیسر حاجنی صاٲبُن شکریہ ادا کرُن پنُن فرض زانان تکیاز یہِ کیٛژھا آسہِ از تام کوٚر یا بیٛیہِ لوٚر کرو تہٕ چھُ محض تہنٛزِ عالمانہ رہنمایی تہٕ رہبری ہنٛدے نتیجہ ؛

حاجن

حکیم غلام حسن تسکینؔ



بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ



تُس ئِدٕس تہٕ کُھدٕس خدا یَس سُنٛد احسان چھُ اَسہِ سارِنٕے بیٛٹھ
بیٚیمی سٕنز بندگی خدایس نزدیک واتنُک ذریعہٕ چھِ۔ تہٕ بیٚیمی سٕندِ
شُکُر کَرنہٕ سٟتی نعمژن ہُند برگزھان چھُ۔ یُس شعہہ اَسی ہیوان چھِ، شہ
چھُ زِندگی بخشان تہٕ یُس شعہہ اَسی والیس ترٛاوان چھِ تمہِ سٟتی چھُ
اَسہِ بوس لوٚنان۔ لہٰذا چھِ پرٛتھ شعہس منٛز زٕ نعمژ تہٕ پرٛتھ نعمژ
بیٛٹھ چھُ شُکُر واجب۔

(عربی آیت)

(اے حضرتِ داؤد سٕندی لوٚکھو! شُکُر کَرِو۔ اَدا تِہٕ ہیٚر اَندر چھِ
شُکُر گُذار کم)۔

ژُھ سے افضل کری ٔس پیشِ درگاہ      خدایس نِش پننی تقصیر ساری
شُکُس یُس شوبہٕ ٔبیخہٕ نیٛتھ شُکُر کرتَس      چھِسےٚ اَسہِ کیٛا باتھ کرِنے اوِ یاری

رحمتِ باران چھُ بے حساب پانٛٹھی پرٕ نہٕ جایہ بیٛوان نہٕ تمی سٕنٛزَن پوشہٕ وِنین نعمژَن ہُنٛد دسترخوان چھُ کُنہِ روکہٕ ٹوکہٕ ورٲے پرٕ نہٕ جایہِ وُہرِتھ۔ بنٛدن ہنٛدِ عُذر تُگ پرٕد چھِنہٕ بڑٕ لوگو نہو موکھہٕ نہٕ چاک کران نہٕ مُقرر کرِنہٕ آمُت رزِق چھُنہٕ گو تہو موجُب بَند کران۔

قطعہ ؎

اے خُدا غیبہٕ کرِ خزانہٕ اندرے      عیسأے آتش پرست نہٕ یلان
کیتھہٕ کُنہٕ کرِ نکھ دوس محرُوم      دُشمن ہنٛزنہٕ راچھِ ژے ژھکھ کران

تمی دِیت صُبحکِ واوکِس فراشَس حکُم زِ ساری سِیے ؤتھراوِ زمرُدک فرش تہٕ سوتی کرِ ہوہٕ جہٕ دایہ وُنن زِ پوشہٕ ٹوٗریِن زمیٖنہٕ ہنٛدس منٛزس منٛز رچھنہٕ تہٕ گُلین آو نوروزی یلو وبدلہٕ زرزِ برق پوشاک لاگِنہٕ۔ کشِیجن ہنٛدین شُرین یعنی بامَن آیہٕ بہار یوُ ون گلس بیٛٹھ ٹوٗرین ہنٛزٕ ٹوپہٕ دِنہٕ۔ ماژھ ٹُلرین ہنٛدِ رَس بیتِھو تمی ہنٛد قُدرتہٕ سٕتی موُدُر مانچھ تہٕ کھزرِ آنٹ بنے یہِ تمی ہنٛدِ رچھنہٕ سٕتی اکھ یاڑو کُل

قطعہ ؎

زِوُن آفتاب اوٗبر واو ساری      لٲگِ سٕتی کامہِ تمی چیانہِ باپتھ
چون روزی کران یِم چھِ نیٛار      آن فرمان بجانہٕ مور وزیِنتھ

حدیثس اندر چھُ آمُت زِ آنحضرتؐ فرموویِم زِ ن دُنیاہکی سردار چھِ، ساری کائناتکی فخر چھِ، تِہٕ ذاتٕز خاطرٕ رحمت چھِ، سارِنے انسانو اندرٕ بہترین چھِ سارِنے زمانن ہنٛدی سردار چھِ۔

بیت سہ عربی

نبی چھُم محمد بنی مُصطفےٰ[۲] ! حسین، پاک، خوشون بیٚبیٚ باصفا

قطعہ سہ عربی

تھزرن تہٕ تھوٚد چھُہ کمالہٕ ییٚزٕ لیٚتاٚیہٕ گٹہٕ بہ جمالہٕ
کیٚا شوٚیہٕ دُن چھُہ خصالہٕ صلّو علیہ و آلہٕ

بیت سہ

اُمتک دیوار آسہٕ نا دوٚر ییٚے[۱] ییٚتھ آسہٕ ژبیٚے ہیوٚہ پُشتیبان
نیٚتھ بحرس طوٗفانک کیٚا غم آسی ییٚتھ نوٗحؑ کشتیبان

فرموٗکھ زیٚبیلہٕ اکھ گُنا ہگار ییٚنہ پریشانی ہندس حالس منٛز
ہُدِس خدا یہٕ بٔندس دربارس منٛز ییٚنی اکھ ووہیدسان تھوٚد چھُہ تلان۔
خدا یے چھُنہٕ تس کُن نظر کران۔ ییٚہ چھُس یہ بندہ آلو کران۔ ییٚہ
چھُہ خدا یے ہُنھ ہوکُن پھران۔ ترییٚہ پھرتہٕ چھُہ بندہ ودان وَدان
آلو دِوان تہٕ خدا یے چھُہ حکم کران، اے ملائکو میٚے چھُہ ینس بندٕ شُند
جیاٚگزھان، اُمِس کُس چھُہ میٚے ورای۔ میٚے کوٚر اُمی شُند دُعا
قبول تہٕ اُمی شُند تمنا کوٚرُم پوٗرٕ نکیٚاز بندٕ ہشر زیاد منگہ منگہ تہٕ ودنہ
ہنی چھییٚے میٚے شرم یوان۔

بیت سہ

سخی کیٚا مہربان خدا کوٗت چھُے گُناہ یوٚد کرِی بندٕ شرمندٕ سے
نمی شُندِ تھدِ کعبکی اعتکافہ وآلی چھہ ییٚنہ کم عبادتک اعتراف
کران تہٕ ونان۔ عربی سہ

آسہٕ کرٕہ تیٚتھ عبادت ییٚتھ پیٚزٕ ییٚے۔

---

۱ـ شہ مُکرہ کرہ یُس دیوارس منٛز درِ یہ خاطرٕ لاگان چھہ۔ مطلب ڈوٗکھ
۲ـ پیغمبر۔

قطعہ ؎

پرژھہِ یوٚد تعریف تمۍ ہِنٛدی منٛز بے خبر بے نشانہٕ سُتِھ وتہٕ کیٛا
عاشق مارۍ ہتہٕ معشوقَن موٚہنِس آواز ہیٚتہٕ تنبر ما

اَکھ دلہِ وولا اوس مراقبس منٛز کلہٕ نوٚمراوِتھ کشفہِ ہِندِس حالَس منٛز بوٚڈمُت۔ییٚلہِ نور واپس آو، اَکۍ دوستَن وٚننس۔ییٚمہِ باغہ منٛز ژٕ پھیٖرتھ آکھ تور کیا ڈالۍ اَنِتھ ژٕ سٲنۍ۔ تمۍ ووٚن یہنٛدین ساتھیَن۔ ژٕ منٛز اوس خیال۔ ییٚلہِ ژٕ پوشہِ کلیَن نکھہِ واتہٕ ییٚلہِ دوستَن ہِندِ خاطرٕ پوشہِ پلم بٕرتھ۔ ییٚلہِ بہ پوشَن نزدیک ووٚتُس بہٕ گوس زیوٚت مَس ژٕ اَتھہِ منٛزٕ ژٕ وٕلم دامنے تیٖرتھ۔

قطعہ ؎

صُبح بانگ دِنہٕ والہِ جانوارو
عشقہٕ کنِتھ ہیٚچھ پوتپرِس نِش
یان یوٚد زوٗلِن وفٕشَس با نزدوٗن
کنِتھ چھےٚ بہٕ ہیٚران زانٛنِس نِش

قطعہ ؎

یہ کیٚنژھا بوٗز یا پوٗر ووٚن ییٚہ لوٚکو
چھےٚ تمۍ ستہٕ ذات بالا و بُلند تر
چھہ تعریفَن ہِندِس ڈسلا بسے بیٹھ
اندٕرِس وآژ یوٚد عمر گوٚ غنم دفتر

# اِسلأمی بادشاہ اتابک ابوبکر بن سعد بِن زنگی ہِشرٕ نخوٚبیٚن ہِشرٕ ذکر (خدأکرِن تٔمی ہِشرٕ قبر روشن)



سعدی ہِشترٕ رٔتٕر ذکرٕ یوٚسہٕ لکن ہٕنزٕن زیوٚن ییٚٹھ جأری چھےٚ تہٕ تٔمی ہٕندِ کلامُک شُہرہ یُس سأری سے روےٚ زمینس اندر چھُ تہٕ تٔمی ہِنزٕن کِتھن ہٕندی گیٚنہٕ عٔلمیٚن لُکھ گھنٹٕکی بأٹھی کھوان چھ تہٕ تٔمی ہٕندی مضموٗنن ہٕندی کاغذ یمٕن لُکھ سوٗ تہٕ ہِشترٕ زأنتھ زُتھراوان چھ یہ سوٗرے چھُنہٕ سعدی ہٕندِس کمالس یا قأبِلیتَس ییٚٹھ مُنحصر بلکہ دُنیأہکی بادشاہَن یُس دُنیاہُک قطب چھُ، حضرتِ سلیمانؑ سُند جانشین چھُ، ایماندارٕ لکن ہُنٛد مددگار چھُ، بوٚڈ بارٕ اتالیق، دُنیک تہٕ دُنیاہُک فتحمند یعنے اتابک ابوبکر بن سعد زنگی یٔمی ہُند سایہ سأری سے خدایہ ہِشترٕ زمینہٕ چھُ۔ خدا روٗزِن تٔس ییٚٹھ رأضی، یٔمی چھےٚ سعدیس ییٚٹھ مہربأنی ہِشترٕ نظر کٔرمٕژ تہٕ تٔمی ہٕندی چھِن تعریف کرِئ ہیتی تہٕ تٔس کُن چھُن سیٚٹھا عقیدت ہوٚو مُت، قدری کینہ چھ

---

۱؎ مدرِیرٕ ٹوٗنٛڈ

زِ لکھ چھہِ تمی ہِشندِس مجنس کُن مائِل گژھتی۔

## رُباعی

یوٗتام تھ چھُسے نظرِ نےٚ مثر ژے منظوٗر
توٗتام زیادٕ افتابہٕ کھوتہٕ چھُس بہٕ مشہوٗر
اگر زَن مےٚ مثر عیب سارِی تہٕ آسن
ہو نَر عائبہٕ سے تَتھ وَنَن یُس ژےٚ منظوٗر

## قطعہ

مُشِک ژھٹہِ ونی مینٛراہ اکھ دوستدارن
حمامس مثر اُتِن مینہٕ رُٹ سو دَر دست
مےٚ پتر ژھمس عطر چھکھ کینہٕ مُشکہٕ[۱] مثِل چھکھ
بہٕ خوشبو چانی ڈیشِتھ گوس پٕژ مست
دوٗپن آسُس فقط ناچیز مینٛژ بو
سبھا کالا رُٹم مینہٕ پاد پوشس
مےٚ تمی ہِشندی حُسنہٕ نے یوٗتاہ اثر کوٗر
وگرنہٕ چھس تہٕ بیٚیہٕ کینہٕ یُس بہٕ مینٛژ چھس

## (دُعا)

اے خدایہٕ ژٕ دِتس زِینٛژ وُمر یُتھ تمی ہِشند سنی مُسلمانن فائدٕ واتہٕ۔ تمس دِ ہٕژرن کامن ہُنْد دوگنہٕ بدلہٕ تہٕ تمی ہِشندین یارن دوستن ہُرراو مرتبہٕ۔ تمی ہِشندی دُشمن تہٕ بدپژ ھن وائلی کرِکھ اَڈ ژٹی۔ قرآنہٕ کین۔ تمن آین ہندِ برکتہٕ یِم پرِنہٕ آے۔ تمی سُند مُلک تھاوُن محفوظ تہٕ تمی سُند اولاد رٹھِن۔

[۱] مختلف مُشکن ہُند مرکب

(عربی قطعک نثری ترجمہ) ع۱

ژٕمی شٕدی ذاتن ہُررو و عالمس بخت تہٕ خُدایہ پاکہٕ شٕدبو جھنڈٕ و تہٕ کوٚر آتھ کنتھٕ تائید تہٕ تتھے کٔنی چھہٕ اَکی شاخ پےٚ لبان، ہٕکیاز پادٕ اوٚرک دار و مدار چھُ بیٚنائیس پیٹھ۔ پاک تہٕ بوٚڈ خُدا تھٔاوِن شیرازس اِنصاف والین حاکمن ہٕند ہیٚتہٕ تہٕ عمل کرن والین عالمن ہٕندِ توجہ ستی قیامت کس دوہس تام صحی سلامت۔

قطعہ

کیٚشا خوف غمن ہٕشدنہٕ دوکھن ہُند چھُ ایرانس
یوٚت تام کلس پیٹھ ژٕتے ہیوٚہ تتھ سایہ اَز مولیٰ
بچھِیر کتھ جہانس ہاوِ کُس اِنسان نژٕہ کاتہٕ جاے
یوسہٕ آسہِ نژٕہ خوشحال ہُنتھ زن جون دربارا
چھِی مٔٹہِ رچھن دِل غریبن شکراسہٕ واجب
بے شک خُدایس نش لبکھ رٕتہٕ کےٚ ژُرت بدلا
یوٚت تام قائم مبتژٕ تہٕ ہوا، تھٔاوِتن توٚت تام
اَز فِتنہٕ فساد پاک ایران ذات حق تعالیٰ

## کِتاب لیکھنُک وجہ

اَکہِ راتہٕ زاوسُس بہٕ گُذر، بہتِس وقتس مُتعلق سوٚنچان تہٕ بہنہٕ بُرباد کرِ مژٕ زِندگی پیٹھ اُفسوس کران تہٕ دِلہٕ چہٕ کنہِ اوٚسُس اشہٕ کرِ

ع۱ اصلس منز منظوم قطعہ عربی زبانی اندر۔ مُناسب ترجمہ موزون نہ سپدنہٕ کِنہِ باعث نثرس منز ترجمہ کرنہٕ۔

اَلماسہٕ سٍتی زٕدی کران، تہٕ ہم شعراوسٕس پنٕنہِ مالہٕ مُطابِق گٔنڈراوان۔

## مثنوی

شہر پیتہٕ شہر زِندگی مو کلان    سو نچان چھُس وونی آبہٕ موزان
باشژھ ڈیہی موکلِتھ چھکھ نندری    کَل کرٕ کینٛہہ حاصِل نِیدی
رُسوائیس کینٛہہ چھُنہٕ حاصِل    سفرس لُکھ دژا یِسے غافِل
سفرس نیرُون سفر حرام    اِنسانس کرناوِ آرام
بٔرتھ اکی تعمیرا نوّد کوّر    پُشرُن پیے کس تِے دژاو ژھوّر
ہاوسہٕ کوّر تس ہُرزَر تمی    تعمیر مکمل کوّر نے کمی
ناپایدار پیہٕ نفوسن دوس    کَنہِ چھُنہٕ وولمُت کانسہٕ پوس
آدمس سر سرمایہ شِکم    حد یوّد ژٕرٕ ہن نتہٕ کیا غم
بوّدوے اتھ گو گنڈ یا شژھ    زِندگی نِشہٕ ژَل دانا چھکھ
یڈ یوّد حد ڈجی گو مُشکِل    مو کلے یہٕ زِندگی کیٛہہ زٲیِل
زور عناصر چھی مُتضاد    اَکھ اکِس سٍتی کیا چھکھ واد
کانٛہہ بُدوے گو حد کھوتہٕ زوّر    رُوح نیر پیتھ کُن روزی موّر
بے شک عارِف یا کامِل    پیتھ زِندگی بیٹھ دِیہہ کرٕ دِل
نیکس تس کیشاو بدس مرُن    بیٛیمی کرٕ نیکی رُت زانُن
کینژھا نورُک کرِ ساماں    ہیتھ نوبتہٕ کانٛہہ وٲنی خان
وٲنِس چھے شین توّت آفتاب    سوران آیے چھکھ دَر خواب
زٕھرِ اتھہٕ دژا اُمت دَر بازار    ڈرٕ جھم راوٕرتھ پتھ دستار
اَڈ یوّپ مو کلو وکھیتھ بیٛیمی ڈوّر    لوٚنَن وِزِ یِسے کتھ تُلہٕ دیوار
سعدی ہشتر یوز دِلہٕ سٍتی کنتھ    مردان ہندی پاٹھی رٕٹھ سوے دِتھ

سو یچھا کرِتھ زانٛہ بیتھ کتھہِ منٛز مصلحت زِ الگ بیٛہہ کنہ پارٕ منٛز تہٕ یار باشی نِشہِ ہیمہِ لوٗب بے قل تہٕ فضول کتھہِ کرنہٕ ترٛاوِ۔

بیت

ژٕ شیتھ زِ لو بہیتھ لوٗب کوٗل زوٗر چھِ بہتر
حدٕس منٛز بیٛہس تہٕ زبان سے چھِ ابتر

اکھ اندر آو اکھ دوست پیٛش سفرس منٛز تہٕ میٛون ساتھی اوس تہٕ کرِ تہٕ میٛون ہم مجلس اوس آسان، پرٛانہِ عادتہٕ مطابق ژاو پرٛانہ بپرٛانمی اسہٕ پچ گنڈ پچ کوشش کرِ تہٕ ٹھٹھہٕ مسخرٕ ہنٛد ورشن کوٗر، مےٚ دیتُس نہٕ پور کینہہ جواب۔ عبادت گذاری نِشہِ تلُم نہٕ کلے کھوٗد، تمیٚ کر مےٚ کُن شرارتہٕ ہٕنٛز نظراہ تہٕ ووٗننم۔

قطعہ

یوٗت نام کنھہِ ہنٛد چھےٚ طاقتھ | خوشس پانٛٹھی نرمی سان کر کتھ
یا متھ نوٗرک واتی ناد | تا متھ زلو بیتہ یا تے بتھ

میٛانہو یارو منٛز کوٗرسہٕ اکی اصلیتہٕ نِش باخبر زِ امی چھِ پکہٕ پراد کوٗر مُت باتھے عُمر گوشہ نشینی ہنٛد تہٕ کتھہ بند کرُنک۔ اگر پلٛی تہٕ ہےٚ پننی وتھ تہٕ نیر پانس۔ سُہ ووٗتھ زِ یِدٕس خدایہ سُند چھُم قسم بیٛیہٕ چھُم پرٛانہٕ دوستی ہنٛد قسم نوٗ تام ہیمہٕ اکھ شاہ تہٕ یا اکھ قدم تہٕ پھیر تہٕ یوٗت یوٗت نام تہٕ اسی پرٛانی پانٛٹھی کنھا باتھا کرو، تکیاز پرٛانن دوستن ہنٛد دِل رنجہ ناوُن گو جہالتہٕ تہٕ قسمک کفار دِنُن چھِ سہل۔ یہ چھےٚ تہٕ درٕس رائے تہٕ عقلمندی زِ حضرت علیؓ سنٛز تلوار کیٛا روزِ بند تہٕ سعدی سنٛز زلو کیٛا روزِ بیتھ۔

قطعہ

عا قلس اُسس اندر زلو کیاہ ونے چھے سرٕ مندس خزانن گنٛزرُسہ تے
آسہِ بیٚیلہِ برٛ بندٕ نہٕ وٕنہِ کُس اندرٕ کیا جوہری چھایا یسائطی کس چھُ پے

قطعہ

عا قلس نِش ادب خاموشی ضرورٕ نہٕ وزِ یس کرٕ سے کتھ
بڈی چھِی بس زِرے عیب وَنے کتھِ وزِ ژھو یہ تے ژھو یہ وزِ کتھ
مختصر بوزِ ونس سِتی کتھ نہ کرٕنگ رٕوٗد نہٕ مٮ۪تے طاقت نہٕ تس سِتی
گفتار نہ کرٕن باسے یہ نہٕ مٮ۪تے اِنسانیت نکھاژسہ اوس مٮ۪تے وَنہِ وٗن
نہٕ بوزٕ یار

بیت

رٕکھ بیٚلہِ لڑن کرٕہ تمس سِتی جنگ ہکلہ ییتھ زلیتھ یودکرِی ترٮ۪ییٚ سہ ٹنگ
مجبورن کرٕ م تس سِتی کتھ نہٕ چکرٕ یہنا کرِ نہ دژاس یٮ۪یر سوٗنتنگ
اوس موسِم تیٚر اُسس کم گاٹز نہٕ گلابن ہُند موسم اوس زورن ییٚتھ۔

قطعہ

اوّل تارٕیخ اردی سَن[۱] جلالی[۲]
گوٗنڈِ ین ییٚتھ اُسی بلبل ساز وایان
گلابس ییٚتھ ییٚر زلوٗن موکھتہٕ شبنم
چھُ معشوقس بُنقس اَنہٕ مختہٕ ییٚر زلان

راتھ گڈاٚرِم اکِس دوستس سِتی اکِس باغس منز۔ یہ اُس اکھ خوبصورتھ
نہٕ دلچسپ جاے ییٚتہِ گلی گنبراوس، اکھی منز اوس اکھ کُل ییٚتھ نلہ کینہِ
زنتہِ شیشہٕ ٹکرٕ وتھر نتھ اُسی تہٕ زنتہِ تارکھ اُسی امہِ کین دچھِ گرٕنن
الاٗنڈی۔

عا[۱] فارسی شمسی رتن ہندا کہ رتنک ناو۔ عا[۲] جلالی اوس امہِ وقتک
سنہٕ یُس جلال الدین سلجوقی ہندِس ناوس ییٚتھ قائیم اوس۔

### قطعہ

باغانتھ منز نہر اجارٔی — میوٕ کُلس بیٹھ کوٗستوٗری بولان
ہُتھ منز گُل کیاہ زنگا برنگی — یتھ منز رنگہ رنگہٕ میوٕ شولان
ہوٕتن اُتھی گُلی شیشہٕ بہارس تل — فرشاکوٗ رُمت رنبہٕ وُن کیاہ جان

صُبحن بیٚلہ نیر پنچ کُل گنیہ یہ مےٚ وُچھ اُمی یارن ہِنٛز ہلم گلابو، ریحانو، سنبُلو تہٕ بنبر¹ پوشوٕ ہتی بوٗرمُت تہٕ نیر پنچ سکھر گرٕتھ۔ مےٚ وٚنمس زِ تژے چھےٚ خبر زِ باغہٕ کین پوشن چھُنہٕ پوشن پایہ تہٕ بہارس تہٕ چھُنہٕ وفا تہٕ داناہوٚ چھُ وٚنمُت زِ یُس چیز نہٕ پوشہٕ وُن آسہِ سُہ چھُنہٕ دِل لگی لایق۔ سُہ وٚتھم زِ نیٚلہِ کیاہ پزِ کرُن۔ مےٚ وٚنمس زِ وُچھن والین ہِندِ تفریح خاطرٕ تہٕ حاضرن ہِندی دل لوٗزراونہٕ خاطر ہیکہٕ بہٕ اکھ نثرٕ ہ گُلستان (کتاب) لیکھت بیہِ کین وُتھرن نہٕ ہرگز واوُلگنہ ہیکہٕ تہٕ بیہِ کِہ بہار چہ خوشگوارٔی تہٕ زمانُک گردِش ہرگز چہ ناخوشگوارٔی منز تبدیل ہیکہِ کرٕتھ۔

### قطعہ

گُلستانہِ ہُند زٕ ہیر اکھ ورفا — پوش باغکی ہیٚنے کیتھ درکار
پوش روزان چھِہ پانژھ یاسِتھ دوہ — گُلستانہٕ ہمیشہ پوشہ وُن توٕ بہار

یتھےُ مےٚ تس یہ کَتھ وٚنی تمی زٕھن پوشہِ ہلم دِنتھ تہٕ میانس دامنس سٟتی کوٗرُن نالہ موٚت زِ شریف اِنسان ہیٚلہِ وعدٕ چھُ کران سُہ چھُ تتھ پوٗر کران۔ مےٚ آو تمی دوہہ زِ باب لیکھنُک موقعہ دوٚ تھنس بیٹھنس تہٕ کتھہٕ باتھ کرنس متعلق یتھ زن کتھہٕ باتھ کرن والین ہِنٛز عبارت جان بنہِ۔ مختصر یہ زِ وُنہٕ اوس بہار اَند

¹ اصلس منز چھُ گُل ضمیران ییمِیُک معنی گُلِ ریحال یعنی بنبر پوش چھُ۔ یہٕ کُنی چھُ ریحان دوہ یہ لٹہِ آمُت۔ ضمیرانُک بیاکھ معنی چھُ پژتھ کانہہ مُشک دار پوشن۔

وانہٕ نَے زِ گُلستان کِتاب گیہِ مکمل۔ خُدا چھُ پرٛنہٕ کیٚنہٕ زانن وول تہٕ فیصلہٕ کرَن وول۔



# شہزادے سعد یس زَن ابوبکر بن سعد

(خُدا اَوٚلِن تِمٕی سٕنٛز قبر نوٗرٕ سِتی)

# سُند نیٚچُو چھُ یِمٕنٛز ذِکرِ



یہِ کِتاب گرٛزھہِ حقیقتَن نیٚلِے مکمل پیٚلِہ زَن بادشاہ عالمہٕ یُندِس دربارَس منٛز پسند پیٚیہِ زِ تکیاز سُہ چھُ خدایہ سُند سایہ۔ خُدایہ سٕنٛز مہربانی ہُند عکس۔ دُنیاہک چیٖن نعمژن ہُند ذخیرٕ تہٕ اُمتک مُحافِظ۔ نَس چھُ خدایہ سُند تائید حاصِل۔ سُہ چھُ دُشمنَن پیٹھ غالِب۔ زورَ ور حکومتک اَتھہِ باثرٕ۔ رُوشن قومک ژونگ، لکِن ہُند حُسن۔ اسلامک ٹاکہٕ یُس زَن اتابک سُند نیٚچُو چھُ تہٕ بوڈ بادشاہ چھُ ووتن ہُند مالِک۔

عجم تہٕ عربہٕ کین بادشاہن ہُند آغہٕ۔ خشکی تہٕ سمندرُک بادشاہ۔
سُلیمانٕ ہِنٛد مُلکُک وارِث دَر دینُک فتحمند یعنے ابوبکر بُس سعد
سُند نیچُو چھُہ تہٕ سُہ چھُہ پانہٕ زنگی سُند نیچُو، خُدا تھٲوِن تہٕندٕ اقبال
ہمیشہٕ پوشہٕ وُن تہٕ دوہُو نی ہٮ۪تھ بزرگی کرِن دوگنہٕ تہٕ بڑ سخہ کاشہٕ
ژزرواتِن تہٕندِ ستی آنٛد تہٕ یتھ کتابہٕ بٔرِن ماکانہٕ مہربانی سان۔

قطعہ

توجہ اگر بادشاہ تھاوِ یتھ کُن
نِگار خانہٕ چیپنُک بنے نقشِ ارژنگ[۱]
مےٚ چھم ستھ زِنار اض گژھنہ شہنشاہ
گُلستان چھےٚ نہ جائے بیٚہِتھ بیدِ دِل تنگ
خصوصن یٮ۪لہ آسہِ دیباچہٕ امہ کُے
بنامِ سعدے ابوبکر بنِ زنگ

## امیرِ کبیر فخرالدین ابی بکر بن ابی نصر سُنٛد ذِکر

(خُدا دِی نس یٔڈ وُہر)

امہِ علاوٕ ہیکہ نہ میانہٕ سو بیچھ مہربٲنی بدصورتی ہیٚنِد وَجہ کلہ
نخو ژھُنلتھ تہٕ مایوسی ہٮ۪تھ نظر نہ ہیکہ نہ پننہ کھور چھاپہ بیٹھ
نخو ژھُنلتھ نہ نہ سپد نظرِ والین لکن منز روشن یوتام نہ امیر
کبیر سِنٛدِ زیور ستی آراستہٕ سپد، یُس زن عالِم، انصافہٕ وول،

[۱] اکھ مشہور چینی مصوٚر

کامیاب، تختنک مددگار، سلطنتک مشیر، فقیرن پناہ دِنہٕ وول، غریبن ہُندِ جھپن جاے، فاضلن پالن وول، پرہیزگارن ہُنٛد دوست، اپرانہٕ کین لکن ہند خاطر فخر، مُلکچ ڈیچھن ٹر، درباری ہُنٛد سردار، حضوٗری وزیر، دینک تہٕ دولتک فخر، اسلامک تہٕ مسلمانن ہُنٛد فریادرس، بادشاہن ہُنٛد پژھ دار۔ یم صِفت چھِ ابوبکر بن نصر سٕندی، خدا دِین تَس ڈٕڈ عُمر تہٕ تمی سُنٛد رونہ ہُررآون تہٕ تمی سُنٛد دِل کرِن وُسٹ تہٕ ثواب کرِی تَس دوگنہ، نِکیا زِ سہ چھُ سہ لیس بزرگ تعریف چھِ کران تہٕ تمی سٕندی اخلاق چھِ سیٹھا رٕتی۔

شعر

یس اکس بیٹھ آسہِ تمی سٕنز مہربانی ہُنٛد سِشٔہل
دوس یہٕ دُشمن تمس بیہ راز یہ تمی سٕنز ڈُکھل

تمی سٕندِس پژھ کاٗنسہِ نہٕ دِمس تہٕ نوکرس چھِ یہ بُنٛنی کام مقرر کرِتھ تہٕ اگر تہِنٛد دستہٕ کانہہ سُستی یا کوتاہی پیہ تمن چھِ بوان جواب طلب کرنہ تہٕ سزا دِنہٕ۔ سوا یہ تم فقیر تم بزرگن ہُنٛز شکرگزاری تہٕ دُعا کران چھِ سہ تہٕ تِمنٕہ کُنی زِ بیٹھی بیٹھی نکیا زِ بُتھِس پیٹھ تعریف کرِنی گٔیہ خوشامد تہٕ نقلی تعریف تہٕ نوے چھِ یم فقیر تکلّفہٕ نِش دوٗر تہٕ قبولیتس نزدیک۔

قطعہ

آسمانس زوٗل ہیُر گوٗ حوشس گژھِ سیوٗد نس کمر
بام یتھ بُنہٕ آز ژھیٖے ہیوٗ نیک فرزند زاو نے

تَس چھیٚے حکمت پیدہ کرٕنۍ ہشر زِ درد دُنیاژ ہیٚے ہیوٚہ
عام لوٗکَن ہنتی کرٕ ہے رُت یہ کُس وَرتاوٕ ہے
نیک ہیٚمی ورتوو زِ ہنِ دَولتھا بجھتہٕ زَوال
تَس چھُ بیتھ کُن زِندِ روزان وُمرٕ ومران ناوتے
یاتہٕ کرٕی نن یامہٕ کرٕی تَن چاٗنۍ تعریف علمٕہ واٗلی
خوٗبروَین نِش چھُ کیٚاژَن ساز گرٕ ہشد باوتے

# خدمتہٕ نِش پیٚتھ روزُن تہٕ گوشہٕ نشینی ہُند وَجہ

یوسہٕ کٔمی تہٕ سُستی بادشاہ ہندس دَربارس منٛز حاضر گژھنس اندر سیٚے گژھان چھیٚے تمُیک وَجہ چھُ یہ زِ ہندُ سُناہٕ کین عاقلَن ہنٛز اکھ جماتھ اٚس بزرجمہر ہندِین صفتَن ہنٛز کتھ کران تہٕ آخرس لوٗکھ یہ تَس منٛز امہِ وراے کانٛہہ عیب زٕنہٕ چھُ کتھ کرِنَس منٛز سوٗت یعنی کتھ اوس بیٛرارٕی بیٛراری کران تہٕ لوکن واٚلس اوس سیٹھا کالس بیٛرارٕ ون تھاوان تہٕ اَد اوس کتھ کران۔ بزرجمہرن بیٛلہٕ یہ لوٗز ٹمُی ووٚن زِ وَننہٕ بِژوشہ سوٗنچُن چھُ امہِ کھو تہٕ رُت زِ میٚے پیتَیہ پشیمان سیدُن زِ میٚے کیٛاژِ وَنیاوے

نظم

زانن وول زُنٛتھ تجربہ کارا
گوٗڈ کرِ سونٛچا اَد گفتارا
سوٗنچنہٕ رٕوٚ سُنتے یِنہٕ تَتھ ہنزاوکھ
ژِژ کتھ کر گوٗڈ بدٕ وے ژِژ ھرکھ

سۄنچتھ سمجتھ اَد کَرٕ گفتار | زِباد کتھن یکواسس چھِ دار
کتھٕ باتہٕ ستی چھُکھ اِنسانا | رژ نے کتھ نتیلہِ چھُکھ حیوانا

لہٰذا اگر بہ شاہی دَربارکین سَردارن ہم زَن دِلہ والی ملک مرکز چھ، برۄنٹہ کنہِ دلیری سان کتھ کرٕ سو گژھ اگستاخی چھےٚ نہٕ سہ گو مصرکِس بادشاہس برۄنٹہ کُن کھوٹ ہارینٛن تہٕ کھنٛڈ ہار جوہرن ہندِس بازرس منٛز تِمس برابر۔ اقبالس برۄنٹہ کنہِ چھُنہٕ زام نِگس گاش، کوہِ الوندکس کھورس تَل چھ سِبٹھا تھوٚد مینار تہِ پست لبنہٕ یوان۔

مثنوی

یتیم کرٕ تھد کتھ زیٹھر آو گردن | وُسی بیبو کلہ کنی یانے کُل زن
سعدی بیٹھ سُنت تو کنی آزاد | عاجِز انسانس ستی کس واد
گوڈٕ گژھِ سوچُن اَدٕ کرٕ گفتار | سُبتھِ چھی چھمب پتہٕ کنہِ چھی دیوار
باغوانا چھُس باغس منٛز ما | معشوق فاکنعانُس منٛز ما
لُقمانس پرژھکھ زِ ژٕ ٹے کس نِش ہیچھتھ دانایی تِمو وونُکھ اَہِن نِش یِم یِتانی نہٕ ہم جاے سارن تو نتانی چھ پتہٕ پوٚد تراوان۔

(عربی)

اَژنہٕ برۄنٹہ گژھِ نیر پچ سبیل نقاوتی

مصرعہ

گوڈٕ گژھِ مردانگی ہتد قوت اَزماوُن، اَدٕ بَرِ نیتھ کرُن۔

قطعہ

سہ کیا پوشتہِ تس بہرِیس ہنچہِ ترامؤی | چھُ یوٚدوے کوکرِطاق جنگس اندر

۱؎ شہر ہمدانک اکھ سِبٹھا تھوٚد پہاڑ۔

گگرٕ ژٕسے مثٕر چھ لۄڈ ژآر سہہٕ زَن سہہٕس ژرٕ تہٕ ژکنہٕ گگرٕ شۄد کھوتہٕ چھ کمتر
مگر بُزرگن ہِندی اخلاق چھ تھدٕ تہٕ آسان نکتہ باز تِم چھ لوکٹن
ہِندین عیبَن پَردٕ کران تہٕ تِم چھینہٕ شٕنی کڈان۔ اُتھی بوٗزٕ وُنسن ییٚتھ چھُس
بہٕ کیٚنہٕ ژھوچہٕ تہٕ موچہ کتھہٕ دِلچسپ ڈلیلو اندر، مِثالو اندر، شعار،
قصہ، پژانن بادشاہن ہِندی عادات ییتھ کِتابہ منز درج کران تہٕ
قیمتی عُمرٕ ہُند اکھ حِصہٕ کوٚر مےٚ اَتھ ییٚتھ خرچ۔ تہٕ یوٚہے اوس بہٕ
کِتاب لیٚکھنک وجہ تہٕ توفیق بخشُم خُدایَن۔

قطعہ

روز وُمرن بہٕ گُلستان موجوٗد — آسہٕ خاکس اندر ژلتھ بہٕ تہٕ خاک
بہٕ چُھس نقشا زِ لُکہٕ کرن اَتھ یاد — زندگی نتہٕ چھیٚنے کرٕ پوشہٕ لوٚتی ساخ [1]
یَپر دِلہٕ وول کرِ رحم شاید — میثانہٕ حقہٕ مَنگہٕ کیٚنہٕ بہٕ ایزد پاک

سٕتہٕ نظر مُطابق ییٚتھ کِتابہ ہِندس ترتیبَس تہٕ حِصہٕ باگیہ منز
ژھوچرس کام ہیٚنی، چنانچہ اَتھ گٕنس باغس آے جِننکی ژٕ ٹھی
اُٹھ حِصہٕ کرنہٕ، امی موکھہٕ لوٚب اُمی ژھوچرٕ یُتھ نہٕ زَن شرمندگی
ژلنی ییٚتھ۔

عربی

خدا ے چھُ سارِ وے کھوتہٕ رُت زانن وول تہٕ تسی کُن چھُ اَسہٕ
گژھُن تہٕ سُے چھُ سون ماشٕٹھ۔

اَکِم حِصہ :- بادشاہَن ہِندین عادتن مُتعلق
دوٚیِم حِصہ :- دَروِیشَن ہِندِس اخلاقَس مُتعلِق
ترٕیِم حِصہ :- قناعت کِس بحرَس مُتعلق۔

[1] بہٕ معنی ساخت، بناوٹ یا بُنیاد۔

ژوٗرُم حِصہٕ :- خاموشی ہِندین فائیدَن مُتعلق

پاٗنژُم حِصہٕ :- عشق تہٕ جوانی مُتعلق

شیٚیُم حِصہٕ :- بُجر چہِ کمزوٗری مُتعلق

سٔتیُم حِصہٕ :- تربیت کِس نائشی رَس مُتعلِق

اٮ۪ٹھِم حِصہٕ :- دوستہِ بیٚٹھِہ ہِندین طُریقن تہٕ دانائی مُتعلِق۔

مثنوی

وقت اوس رُت مُکمل گیہٕ گُلستان
شیٚنے ہتہ تیٚیہٕ بیٚٹھی ہیٚتراہ بیچری سَنے زان

نصیحتہ واتہٕ ناوِنی اوس مَقصَد
یوٗکُس پانَس تہٕ پُشروُم بہٕ ایزد





# گوڈنیُک حِصہٕ

## بادشاہَن ہندِس عادتَن مُتعلق



### حِکایت ۱

مےٚ بوٗز زِ اَکہِ بادشاہَن دیُت اَکھ قیدی قتل کرنُک حُکم۔ قیدی بیچارَن ہیوٚت ناوِ میٚید گژِھتھ بادشاہ ہٕندِ ناوِ بد رَد وَنُن تہٕ لَکہٕ لیکھ کرٕنی، تِکیازِ وۄنیمُت چھُکھ زِ یَس زُوٗچ ژٕراٛنٛتھ سوران چھےٚ سُہ چھُ تہٕ نِہ وَنان یِہ تَس دِلَس منٛز یوان چھُ۔ بیت ؎

یٚیمِس سورے یچھِنچ ژٕراٛنتھ سےٚ اَکھ ... نیٚتے تلوارِ دِیہ تا تخفف بلا شنک

شعر عربی

یَس جانِ منٛس ییٚتھ یوان واتان چھُ لیکن ییٚتھ ... ریٚتھہٕ پاٹھی عاجز ژٕراٛر کران ہوٚنی ہیٚتھ وار

بادشاہَن کوٗر معلوٗم کیا چھُ وَنان۔ اَکِ نیک خصلت وزیرن وۄنُس زِ بادشاہم سُہ چھُ وَنان زِ تُہٕ لکھ چھِ سیٚٹھا رٕتی آسان یم زَکھ ژٕاپان چھِ تہٕ لُکن بخشان چھِ۔ بادشاہَس آو تَس ییٚتھ رحم تہٕ سُہ قتل کرنُک خیال کوٗرُن ترک۔ بیاکھ وزیر یُس زَن اَمِس وزیرَس مُخالف اوس وۄنُس زِ اَسہِ ہوٚیِن عہدہٕ دارن پَزِ نہٕ بادشاہ ہٕندِس

دَربارَس منٛز آیٚہ وٕنُن۔ اُمی قیدی زارِ نوتو ہہ لیکہٕ تہٕ ہیٚبہ ووٚ ننوَیدرِ کر۔ بادشاہ گو یہ بوٗزِتھ نار و نار تہٕ ووٚنُن زِ مےٚ آو تٔمی سُنٛد اَیٚز چیانہِ پیٚٹھ کھوتہٕ سیٹھا پسند۔ تِکیازِ تٔمی سُنٛد اَیٚز اوس صلحس کُن تہٕ چانہِ بنیاد آسہ خیانتس پیٹھ تہٕ عاقلو چھُ ووٚنمت زِ مصلحتہٕ وول اَیٚز چھُ فتنہٕ کرَن وٲلِس اَیٚزِ کھوتہٕ رُت۔

شعر

آسہِ یُس بادشاہ سُنٛد سے وزیر      تَس پَزِ نہٕ ہُدی زانہٕ دِنی زہر

## لطیفہ

فریدون[۱] ہٕندِس محل خانہٕ کِس منبرَس اوس لیٚکھِت :۔

مثنوی

بہِ دُنیا چھُنا پوشہ وُن کانٛسہِ تَے      دِلَس منٛز رٹُن سُے وَنان یُس چھُ دَے
حکومت نہِ آسی ہَبے بَرٛتھ چھِ ملَے      ژٕ ہِ ہوی کانٛہ کالِن نہٕ مارِن تِمے
زُعس واتہِ وَق آسہِ بیٚیلِ نیرَنُے      مرُن بر تخت یا میٚژرِ پیٹھ کٔنے

## حکایت ۲

خراسانکی اَکی بادشاہن وُچھ سُلطان محمود سُبکتگین[۲] خابَس منٛز۔ زِ تٔمی سُنٛد سورُے جِسم اوس میٚژرِ سٕتی میٚژر گومُت مگر اَچھ آسَس موجود، کھانکھرن منٛز نژران تہٕ اورِ یور وُچھان۔ امیُک تعبیر وننس منٛز گیِٔ ساری عاقل گلی۔ اَما یوٚزٕ اَکی عاقلَن ووٚننکھ :۔ ریٚشہ چھُ وُنہِ تہِ نظرے زِ ملک چھُم بیٚیِن اَتھہِ

قطعہ

سیٹھا نامور گیِٔ زمینس اندر      مرِتھ ما تِہنٛد اَکھ نِشانا ہیٚنبر

ع ۱ ایرانُک اَکھ بادشاہ ییٚمی ضحاک ہارِ نوو۔

ع ۲ اَکھ ایرانی بادشاہ۔

دَفن سَپنۂ زمینس اندر کتی گئے
کیٚمبو کرٕ ہلوٗے کتی کھیے سَر بسر
چھُ نوشیروان زِندٕ انصافہٕ ستی
زِندَے وُچھنہٕ گُمنام کینٛہہ مگر
زٕ کرٕ نیک کامہ غنیمت چھُ دم
بڑٕ وٚہیے کرِتہٕ کینٛہہ چھِیے عمرٕ مختصر

## حکایت ۳

دَپان اکھ شہزادٕ اوس ژھوٚٹ تہٕ بد صوٗرت۔ تمی سٕندی باقے باے آسی زیٹھٕ تہٕ خوششوٗی۔ اکہ لٹہٕ کرٕ اَمِس ماَلی حقارتہٕ تہٕ غوصہ سان نظر۔ شہزادٕ اوس دانا تَس توٗر بہٕ فکرٕ تہٕ ووٚنُن ماَلِس کُن۔ دانا ژھٕنگہٕ چھُ زیٹھِس بیٚقلِس کھوتہٕ بہتر۔ اَتھ کَتھ کُس کرِ انکار زِ یُس چیز قدٕ کِنۍ یا مقدارٕ کِنۍ کم آسہِ تَتھ چھُ قیمتھ زیادٕ آسان۔

### فقرٕ

ژھاۍ ج چھیے حلال اَما پوٗزٕ ہوٚس چھُ حرام

### قطعہ

اکھ ضعیفا اوس سخ دانا یُے کار
بیٚقلِس طاقتورِس وُچھ کیا دوٚپُن
آسہِ گرٕ عربُک سیٹھا کمزور یوٗد
خرٕ کھیٚلِس کھوتہٕ تونہٕ سے بہتر چھُ کُن
ماَلی کوٗرِس اَسنا۔ وُزیرَن تہٕ اُمیرَن گیہ بہٕ کتھ سیٹھا خوش تہٕ
یاَین گوٚس اَندری دِق

### قطعہ

یوٚت تامتھ یہ زِلو مُژرِ انسان زانِتہ
ییٚتاہ کُس تمِس مُتھٕ ہوٚتر چھانہٕ کانٛہہ
سہٕ زانِتھ زٕ جنگل چھُ خالی مگر
شُنو یکتھ ژھایہ ہوٚل آسہ سہہ تونہٕ ما

دَپان اَنہِ وقتُس مُتھٕ آو بادشاہَس اکھ ووکھ دُشمن حملس۔ بیٚمہ ساتہٕ دوٚن طرفَن سُند فوج مُقابلہٕ خاطرٕ جمع گو سارِ نے بڑٕ وتہ

یُس مُقابلہٕ خاطرٕ میدانَس مَنٛز وۅٚتھ سُہ اوس یوٚہے شہزادٕ تہٕ تٔمی وۅٚن :-

قطعہ

مےٚ زانٛم بُزدِلا کیٛاہ چھُس بہٕ ہرگز
جَنگس مَنٛز خوٗن دُین چھےٚ میانٛی خصلتھ
مُقابل یم کرَن تِم گیٔے وفادار
وَلیکن یوٚد چھُہ دُشمن روزِ نیُس پتھ

بی وُنِتھ کوٚرُن دُشمن ہِندِ ین سپاہَن پیٹھ تیٛتھ حملہٕ زِ کینٛہہ تجربہ کار فوجی کٔرِن قتل۔ تہٕ بیٚیلہِ مآلِس نِش وٲتِھ سلام کٔرِتھ وۅٚنُن۔

قطعہ

مےٚ زانٛن موٚٹ نہٕ تھوٚد گوہ ہنرِ وولا
شَرَف کیٛاہ بےٚ ہنر خوشوٗن نہٕ آسن
سِپٲہ کمزور گرٕ لگِہ تو نہٕ درکار
جنگَس مَنٛز دانٛدموٚٹی وَن کٲم کیٛاہ دِن

وَنہٕ چھُہ آمُت زِ دُشمنُن فوج اوس بارٕ تہٕ یورٕ کی نفرأسی سِپٲہ کم تہٕ کینٛہہ وکوٚرُ زُلنگ بَرادٕ۔ شہزادَن دِیُت نعرہ زِ بہادرو خبردار، زِنہِن ہِندی پاٹھی مہ زُلو۔ تٔمی ہِندِ وَنہٕ بُڈے بہ سِپاہَن ہِمت تہٕ بکدَم کوٚرُکھ حملہٕ تہٕ آمی دوٚہ لیٛکھ دُشمنَس پیٹھ فتح۔ مآلی کرِنَس موٚہ تہٕ بنُن ولی عہدٕ۔ دوٚہ کھو تہٕ دوٚہ گوس زیٛادٕ ٹُوکھٹ تہٕ اکِہ دوٚہ پنوُن دارِ کِنیٛ تہٕ کوٚرنَس ٹھُکھٕ۔ شہزادٕ اوس عٲقل تَس تور فکرِ۔ اَتھہٕ روٚٹُن بیٚتھ تہٕ وۅٚنُن زِ یہ چھُہ نامُمکِن زِ ہنرِ وٲلی مرِن تہٕ بےٚ ہنر رٹَن تہٕ تھنٛزِ جاے۔

شعر

پٔرنتھ اکھا شکنَس کرٕ نی بٔزرہِ لار دۅٚر
درجہان یوٚد سایہ بختک موکلِہ لور

اَرِچ خبر واتنأوس مآلِس نِش۔ تٔمی بُلأوی تٔمی ہِندی بأے تہٕ دِیُت تِکھ مُناسِب سزا۔ اکِہ اکِہ دیُتکھ مُلکہ مَنٛز پنُن حِصہ باگرِتھ بیٚتھہٕ پأٹھی زھیوٚن

تناز عہ:۔ یکبازِ ذٕہ درویش ہکن اکس ژادرنل شونگتھ مگر زٕ بادشاہ

وہیہن نہٕ اکی ہسے ملکس منز۔

قطعہ

درویش کھیبہ اڈژوچہ ہن پانس	اُڈہن باگرتھ دیہ درویشن

بادشاہ یامتھ تخٕتس بیٹھہ کھوت	دیہ کیتھہ کنی دیہ تھپھ بیبہ ملکن

## حکایت ۴

عربچ ژٕر جماعتھا اکس اکس بالہ ٹھنگس بیٹھ تہٕ یکہٕ وننہ اکھ

وتھ کرٕ مژ بند۔ شہرکی لکھ اسی تہند امہ طریقہٕ ستی کاشہ بنیٲمتی۔ نہ

فوج نہ اوس تنگ آمتٕ۔ شہرکیو عاقلو کوٚر مشورٕ زٕ اتھ پزٕ کینٛہ

علاج کرُن۔ ورنہٕ اگر کینٛژٕس کالس یتھے کٔنی سلسلہٕ جاری روٗد۔ بتہٕ

ہکو نہ یمن کینٛہہ کرِتھ

مثنوی

یُس کُل آسہِ وتہٕ لگہٕ وونے	مُلہٕ تتھ کڈ کاشہ کُن زونے

بزٕ آرتھ یامتھ لبہ وُسجار	پہلوان گاڑی تتھ اتہ ما یار

داغ گژھہِ حل حل یند تھو یہٕ ستی	غفلت گیہٕ ہیمی پی تن عہ کنتی

تموکوٚر فیصلہٕ نہ اکھ شخص کوٚر کٔہ تہند بیاگڑی مقرر۔ تہٕ

روٗدی زاگہٕ۔ بیٛلہ تم اُکس فوس بیٹھ حملہٕ کرنہٕ گامتی آسی تہٕ جاے

اُس خٲلی۔ کینٛہ تجربہ والی اِنسان آے، تم روٗدی گو پھن منز ژوٚر۔

روٗنلہ بیٛلہ ژوٚرسن ہتھ واپس آے۔ پوشاک، ہتھیار تہٕ لوٗٹہٕ

مال تھوٗکھ اکیتھ کُن تہٕ گو ڈنتھ لیش دشمن یمن بیٹھ حملہٕ آورسیٛن، سو

اُس نِنڈرِ نہ ہتھے کٔنی گٔذریاو راژ ہتند اکھ حصہٕ۔

شعر ے

آفتابن لاَے ووٚٹھ گچھِرس اندر    زنتہٕ یُونسؑ گاڈ لوٚرِ شکمس اندر

بہادر گُکھ دِژاے گوٚ بچھو منٛز تہٕ پٔرِتھ کٲنٛہہ کوٚر گکھ رز گنٛڈ تہٕ صبحاے کرِ گکھ بادشاہَس نِش حاضِر۔ تمۍ دِیت سارِنٕے مارنُک حُکم۔ تِمن منٛز اوس اَکھ نوجوان، یُس اڈٕ پھوٚل گلاب ہیوٚہ اوس۔ اُکۍ وزیرن کوٚر بادشاہَس سُجدٕ تہٕ ہیٚژن سفارِش کرٕنۍ۔ زِ بیٚمۍ جوانن چھُنہٕ وُنۍ جوانی ہِند مزٕ ہے وُچھمُت۔ تِہنٛدِ انصافہٕ کرٕ کیتہٕ چھُم توقع زِ توٚہۍ کرِ واُمِس معاف۔ بادشاہَس کھوٚت شرارت نکیاز یہِ کتھ آیس نہٕ پسند تہٕ ووٚنُن:۔

فرد ے

آسہِ یُس اَکھ نیک، بد ہِشز وَنتہٕ سُے صحبت رٹِتھا
وَنتہٕ تھٔز لرِ ٹاوَرس بیٚھٕ ڈوٚنۍ کُل لاگُن یزٕ ثیا

یِہنٛد بٕتھول موٚکے ختم کرُن چھُ بہتر نکیازِ نار تہٕ ہیوٚرِتھ نتیجر اُنۍ تھاوٕنۍ با سرِ بچہ مارِتھ تمۍ ہِندِس بچس حفاظت کرٕنۍ چھُنے نہٕ عقلمندی۔

قطعہ ے

شفاواُنۍ رٔد بدے یوٚد وسے لوٚن    پھِرِسس نیرِ تا فصل سِر تل بِٹیاسون
مہ راوَر وَق کمینس سِنۍ ہرگز    شکرِ یٚژ لوٚرِ نیرِ تا تھاوٕ ژٕ نے طوٚن

وزیرن لوٚز یہِ کتھ تہٕ بیٚتھ تِتھہٕ مأنِن تہٕ تعریف کران ووٚنُن زِ یہِ کیٚنژھا بادشاہَن ووٚن تہِ چھُ صحیح۔ مگر عرض چھُم یہِ زِ اگر ہمہٕ نے کمینن سِتۍ روزِ بٔلِہ بنہٕ کمینے مگر وومید چھُم زِ نیکن ہِشز صحبت قبوٚل کرِ نَس تہٕ کرِ نہٕ وابہٕ۔ نکیازِ وُنۍ چھُ لوٚکُٹ تہٕ بنہٕ قوٚمکۍ بر عادت چھُنہٕ وُنۍ تمۍ ہِندِس خصلتس منٛز شٔرۍ ہتۍ۔ تہٕ حدیثِ شریف چھُ:۔

"بڑ نہ کاتھہ شُر چھُ مسُلمان زلوان ینہٕ چھُ تمی سُند سول موج
تمِس یہوُدی، نصرانی یا کافر بناوان"۔

قطعہ

بدَن ینتی بام لوُگ نوحؑ سُند شہ فرزند
زُٹھن خاندانس نَس وایہِ ماگوس
وُچھُن ہیُون اصحابِ کہفَن سُندیٚ زِے
تِمس صحبتکہ رنگہٕ تا شِر بسَن اوس

بہٕ ڈنیتھ رُلے بہٕ وزیرَن ہنٛز اکھ جماتھ اُمِس ینتی تہٕ تِم تَتہِ لگی
سفارِشس کرنہٕ تہٕ بادشاہَن موُن شہ بلہٕ نزاوُن تہٕ ووُن زِ بہٕ چھُس اُمس
معاف کران۔ نیوُد وے مناسِب چھُمہٕ باسان۔
موختصر روُ چھُکھ بہٕ لرٛکہٕ نِغنتو ینتی تہٕ اکھ عالِم ہٕ ادیب گوُرکھ تمس
ادَب ہیچھنادینہٕ خاطرِ مقرر۔ خیر تمی ہیچھنو وشہ ووُنفن بہُن کنُتھ بانھ تہٕ
شاہی دربارٕکی آداب وغارٕ شہ گوسارٕنے ٹوکھٹھ۔ اکہ دوہہ اوس وزیر
تمی سُندین رتین عادتَن ہنٛز کتھ بادشاہس برونٛہ کنہِ کران تہٕ ونان
زِ نیک صحبتنہٕ ینتی چھُ شہ سٹھا نیک تہٕ رُت بنیوُمُت۔ بادشاہس
آو اسُن تہٕ ووُن۔

بیت

رامہ ہوُنی سُند نسل بنہٕ بس رامہ ہوُن
بوُد شہ انسان اندر بقا وِنہٕ رچھون

اَتہٕ کنُتھ گیٚ ذہ وُری تہٕ محل خانَچ اکھ بدمعاش جماعت رَلے بہٕ
اُمِس لرٛکس ینتی تہٕ کورکھ لچہ واکھٹھ۔ لوُتانی تِموَ موقہ لبِتھ وُزیر تہٕ
تِہندی زِ نیچوی مارِی۔ تہٕ کافی دولت ژوُرِ نیتھ ژول شہ بنوٚکھ مالی
سِنٛز جایہ اکس زوُر کھوتُس منٛز تہٕ کرِن بغاوت۔ بادشاہَن ژھی
وندَن ثَل اوْ نگج تہٕ ووُن :-

قطعہ

خراب ماسِ بنیا زانِہ جان سامان
بنیا زانِہ تربیتہِ ستی بنیک بدکانِہ
چھُ یاران یوٗد تقوان پاکیزہِ خصلت
پھولُن تِمہِ ستی مأگل شُرزِ ھوٗٹس زانِہ

قطعہ

کھیتیا تیکلس اندر زانِہ پوش وننم
ژہ گو تتھ بیٹھ وقت بےہوٗد خرچن
کمپنس ستی نیکی تتھ حسر کیا
شریفن گوشہ کاچل زورِ آٗمُن

## حکایت ۵

مےٚ وُچھ اکھ سپاہ اغلمش[۱] ہندِس برس بیٹھ۔ سبہہ اوس سیٹھاہ عاقل، دانا تہٕ ذہین۔ لوکچارِ پیٹھے آسی تِمہِ ہندِ ٹِکہِ بیٹھہٕ بجرکی نشانہٕ لبنہٕ یوان۔

فرد

سِتارا اوس تَس کھسہٕ وُن ارجمند
دِہماغا نفوٗد نہٕ سیٹھاہ بوٗعقلمند

مختصر گوشہ پادشاہَس لوٗسٹھ تکبارِ تَس اُس شکل تہٕ جان تہٕ عقل تہٕ تہٕ عاقلو چھُ وونمُت" امیری چھےٚ دِلہٕ کِنی مالہٕ کِنی نہٕ، زِ چھُ عقلہٕ کِنی وُمرِ کِنی نہٕ کیٚنہٕ۔ تِمی ہندین ساتھین آو حسد نہٕ لاج تَس ژوٗرِ ہا ژِھ۔ نہٕ تَس ارناوتہٕ خاطرٕ لگی بےفایدٕ کوشش کرنہٕ۔

مصرعہ

بیلِہ دوست مہربان آسہِ، دُشمن کیا ہیکہ کرِتھ

بادشاہَن پترِ ژھس بہشتر دُشمنی ہُند کیا وجہ چھُ۔ تِمی ووٚتنس زِ بادشاہ ہندِس پوشہٕ ونس سایس تل بیتھ، ییمِس خدا ہمیشہ موجوٗد گژھِ نِخاوُن کرِتی مےٚ ساری راضی لغارِ حاسِد۔ خدا نِخاوِن

[۱] یہِ چھُ اکِس بادشاہ سُند ناو ۔ اصلی ترکی لفظ

بادشاہ سلامت سُنْد دبدبہ ہمیشہِ قائم۔

قطعہ

میانی کوشِش دِل نہٕ رنجہ دُن کانسہٕ سُنْد
حاسِدس پننے حسد رنجہِ ناوِ دِل

حاسِد اگر ژھ مرگژھکھ آزاد تیلی
حسد نخاوِی منز دوہے نژرِ ناوِ دِل

قطعہ

کم بختس در دِل تمنا
خوش بختس گوژھ لاکھ ژوُس

افتابس کُس کھالہِ خطا
اُچھ دادی لد سے زن چھپہٕ وون

بیہٕ گژھہ افتابس کرٕ بہنہر
ساسن بیقی زِ پے تنن اوّن

## حکایت ۶

عجمکی اکی بادشاہن اوس تُکن ہندس مالس پیٹھ اتھہٕ ورومت تہٕ ظُلم و ستم شروع کورمت۔ لُکھ لگی تمی سُند ظُلمہٕ کِہ کانبہٕ ژلنہٕ تہٕ کوژکھ اور یور گژھنک منز۔ بیلہ آبادی منز کمی ہیتژن گژھنی آمدنی گئیہٕ کم تہٕ خزانس گوژھ ہر۔ دُشمن گئیہٕ مُلک فتح کرنہٕ لائج تہٕ لگی زور ورُ بننہِ۔

قطعہ

مُصیبتہِ وقتہٕ ویژھِ یُس مددگارا
خوشی منز گژھِ شرافت سے کرُن عام

کرکھ تُندی تہٕ نوکر تام ہیبہٕ وَتھ
مہربانی بناوی وو یرہے رام

اکِہ دوہہٕ اوس تمی سُنز مجلسہِ منز شاہنامہٕ[۱] پرنہٕ یوان۔

[۱] ایرانچ قومی مثنوی یوسہٕ فردوسین تصنیف کرمژ چھے۔

ضحاکؔ ۱ سِنٛدِ حکومتک برباد گژھُن تہٕ فریدوٗن سِنٛدِ حکومتُک حال اوس
بَیان سپدان ۔ وزیرن بٕرژھ بادشٲہس زِ نوٚہہ توٚر وکینژ تکبرٕ زِ فریدوٗن
پَس نہٕ خزانہٕ اوس نہٕ لشکر تس آیہ حکومت یدست ۔ بادشٲہن ووٚنس
تتھے کٔنی ییتھ کٔنٛی ژے لوٚزُنھ زِ لوٗکھ گٔے تمی سِنٛدی وفادار تِمِنٛہ نَس
اَندی اَندی جمع تہٕ ہنوٗ لوکھ مضبوط ۔ زِ سہ بنیاوٗ شاہ ۔ وزیرن ووٚننس زِ
بادشاہ سلامت ییٚلہ زَن لوٗکن سِنٛد بکہٕ ووٚڑہٕ سمُن بادشٲہی عطا کرنہٕ
خاطرٕ کٲفی آسہِ ہے تیٚلہ کیاز چھِکھ زٕ لکھ ژٕلراوان ، اندازن چھُی نہٕ
ژے بادشٲہی کرُنک خیال ۔

فرد ؎

سیٹھا رُت چھُہ لشکر ژھینی خوٗن دِتھ
کرِے شاہ شٲہی یہ لشکر ژھینتھ

بادشٲہن ووٚننس زِ فوج تہٕ لوکھ بکہٕ وٹہٕ کرنک کیا طریقہٕ چھُ ۔
وزیر ووٚتھُس زِ بادشٲہس پزِ کوٗشِش کرٕنی زِ لکھ پانس نِش
سوہبر بَخ ۔ تہٕ تِمن بیٛٹھ پزِ پٔس رحم کرُن یُتھ زن لکھ تمی سِنٛدس
سایس تل روٗزِتھ بے خوف روزن ۔ تہٕ ژے مثر چھِنے تہٕ یمہٕ دوٚ شتوے
کتھہ ۔

مثنوی ؎

| | |
|---|---|
| ظالم کیا کرِ بادشٲہی | رامہٕ ہوٗن ماکرہٕ پہٕلی گرٕی |
| ظلمس بینہٕ ترٛاوٕ نے بنُنیاد | تمی کوٚر پانے مُلک برباد |

وزیر سُنٛز نصیحت آیہ نہٕ بادشاہ سِنٛدس مخالف منس
راس تہٕ تمی سٔنٛز کتھہ کھوٗرس زٕ کھ تہٕ سوٗزن وزیر جیل ۔ کیٚمے کال
گژھِتھ تل بادشاہ سِنٛد پوٚپنٕر پو بالیوٗ فساد تہٕ مقابلہٕ خاطرٕ کوٚر کھ

۱؎ یہ اوس ایرانُک اَکھ ظالم بادشاہ ۔

فوج تیار تہٕ مالی سُند مُلک لُگ ژھانڈنہٕ ۔ یم لُکھ بادشاہ سُند ظُلمہٕ
سِتی تنگ اُسی آمتی تہٕ ہٹر ہٹر اُسی پھیران تِم گئے تمن نِش جمع تہٕ
کوٚر یکھ اَکھ رۄٹ ۔ بادشہس گیہٕ بادشاہی اَکھہٕ ۔

مثنوی

بادشاہ یُس عاجزس پیٹھ تھاو جاری حکم تے
دوس تامتھ رۄز سختی تس بنان دُشمن چھ ہے
صلح لوکن سِتی تھاوِتھ چھُے نہٕ دُشمن سُند ژےٚ ڈر
عدلہٕ والِس بادشاہس لُکھ چھِ فوجی زور ور

فرد

ہوشں تھو کمزور ہے غم دۄر کر
تھاو سختی وقتنہٕ بیچی اندر نظر

## حکایت ۷

اَکھ بادشہ اوس عجمہٕ کس اَکِس غلامس سِتی ناوِ منز سفر کران ۔ غلامن
اوس نہٕ امہِ برونٹھہ زانہہ ناوِ ہُند سفر کوٚرمُت تہٕ نہٕ اوسُن زانہہ دریاو
وُچھمُت ، تمی ہیوٚت وَدُن تہٕ رِوُن تہٕ زالِس تھر تھر ۔ امہِ سِتی گو
بادشاہ سُندِس لُطفس خلل ۔ یکباز نوزُک طبیعت چھِنہٕ یِژھ کتھہٕ
برداشت کران ۔ کانسہِ نوٚگ نہٕ بوزُن زِ امیُک علاج کیا چھُ ———
اَکھ دانا اوس اَتھ ناوِ منز تمی وۄن بادشہس زِ اگر توٚہی حُکم دِیو تہٕ
کرٕ ناوٕن شہ اَکھ ژھلہ ژھو یہ ۔ بادشہن وۄنُس زِ سو گیہٕ بڈ مہربانی ۔
دانایَن وۄننکھ زِ غلام والِبوٚن آبس منز ۔ تس لجہِ ڈۄنگہٕ اَکھ زِ ۔

امُصیبتہٕ کہِ دوہہٕ

تہٕ اوٗنکھ مستہٕ رٕٹنتھ۔ تمیٚ کُر دوشنو بوٲتھو ناوِ ہندِس پوٚت تمس کھنچہ تہٕ
گو الونڈ۔ بیٚیلہ دٔرباوِ مشنرکوٗڈکھ شہہ بیوٗٹھ اکِس کونس مشنر تہٕ آس
آرام۔ بادشاہ گوحارٕتن تہٕ پرژھن زِ اَتھ مشنر کیا دانٲیی آس۔ داناہن
دیُت تس جواب زِ امی غلامن اوس نہٕ آمہ برونٹہٕ پھٹنک مزٕ وچھمت
تہٕ ناوِ ہنٛزِ سلامتی نِشہٕ تہٕ اوس بےٚ خبر۔ ارامچ قدر چھُ تمے زانان یُس
کُنہِ مُصیبتس منز ہیہٕ ہیہِ۔

قطعہ

بڈ برنتھ کیس آسہِ تَس کھرٕ وُشکہ ژوٚٹ
چھےٚ سو نعمت تس بیمس نا کیٛنٛہ سینےٚ

حور دِ پہ اعراف ہےٚ جہنم یوٗہےٚ
جہنمی اعراف ہےٚ جنّت وُینے

شعر

اکھ گوٚ بیٚیمی چھو وصلک مےٚ
بیٚیے کِس معشوقِ سُند کیا پےٚ

حکایت ۸

عجمک اکھ بادشاہ اوس بُجرس منز بیمار گومُت تہٕ زندگی ہنٛز
وومید اُسس سورے ہٕژ۔ اکِہ دوہہ آو اکھ سوار دٔروازٕ کنی اندر
تہٕ ووٗننس زِ تُہندِ اقبالہٕ زیوٗن اَسہِ فلانی قلعہٕ تہٕ دُشمن گوٚر نٲدٕ
تہٕ تمی سُند سوٗرے فوج بنوو ماتحت۔ بادشاہن ترٕوو ہُرن ووشا

نہ ووٗنس زِ یہ خوشخبری چھےٚ نہ مےٚ بٲنہٕ خاطرٕ بلکہ مےٚ بٲنہٕ دشمنن ہندِ خاطرٕ
یعنے تخنہٕ کیٚن واریٖثن ہندِ خاطرٕ

قطعہ

دُہر رٲوم تمنّا ہیتھ مےٚ دَر دِل — گژھہ ہیم نامُدعا دِلہٕ کےٚ مےٚ حاصِل
عسر کیاہ یوٚد ووٚل مقصد آم دَر دست — بیہ یا بیٚہہٕ زِندگی بیہ پھیرِتھ چھُ مشکل

قطعہ

ووے مژنک نقارٕ اجلکی اتھن — اُچھ گژھن بیٚد کرن کُلس رو خصتھ
اتھہٕ کھو نہٕ ووٹھ ہنرِ ساری نان — ییٚن بے حس زِندگی چھیٚ یس رو خصتھ
دوستو بخش زلو گژھے پانے — بد نہاد ووکھہٕ دشمنس رخصت
زِندگی راوِرم اتری کری کری — توٚ ہی وُ وِ زرت کرِو بدس رخصت

## حکایت ۹

ہرمُزس[۱] پرژھکھ زِ مٲلی ہندین وزیرن کیاہ خطا وُچھت ژےٚ زِ
تم کرِی نفکھ فاد۔ تمی ووٚننکھ زِ مےٚ کوٚر نہٕ تہنٛد کانٛہہ خطا معلوٗم،
البتہٕ چھم پوٚرہ پژھ زِ تہندین دِلن منٛز چھہ میٚون خوف تہٕ مےٚ بٲنہٕ
وفاداری پیٹھ چھُنہٕ تمن پوٚرہ بھروسہ۔ مےٚ گو اندیشہ زِ پننہٕ نقصانہٕ کہ
خوفہٕ ما مارن مےٚ۔ لہٰذا کرُم مےٚ داناین ہندِس وننس پیٹھ عمل
تکیاز دانا ہو چھُ ووٚنمُت۔

قطعہ

کھوژنس یُس کھوژان ژےٚ — یوٚد زِ یہنہٕ گژھ زور وار آسکھ
ٹوپھ دوان بہلس سرپہ توے — ہیتھہٕ گالِس پوٗلِ والیس ژرکھ
برار یا منٛز گژھان پامال — پنجہ لایان ہیٚس اچھن بے شکھ

۱ نوشیروان بادشاہ سُنٛد ہیٚچو۔

## حکایت ۱۰

یہ اوسُس دمشق چہ جامع مسجدِ منز حضرت یحییٰ[1] سٕندِس قبرِ پیٹھ اعتکافس زِ ژٕ اکھ ظالم بادشاہ آو تہٕ پٔرن نماز۔ دُعا موٗنگن تہٕ اوس کیٛاہ تام حاجت منگان۔

فرد

غریب و امیر چھانٛی سٲری غلام　　یمِس زیادٕ دولت سُہ زیادٕ بےآرام

اُتی وۄنُن زِ درویشن چھ آسان رٕژھ وانی طاقت تہٕ تمن چھ آسان خدایس ستی واٹھ۔ رژھا دِتہٕ مےٚ کُن یا طلی توجہ تکیاز مےٚ چھ اکِس دُشمنَن ہنٛدِ حملُک خطرٕ۔ مےٚ وۄنُس زِ کمزور رعیتس پیٹھ گژھہِ رحم کرُن تاکہِ زورَور دُشمنَن نِش روز کھ بچیتھ۔

نظم

زورَور اَتھہٕ وِے زٕ کمزور باوُہن　　پاپ چھی مسکین کاتہٕ ازماوُن
یمو نہٕ کر بیمارس بخش تھوٗن تہٕ جس　　بیلہ گژھس رُس وَنیہ اتھ روٗژُس کرِس
یمو وۄوے بد اور کوٚنچھن رُت انجام　　سُے چھ ژٕ لمت ہوشہ تمی ستہ عقل خام
دار کن انصافہ کُن ورناو کرہ　　ورنہٕ ژٕ یے تہٕ کیٛا کرکھ روزِ حشر

مثنوی

چھ آدم اکی جسمہ کی استخوان　　مصالا اکے بنتھ بنیو مُت جہان
اگر آسہ کُنہِ تانہ ہے دود زاتہ　　بیٚین تانہ نے آسہ آرام ما
دِلس نے ژٕ تے کوٚری بیٚین ہنٛد بٔتھ
ژٕ یے انسان ستوٗبی تہٕ ہرگز وَنتھ

[1] اکھ پیغمبر۔ حضرتِ ذکریا سُند فرزند۔

## حکایت ۱۱

دپان بغدادَس اندر گوٗ اکھ نیٚشُتھ درویشا یاد یمی سُند دعا قبوٗل اوس گژھان۔ حجاج بن یوٗسفس ووٚن لوٗکو تہٕ تمیٚ آنہٕ توو یہ درویش تہٕ ووٚننس زِ میٚانہِ خاطرٕ کرتہٕ دعایے خیر۔ تمیٚ موٚنگ خدایَس زِ یمِس آنتہٕ موت وُلی وُلی۔ حجاجن ووٚنُس زِ کیا دُعا چھُے۔ درویشن ووٚننس زِ یہ دُعا چھُ ژےٚ تہٕ سارنے مسلمانن ہُندِ خاطرٕ بہتر۔

### مثنوی

زور ورِ چھکھ دِوان لُکن آزار
روزِ کوٚت تام چھوٗن گرم بازار

وَنتہٕ کتھ لگہِ چاٗنی بادشاہی
چھکھ ژٕ ظاٗلم مرُن ژےٚ بہتر چھی

## حکایت ۱۲

اکی ظاٗلم بادشہَن پرٛژھ اکِس نیک درویشَس زِ بہتر عبادت کُس چھےٚ۔ سہٕ ووٚنُس زِ چانہِ خاطرٕ چھےٚ دُپہرچ نیٚندرٕ بہتر۔ یِتھ نہٕ چانہِ دُسی لُکن تکلیف وانہٕ

### قطعہ

ظاٗلما دُپہرن دُچھم شوٚنگمُت
مےٚ دوٚپُکھ بہتر شوٚنگُن اُمی سُند

آسہ یمی سُند شوٚنگُن دوہس بہتر
زِندگی کھوتہٕ چھُ رٕژ مرُن تمی سُند

## حکایت ۱۳

مےٚ چھُ بوٗزمُت زِ اکھ بادشاہ اوس اکہِ راتھ سیٹھا عیش مَتاوان تہٕ مَس گژھِ ہت اوس ونان۔

بیت ؎

بیا کھ کانٛہہ وَق خوش یوسن آسم نہ زانٛہہ
نَے غمک پرواخوشی ہُشند غم نہ کانٛہہ

اکھ ملنگاہ اوس وَندس منٛز ننگے شوٗنگتھ۔ تمۍ ووٗن:۔

تِتے ہیوٗہ چھنہ عالمس منٛز عاشقہ موٗت کانٛہہ
نہ پانٛس مس بتیٖن ہُشد یا ے کرزانٛہہ

بادشاہس گوٚ اٰمی سُند یہ وَنُن سٹھا خوش۔ دارِ کِنۍ کڈِن روپیہ
ٹھیلی تہٕ ووٚننس اے درویشہ دار ہلم۔ درویش ووٚتھس زِ تَہ کِنہ اَنہ
ہلم۔ ییلہِ نہ منٛنے نالی کینہہ اوس۔ بادشاہس آو اٰمی سِندِس اَتھہ حالس
بیٹھ زیادٕ عار تہٕ تھاوِ تس اَتھہ سنٛی پلوٚ تہٕ پلہ ین درویشس کُن۔
ملنگن کڈی اَتھہ ساری ہسے سامانس گٕژ تام دوہ ہے۔ تہ گوٚڑن ساری ہسے
پھٕٹہ پھاکھ۔ امہ پتہٕ آو بیتہ ؎

قلندر ہسے نہ دولت عاشقس ناب
سٹھا ز ییٚنتھ دو ہےگژھہِ تس کرٔ تجلی آب

بادشاہس وٚنکھ یہ سٔنیتھ تمہ ساتہ ییلہِ نہ تس تمۍ سُند کانٛہہ خیالے
اوس لہٰذا کھوٚت تس شرارت تہٕ کلہ پھیرِ ن ہوٚ کُن۔ اٰمی چھِ خبردار
عافلو ووٚنمت زِ بادشاہن ہنٛد نیٚز مزاجک تہٕ دَندنُک گژھہ خیال
تہٕ حبس تھاوُن زِکیاز نہند توجہ چھِ اکثر ملکہ چین بحن بحن کامن کُن لگیتھ
آسان تہٕ مکن ہنٛز یرپارہ چھکہ نہ لیند یوان۔

مثنوی ؎

کھبو حرامابیمی نہ وقتس بیٹھ وفاداری نہ گٔر     دُمر کھیتھ وُتریاو ماییلہِ امتحانچ واز گٔر۔

بادشہہن دیُت حُکم زِ یہِ فضوٗل خرچ ، ہٮ۪ے جیا بٮ۪یچھ وٗن گُڈلوٗن بٮ۪ینِہ۔ اُمی وُڈاُو ییِژا دولت یٮ۪نِس کم وٗنٛنِس مشُرتہٕ سرکٲری خزانہٕ چھُ مسکیٖنہٕ ہٕنٛدِ اَنکُ خزانہٕ نہٕ زِ سشیطان ہٕنٛدِن بایَن ہُنٛد خوراک۔

بیت ؎

دوہ ہلہٕ ییُس کافوٗری شمعا نِتھاو دزوُن راتھ کیُٹ

زالِہ کیا ژانٛگِس ییٖٹِس اَنہٕ گٹہٕ اندر روٗزِن ضرور

اَکی وزیرن وُوٗنُس زِ بادشاہم میٲنِن مشوٗر چھُ زِ یٮ۪ھتِین لُوکن گرٛزھ یٮ۪نِنی مُناسب حاجتھ پوٗرٕ کرٕنہٕ خاطرِ یوزِتھ رقم دِیُن ٹِھیٖتھٕ فضوٗل خرچی کرٕن مگر دکٕ دیُن تہٕ اتھٕ یٮ۪تھ رُٹُن چھٮ۪یے نہٕ ہمتہٕ والین ہُنٛز کام تکیاز گوڈٕ کانٛسہِ مہربٲنی کرٕنی تہٕ پتہٕ دِل پھُٹرُن چھُنہٕ جان۔

نظم ؎

لالچکی دَرواژٕ موکرٕ زانٛہہٕ دراز یوٚد کرکھ کوشش گرٛزھن مالبتہٕ باز

قطعہ ؎

ژٕ ہٮ۪ے مازانٛہہٕ لُوکھ عربکی جمع وُچھی تھکھ

ژٕ وٚکِس ناگس یِوان مأسی زانٛہہٕ آب

مگر بیٚتہٕ آسہِ آیا صاف ستے میوٚٹھ

دوان ساری نوٚتت اَدِ روزِکِس تاب

ییٚلہِ نہٕ طاقت چھی ژوٚنتم کیا کرن یم چانٛی داب

وفتہٕ وزاہٕدِ کیا کرکھ ژٕ ہٮ۪ے کوٚت گرٛزھکھ یبدکھ ژٕ آب

## حکایت

یژانہِ زمانکی اَکی بادشہہن اُس لُوکن ڈٮ۪یجی وگ تِرٲو مژنہٕ فوجس

اوس سختی کران ۔ آخر آس اکہ دوہہ زبردست دشمن حملس ۔ ساری فوجی
ژٲلی

مثنوی ؎

فوج یوڈ دوے پأنسہ ژنگی کرہن ژ تنگ
کا بہ وأل ترٚ لاگنے بیسلی آسہ جنگ

چنٛدہ چھوٚن کیٛا ہا دِ مردی وقتِ جنگ
اَنہ چھوٚن تس حالِ بد دِل آسہ تنگ

بمو منتر اُس مٔنٛز اکس سیپہس ستی دوستی تس کرٕ مٔنٛز کفو کھ لانہ۔ نہ ووٚنس ژٕ چھکھ کٔمین نہ ناشکرگذار ژٕ گوکھ معمولی ہیر بھیر دُ چھنہ ہینس آغس بھیر تہ نہ وری بہ وادن شد حق ژ ہنٛتہ منتر اوتھ۔ سہ ووٚتھ ژٕ اگر مہربأنی کرتس اندر مٔنٛز قصور وار دُ چھکھ تیلہ چھکھ بوز ونان نہ ژٕ انصاف کرتس منتر، نکیاز میون گرہ چھ فاقہ نہ میأنی زبینہ کأ کھٹی گرو ۔ یس بادشاہ نہ ہینس فوجس ہیٚٹھ مال خرچ کرٕ تمی شد خأطرٕ ژود ہن گیٛبہ نہ بہو دوری

فرد ؎

زر دِ فوجس سرکرن قربان تِم
ورنہ کرنے خجل پھبرن دُنی یہس

شعرِ عربی

یڈ آیہ سپہس مُسے کرہ وار
ژھر یڈ لگہ تس والیس لار

## حکایت ۱۵

اَکھ کُڈِ لٕتھ ژھننہٕ آمٕت وزیر زاد دَرویشَن ہِنز مجلسہِ منٛز۔ تِہنٛزِ برکژٕ کوٚر تٔمِس اَثر تہٕ تَس گو اطمینانِ قلب حاصِل۔ بادشاہ گو تَس رَنبہٕ سَرخوش تہٕ دِژٕ اَمِس بییہٕ کام مگر تٔمۍ موٗن نہٕ تہٕ وونُس نِ آمہِ آو ژبرِ کھوتہٕ ژھپے بٔے کارٕی جان

### رُباعی

بیوٚ ٹھُیس اَکھ لوٚب تہٕ سارٕی راضی چھِس
زانہٕ نہٕ دُشمن کانٛہہ اَکھا بہنہٕ ما تٔمِس
نکنہٕ چِینی نِش تٔمۍ لوٚب نے نجات
کوٚر تہٕ روٗ خصتھ سارٕی سے ووگنِس سِنِس

### فرد

چھُ شاہنِس عزت کوٚ لوز کَن دار
کھوان اُڈی جے دوان ما کانٛسہِ آزار

## حکایت ۱٦

سیاہ گوشَس[1] (جنگلی جانور) ووٚنکھ زِ ژٕ ژے کیاز چھِپے ہٕسہَس سِتۍ روزُن خوش کران۔ تٔمۍ ووٚننکھ اَمہِ موکھ زِ تٔمۍ سُند ژھیوٚٹھ کھیمہٕ تہٕ تٔمۍ سِند سے روبہ دالِس تَل ہیکہٕ بیٚیَن دُشمن ہِند ظُلمہٕ نِشہٕ بچِتھ۔ تِموٚ ووٚنہَس زِ بیلہٕ ژٕ تٔمۍ سِنٛز مِنت ہیٚبٕتھ تہٕ پاپہٕ نہٕ چھکھ بہِ مانان تہٕ تَس نکھ کیاز چھکھ نہٕ گٕژھان تہٕ دوٗر دوٗرے چھکھ روزان۔ سیاہ گوشَن ووٚنکھ زِ تٔمۍ سِنٛدِ خوفہٕ نِشہٕ نہٕ چھُس نہٕ

[1] اَکھ ہنٛز کَن کرِہ سنٕہ اَکھ جنگلی جانورِس ہسین سِتۍ روزان چھُ۔

پوٚر یلہٕ۔

فرد

ہَتھ وُری آتش پرست ہر دم ہمیس
یوٚدٕ زِ ہیس تَتھ منٛز گژھے سُتے زِ ٹی کریس

بَنان چھُہ زِ بادشاہ سُند دربٲری کرِ سون حاصِل مگر یہ تہٕ چھُ مُملِن زِ کلہٕ ہیرے ماژ ٹَنس۔ بادشاہن ہُند دولہٕ مزاز نِش گژھِ جیسہٕ روزن نکیاز ِرم چھِ باضے سَلامہٕ ستی تہٕ ناراض گژھان۔ تہٕ باضے لِکہٕ بیٛٹھ تہٕ انعام دوان۔ ووٚنمُت چھُکھ زِ زیادٕ مسخری گَبہٕ پشیمانن ہِنٛز کام تہٕ شہٕ گوٚ عام فلَن نِشہٕ عاب۔

فرد

بَرزتھ قایِم ہیُن ہر ساتہٕ تھاوُن
اُسُن بے جا ظرافت دوٗر تراوُن

## حکایت ۱۷

اَکِ دوستن کرِ میٚانِس وفتہٕ کِنِ دولتہٕ حالاتن منٛز شکایت زِ آمدنی چھم سیٹھا کم تہٕ عیال ژوٚر۔ فاقہ چھُس تہٕ ہیکان بَرداشت کرِتھ۔ واریاہہٕ لٹِہ کوٚرُم خیال زِ بیٛمہٕ مُلکہٕ منٛز زِلہٕ سُتھ تہٕ میٚانہٕ سِیاہ سفیدِ چ کانسہٕ خبر روزِ۔

بیت

سیٹھا شوٚنگی فاقہٕ ہتھ اَدِ کانسہٕ ما یَے    وُکھُن بیٛٹھ جان وانتھ کُن تہٕ ماگے
مگر عزتی آم دُشمنن ہُند خیال زِ رم گژھن خوش تہٕ بیٛنی بیٛتی دِ رَم طانہٕ تہٕ میانِس
زِلنس ونن زِ اُمس چھِ نہٕ عیالیچ کانہٕ فِکرہٕ

قطعہ

کانہٕ شہٕ بے غیرت تہٕ بنہٕ مانیکہ بخت    روز ہر دم ذِلتس اندر ڈولان
بینہٕ خاطرٕ ژھانڈِ یُس آرام بَس    سُے مُصیبت چھے شِرین کیوٚت موٚلی سوٚان

جنابن چھُ پننہٕ زٕ بہٕ زانہٕ کم زیادٕ حساب اگر توٚہہٕ لایق کانہہ خدمت ہیکہٕ کرِتھ بہٕ روز ؤمرِ تہٕندٕ مشکوٗر۔ میٚے ووٚنمس زِ بادشاہ ہشِنز نوکری چھےٚ زٕ پہلو، اکھ گوٚ گھین حیٚن تہٕ بیاکھ گوٚ جانٕک خطرٕ۔ تہٕ ییٚتھ خطرہ موٚلی ہیوٗن چھُ عامٕ قلن ہشنِ رایہٕ خلاف۔

قطعہ

کانہہ اکھا مُفلسَس نِش وانہٕ زانہہ — ییٚتھ ہیکِس خیرات وَننٕ چھا رَوا
یاتہٕ سختی دار سَرنتہٕ بوز میٚون — جانوارن ہیٚشکِش زُو کھاو با

سُہ ووٚنُن زِ یہ چھُ ینہٕ میٚیانہٕ رایہٕ موٚافِق۔ ژٕ تیٚے چھےٚ نا بوٗزمُت زِ یُس اکھا خیانت کرِ۔ سُہ چھُ بُزدِل بَنان تہٕ تَس چھےٚ ننٕڈ کران۔

فرد

پزٕ ستی راضی اللہ چھےٚ ضروٗر — پزٕ ؤتہٕ ییٚڈ پزٕ نِش کانہہ ما چھُ دوٗر

دانہٕ وَ چھُ ووٚنمت زِ ژٕ وٕر زِٕنی چھہ ژٕون زنین ییتہٕ آسان تہٕ یمَن چھےٚ بابہٕ واٗنی دُشمنی آسان۔ ڈاکٕوٕ دن یا دشہِس ستی، ژٕوٚرن راے چِھس ستی، بدکارَس چُغل خورَس ستی، کانہہ کنڈُوالَس ستی تہٕ یَس حساب صاف آسہِ تَس کیا چھُ غم۔

قطعہ

یٔژھان اَے چھکھ زِ دُشمن زیر کرٕہَن
سہٕ ڈٕل ننیلہِ اعتدالس روز قایم
عمل تھاو صاف کیا غم دوٚب چھہ چھادان
کنٕن ییٚڈ مالہٕ یلوَن وُچھتہٕ دایِم
میٚے ووٚنمس زٕ اَکِس یوژھ لاٗوی سُند فصہٕ چھُ چانِس حالَس

موافِق۔ یُس لُوکو ژَلان ژَلان تہٕ وُسی وُسی پیٖوان اوس وُچھمُت۔ تِمی وۄننکھ زِ میٚنے ہسائی لۄز زٕ سہن چھِ بیگار نِوان۔ تِموٚ وۄنہس، زِ بے فِلا، ژٕ سے تہٕ ہیٚتی تِس کیٚاہ شرُچھ۔ یُسہ وۄتُھکھ زِ اگر میٚتا نو دُشمنو ضِد ستی وۄپہکھ زِ یہ تِہ چھُ ہیٚتی سُنٛد بے بچہ تہٕ رٹِتوٚ وِہس۔ شُرکُس ہیٚہ میٚانہ یِلہ تراوِ پنٕ فِکرِ تہٕ لۄزِ زِ یُس یوٚ تام پوٚز یِزِ تۄ تام عالم دزِ۔ بے شک چھکھ ژٕ یٖزی زیوٚر، دیانتدار تہٕ پرہیز گار مگر کھٹہ کدٕنن وٲلی چھی زاگہ بِہتھ تہٕ دُشمن چھ کھونٕن منز ژھابہ رَوٚز نھ۔ اگر تِم چانی مُخالِفت کرن تہٕ یکنو وکھ بادشاہس نِش نِنہِ کُس اکھ ہیکہ کنتھ کرِتھ۔ لِہاذا چھُ جان یی زِ ژٕ زٕ ٹِھکھ قنا اتھ وَتھ تہٕ دُنیا داری تراوکھ۔

قطعہ

چھُ فائیدٕ یوٚد سیٹھا وِیتھ منز مگر بوز
اگر آرام ژھانٛڈکھ نیٚلی بِہ کٔھے روز

تِمی بیٚلہِ میانی یہ کتھ لۄز، سُہ گو ناراض تہٕ ہیٚبژن شرار تہٕ چھِ کتھ کرنہ زِ بِیمہ چھا دانائی تہٕ عقلہِ منز کتھ۔ دانا ہَن رِہنز یہ کتھ چھِ یِزِ زِ دوس گوشہ یُس قادِ خانس منز یکار بیہ، نکبا زِ کھسہ چَینہ وزِ چھ یِرٕتھ کانتہ دو ہے آسان۔

قطعہ

کری اَرِ جانہ یُس گنتھ دوس ماگو
مُصیبتہ وزِ ہیٚبی ہتھ دوس ماگو

کری یاری ژٕ سے یُس تکلیف ڈٔلِتھ
نِنےہٕ ہیٚرِ یُس یدل وَتھ دوس ماگو

میٚنے نوٚنگ لۄزن زِ سُہ گو ناراض تہٕ میانی کتھ باسے یِس خود غرضی بہ گوس عدالتہٕ کِس افسرس نِش تہٕ یزٲنی واقِفی آستہٕ سبب وۄنس اُمس دوستہٕ سُنٛد قِصہٕ۔ تِمی سُنٛد قابلیتک تہٕ حقداری ہُنٛد حال تہٕ کوٚرم تس

تِنٛشہِ بَیان نہٕ تٔمۍ لوگ معمولی مُلازِم ۔ وُنہِ اوس کہے کال گورمنٹ زِ تٔمو ژٕرِژ تٔمۍ سٕنٛدِ طبیعتچ پاکیزگی نہٕ تٔمۍ سُنٛد ندبیر سان کٲم کار کرُن ۔

لہاذا دِژٕکھ نٔس ترقی نہٕ ووت اَمہِ کھوتہٕ بَڈِس عہدس بیہِتھ قیمت اوسُس کَھسہٕ وُن نہٕ واتان واتان ووت بادشاہ سٕنٛدِس دربارس منٛز نہٕ بنیاو بادشاہ سُنٛد خاص نفر۔ بہٕ گوس تٔمۍ سُنٛد یہِ حال وُچھِتھ خوش تہٕ ووٚنُم۔

فرد

مہ گژھ مایوس کوشِش کرٕ نہٕ یکھ بڑوشہٕ
چُھ گیڈٕ ژٕلی سے اندرٕ ژھیپھ دِتھ شِفا واٰز

شعر (عربی)

مُصیبت وَقتہٕ ہمت بِتھ نہٕ ہار کھ
چھےٚ نعمت ژھایہِ ہول تھ ما چھُ کانہٕ شکھ

فرد

گژھان ناراض کو چھکہ ژکھ ذرا ژھاپھ
چُھ صبرس پوٚد ٹیٚنچھہِ پھل چُھس سیٹھا میوٚٹھ

سِتی آو مےٚ کینٛژن دوستن سِتی مجس گژھنُک موقہ۔ تور زِ بنہٕ وزِ کوٚر مےٚ اُمی اکِس دون ٹراون بڑوشہٕ بیٚرتہ استقبال۔ مےٚ آیہٕ تٔمۍ سٕنٛز حالتھ پریشان لگنہٕ نہٕ باسان اوس زِ نتہٕ دَرویش چھُ۔ شہٕ ووٚنُم زِ بہٕ ژٕ نے ونیو تھ تِی سَپُد۔ اکِس جمازٕ گومیٚون حسد نہٕ لاجہم ہانٛزہ۔ بادشٲہن کوٚر نہٕ پوٚر تحقیقات نہٕ یارو دوستو تہٕ ووٚن نہٕ پوٚز۔ نہٕ یژٲنی یار ژٕھنکھ مُنٛز آونہٕ۔

قطعہ

نمان سآری چھ بخشنس اقتدارس          وندان ژُو یژ تہٕ اکھا چھُے نو بہارس
ڈلی یا منہ نیے سنگا کھورِ بتر ژھی کُس          کران سنگسار اَدِ چھی یار یارس

موقصرزِ بہ پھیشوس رتنگہ رتنگہ تکلیفس مشز۔ تانی واتہٕ حاجین ہشتز والیسی ہشز خبر۔ بہٕ تژوو ہس یژ یڈپو مشز بلہ تہٕ پنن ساماٗنہٕ دیُت ہم والیس۔ متے وو نمس زتمہ ساتہٕ موتھ تہٕ ژٔے میون مشورٕ۔ متے ونیاٗ مے ژٔے زِ بادشاہ ہشز نوکری کرِنی گو دریاوک سفر، یہ چھُ فائدہ مند تہٕ تہٕ خطرناک تہٕ یا لبکھ خزانہٕ تہٕ یا مرکھ طوٗفانس منز۔

قطعہ

نصیحت یس نہٕ زانہٕ درگوشس واتان
کھورن بنین چھُ پانُے بژیڈی لاگان
ییٚمس نَے بیکہٕ ٹوپہٕ ہُند آسہِ طاقت
سُہ اَنچ آسِ اندر اتھہٕ کیناز تژاوان

## حکایت ۱۸

اَکِس شخصس اوس یہند سیٹھا اعتقاد تہٕ کوٚرنکھ کینہٕ وظیفہ مُقرر۔ متے ستی آسی کینہٕ صوفی۔ ظاہر پاٹھی آسی تم سیٹھا نیک۔ اُتھی مشز کرِ تموٗ اندر اکِ تژھ حرکتھ یُس درویشن ہندس شانس موافق۔ نترھ۔ تہٕ کوٚرنکھ وظیفہ بند۔ متے گُیہ خاہش زِ تمن دیٚاو کُنہ پاٹھی بیٚیہ وظیفہٕ۔ لہاذا کوٚر متے تورگژھنک بیٚیہ ارادٕ۔ مگر ڈیڈی وانن تژوونس نہٕ بہٕ اندر تہٕ متے ستی کرِن بدتمیزی۔ متے سوٗنچ زِ

اُمِس چھُپنہٕ کاشہِ قصوٗر تکیاز زِ رٔت طبیعت تھاوَن والیٚو لکو چھُہ وونُمت :-

قطعہ

مہ گژھ حاکمَس نِش زِ بے زان پاٹھی
ژٕ سے کُس پاژوی یار وَن کُس تہٕ کس

نیٚنھے ہیٚوٗن یار آچھِ غیرس وُچھان
سُہ دامَن رٹِھ کھیچھ بہٕ نا کس وِیس

اُتھی مشرلوگ تمی سٕندین دوستن میانہٕ ینِک پتہٕ تہٕ سیٚٹھا

احترامہٕ سان ژوپھس بہٕ اندر تہٕ ہیٚوٚر کٔن بیٚہنوٗہس مگر نرمی

سببہٕ بیوٚ کھُس بہٕ بوٚن کُنُے تہٕ ووٚ نمکھ :

فرد

غلامن اندر چھُس لوٗکٹ اکھ غلام
مےٚ چھم جاے بوٚن کُن یوٚہے چھم مقام

تمی ووٚننم زِ ژٕ کیاز چھکھ بہٕ فرماوان ۔

فرد

اُچھن پننہٕ نے بیٚٹھ کرے لوٗژ سے جاے
چھیم ناز پننا لگی یٚتھنہٕ گرٛاے

موٗخصر بیٚٹھی اُسی تہٕ لگی کتھا کتھا کرنہٕ ۔ یوٚتانی درویشن ہشرِ

غلطی ہشر کتھ وُژھ ۔ مےٚ ووٚ نمکھ :

قطعہ

ژٕ سے ژھِ تھکھ سیٹھا وونی خطا کیا کھوٚتکھ
زِ یوٚتاہ غلامَن ژٕ ناراض چھکھ

بجرٛ وُچھ خدایس چھُہ رزاق سُے
گُنہگار آسنہٕ تہٕ پالان سُہ چھکھ

حاکمَس آیہ یہ کتھ پسند تہٕ تہند وظیفک کوٚرُن بٔنیہ

اِنتظام تہٕ بیٚرٛا نین دو ہن ہُند خرچ دیٚت نکھ ۔ مےٚ کوٚرمس

شُکر بہ تہٕ سَلام کرِتھ ہیوٚ تُہم ینیرُن تہٕ اَمہِ موکھ ہٕنٛزِ مس مٲقی زِ مئے کرِ یِژھ نہٕ کَنھہ ژِ ئے بزوشہ کینہٕ

قطعہ

حاجنن ہُنٛد قبلہٕ خانہٕ کعبہٕ تَے
دوٗر آسنہٕ لوٗکھ دیدارس دوان
سانٛی کانٛہہ غلطی پیٚیبی ژالنی ضروٗر
وَنتہٕ کُس بھلہٕ روٗس گلِس ژاشہ کنٛہ کران

## حکایت ۱۹

اَکِس شہزادس توٗر کانٛی بوٚڈ خزانہ مٲلی ہٕنٛزِ وراثت۔ تَمیٚ ترٛ وو اَتھہ یلہٕ تہٕ کرٛن سیٹھاہ سخاوت۔ لوٗکن تہٕ فوجس ییٚتھ کوٚرُن کانٛی پونٛسہٕ خرچ۔

قطعہ

مُشکہٕ تُنجہ ہٕنٛزِ لُکہِ ما خوشبوٗ یوان
نارٕ ژالِتھ وُچھتہٕ کیا مُشکا یِیس
یوٚد بڑھان چُھکھ بوٚڈ بُنن بخشش ژِ کر
وَونہٕ روٗستے بیٚول ڈوٗرس کیا گھٔیِس

اَکہِ بے تدبیر دوستن ہٕنٛزِ نَس نصیحت کٔرِ ژِ زِ بڑانیو بادشاہو چھے یہ دولت کانٛی محنت کٔرِتھ جمع کٔرمژ تہٕ کُنہِ کامہِ خاطرٕ تھاو ترٛ اَمہِ حرکژ نش روزتہٕ یِیتھ نکیاژِ سیٹھاہ واقہ چھہ بُتھہ یِنہٕ وأنی بُتھ تہٕ دقتہٕ وزِ بَنہٕ گژھکھ۔

قطعہ

اگر عامس ژِ بخشنکھ گنجُ دولت
رَژھا پژنھ کأتُسہ بیہِ نَمہٕ کھوتہٕ نہٕ زأید
جمع کر پژبھ اُکس نَش رَژھ نہٕ بہتر
سَمی دوہہ دِشس خزانا تنتھ چھُ فأید

شہزادن بھیُبر کلہٕ تہٕ تُس آیہِ نہٕ یہِ کَنھ پسند تہٕ ووُنن خدایَن چھُس یہ
یتیمہ حکومتک زیُٹھ بنو ومُت یُتھ زَن یہ کھیمہٕ تہٕ باقے کھیاوکھ۔
یہ چھُس نہٕ رأچھدر زِ رأچھی کرِس۔

بیت

بُری بُری خزانہٕ وچھ ژٕیے قارون مۆدآخر
انصافہٕ ستی نوشیروان زندہٕ روُد آخر

## حکایت ۲۰

دَپان نوشیروان عادلہٕ سندِ خأطرٕ آسی اکہِ دوہہ شکار گھس منٛز اکِس
شکارس کباب تیار کران مگر نوُن اوسُس نہٕ کیٛنہہ۔ یَمہِ سوُز اکھ نوکر گامس
کُن نوُن اَننہِ۔ نوشیروانن وۆننکھ زِ یوتُسہٕ تہٕ سوُزی زلہٕ امس ستی
یتھ نہٕ یہ رَسم ہنٛہ تہٕ گام گژھہِ تباہ۔ سأتھیو وۆنہس زامہ نہٕ رَژھہِ
ستی کُس اَثر پیٛیہ۔ تمی وۆننکھ زِ ظلمچ بُنیاد اُس گوڈٕ گوڈٕ دُنیاہس
منٛز سیٛٹھا کم۔ پتہٕ یُس اکھا آو تمی کوٚر نس رَژھہِ رَژھہِ ہُرہٕ تہٕ
ووت بیتھ دشایہ

قطعہ

بادشاہ یوٚد کأتُسہِ ہتِد کُنہٕ باغہٕ منٛز کھیِٚیہ ژوُنٹھ اکھ
بادشاہ سندی نوکر وچاکر وُڈاون موٗلہٕ باغ

پانتژِ ٹھۆلگ یوٗد ظلم کرِ بادشاہ زانِہ لۆکہٕ نے !
ساسہٕ ئدی کھین کٹھ کوکرٕ لوکرتہٕ ووتھ تِہ پرٕ نتھ طرقہٕ ڈزاگ

## حکایت ۲۱

اَکھ حاکم اوس لۆکن ہندی گرٕ لۆٹتھ بادشاہ سُند خزانہٕ برٕوان۔ سُہ اوس داناہن ہنٛز کتھِ تِمَن بے خبر زِ یُس کانٛسہِ انسانَس راضی تھاوتہٕ بابتھ خدایَس ناراض کرِ۔ خُدا چھُ تَس بیٹھ تمی ہسے انسانَس حاکم بناوان یُیتھ زَن سُہ تَس تباہ کرِ۔

بیت ؎

دَزِ تہٕ تیٚنتھ اِسپند تہِ زانِہ نارَس اندر
دوٗد بیٚچھس دِل نَنتھ دِہِس کانٛفی اثر

دَبان چھ زِ سہہ چھُ سارنے جانورن ہُند سَردار تہٕ خرچھُ سارِوے کھوتہٕ ذلیل۔ مگر یہ کتھ چھ ساری زانان زِ آدم خور سہہٕ ہِندِ کھوتہٕ چھُ بورٕ تلَن وول خرٕ بہتر۔

مثنوی ؎

چھُ بوٗد خر سیٹھاہ بد صفت بے تمیز
تُلان بور تَو کنی چھُ بے شک عزیز
تُلَن یُس اکھا وانہٕ ناوان آزار
تمِس کھوتہٕ چھُ خر اوٚزُ تلان یُس چھ بار

مو غصر زِ بادشاہس لُج وَزیرَس تِہنز امہِ خرابی ہنٛز پتہٕ سُہ لوٗدُن شکنجس تہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ سَزادِتھ ژھٹُن مارِتھ۔ قطعہ ؎

گژھی ما راضی زانِہ سُلطان وَنتم
یوٗ تا منزٕ نے کرٕ کھ لۆکن ژٕ خدمت

بۆژھان یوٚد چھُکھ خُدا بخشُن گوژھم مێے
بندن ستین ژٕ کرٕ نیکی سو چھے وَتھ
ووٚنمت چھُکھ ژٕ اَکھ مظلوٗ ما پوٚک تباری کینژ تہٕ تمی ہِندِس حالس
پیٹھ سو نچا کرِتھ ووٚنُن۔ قطعہ

روزِ ما ظالِم مرُن چھُس اَز بگاہ
سوزِ تَس ہر وقتہٕ لعنت پٔرِتھ اَکھاہ

قطعہ

یوٚد ژٕ تے چھُے طاقت حدس منز تو تہٕ روز
زورٕ ستین لوکہٕ ہُند حق مُبتھ نہٕ کھکھ
دُر اُڈِج ہیٹہٕ بون ژٕ والکھ زورٕ سان
یُڈ اندر وا اَتھ بُھٹِتھ یک دم ژٕ بپکھ

## حکایت ۲۲

کُنِ تکلیف دِنہٕ وٲلی اِنسانن لٲے اُکِس نیک شخصس کلس
کُنی۔ تمِس اوسنہٕ بدلہٕ ہیُنک طاقت۔ تمی تھاو بہٕ کُنی ژژھرِتھ
اَخر کھووٚت اَکہ دوہہٕ باد شاہس تمی سُند شرارت تہٕ ژھُنن بپنہٕ فوجہٕ منز
کُڈِتھ تہٕ لوٚدُن اُکس چہس منز۔ درویش آو نوٚت تَس تہٕ لاٚیِن تَس
سیہس کُنی۔ تمی ووٚننس ژٕ کُس چھُکھ تہٕ ژٕ تے کیازِ لٲیتھ مێے کُنی۔
دَرویشَن ووٚننس زِ بہٕ چھُس فلانی تہٕ بہٕ گیہٕ سوے کُنی یوسہٕ ژٕ تے
مێے تمہِ دوہہٕ لٲیتھ۔ تمی ووٚننس ژٕ تنہٕ کتہِ اوسکھ۔ فقیرن ووٚننس
زِ نتہٕ اوسُس بہٕ چاپِس عوہدس گھوژان تہٕ اَز بیلہٕ چہس منز

وُچھِکھ مےٚ زوٗن موقہٕ غنیمت

مثنوی ؎

نالایق بنہٕ ییلہِ حاکِم
تِمہٕ سُنٛد ماَنِن عاقل ہِم
ہرگاہ چھُنہٕ طاقت پۄر
ناہِ سنجارس نشہِ روز دوٗر
بیٚیمی ہیٚنٛز نضبچ فولادس ستی
رۄبہٕ کرِنےٚ تس چھیوکھ لگی کتی
کرہ ٹھہراو رٹِہ وقف تس کالی
اَدٕ مینگہ کڈنس وانٛس چالی

## حکایت ۲۳

اکس بادشاہس اوس تیٚتھ دود ییٚمیُک ذِکر نہٕ کرنی جان چھُ۔ یونانی حکیمن ہِنٛزا کھ جماعتھ واتٕ ہتھ یتھ نتیجس پیٹھ زِ بادشاہ گژھ ہِ نہٕ تتھ نام ٹھیکھ یوٗ نام نہٕ فلانی فلانی صِفتہٕ واکِس اِنسانہٕ سُنٛد تلہِ بثبوت تس دِتہٕ ییہِ۔ بادشاہن دِیُت حُکم انسان ژھانڈنُک حُکم۔ آخر یوٗ یکھ اکس زمینداراٗ سُنٛد لڑکہٕ۔ اُمی سُنٛدس مالِس ماجہِ دِژکھ کافی دولت تہٕ راضی۔ قاضی دِیُت فتوٰی زِ بادشاہ سُنٛد جان بچاونہٕ خاطرٕ چھُ اکس عام اِنسانہٕ سُنٛد قتل جایز۔ مار واتلن کوٗر اُمی سُنٛد مارنُک ارادٕ۔ لڑکن کر اسمانن کُن نظر تہٕ اۄس۔ بادشاہن پرژھس اسنُک وجہ۔ تمی وونُس زِ اولاد سُنٛد ناز چھُ آسان مالِس ماجہِ پیٹھ تہٕ دعوٰی چھُ یوان قاضیس نِش پیش کرنہٕ تہٕ انصاف چھُ یوان بادشاہس نِش ژھانڈنہٕ۔ وونی کوٗرُکھ بہٕ دولتہٕ کِہ لالچہ مالی ماجہِ قتل کرنہٕ خاطرٕ پیش نہٕ قاضی نہٕ دِیُت میانہِ مارنُک فتوٰی تہٕ بادشاہس چھےٚ پننی زندگی میانہِ مارنہٕ ستی محفوظ باسان تہٕ بڈس خدایس ورای چھُم نہٕ

پناہ دِنہٕ وول کانٛہہ نہٕ ووِنی ۔بیت ؎

کُس مےٚ چھُم کَر کَس نِشہَ فریاد ۔ بو

ظُلم چوٗنے ژیے منگان چھُس داد بو

بادشہس گو دِلس اَنزَر تہٕ اُچھن آس اوٚش زِ یتھس بے قصوٗر ژٹِہ

سٕند مَرُن کھوتہٕ چھُ میُونے مرُن بہتر ۔ تمِس کرِن موہنہٕ تہٕ رٕوٗٹن نالہٕ متِر ۔

بلکہٕ ترٛوٗون نہٕ دِژنس واریاہ دولت تہٕ دَپان تمی سفینہٕ گو بادشاہ ٹھیک

قطعہ ؎

کوٚت روٗدس یام بوٗزُم شعر مےٚ

ٹُنیلہٕ بتھِس بیٹھِ گیوان بو فیل بان

زان لگنہٕ موٚنجہٕ گمژ ربیبہٕ ہُند حال تیٚلی

ہُسی کھوٚرس تَل ییٚلی گژھی کُنہِ سانہٕ بان

## حکایت ۲۴

عمرولیث[۲] سُند اکھ غلام اوس ژوٚلمُت ۔ لُکھو لگِس پتہٕ تہٕ اوٚنکھ

والیس ۔ وزیرس آس تَس سٕتی دُشمنی ۔ تمۍ وٚنُنکھ زِ یہ گژھِہ

قتل کَرنہٕ یُن ، بِنہٕ نہٕ باقے غلام یژہ حرکت کَرِن ۔ نوکرن کوٚر عمرولیثس

بروٚنٛہہ کِنہٕ سجدہٕ تہٕ وٚوٗنُن

فرد ؎

یہ کینٛژھا ژےٚ مَرضی تہٕ سوٗرے مےٚ برسر ،

حُکم مالِکس حق یہ چھُس بندہ کمتر

مگر یہٕ چھُس مُہتدِ خاندانُکُ حق نمک لہاذا چھُس نہٕ بژھان زِ

---

۱ دریائے نیل

۲ ایرانُک اکھ بادشاہ ییمی شہرِ شیراز آباد کوٚرمُت چھُ ۔

توٚہی کٔیا بِہِو قیامتُک دوہ میأنِس خۄتَس بَدلہٕ رٹنہٕ۔ توٚہی دِیو مےٚ حُکم یُتھ بہٕ وزیر مارَن تہٕ تنٛہٕ بَدلہٕ مأرِو توٚہی بتہٕ مےٚ یُتھ زَن تُہند خأطرٕ میٚانہِ مار پٮ۪ٹھ وُتھ نیرِ۔ بادشٲہَس ژوٚل اُسُن نیرِتھ تہٕ وۄنُن وزیرَس زِ ژٲنۍ کٔیارائے چھےٚ اَتھ مُتعلِق۔ وزیرَن وۄنُس زِ عالم پناہ میأنۍ کیٚنہٕ چھُ بِ جان زِ خدایہٕ سُندِ خأطرٕ تہٕ پَنٕنِس مأجِ ہِنٛزِ قبرِ ہِنٛدِ پأسہٕ مِثِو نُنے تہٕ عأقلَن ہُنٛد وَنُن چھُ یَژھِ لایِق زِ۔ نزٲوِ نولن بہٕ بَلہٕ یُتھ نہٕ بہٕ سےٚ گُنہٕ بَلایہٕ مَنٛز پھسابہٕ۔ قصوٗر چھُ

قطعہ

لَڑکھ یوٚد کَنہٕ لایِن وأنۍ سےٚ ہِستی
کلَس پَنٕنِس زِ سےٚ اَنتھ پأیہٕ شہمتھ
جلوٗ وتھ نیر یوٚدوے دُشمنَس بوز
کری سُہ تہٕ تیرہ ہِستی چھأنۍ خدمتھ

## حکایت ۲۵

زوزن[1] کِس اَکِس بادشٲہَس اوس وزیرا سیٹھا نیک صِفت تہٕ جان خصلتہٕ وول یُس یِرِتھ کأنسہِ عزت اوس کران۔ تہٕ یِتھی پٲٹھۍ تہٕ اوسکھ تعریفے کران۔ تِمی ہِنٛزٕ کوٚنسہٕ تأنۍ حرکت گٔیہِ اَکِہ لَٹہٕ بادشٲہَس ناپسند۔ جُرمانہٕ کوٚرُن تہٕ بیٚیہ دِژِن تَس سزا۔ بادشاہ سُندی سِپاہ آسی تِمی سُنٛدِ برٲنٛہو مہربأنی ہوم کھۄژٕ تِمی سِندی طرفدار تہٕ شُکر گُذار تہٕ تِمو کوٚر قیدَس دوران دِنٕس سٹھی مہربأنی ہُنٛد سلوٗک تہٕ تَس آسی تہٕ لِتھہٕ کھوکھر کُرن تہٕ سزا دِنُن مُناسِب زانان۔

---

[1] ہرات تہٕ نیشاپورس درمیان ایرانُک اَکھ شہر۔

## قطعہ

ییژھان اے ژھکھ ژٕ دُشمن دوست سپدُن
کری یوٚد یٔد ژٕ تٔس ستی نیک ورتاو
کمینٕس یوٚد یژھکھ بٔنِد اٗس نتھاوُن
ژٕ جاٗری کتھ سوٚدرٕ پٔرتھ ساتہٕ تٔس نتھاو

بادشٲہن بٔم الزام تٔمِس لاگی یتھ اٗسی تٔمیٚو مشرٕ گوشہ واریا کہو نِشہِ بٔرِی نہٕ باقی الزامو موکھہ رٔود فاد سے مشرٕ۔ اُکی ہمسایہٕ بادشاہن سوٚز اُمِس وزیرٕس شیٖنچھ زِ ژٕ ہُس بُزرگ وزیرٕ ستر قدرٕ کرٕ نہٕ چاٗنی بادشہٕن تہٕ کوٚر نے نو ہین۔ اگر چاٗنی تراے اَسہِ کُنُن چھیٚ نتبلہ کرو اَسی چانہِ خاطرٕ یِژنہ کاشہ کوشش۔ تیمہ مُلکُکی حاکم چھ تہٕ چانہ دیدارُک طمع تھاوان نہٕ چانس جوابس پرٲران۔ خدا کرٕ ی نے ژٕ یٚ صحی سلامت پاٹھی رہا۔ ساٗنس وٕنِس اگر کُن تھاو کھ اَسی کروے یتھ تہ مُمکن خاطرداری۔ وزیرٕس بیلہ یِ لوٚگ تٔس گو خطرٕ محسوٗس تہٕ فورَن لیوکھن ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ جواب اُتھی بٔرِ چَس یتہٕ کنہٕ زٕ اگر کاٗنسہٕ یِتہ تہٕ لگہٕ فِتنہٕ وو تھہ نو تہ۔ اُکی ساٗتھین یِس اَمہ کتھہِ مُشد پَے اوس ووٚن یادشٲہس زِ فلاٗنی فادرِس چھ اُندی پکہٕ کین بادشٲہن ستی خط کتابتھ۔ بادشٲہس کھوٚت شرار تہٕ نہٕ لوگُن اَتھ کتھہِ تحقیقات کرُن۔ قاصد کوٚرُکھ گرفتار تہٕ پوٚرُکھ خط۔ اَتھ مشراوس لیکھت زِ نو ہے بُزرگن مُشد ظلون نیک چھ ساتہٕ بحرٕ کھو نہٕ تہٕ تھوٚد تہٕ یوٚڈ تہٕ تِس تو ہے میشانہٕ مددگ تہٕ قبولینک کرم تہٕ مہربانی کرٕ مشرٕ چھ نہٕ چھنہٕ میشانہٕ خاطرٕ مُمکن تکیاز بہٕ چھس بیٚمہٕ خاندانک پرورد تہٕ حق نمک تہٕ معمولی زٕ بخشہٕ موکھہٕ یِرنہٕ پژ اُسرآغس ستی بے وفاٗیی کرٕ نہٕ۔

فرد

کرم کرُون اگر زاٹہ کرِ ژ سے سختی
تہِ منساوُن تہِ وہتراوُن روا چھی

بادشہس آو تمیٔ سُند پژر تہٕ وفاداری پسند۔ انعام تہٕ خلعت کوٗرنس عطا۔ بیبیہ اُمنجرنس معافی زِ مےٚ گیہٕ غلطی تکبازِ مےٚ ستوومکھ ژہٕ بے گُناہ تہٕ بے قصوٗر۔ سُہ ووٚتھس زِ مےٚ اوس قسمتس تکلیف لیکھِتھ تہٕ چون چھُنہٕ اتھ منز کانٛہہ قصوٗر تہٕ تقدیر کرِہ لیکھنہٕ آمتہٕ تکلیفک واتناوُن وول اوسنہ جایہ کھوتہٕ بہتر کانٛہہ۔ تکبازِ مےٚ ہندس پیٹھ چھُ چون احسان تہٕ حق تہٕ دانہو چھُ ووٚنمُت

مثنوی

یوٚد ژ سے تکلیف کانٛہہ ہندِ دُسی واتہِ زاٹہ
روز خوش موٚتر تمیٚک پروائے کانٛہہ
زان از قدرت ژ تکلیف و آرام
دوست کیٚو دُشمن چھِ تمی سندی غلام
یوٚد چھُ نیران نیریے شُنک آز کمان
نیر لاین والی سُندُ سے نیر زان

## حکایت ۲۶

دِیان عربکی اکی بادشہن ووٚن پننہٕ عدالتہٕ کین حاکمن ژ فلانس بوٗت تنخاہ چھُ سُہ کرِ پوس دوگنہٕ تکبازِ سُہ چھُ ہمیشہ حاضر آسان تہٕ حکمس تابع آسان تہٕ باقے ملازِم چھِ گیند تانتژ پناگران تہٕ کام کرنس

مَنز سیٹھا کأیِل۔ اُکی صاحبدِلَن لیُوز بیہِ تہٕ لوگَن فریاد کرُن۔ لوکَو پرٛژھ
تَس وَجہ تہٕ تمۍ وُونکھ زِ یِمَن ہٕنٛزِ دَرجہٕ بُلٛندی تہٕ چھےٚ خدایس نِش
بیتھے کُنۍ۔

نظم ؎

دوٗ بہ لُٹہِ بادشاہس نِشِ یکھ | بادشاہ سُنٛد دِل زِینتھ نِکھ
زاہد پرٛژھہِ سان گاران عَق | ژھرِ اَتھہٕ ماہیرِ نَتہٕ کِیا شُکھ

مثنوی ؎

یُڈ چھِ سردأری حُکم مانَن ژِ لوز | یوٗد تہٕ مانکھ ناوہ میدِ سرِ دم ژِ روز
آسہِ کُس ڈیکہٕ یوٗڈ تہٕ قسمت آسہِ یُس | پرٛزنتھ اُکِس خدمت کرِنی چھےٚ کام تَس

## حکایت ۲۷

اَکھ ظالِم اوس غریبَن ہُنٛد زِٹیِن ظُلم کرِتھ موٗلی ہیوان تہٕ اُمیرَن
سیٹھا نَفع زِینتھٕ کنان۔ اَکھ صاحبدِل اِنسانا دزاوَ اپارِ کنی تہٕ وُونُس

قطعہ ؎

زور یوٗ دوَے چانی آسہِ بیٹھ کامیاب
ما چلِن رَتم زور ہِیش ذوالجلال
ظُلم لوٗکَن بیٹھ کرُن ووٗنی کرِ تہٕ بَند
ہُیتھ تہٕ ووٗشِ آسمانُ کھسَن بَدلی ژے حال

ظالِم گوٚ اُمی ہٕنٛزِ اَمہ کتھہِ ناراض تہٕ ہُیتھ پھرِنتھ مارَن کارُسہ گو
بِنیتہٕ تکبُر ببہ گو نہٕ ہَن مَنز گیر۔ زِ اَخر ہیوٚتُن اَکِہ راتھ
کچھینہٕ کِس اَکہٕ ڈیرس نار تہٕ تَس دوٗد سورُے جاداد تہٕ سہ ووت نرم
بِستر بیٹھٕ تِنیس سورُس بیٹھ۔ اَلہٕ غایبہ دزاو ہٕسے نفر بیہٕ نیٛارِی کنی

نتہٕ سُہ ظٲلِم اوس آمہٕ وزِ پننِس یارَن وَنان زِ مےٚ یتہٕ سٲری چھُنہٕ بوزُن
تگان زِ بہٕ نار کیپارٕ ی وۅت کوٹھہٕ شِدٕ سس گرٕس۔ ہیٚمہ نفرَن وۅنُس زِ
بہٕ چھُس غریبَن ہِندٕ دِلہٕ کرِ دُہہٕ سٕتی لوٚگمُت۔

قطعہ

اَندرِ ہیٚن دادِن دوہے کھوٚتہٕ زِ یکھ
زخمہٕ اَندرم ساعتہٕ اکِ چھُپے نوٚن گژھن
نخاہ نخاہ کاشہٕ اکھ پریشان ہو کرُن
ووٚشِس دِلک یُر یاد کرِ دوٚن عالمن

لطیفہ: کیخسرو شِدِس سحرابَس بیٚٹھ اوس لیکھِت

قطعہ

زیٛٹھ عُمرا بوٚد کلٕ کھٕ نتہٕ کیٛا عسر
لۄکھ آخر ساتہٕ بیٚمہ کلہ بیٚٹھی یکن
یادشاہی کاٚ تیتھہٕ واز نام زٕ ٹھ
اَسی مُرِتھ فرماتروا نۆوی نۆوی ہیکن

## حکایت ۲۸

اکھ شخصا اوس کُشتی لڑنس منز سیٹھا مشہور۔ ۳۶۰ چالہٕ اوس زانان۔ تہٕ بیٚرتھ دوہہٕ اوس اکھ اکھ چال گِندان۔ تمِس اوس پننِس اکِس شاگردس سٕتی سخت مُحبت۔ سُہ ہیٚچھہٕ نوٚوُن تریٛ ہتھ تہٕ کُنہٕ ہٹھ چالہٕ تہٕ اکھ چال ہیٚچھناوُنس منز اوس ٹال مٹول کران۔ بہر حال گو یہ لڑکہ تہٕ سیٹھا مشہور تہٕ اَمِس سٕتی اوس نہٕ ہیکان کانٛہہ مُقابلہٕ کٔرِتھ۔ حتیٰ کہِ اَمی وۅن اکہِ دوہہٕ بادشاہس زِ میانِس ووستادس چھُہ مہابنہٕ کھوتہٕ بیٚنٛتھی ہُر بماتہٕ زِ سُہ چھُ بزرگ تہٕ بیٚیہٕ چھُ مےٚ سیٹھا تمی شِدبہٕ

حَق زِ تمی چھےٚ میانٮ۪ی پرورِش کرٕمٕژ۔ ورنہٕ بِشانہٕ کھو نہٕ چھُپہٕ تَس کانٛہہ کسِب یا کمالٕ زِباد۔ بادشٲہس گَیہٕ نہٕ بہٕ کینٛہہ خوش تمی دیُت تکھہٕ لڑنُک حُکم۔ اَکھ بوٚڈ میدان آو مقرٕر کرنہٕ۔ حکوٗمتٕکی مُلازِم، دَرباری تہٕ سارِی پہلوان گَیہٕ جمع۔ لُڑکہٕ دژاو اَکِس مست ہٲسی ہِنٛدی پاٚٹھی تمہٕ زور سان زِ اگر بنِہٕ شنٛشتر دیوار نہٕ بیہ ہٲس نَنہٕ تہٕ پژاٹِہ ہے۔ ووستادَس توٚر فِکرِ زِ لڑکس منٛز چھُہٕ سیٹھا طاقت۔ تمی ورنووٕ اَکھ فندیُس نہٕ لڑکس پتہٕ اوس۔ لُڑکس نوٚگ نہٕ نَنہٕ مُقابلہٕ کرُن۔ سُہ گو پریشان۔ ووستادَن تُل سُہ بنٛنہٕ دوٚن اَنٛھن منٛز تھوٚد تہٕ ٹھوٗسُن بِپنھر۔ لوکو تُل شور تہٕ بادشٲہن دیُت حُکم زِ ووستادَس گژھِہ خلعت تہٕ انعام دِنہٕ یُن تہٕ لُڑکس گژھِن سیٹھا ملامت زِ ژٕ ہے کوٚر نَنہٕ بِنِس رٕچھِن واپس تہٕ ووستادَس سٕتی مُقابلہٕ کرنُک دعوا مگر بیٚتنہِ چوٚکے نہٕ کینٛہہ۔ لُڑکن ووٚنُس زِ بادشاہم! اَمی زیوٗن نہٕ مےٚ نِش بیٚتنہِ طاقتہٕ سببہ بلکہٕ اَس اَمی اَکھ چال مےٚ نِش ژوٗرِ تھاوِمٕژ تمہٕ سٕتی گوٚس مےٚ بیٚٹھ کامیاب۔ ووستادن ووٚنُس یہ چال اَس مےٚ اَزی کے دوہہ خاطرٕ تھاوِمٕژ تکیاز دانا ہو چھُ ووٚنمُت زِ دوستَس گژھِہ نہٕ تنوٚت طاقت حاصِل کرنٕک موقہ دِنُن زاگر پتہٕ گژھِہ نہٕ دُشمنی ہیٚکہ کرِتھ۔ ژٕ ہے چھُےٚ نا بوٗزمُت زِ اَکہ شخصن بیٚتمی پنٛنِس رٕچھی ہتِس تسِس بے وفٲیی وِچھ تمی کیا ووٚن۔

قطعہ — یا وفاداری چھُئی نا دَر جہان
یا چھےٚ تتھِ تیٚلہِ کانٛم چھُس نا کانٛہہ ہیوان
بیٚتمی مےٚ نِش اَز تام لایُن تیٖر ہیوٚچھ
تمی بنووُس تیٖرکے اَدٕبے نِشان

# حکایت ۲۹

اَکھ دَرویش اوس اَکِس جنگلَس مَنز تنہا بِہِتھ ۔ اَکھ بادشاہ ڈراو تیٚتہٕ آری کرنہٕ۔ دَرویشَن دیُت نہٕ تَس کُن اَمہِ موکھہٕ توجہ زِ فارِغی گَیہِ فنا تِنٛج حکوٗمت ۔ بادشاہَس کھوٚت غُصہٕ شرارتھ تکیاز حکوٗمتک چھُ اَکھ خاص دَبدبہٕ آسان تہٕ لُوگ وَنہٕ خِرقہٕ پوشَن ہِنٛز بہٕ جماعتھ چھےٚ حیوانَن ہِنٛز جماعتھ تہٕ یِمَن مَنز چھےٚ نہٕ کانٛہہ لیاقت تہٕ نہٕ کانٛہہ قابلیت وزیر آس ترونٛہہ کُن تہٕ وونُن زِ عالم پناہ بادشاہ ڈراو زِ تیٚتہٕ کِنی تہٕ زِ تیٚتہٕ دیُتنتھ نہٕ تَس کُن کانٛہہ توجہ تہٕ کانٛہہ آداب یا خدمت اَنِتھ نہٕ۔ بچارس وَنُن زِ بادشاہَس گژھہِ وَنُن زِ خدمتِنٛج وومید گژھہِ تَس تَس تھاوٕنی یُس زِ تیٚتہٕ تَس یِنہٕ اِچھ وومید آسہِ ۔ بیٚیہ چھُ بادشاہ آسان لُوکَن ہِنٛدِ خدمتہٕ خاطرٕ تہٕ لُوکھ چھِنہٕ آسان بادشاہ سٕنٛز تابعداری خاطر ۔

قطعہ

بادشاہ دروٚیشنہٕ سٕنٛد گوٚ چوٚکی دار | یوٚد شہنشاہس دَبدبہٕ چھُ آسان بےشُمار
نیٚوَر چھِنہٕ آسان پہلس رٕ اچھدار | بلکہٕ پوٚہلی نیٚرٕ سٕنٛد خدمت گذار

قطعہ

یوٚد زِ ڈیشکھ کانٛسہٕ سٕنٛد دِل آسہِ خوش
بیاکھ بےشک آسہِ زِنگ تَس آسہِ دُکھ
کر صبر کینٛشن دوہَن ہیٚنگہ ظالمس
خاکہٕ گژھی سیدان تہٕ گوٚ غمگین چھُکھ

گیٔہ ختم شاہی گدٲیی ہِنز فرق یام اَجلَن اُخری وِز ہوو روح

قبرِ منز موردس فرق یِر ساے ما یوٚڈ لوکُٹ نادار یا زر دار چھکھ

بادشہس گیٔہ یہ کتھ سیٹھا خوش تہ وونُس زِ منگ کانٛہہ

چیز۔ فقیرَن وونُس زِ میانٛی جاینٛس چھِ زِ دُبار گژھِہ تہ یور یتھ مےٚ

تکلیف دِیُن۔ بادشہن وونُس زِ مےٚ کر تہ وونی کانٛہہ نصیحت تہ

درویشن وونُس۔

بیت

کرِ زِ کیٛنہہ حاصِل غنیمت زان دَم

روزِ وُن چھُنہہ کیٛنہہ زِ یےٚ دِیُن اَسی قدم

## حکایت ۳۰

اکھ وُزیر گو حضرتِ ذوالنونِ مِصری[1] ہٕندِس خدمتَس منٛز تہ وونُس

زِ مےٚ کر تہ دُعا۔ بہٕ چھُس راتَس دوہَس بادشاہ ہٕندِس خدمتَس منٛز

آسان تہ تمی سُند چھُم سخ آبتھ تہ وومید وار چھُس تمی سٕنزِ نیکی

تہ خبرِک۔ ذوالنونِ مِصری یَن وودتہ وونُن زِ اگر بہٕ خدایس آسہٕ ہا

بیتھہٕ کُنیٚ کھوژان تیٚلہِ آسہٕ ہا بہٕ یُزی زِ یارین منٛز شُمار۔

قطعہ

یوٚد زِ ٹے آرامک غمک اَسی تہ ظون

آسمانَس بیٹھ کھسکھ تھزرا لُسکھ

نٹھ وزیرَس پادشاہ سٕنز یتِھ نیٚتھٕے

تَس خدایس کھوژِ ہے بیہ ہے مَلک

---

[1] اکھ بزرگ۔ تھدِ پایک ولی گذرِتھ مُت۔ ثوبان اوسکھ ناو تہ مصر کر اَسی روزَن دٲلی۔

## حکایت ۳۱

اَکی بادشٲہَن کوٚر اَکِس قیدِس مارنُک حُکم۔ قیدی ووٚننس زِ بادشٲہم یُس شرارت ژ ٹئے میٲنۍ چھی آمہِ وَتھہٕ مہ کرِتھ پان تنگ تِکیازِ یُس سزاژ مےٚ دِوان چھُکھ سُہ کرِ بہٕ اَکِس ژرِ ہِس مشر برداش تہٕ ژہٕ روزکھ آمہِ سوکھہٕ وُمرِ پریشان۔

قطعہ ؎

زندگی سو کلے یہٕ جل جل کیاوَنے
غم، خوٚشی، آرام سوٗرے گوٚ ختم
ظاٲلِمَن کوٚر ہم ظُلم پرواے کیا
روٗد یرگردن تمِس بے شک ستم

بادشٲہس آیہِ تمۍ سُنز نصیحت سیٹھا پسند تہٕ تمۍ سُند قتل کوٚرُن منسوخ۔

## حکایت ۳۲

نوشیروان ہٕندی وُزیرا آسی اَکہِ دوہہ حکوٗمتہٕ کِس کُنہِ تانی معاملس پیٹھ سوچ کران۔ بیٚیہ تہٕ کاشہٕ اوس پننی پننی راے دِوان بادشٲہَن نِہ ذِر پننی راے۔ بزرجمہرس آیہِ بادشاہ سُنز راے پسند باقے وزیرو ووٚنہس پننہِ جاے یہٕ زِ بادشاہ سُنزِ رایہ مشر کیا اوے ژ ٹئے لبنہٕ۔ تمۍ ووٚننکھ زِ اتھ آسہ سارے رایہٕ ہشے۔ کہیں بنہٕ اوسہٕ زِ کمہٕ سُنز راے چھیے صحی تہٕ کمہٕ سُنز چھیے غلط۔ لہٰذا اوس بہتر بادشاہ سے ساتھ دیُن تاکہِ اگر زن یہٕ راے غلط نیرِ تہٕ یہٕ بچہٕ تمۍ سُنز ناراضگی نِشہِ۔ تکیازِ عاقلو چھُ ووٚنمت۔

مثنوی ؎

بادشاہ سُنزِ رایہِ ساتھ تِن رٲے نھاو
یوٚد نیرِ ھان چھُکھ پنیہ پانُک زِ بچاو

یوٚد ونی شاہ راتھ دوٚہلس تِ ژٕ مان
ہاونس تار کھ تہٕ ہٕلی ماہُک نِشان

## حکایت ۳۳

اُکی مکارن یاری زُلف تنھ کُنی زنتہٕ ئسے علویٔ سیّد اوس۔ تہٕ حاجن ہندِس قافلس سٕتی آو شہرس منز، زنتہٕ حج کرِتھ اوس اوس یِوان تہٕ بادشہس نِش نیوٚن اکھ جان قصیدہ تہٕ دعوا کوٚرُن زِ یہ قصیدہ چھُ مے وو٘نمت۔ بادشاہن دِیت نُس سیٹھا انعام تہٕ بیٚیہ کرِنس یٚڈٕ قدر۔ اُکی درباری ووٚن یُس یاپہٕ سمندری سفر کرِتھ اوس واپس آمُت زِ مے ژُھ یہ بصرہ ہس منز بچہ عیدٕ دوہ بیٚکی ووٚن زِ یہ چھُس یہ۔ کھانان۔ اُمی ہُند مول اوس ملاطیہٕ شہرک اکھ عیسائی۔ سارِنے نوٚو فِکرِ زِ یہ چھُنہٕ شریف خانداُنک کیٚنہٕ۔ تہٕ بیٚیہ کیٚنہہ ہم شنار اَنوری ہِندِس دیوانس منز۔ بادشہن دِیت حُکم زِ سزا دِتھ کرِ شہرٕ منز کڈِتھ یُن۔ بکیا زِ اُمی ووٚن اَپٕزٕ نمی کوٚر عرض زِ بادشہم اکھ کتھ چھےٚ وُننہٕ باقے اگر سہ تہٕ اپٕزٕ دراہ نتیٚلِ چھُس یہ سزٕہک حق دار۔ بادشہن وو٘نس زِ کیا سہ ووٚنتھس۔

قطعہ

آسہٕ یوٚد وو یرا ژے نِش لسی آسہ کیا
چھےٚ کھنڈ دود پیالہ جورا آب وُچھ
یوٚز ژٕ لوٚزن مُید یژھان چُھکھ یوز نتیٚلی
یوٚز جہان دِیدس نِشن لس خاب وُچھ

---

۱؎ سہ بنیمی ہُند تعلق حضرت علیؓ صاحبس سٕتی آسہٕ۔
۲؎ روس نکھہٕ اکھ شہر ۳؎ فارسی زبانی ہُند بوڈ بار قصیدہ گو شاعر۔

بادشٲہَس آو اُسُن تہٕ وۅنُن زِ بہٕ چھُسے سو یُس کتھ یوسہٕ تہٕ تٔمی وُمر زاشہٕ آسہٕ ڈٔنی ہتر۔ تتہٕ بہٕ کُبتر ھاتُس خاطرٕ ہتس آسہٕ سو گرٛزھِ پوٚر کٔرِ ڈٔنی تہٕ سہٕ گرٛزھِ اَسان تہٕ گِندان رخصت کرُن۔

## حکایت ۳۴

ہارُون رشیدُن اَکھ نیچُو آو شرارتہٕ ہوٚت مٲلِس نِش تہٕ وۅننس زِ فلانٕی سِپٲہَن ژارِ مے ماجہِ لبکہٕ۔ ہارُون رشیدن برٛژِھ بیتہٕ نٔن دربارٕ زِ یِتھِس اِنسانَس کیا سزا تشوُبہٕ۔ اکھ وۅننس زِ سہ واتہٕ مارُن۔ بیٚکھ وۅننس زِ تَس واتہٕ زِبوٚ تر ژٹنی تہٕ بیٚکھ اکھ وۅن زِ تٔمی سُند جاداد پٔژ ضبط کرُن تہٕ سہ گرٛزھِ جلاوطن تُن کرِ تہٕ۔ ہارُون رشیدن وۅن پَنِنس نیچوِس زِ گوٚ بزٲ شرافت گیٖہ تَس معاف دِنی تہٕ اگر تہٕ تہٕ ہیکھ کرٕ تھ نہٕ یلہِ ژارِس ژٔ تہٕ ماجہِ لبکہٕ۔ تہٕ حد نیرن گو تہٕ جان نکیاز نہ یلہِ گوشہ جایہٕ طرفہٕ ظلم تہٕ مُخالف ہیکہٕ ژٔے خلاف دعوا دار بنِتھ۔

قطعہ

چھِ نا عاقل تٔمِس اِنسان گُنزران
مگر پٔزٕ کِنز ونو اِنسان تٔمی سے

ہُس سَنِن اَتھِ یُس آسہِ یلہِ وان
شرارتہٕ وفتہٕ یُس یوٚز آسہٕ باوان

## حکایت ۳۵

بہٕ اوسُس بزرگن ہٕنز اکھ جماعژ سیٚتی ناوِ منز۔ اَسہٕ بیتہٕ بیتہٕ اُس اَکھ شِکٲری ہیو سہٕ پھٹ۔ تہٕ زٕ باے آے اکھ ملرِس منز ہینہٕ۔ اکھ بزرگن وۅن ہاشرُس زِ یم بچاو کھ تہٕ بہٕ دِمے پنژاہ

پَنٛژاہ دِینار بِہند بَدلہٕ ۔ ہٲنٛژو وٕنہٕ آبَس تہٕ بجوُدُن اَکھ تہٕ اَکھ مۄد۔ مےٚ وۄٚنمَس زِ اُمِس اَکِس اوسِنہٕ امیرس تہٕ نوٚوے لوگنُتھ ژےٚ شہٕ۔ بجاوُنَس منٛز ژِیرتہٕ بیٚیِس کرِ نہٕ بچاوُنَس منٛز جلدی۔ ہٲنٛزِن تژو واَسُن تہٕ وۄنُن زِیون وۄنُن چھُ صُحی تہٕ بیٚیا اکھ وَجہ چھُ یہِ زِ بیٚیمی سِندِس بجاونس کُن اُمس میانِس دِیس ژ تزاے تِکیاز اَکِہ دوہہٕ اوسُس یہ جنگلس منٛز سیٹھا تھوٚکمت تہٕ اُمی کھولنَس یہ وۄشَتٕس تہٕ ہمی۔ بیٚکی آسی مےٚ لوکچارس گرِ دِتی ہنتی۔ مےٚ وۄنمَس۔ خدائےتعالاہن چھُ یوٚز وۄنمُت زِ یُس اکھاہ نیک کام کرِ سو چھُس پننِہ خاطرٕ تہٕ یُس اَکھا بَد کام کرِ تُس تہٕ چھُ سُہ پننے خاطرٕ۔

قطعہ ؎

ہیکِکھہ یوٚتاہ بیٚیِس آزار موکر
کنڈ یو وۄلمُت خطردار چھُ یہ بازر
بَنکھ کُنہٕ وَقتہٕ ژٕ تہٕ مجبوُر بےکس
نوٚوے اِمداد محتاجس ژٕ وونی کر

## حکایت ۳۶

ژم اُسی ژٕ بارٕنی۔ اَکھ اوس بادشاہ سِنٛز نوکری کران تہٕ بیٚیا کھ اوس پننِو اَتھو زِ ہینتھ کھیوان۔ اَکِہ دوہہٕ وۄن اُمی بادشہٕ سِندی نوکرن غریب ہاِیس زِ ژٕ تہٕ کیاز چھکھہ بادشہٕ سِنٛز نوکری کران یُیتھ زَن مزوُرِ تہٕ محنت نِش بچِیتھ ہیکہٕ نِکھ۔ ژمٕ وۄننس زِ ژٕ کیاز چھکھہ مزوٗری کران۔ تِکیاز عاقلو چھُ وۄنمُت زِ وۄشکِہ ژوٚٹ کھینی تہٕ آزاد روزُن چھُ شاہی نوکر آزی کرِہ تہٕ ژون پھرن کھڑا روزنہٕ کھوتہٕ بہتر۔

چھُ بہتر چوٗنہٕ اَتھہٕ ستی اَڈراوُن
اَمبرٕس گژھِہ نہٕ نوکر پان نَھاوُن

قطعہ

دُمر راوٗم صِرف سونچان یہاے کیتھ
وندٕس کیا لاگہ رِیتہٕ کالس بہٕ کھیمہٕ کیا
قناعت کر ژٕ سُے چھےٚ نعمتھا ئبدٕ
مِنّت اَدٕ کاٗنسہِ ہِنز ہرگز کھَسی ما

## حکایت ۳۷

کُس تام اَکھ نفرا گو نوشیروانس اَکِہ دوہ یہٕ خوشخبری ہیتھ زِ مےٚ بوٗز چون فلانٕی دُشمن گو بیتہ عالمہٕ۔ نوشیروانن پرژھس زِ اچھا یہ ما بوٗزتھ زِ بہٕ ہٕ تژ وُ نسانمی کِنہ نَہ (یانے موتن)

فرد

خوٗشی ہُند موقہ چھا گُذریوٗو دُشمن
ژٕ یٕمی کمی بخشےٚ مرُن کرہوش تھوَ کَن

## حکایت ۳۸

عقلمندن ہِنز اَکھ جماتھ اُس کِسریٰ[1] سُندِس دربارس منز کیا ہِنام مشوٗرٕ کران۔ بزرجمہرُس یوٚڈ وزیراوس، اوس ژھوپہ کرِتھ۔ ہِمو وونہس زِ ژٕ کیازِ چھکھہ نہٕ ییتھ معاملس منز کینہہ باتھ کران۔ تمی ووٗنکھ زِ وزیرن ہِنز مثال چھےٚ آسان حکیمن ہِنز ہِش تہٕ حکیم چھُ

[1] نوشیروان۔ یہ چھُ ایرانہٕ کین بادشاہن ہُند لقب

بیمار ہے دوا دِوان۔ لہٰذا بیٚلہ مٔتے باسیٖوو زِ تُہنٛز راٹے چھےٚ صٔحی۔
میانٛی اَتھ معاملس منٛز کینٛہہ کرِنی گیبہٕ بے فلاٗزی۔

مثنوی

مٔتے نیٖرِم کاٗم یوٚد ژھوو یِہ ستی بہتر
فضوٗل بے وَق کلاما نبیٚلہِ مساٗ کرَ
مگر ڈیشِکھ کلامچ بیٚلی ضروٗرت
گُناہ ژھوو یِہٕ چھےٚ کلامس ناٗر مو کرَ

## حکایت ۸۱

ہاروٗن رشیٖدن بیٚلہِ مِصرس پیٹھ قبضہ کوٚر تُمی وٕوٚن زِ یٖمی مغروٗرن مِصرس پیٹھ قبضہ کٔرِتھ خدائی ہُنٛد دعوا کوٚرمُت اوس۔ تُمی سنٛدِ شرارتہٕ دِمَن یہ یہ مُلک اَکس معموٗلی غلامس۔ تٔمۍ اوس اَکھ حبشی غلام یُس مِصر ڈیٖتِن نِسی۔ دیان تَس اَس نزٛد عقلا زِ اَکہِ دوہہ آئے تَس گرٛیٖسی شکایت ہیتھ زِ اَسہِ اوس دریاوٕ نیٚلہِ کِس بُٹھس پیٹھ کپس وُومژ یوٗسہِ سہلابَن رٕٛہیہ۔ تُمی ووٚننکھ زِ تُوہہ بَزِ ہے بیر کاشت کرُن نِتہِ گژھہ ہے نہ نقصان۔ اَکی صاحبَن بوٗزِ یہ کیٖنتھ تِہ وٕوٚنس۔

مثنوی

رزِق یوٚد عقلِ ڈیٚشتھ باٗ گراوَن
مو یاوِ بے قَل بیٖیُوس نیلہٕ وانہٕ تاوَن
مگر واتان چھُ روٗزی تیٖوٗنٛ جاٗرس
گژھان حیرت سٔٹھا چھےٚ عقلہِ واٗنس

مثنوی ؎

زٕ ییٚہ یوٚدٕ تامٕٹِہ یاور چھی زٕھوٚٹے یوز

بہ ہردم دولتَس منٛز مست زٕ ے روز

مراں چھی کاری گر اَتھٕ چھوٚن بوان ننگ

لباں سیلکہٕ منٛز چھُہ بے قل گنج بے جنگ

وُنٕن اکثر بہ دُنیا بی گزھا ئ ع

پریشان عاقل و بے قل موڈٕ ٹانی

## حکایت ۸۳

اکس بادشہَس نِش اوٚکھ اَکھ چینی کنیز۔ بادشہن یوٚژھ مستی ہندس حالس منٛز تس سیتی جوٹ گژھُن۔ کنیز روٚٹ یتھ۔ بادشہَس کھوٚت شرارت تہٕ دِژن اکس حبشی غلامس یمی سُند بیبھُٹھ وُٹھ نکوار بوٚنہٕ ہیوٚرِ ے اوس۔ تہٕ بوٚنِم وُٹھ نالہٕ بیبھُٹھ کھکھرِ اوس یعنے نیوٚت اوس بدصوٚرت زِ صخر[1] ناو کی جِن تہٕ زٕلہِ ہے تمی سنٛز شکل وُچھتھ تہٕ تمی ہِند بوٚ گژھو منٛزِ اوس زتہٕ: نار کول نیبران۔

فرد ؎

چھُہ یوٚسف تعوٚ بروئی منٛز نکو نام

تنتھُے بدصوٚرتی اندر شہ بدنام

قطعہ ؎

خطرناک آس تمی سنٛز شکل وصوٚرت

ہکن تانتھ لفظ زیوٚ بیبھٕ تہٕ آنتھ

---

ع[1] صخر چھُہ تس جنہٕ سُند ناو یمی حضرتِ سلیمانؑ ہنٛز واٚج ژوٚرِ نیے یہ۔

خدائے چھُے تَن تُمِس کینٛہہ آسی نَم کرٕ ھ
مۆکُر زَن ناپہٕ ہیے ریٚتہٕ کالہِ نٕھاؤ وِتھ

وۆنمُت چھُکھ زِ بمِنَ دوہٕ ہَن اوٗس حبشی غلامَس شِنہوٗنُک سیٚٹھا زور۔ تہٕ تَس دیُت مُحبتن وُنِش تہٕ نخِن اُمس کنیٖز موٗہر۔ صُبحَن بیٚلہِ بادشہَن کنیٖز ژھاآنٛڈسو لیجِ تہٕ اکھٕی رِتہٕ لوکو ؤنٛزہس کاٗلیچ دلیل۔ تَس کھوٚت شرارت تہٕ نمُ دیُت حُکم زِ تِم دوہٕ لوٗ ہے گزٕ تھن لیٚنہٕ بیہِٹھ بوٗن خندقس منٛز لابنٛی۔ اَکی جان وزیرَن کرٕ عاجزی سان سفارِش زِ حبشی بچارٕ سُند چھُنہٕ اتھ منٛز کانٛہہ قصوٗر۔ نکیٛازِ سارٕی نوکر چھِ بادشاہٕ سنٛز مہربانی ہِندی عادی آسان۔ بادشہَن وۆنُس زِ اُمِس کیٛا حرج اوس اگر اَکِس راتس صبر کرِہے۔ اُمِس دِمہٕ ہا بہٕ کنیٖزِ ہِندِ کھوتہٕ زیادٕ قیمتی جاداد۔ وُزیر وۆتھُس زِ بادشہم یہ کتھ چھا زِ ہے وۆنتھ تہٕ چھِ دُرُست مگر اتھ ہیہٕ جُھوٚنا دانا ہَن ہُنٛد وَتھُن لوٗزمُت۔

قطعہ

نٕربیشہِ ہوٚت تاگس پیٹھن کھوژِ ماسہ ہس
نٕربیش چیٚبہ اَدِ وننہٕ یتھ یٔروشہ ڈلیشہِ ما
ڈہر یَس کیٛا خوف بوچھہِ ہوٚت آسہِ یوٚد
ماہِ رمضانس کھینَس یَتھ روزِ ما

بادشہَس آیہِ یہ کتھ سیٹھا پسند تہٕ سہٕ وۆتھ وزیرس کُن زِ حبشی غلام بخشِمے مےٚ ژ بیٚے تہٕ وزیرن وۆننَس زِ کنیٖز کیٛا کرِ بہٕ۔ بادشہَن دۆپنَس زِ بہٕ گژھہِ حبشی غلام ہیے دِنی نکیٛازِ ہوٚنی سُند زھیوٚٹ گژھہِ ہوٚنی ہیے دیُن۔

قطعہ

بناوُن مہ ہرگز سہ اِنسان دوست
گرژھان آسہ یُس وُلِٹہ جاین گنے
چینیا تژلیتہ ہوٗن ژھیوٹ سہ مُرداہ شُد
کرِتہ صاف یُس آسہ گومُت پتہ وٗنے

## حکایت ۱۸

اسکندر رؤمی یس پتہ ژُھکہ زِ مشرق مغرب بیٹھ کیتھ کُنی کوٗرتھ ژیے قبضہ۔ تِکیاز بیتھ کالکی بادشاہ آسی خزانہ، وُمرتہ لشکرس منز ژیے سرس نگرپتھ فتح لبکھ ہتہ کیتھہ۔ تمی وٗننکھ زِ یڈس خداہ سُند مدد سپدی یُس یُس مُلک میٔے زِیوان تِنکی لوٗکھ کرم ہتہ تنگ ہیٔتہ مُشرا وِہم تہ پراِنہ رِلواژ تہ رسم تہ پرانین بادشاہن ہُند ناو ہیوٗ تم ہمیشہ احترامہ سان۔

بیت

جھتا عاقلو مونمُت زانشہ سہ بوڈ
یہ نیکی ہیوان ناو یُس تا یڈس

قطعہ

یہ سوزے ژیے چھی زانشہ تہ پوشی تہ پوٗر
بخت نے تخت مال ناپایدار
یہ کرہ ضایہ نیکن ہندے ناو ژیے
نیلے ناو روزی ژیے تے برقرار

باب دُوم

# در اخلاقِ درویشان



## حکایت ۱

اَکِ بُڈِی مو ہنوِی بیٛرٕ ژُھ اَکِس بزرگَس زِ چاپٕنی کیٛا رائے چھےٚ فلانٕس درویشَس مُتعلق بیٛلہِ ژَن باقٕے لُکھ تَس ٹیٛپھ چھِ ژَٹان تُس وُٛتھس زِ میٛنٕے آو نہٕ ظاہرا یاہ کٹھٕ نُس کانٛہہ عیبا لبنہٕ تہٕ تمٕ یشدِس عائبَس مُتعلق چھُس بہٕ بے خبَر۔

### قطعہ

وُچھکھ یَس ژٕ درویشہِ سُندُ ے لباس

شہ زانُن ژٕ زاہِد تہٕ پرہیزِ گار

خبَر یوٚد نہٕ اُندرِم ژٕ یٛنے چھےٚ کیٛنٛہ تَنٛشنز

اندرَ کیٛا مکأنَس تہِ رائچھس نہٕ کار

## حکایت ۲

اَکھ فقیرٕ وُچھم کعبہٕ کِس درواز َس بیٛٹھ کلہٕ گگھراں تہٕ وناں زِ اے رحم کرہٕ ونہِ خدا بہٕ ژٕے زانکھ زِ میٛنٕے ظالمہٕ سُندِ تہٕ جاہلہٕ سٕندِ اَتھہ کیٛا کیٛا چھُ یوان۔

قطعہ

عبادت ما کرِم ترٛژھ یژھ مٮ۪ے پزِ ہے
توٚرے آسے برٛس تَل بوزِتم زار
گناہگار توبہ گو نہس یوٚد کرٲنی
لَبان یُس تس عبادت چھے نہ دَرکار

عبادت کرن والی چھِ عبادُتک بَدلہٕ یژھان تہٕ سوداگر چھُ
سامانک قیمت ژھانڈان تہٕ یہ چھُس وو میدِ ہیتھ آمُت نہ چھُس
بندگی ہندِ ہیتہٕ ییچھان نہ چھُس سوداگری کرنہٕ آمُت۔

نِقرہ (عربی)

اَسہِ سِنزی کرنہٕ ییمِک ژٕ ٹے عادت تہٕ طاقت چھے نہ مَتہٕ وَرتاوُنہٕ
ییمکہٕ اُسی غفار چھِ۔

بیت

مار ہم یا نھاوِ ہم چھُی اختیار
نوکرس ھُکمس ییوان روزُن تیار

قطعہ

کعبہ دَروازس بیٹھُ وُچھم اَکھ سآیلا
اوس اُوشن ترٛاوان سَنگ زآری کران
چھُم نہٕ حاجت بندگی کرِتم قبوٗل
یَس یہ گو نہن ژیے چھُسے معافی منگان

## حکایت ۳

حضرت عبدالقادر گیلانی رحؔ وُچھکھ کعبہٕ چہِ مَسجدِ مَنٛز کنٛین پیٹھ بُتھ دِتھ وَنان۔ اَے خدایہ مےٚ کر بخشائیش تہٕ اگر بہٕ سزٕچ حقدار آسہٕ تیٚلہِ تُلی زہٕ قیامتُک دوہ اوٚن کرِتھ یُتھ نہٕ نیک اِنسانن برٛونٹہٕ کنہِ مےٚ شرمندٕگی تُلٕنی پیہٕ۔

### قطعہ

عاجزی سان مَنٛز پیٹھ سُجدا کرِتھ
صُبحہٕ وَقتے چھُس تِمس ذاتس وَنان
چھُم ژٕ ہتس ہر دم مےٚ چونٛے نامِ پاک
بَندٕ چھُس ژےٚ تہٕ یاد چھُیناز انٛہ بہوان

## حکایت ۴

اَکھ ژوٗرا ژاو اَکس درویشہٕ شُنٛد گرٕ۔ سیٹھا ژھانٛڈ دِژِن مگر اَتھ آسہٕ کینٛہہٕ تہٕ گو سیٹھا تنگ۔ درویشَس لوٗگ پَے رِیتھ کملِ پیٹھ ژٕ شوٗنگِتھ اوس سوٚے تیٚژ آوِن ژوٗرَس بُتھِ وَتہٕ پیٹھ تاکہِ ژھوٗر نیبرِ نہٕ کینٛہہٕ۔

### قطعہ

مےٚ بوٗزُم زِ مردانِ راہِ خُدا
کران تِم چھِنا کانٛسہِ ہُنٛد دِل تنگ
مےٚ ونتم لَبکھ کرِ بلند یُتھ مقام
چھُکھ کرِ رُت کرُن دوستن ہِستی جنٛگ

خلوٗصہٕ والین ہِنٛز دوستی چھےٚ ہِشی، یِنہٕ کِنہٕ تہٕ تہٕ یٛروشہ کِنہٕ نہٕ۔ نم چھِنہٕ یِتہٕ کِنہٕ عیب چیٖنی کران تہٕ یٛروشہ کِنہٕ پانہٕ مور کران

فردس

مےٚ یٛروشہ کِنہٕ ژٕ لاگکھ نرم ژھاوجا
تہٕ یِتہٕ کِنہٕ بَنکھ رامہٕ ہئونا یِزیا

فردس

عیب یُس کانٛسہِ ہِندی ژٕ تےٚ وَنی یوز
بائے قی بن نِش دِوان جائے تی توز

## حکایت ۵)۔

کیٛنہٕ سیاح اٚسی ییکہٕ وٕٹہٕ سفر کران تہٕ اکھ اکی سِندِس تکلیفس تہٕ آرامس منٛز اٚسی شریک۔ مےٚ گو خیال ژٕ یہٕ تہٕ یٛنہٕ یہِنٛد ہَم سفر مگر نم گئے نہٕ اتھ بیٹھ راضی۔ مےٚ دوٗپمکھ ژٕ یہٕ چھُہ بزرگن ہِندِس شرافتس تہٕ اخلاقس خلاف یعنے کانٛہہ سِتی رَلنس اِنکار کرُن یا کانٛسہٕ قائدہ وانُنا وہٕ نِش یِتھ ہیوٗن۔ تہٕ یہٕ چھُس تیوٗت مضبوط تہٕ پھرتیلہٕ ژٕ یہٕ ہیکہٕ ییٛیین ہِنٛد نکھہٕ پھیوٗک یُنِتھ تہٕ ژبار کران۔

شعرس (عربی)

اٚسہٕ نے یو پانہٕ کُنہٕ ساعتن سوار
جُنلہٕ یہٕ نمہٕ وزِ زین جوٗنے کرِ تہٕ عار

نموٗ منٛز وُڈھم اکھ ژٕ ژٕ گژھ ھی زیٛنہٕ ناراض نیکپانہٕ اکہ کٹِہ آو اکھ ژوٗرا اٚسہٕ نِش تہٕ گو اٚسہٕ سِتی شامِل۔

شعر

کس خبر یٲرِتھ لباسا ژُرت چھُ کُس
خط لیکھن وول زانہِ لیؤ کھمت کیاہ چھُس

چونکہِ درویشن ہند عادت چھُ امن تہ دوستی لہاذا کوٚرنہٕ اسہِ
تس بینڈ تشک تہ روٚٹ پانس سیتی۔

مثنوی

عارفس بھیرنا مُشکل آسان ناٲلی
کیاہ چھُ غم اداہ اسی تن بلِ گُل سۄ خالی
یوٚد عمل یُزہ کرکھ یلوَن چھُ کیا
تاج دوڈِ اورے عِلم سپدی عطا
نزاو دُنیا ہاوسن مو روز لور
نبلی بنکھ عارف لیکھ یُزی یٲکھی زور
ژھوٚر سیلح کرِ کیاہ ہمت یوٚد وے نہٕ چھے
لاشتزہ نکھ وسہ ماجنگس اندر مُلے

اکہ راتھ کوٚر اسہِ کانچس ژیر تام سفرتہ راتھ کینٹ شوٚنگی اُکس
دیوارس سیتی۔ تہ اُمی بد بخت ژوٚرن نیوٚ اُکس سُہ کھقبہِ سُند لوٹہِ
طہارت کرنہٕ کرِ ہینہٕ تہ نیوٚن ژوٚرِ۔

فرد

ژہ چھہ عارف مُشکل لاگتھ چھُ ژھیوٚ نمت کیا ونوٲتھ
خرس ہینس غلاف کعبہٕ لوگن یلنہٕ یا بتھ

ییٚھنٛے درویشن ہیٚنز نظرِ ڈیوٗل۔ سُہ ژاو اُکس گنبدس منز۔ تہٕ تتہِ نیوٗن
اَکھ ڈبہٕ ژوٗرِ۔ گاش ہینس تام اوس وارِیا مُنزِ ڈلہٕ کوٗڈ مُت
تہٕ ہم بچاری اُسی نشوٗنگی پھٕے۔ صُبحن گئے ہشیار تہٕ کرِکھ یم بے گناہ
سائ نُفی گرفتار۔ تِنہٕ پیٹھٕ ترووا سہٕ کانٛسہٕ ستی رٹُن تہٕ کرُن تنہٕ اَ بی شہنزوتھ
اختیار۔ تنہٕ اَبی منز چھے سلامتی۔

قطعہ

توٚ مہٕ منز یوٚد کانٛہہٕ اَکھا کرِ چارٕ گی
نَے یٚڈس تے نَے ٹِکس روزان قدر
گاسہٕ میدانس اندر اَکھ دانٛد گُن
گامہٕ چین گاون کران چھی دربدر

مِئے ووٚنمس خدا تعالا شُکر زِ یہ رٚوٗدُس تہٕ خدا دوستن
ہنٛز صُحبتہٕ نِش پیار کیٚنٛہہٕ۔ اَگر ظٲہر یا نٔ تھوٚ توٚ یہہٕ ستی پوٚکُس تہٕ
کیٚنٛہہٕ مگر یوٚسہٕ نصیحت توٚہہٕ بیان کرٕ تمہٕ نِشہٕ لوٚبم سبق تہٕ مِئے
ہوس اِنسانس بیٚیہٕ نصیحت ہمیشہٕ بکار۔

مثنوی

بے عقلا مجلس کران سایہِ بے غلیظ
عاقلن دِل تنگ کران اَکھ بد تمیز
یوٚد گلاو ستی یروون آبہٕ حوض
ہوٚن پھٕ سہِ تِتھٕ منز سوگُر گژھِ وارِ یوٗز

## حکایت ۶

اَکھ عبادت گُذار بنیو اَکِہ دوہہ اُکس بادشہ سُند مہمان۔ ییلہ یہ کھیتہٕ بیٹھ تمہ کھیو ما اَکِہ کھوتہٕ کم تہٕ ییلہ نماز پرَ نہٕ وۄتھ۔ تمہ پٔر عادتہٕ کھوتہٕ زیادٕ نماز۔ یتھ زَن گژھ تَس مُتعلق رُت ظوَن قایم کرن۔

### فرد

خوف چھُم واتکھ نہٕ کعبس متِ زٕ تِہ
چھکھ ژٕ تِہ ترکستان گژھان اے اُوحشِیا

ییلہ گرٕ واپس ووت تمہ ژھونڈ بیہہ بتہٕ۔ تَس اوس عاقل نیچو تمہ پرٕ ژھس زیادہ شہس نِش کیاز کھیوتھ نہٕ ژےٕ بتہٕ۔ سُہ وۄنُس زِ متےٕ کھیو نہٕ تَتہٕ کینہہ یتھ زَن بکار بیہ۔ نیچوِ وۄنُس زِ نماز تہٕ پرٕ دُبارٕ نِکیاز سُہ تہٕ یِی بیہ کتہٕ وِز بکار۔

### قطعہ

ہُنر تھاوتھ ژےٕ تُنی تےٕ عیب ژوَرے
کیٖنکھ ہاوتھ کران چھکھ وِشکِہ ہُنر کنھ
متےٕ مغرورا وُتھ کیاہ یکھ ژٕ سودا
کھوٹہٕ دینارن یِی کیا وقتِ حاجت

## حکایت ۷

متےٕ چھ یاد زِ بہ اوسُس لوکچار سے سٹھا عبادت گزار تہٕ شب بیدار۔ پرہیزگاری تہٕ زُہدس کُن اوسُم سخ مال۔ اَکِہ راتھ

اوسُس مٲلِس جنتیَس نِش بہتھ ساریٚ سے رٲژ شوٗنگُس تہٕ کیٚنہہ نہٕ قرآنِ شریف اوسُم کرِتھ ہَس منز۔ أندی ٔکِی آسی ساری شوٗنگِتھ تہٕ مےٚ وۄن بابہٕ صأبس زِ یمو منز چھُنہٕ کانٛہہ أکھ تہٕ وو تھان ٔچھ زَن نِمازس زٕ رکعتہ پَرِ ہے۔ یِم چھِ نِنِدرِ کٕنی شوٗنگِتھ زَن نہٕ مومتی چھِ، شہ وۄنُھم زِ گوٚبرا اگر ژٕ تہِ شوٗنگہٕ ٔہکھ امہِ کھوتہ اوُسے بہتر زِ ژٕ چھکھ غیبت کران۔

قطعہ

تکبُّر آسہِ یَس وُچھہِ پانہٕ سے کُن
غرورُک پردٕ آسان چھُس أچھن بیٹھ
خُداوُ چھنک ژےٚ یوٚدوے گاش آسی
ژےٚ پنُنے پان باسی گاسہٕ تےٚ ژھیٹھ

## حکایت ٨

أکِس مجلِسہِ منز آسی کیٚنہہ لُکھ أکِس بُزرگہٕ سٕندی تعریف کران۔ تہٕ تِمی سٕندی صِفت گُنٛزرنَس اندر مُبالغہٕ کران۔ تِمیٚ تُل کلہٕ تھوٚد تہٕ وۄنُکھ زِ بہٕ زانہٕ پانے بہٕ کُس تہٕ کیٚتھ چھُس۔

شعر (عربی)

کرَان تعریف چھُکھ واتان مےٚ آزار
ژٕ ما چھُکھ بأطِنس بیاٚنِس خبردار

قطعہ
نیٚبری کتھ لوٚبہٕ وُن باسان بہٕ لوٗکَن
بٕنِن باطِن وُچھِتھ کلہٕ چھُم مےٚ لوٗن بَس

# کران موٚرس تشکل ڈیشتھ چھ تعریف
# گلان اندری نظر پشیحن کیٔنہٕ تس

## حکایت ۹

لبنان کوہکی اکی بزرگن اوٚن دمشق چہ جامع مسجد منز تشریف۔ امس بزرگہ سندین کمالن تہ کرامژن ہندشوہر اوس ساری سے عرب دنیاہس منز۔ چوٚنہ حوضہ کس نبجس بیٹھ ہیوٚتن یُتھ چھلُن، پس تژ جس تیر تھ تہ آو حوضس منز لابین۔ سیٹھا کوشش کرتھ دژاو امہ حوضہ منز نیبر۔ بیبلہ نماز پرتھ موکلیاے اکی ساتھین ووننس زِ مے چھا اکھ مشکلا در پیش۔ بزرگن ووننس زِ کیا مشکل چھی در پیش۔ دوپنس زِ مے چھ یاد زِ اکہ لٹہ یوٚگکھ تہ مغربی دریاوکنی آبہ پیٹھی تہ کھور نہ پوٚڈے تہ تہ اد کیا دلیل آسہ تژ تےکمرٕ زِ مرنس روز اٰسے نہ کہین یاتھے۔ تمی تژ وو کلہ بیبہ منز تہ سیٹھا سوچ کریتھ ووننس زِ آنحضرت ﷺ چھ فرماوان زِ بیشانہ خاطر چھ اکھ وقتا تیتھ آسان زِ بیبلہ تہ کاشہ ملکھ تہ مے تہ خدا لیس درمیان چھ آسان۔ تمو جھہ فرموومت زِ نزِھ حالت کیا چھےہمیشہ روزان۔ تم اسی کنہ وزِ جبرئیلؑ تہ میکائیلؑ کن تہ توجہ دوان تہ کنہ وزِ اسی حضرت حفصہ تہ حضرت زینبؓ ساتی آسان۔ نیکن ہند خاطر چھےاکہ گٹہ تہ کاشہ منتری مثالہ تہ بوان تہ ریھند دل بوان زینبنہ

فرد

جلوہ وان سنتی سنی پرد تراوان چھکھ     فذر پانس نار سوٚنے نیزراوان چھکھ

ء ا شاکہ اکہ پہاڑک ناو

قطعہ (عربی)

وُچھان چھُس روبرو محبوُبہٕ سُنٛد روے
نہٕ راوان چھُس وُچھنہٕ دیدار تَمی سُنٛد
سُہ وُہراوان پتہٕ نارس چھکان آب
عکس چھُم دٔدی ہتھن تہٕ پھٔٹی متھن ہُنٛد

مثنوی سہ

دپان پرٛژھ اَکی بہٕ حضرتِ یعقوبس[۴]
سٕٹھا چھُے زنہٕ بہ تھوٚد تَس عقلمندس
ژ یتہٕ ژٕلیوٗ نُتھ مِصرِ بیٛٹھہٕ کیتھہٕ بوُے یوٗسف[۴]
کنعانَس منٛز نظر ما اوسے یوٗسف[۴]
دوٚپُکھ تَمی اَسی چھہٕ لوٗزِو زنتہٕ وُز مَل
اَتی چھکان اَتی ژھیپہٕ اوٚبرٕہسے تَل
گٔہے بٔڑوٚتھہٕ کِنہٕ سوٗرے عالم چھُ آسَن
پنٛن کھوٚر چھوپ آسان ژھایہٕ ساتن
فقیرَس روزِہے بوٚدوٚے کٔنی حال
سُہ دوٚ نوٚنی عالَمن ہُنٛد ترٛاوِ جنجال

## حکایت ۱۰

بعلبکچہٕ[ء۱] جامع مسجدِ منٛز اوسُس بہٕ اَکہٕ دوہہٕ وعظ پران نہٕ بٔڑوٚتھہٕ کِنہٕ اَسہِ سو مُردٕ جماعتھ بوٗنہٕ ظاہری عالمہٕ بیٛٹھہٕ باطنی عالمَس کُن وُنہٕ سفر اوس کوٚرمُت ۔ میٛنہٕ نوٚگ بوٗزِن زیبا ژ

ء۱ شامُک اَکھ شہر (بعلبک)

نصیحت چھےٚ یہٕ ہِمِن اَثر کران تہٕ میثون نار چھُنہٕ اَتھ اُدرِس زِنس زاگتھ ہیکان۔ یہ گوس شَر مشدٕ زِ یہ لۄگُس اَنِن تہٕ چار واین تربیت کرنَس کُن۔ مگر بحثایِش مُشدِ دَرواز چھُ یلہٕ آسان تہٕ کُنہ باتھ ہِشدٕ سلسلہٕ جاری۔ مثلاً یہ آیۂ کریم زٕ اُسی چھِ اِنسانَس شَہ رگہِ کھوتہٕ نکھہٕ۔ یہ تہٕ اوسُس وعظ پران پران اۄ نتہٕ ووتمُت۔

قطعہ

یار چھُم شَہ رگہِ کھوتہٕ نزدیک  افسوس چھُم بےٚ نَس نِش دوٗر
کرٕ کیا کُس ہیکہِ بو  باوِتھ  دَرمن مُسے بےٚ چھُس مہجوٗر

یہ اوسُس اَمہِ کتھہِ ہِندِس نشس منز مست۔ تہٕ پتا لگ زٕ کی وآتی اوس وُنہ موجود ے، مطلب وُنہٕ آسہِ مےٚ کُنہِ کتھہِ وَننہٕ تہٕ اتھی منز دراو اَکھ نفرا یاری تَس گوآخری کتھہِ ہِشد اثر تہٕ زٕ جِس کُنی کڑکھ بنیرٕ نتھ۔ بیٹھو مجلسہِ والیو تہٕ ہیٚنتی نارٕ دِنی[1] تہٕ حاضرن آو سخ جوش۔ مےٚ وۄنمکھ زِ سُبحان اللّٰہ یم نخردار دوٗرٕ چھِ تِم چھِ دراصل نزدیک تہٕ یم کاشتہٕ زٕ سی نکھہٕ تل چھِ تِم چھِ دراصل دوٗر۔

قطعہ

اگر بےٚ فلس نترٕ یہٕ  کُنہ فِکرِ چھآیٚ
وَنَن وول بالکل  ننتین بےٚ قصوٗر
زٕ کرٕ یادٕ یَنزھ پنزھ تہٕ فہمک فوت
وَنَن وول لبہِ کامیابی ضروٗر[2]

---

[1] مطلب بڑٕ بڑٕ کڑٕ کرٕ دِنہٕ۔
[2] کُنہ فِکرِ نارنس منز۔

## حکایت ١١

اَکِہ رٕاتھ زِ گو مےٚ مکہٕ شریفہٕ کِس سِیٹھاہ مِیدانَس منٛز وُنیشدٕر تہٕ تمہٕ موکھہٕ رٕوٗدُم نہٕ پکہٕ نُکھ طاقتے۔ مےٚ ترٛاو کرِتھ تہٕ وونُم واٹِس وۆتُھم زِ مےٚ ترٛاو بیچھر

قطعہ

پیدل پکہٕ وُن کیا کرِ وونی
سخنی ستین چھونہٕ ولیوٗٹھ پوٗٹھ

ییتھ سفرس بیہ وۆنٹھی تنگ
سختی منٛز مرگ گوٚت دیہ چیرٕ تنگ

سُہ وۆتھم زِ بایہ حرم شریف چھُ برونٛہہ کنہٕ تہٕ ڈاکو چھی پتہٕ اگر پکان روزکھ نیلہٕ بیری کام تہٕ اگر نیندر ترٛاوتھ تیلہٕ گژھکھ مارٕ ژٔٹے۔ چھی نا بوزمُت زِ وۆنمت چھکھ۔

بیت

کِکرٕ شِہلِس شونگُن جنگلس اندر رُت باسہ اِنسانَس
مگر پوز بڑا شنھ ترٛاوِنی جانہٕ چھی گوڈٕنس مسافرَس

## حکایت ١٢

مےٚ وُچھ اَکھ دَرویشا دَریاو بُٹھس بیٹھہٕ۔ اَمِس اوس ہٲہن زَنگہٕ زخم دِتھمُت۔ کُنہٕ تہٕ دوہہٕ سِنی اُسُس نہٕ بلان تہٕ تو تہٕ اوس پڑھ ساتہٕ خُدایہ سُند شُکر کران۔ لُکو وۆنہس زِ ژٕ کِتھ چھُکھ خُدایہ سُند شُکر کران۔ تمی وۆنُکھ اَمہٕ موکھہٕ زِ مُصیبتس منٛز اگر ہیہ تہٕ آس مگر گُنہگاری منٛز آسہٕ کینہہٕ ہیتہٕ۔

سُہ جانانہٕ مونٛس کرِہم یوٚد حوالے
وَنے بوزٕ مےٚ نو جانہٕ کے آسہٕ کانہٕ غم

پرٛژھس کیا خطا چھُم مےٚ کوٚرمُت نِگارو
فقط چھُم یوہے غم ژٕ ناراض گوہم

خُدا تعالا سٕندی ٹاٹھی چھِ مُصیبت زاتان گُناہو کھوتہٕ بہتر حضرتِ یوٗسفؑ اوس نا مُصیبتہٕ کِس حالس منٛز وٚنمُت۔

(عربی)

اے خدایہِ مےٚ چھُہ قید خانہٕ تمہِ کھوتہٕ بہتر یتھ کُن سو (زُلیخا) مےٚ کمان چھےٚ۔

## حکایت ۱۳

اکِس دَرویشس پیوٚ کیا ہتانی حاجت۔ تمی ریٛہ دوستہٕ سٕندِ گرٕ منٛز کمل تہٕ خرچاوِن سوے۔ حاکمَن ڈیُت حُکم زِ امِس گژھِ زٕلُو اتھہٕ کملہٕ واٚلی دوٚنکھ زِ مےٚ کوٚر امِس معاف۔ قاضی ووٚنُس زِ چانہٕ سفارشہٕ ہتیٚ تراوٕ نہٕ بہٕ شرعُک حُکم۔ تمۍ ووٚنُس زِ چوٚن وَنُن چھُہ صحی مگر یہِ چُھ یمانہٕ مال آسہ تہٕ تِمس پیٹھ پیہ نہٕ اتھہٕ ژٹنہٕ تکیا زِ فقیر چھُنہٕ آسان کُنہِ چیٖزُک مالِک۔ دَرویشس یہِ کیٚنہٕ آسان چھُہ تہٕ چھُہ حاجتمندن ہندے خاطرٕ آسان۔ حاکمَن تروو مگر ہتیٚرس ملامت کرنی زِ اگر ژٕ تنگ اوسُکھ مگر یارٕ سٕندِ گرٕ کیا زِ کرِتھ ژوٗر۔ تمۍ ووٚنُس زِ ژٕ ٹےٚ چھےٚ نا بوزمُت زِ دوستن ہندِس گرس گژھِ دوٗنی دِنی تہٕ دُشمن سٕندِس برانٛدس کُن نہٕ گژھِ نہٕ گژھُن۔

شعر

بیہی بام سختی مہ کر کاشہٕ رُکاوٹ
ژٕ وال دُشمنس بستہٕ یارس پلو ژھٹھ

# حکایت ۱۴

اُکی بادشٲہن وُچھ اکھ دُرویش تہٕ ووٚننس زِ ژےٚ چھُیا بہٕ زانٕہ باد ییوان۔ دُرویشَن ووٚننس زِ تُمہِ وِزِ ییلِہ مےٚ خدایہ مشان چھُہ

یَس کرِے رَد دربدر پھیران سُے
یَس مہربان تَس نہٕ کیٚنہہ پرواے چھُے

# حکایت ۱۵

اُکی بُزرگن وُچھ خواب زِ اکھ بادشاہ جنتَس منز تہٕ اکھ درویش جہنمس منز۔ تمی کوٚر ہُمی سندِ بَن ثوابَن تہٕ بییمی سندِ بن گوہن متعلق معلوم۔ تکیازِ لُکن ہُند خیال اوس اَتھ برعکس۔ غیبی آواز آیس زِ ییمِس بادشٲہس اُس دُرویشَن ہُنز ییٚژھ تہٕ تُوے چھُ یہ جنتَس منز۔ تہٕ تِمِس نیک اِنسانَس اوس بادشٲہن ہندِ صحبتُک شوق تہٕ تُوے چھُ بہٕ جہنمس منز

قطعہ

یِیی کتھ کَمُل جنٕدِ تسبیح بکار
مہٕ کر کارِ بَد بَن ژٕ پرہیزگار
کُلاہ ووٚنٕہ سُلُچ تہٕ متہٕ اُسی تَن
چھُنا ٹُو بہٕ سٕتِن بنان کانٕہ کفار

•

# حکایت ۱۶

اکھ شخصا دزاو جہازکس سفرس بیٹھ وو ڈ نوّنے تہ تنہ وورے نہ ونہ رلیتووا آسہٕ ستی۔ مے وُچھ زِ تس اوس نہ کانٛہہ چیز ا ستی تہ وارہٕ وارہٕ پکان اوس ونان

قطعہ ؎

نہ ووٗ نٹس کھسنہٕ چھس نہ چھم ووٗ نہٕ شُند بار
نہ چھس کانٛسہٕ نوکر نہ شاہی مے در کار
نہ چھم آسنچ کل نہ غم ناسنک چھم
کڈان چھس بہ دوہ دوہ خوشی چھم مے بسیار

اکھ ووٗ نہٕ سوارن ووٗ ننس زِ اے فقیر کوت چھکھ گژھان پھیر والیس۔ ورنہ مصیبتس منز مرکھ۔ تمہٕ مو ننہٕ کینٛہہ تہ یوک پانس بیٹلہٕ اُسی نخلِ محمودس منز واتی سہ مالدار موٗد تہ سُہ فقیر آس شاندس بیٹھ تہ ووٗ ننس۔ بہ موٗدس نہ سختی ستی کینٛہہ تہ ژہ موٗدکھ (بختی) ووٗ نٹنہٕ بیٹھ۔

بیت ؎

ودان روٗد راتس بیمارس نشے یُس
سُہ موٗر گاش پھولہٕ وُن تہ بیمار گو وژُس

قطعہ ؎

سٹھا تُند گرِ موٗدی نہ کینٛہہ لنگی خراندس واتی
صحت مند ژاے در گور تہٕ زخمی زِند وُچھ کاتی

## حکایت ۱۷

اَکھ دروِیشَس اَنوو بادشہَن بُلاَوِتھ۔ دروِیشَس ٹیُٹھ فِکرِ تہٕ سوچُن زِ بہٕ کھیمہٕ کاشہٕ سہٕ دَوا یِیمہٕ سِتۍ بہٕ کمزور گژھہٕ ناکِہ نَس بڈٕ مَنٛز بیسہٕ پَژھ زیٛادِ۔ دَپان ٹھمُ کھیو سہٕ دَوا یِیمہٕ سِتۍ سہٕ بُلہٕ سو نِکیُے گوٚو۔

قطعہ

بہٕ زانان گوٚج اوسُس اَس سوے کُنٛڈ
اُچھن اوسُم مَنٛز از نام دوکھہٕ پیٛرِ یاٹھ
لِکن کُن پتھ کرِن تھفر قبلہ سیٛے کُن
عبادَت وُچھ کران چھِیٖ تمیٖ سِتۍ ٹاٹھ

فرد

کرہٕ کھ پیٛلہٕ خدا یاد تھفو یوٗرِ ظون
رُتن سے اُچھن نَل ژِہ سیرے تہٕ بون

## حکایت ۱۸

یوٗنانہٕ کِس اَکِس علاقس مَنٛز لوٗٹ ژوٗرو اَکھ قافلہٕ تہٕ کافی دَولت نیٛبکھ لوٗٹِتھ۔ سوداگرو وَدٕ سیٹھا۔ خدایَس تہٕ رسوٗلِ خدایَس کرِکھ عاجزی مگر فایدہ سپُد نہٕ کینٛہہ۔

شعر

دِوان سَن چھُ بد معاش بیٛلہٕ خوش گژھان
تمِس غم چھُ کیٛشاٮ اَسی نِن کاشہٕ دزان
اَتھ جماژِ مَنٛز اوس اَکھ داناہ۔ تَس وَون کمیٚ تام زِ یمَن ژوٗرن

کرَتہٕ نصیحت بَنان چھُ زِ کیٚنہٕ مال مادِن والیَس نٕکیاز یوٚت مال راوُنگ چھُ اَسہِ سخت پھیران۔ تمیُ ووٚنُس زِ بمِن داناےٚبِ ہشتر کتھ وَ نہٕ گوَ بوٚڑ افسوٗس ۔

## قطعہ

شیٚنشہ زس کھےٚ تُج سٹھاکیاچھُس علاج
رپتی دِی دِی وَ نتہٕ اَدِ کیٚنہٕ ما بَنِس
دِل پیٚمِس کرہ تیٚنہیاوٚ کرِ کیا وعظ نَس
بیخ کنہٕ واَلکھ زِ وَن زاشہٕ ما وسِس

## قطعہ

یام دوہ آسی مَدَد بےکَس تہٕ کرہ
دِل رٕ چھنہٕ آزاد وُ چھ گیٚے لوٗکھ ؑ کتی
عاجہٕ! یوٚدوٗے مَنگِی کاشہٕ پیٚر زیےٚ
دِس ژہٕ نتہٕ ظالِم رٔنیِ نتھہٕ زوٚرِ ؑ ستی

## حکایت ۱۹

یوَتاہ مےٚ شیخ ابوالفرج[۱] گیوٗن تراوُنگ تہٕ تنہاےٚیی سُہ شُد حکُم اوٗس دِوان تیوٚت اُس جواَنی مےٚ بیٚٹھ غالِب سَیدان تہٕ نفسانی خواہِش اُس مےٚ حملہٕ کران۔ مجبوٗر کٔن اوٗسُس یِمہٕ کیٚنہٕ قدم پننِس پیٖرِ شدس وَنِنس خلاف پکان تہٕ گیونگ تہٕ یار برادری سُہ شُد لُطف تُلان تہٕ یُتھے مےٚ شیخہٕ ہِشر نصیحت باد اُس پیٚوان بہٕ اوٗسُس وَنان ۔

---

[۱] اکھ بزرگ ۔ صاحبِ شرع ۔

فرد

آسہِ ہے یوٚد قاضی اسہِ ستی نژنہٕ روٚس ماروزِ ہے
زاہدا یوٚد دام چیٚنیہ ہے رِندٕ سٟتۍ کنٕہ یوزِ ہے

چھیکرِس ووتُس یہٕ راتھ کیٚشٕت اکِس جماعژ منٛزنہٕ نٕنہِ وُچھُم اکھ گیوٚن وولا۔

بیت

زُٹان بے ہوٚد ضرِ یوٚ ستی شُہِ رگ
ودان اٟسِس پیٚمٕژ زَن مالی سٟتۍ دگ

مجلِسہِ والی اٟسی باضے کیٚنہہ منٛز اوٚنگجہِ بَران تہٕ گاہے اٟسِس بیٚہٕتھ اوٚنگجہ تھاوِتھ تَس ژھوپہٕ کرناونٕچ کوٗشِش کران۔

شعر (عربی)

گیوُن یوٚدوَے چھُ اسہِ وجدس برابر
کرَکھ تا بندِ گژھہٕ ہو اسی سیٹھا خوش

بیت

گیوُن چون بوزِتھ نہٕ کُس خوش سپُن
شبا کو ذرا دُم ژٕھیٚٚ بہتر ژُ ٹُن

مثنوی

آس بیٚلہِ بے وایہ تمٕہِ ہِرووٕئے
مالکِس سَر مٕنٛزٕ کھورَن تل ترٛووٕئے
یا کیٚنہہ منٛز پھشٕب زُم یوزِ ہے نہٕ کنٛہ
وَرنہٕ برَ منٛزٕ رُم زِ ژٕلہِ سوٕے چھُم مٕنٛزٕ وُتھ
مو نحصر بہٕ زِ دوستن ہٕندِ مزاژ کِہ لحاظہٕ موجب گذار مٕنٛزٕ سو

راتھ تتہٕ۔

قطعہ

بانٛگی ببلہٕ دق وُچھتھ رۄس پر بانٛگ ستی
رانٛژ ہُند آسی نہٕ کانٛہہ اَنداز تَس
رانٛژ ہُند ز بچھر منٛز نِش دریافت کرٕ
وُچھہِ وُنہٕ چشمو پھۄلم منٛز گاشس یَس

صُبحن وول منٛز یِنہٕ کلہٕ پیٹھ دستار خرفک کمر بند تہٕ مُژرُم تہٕ لوٚبرکہ خاطرٕ ترٛوُم گبوون وائس ترٛوشہٕ کِنہٕ ۔ نالہٕ مَتہٕ رۄٚٹُم تہٕ کوٚرُم تمی سُند شُکرٕ ادا ۔ دوستو وُچھ میانٛی یژھ بٔرژھ میانٛس عادتس خلاف تہٕ میانہٕ اَتھہ بے قلازی پیٹھ اوٚشکھ تموٚ اُندرٕ کوٚر اکی اعتراض زِ ژٕ نہٕ کرٕتھ نہٕ یہ عقلہٕ ہشر کام ۔ بزرگن ہُند دُپُت مُت خرقہٕ دُشیتھ اُمِس گبوون دائس لَگِن نہٕ وُمرِ نہٕ اکھ ہارٕ پتھ کُن گبہٕ یا کانٛہہ تہٕ سونہٕ رژھ چھَس نہٕ سارِنہٕ ہندِس گھو کھرس منٛز۔

مثنوی ؎

خدا بۆزِن گژھن نابۆد بے شک
گٔہوَن وول یَس نہ یژھِہ دوٗبارٕ کانٛسہِ اکھ
مژُر نمی آس لاگٔن کرٕ یکھ یا منھ
سسرَنج ہیر بۆن یژ تھ کانٛسہِ تامتھ
ژلاٗنی جانوَر گٔے خوفہ سانٛتین
نمس لۆگ ہوٗط تہٕ اَسہِ وۆنھ دود کاڈٕ ین

مے وۆنمس زِ آس وَٹھ۔ مےٚ گو بیچمس گٔہوَن واٗلی سُند کمال معلوٗم۔ شہ وۆنھم زِ مےٚ تہٕ کرتہٕ اَمہِ نِش باخبر یُتھ زَن بہ تہٕ یِمہٕ اُمی سُند چیلہٕ۔ مےٚ وۆنمس زِ مےٚ چھُ ہیرن اَز تام کینٛہہ یاگٔہوَنس منع کوٗرمُت۔ مگر مےٚ کرٕ تہٕ اَز تانی زانٛسہٕ تمتھ بیٹھ عمل۔ تہٕ اَز بیلہٕ مےٚ یِمی سُند گٔہوَن بوٗز مےٚ گو قسمت بیدار تہٕ مےٚ کوٗر آئندہ گٔہوَن بوزنس تہٕ یژھن محفلن منز شریک سپدنس توبہٕ ؎

قطعہ ؎

یَس اَکِس آواز آسی دِلفریب
باٗتھ یُتھ تیتھ آسہِ کرٕ خوش یژ تھ اَکِس
اَسی تن مشہوٗر شاعر سُند کلام
بیچھ گٔہوَن وول آسہِ خوش کرٕ سے کٔمس

•

# حکایت ۲۰

لقمانس وۄنکھ زِ ژےٚ کَس نِش ہیوٚچھتھ ادب۔ تمہ وۄننکھ زِ بے ادبن نِش۔ یہ کینژھا میۓ تہنٛد ناپسند گو تہ کرِنہ نِش رۄدُس پھِکھ۔

قطعہ

عاقل ہیٚچھ لالوٗدی کیٚنہ
ٹھٹھہِ مسخری بٲکھ کرِی تَن
ہیٚتہٕ بیٚز کینٛھہ کرِی تَن دانا
نادانَس تمہ ٹھٹھہِ یاسَن

# حکایت ۲۱

دپان اکھ بزرگا اوس راتَس دٔہ سیر کھیٚن کھیوان تہٕ اکھ غلطانہ قرآنِ شریفس کران۔ اکھ نیک دِل اِنسانن بیٚلہ یہ بوٗز تمہ وۄن زِ اگر سہ اڈ ژوٹ کھیتھ راتَس شونگہِ ہے، امہِ کھوتہٕ اوسُس بہتر۔

قطعہ

بڈ ٹھقا و کھیٚن چینہ نِش خٲلی
سینہ زَن ڈیشکھ نوٗرے نوٗر
دانٲیی نِش چھُکھ محروٗم
بڈ چھےٚ ہری زٲتِس تام پوٗر

•

# حکایت ۲۲

اَکھ شخصا اوس گوتہٕن منٛز سیٹھا گیر گوٗمُت۔ خُدایہ سٕنٛز بخشامِ ہِنٛہ ستی بنیوس توفیق زِ سُہ سیٚد درویشَن ہِندس اَکِس حلقس منٛز شامل۔ رُتۍ صحابت کِہ زورٕ تہٕ تہِندِ نظرٕ سببہٕ گیۍ تمۍ سٕندی بُرٕ اخلاق جان عادتن منٛز تبدیل۔ سُہ بچیوٚو نفسانی خواہشو تہٕ لالچہٕ نِشہٕ بچتھ۔ طانہٕ دِتہٕ والین ہِنٛز زِبو روز تس خلاف ہمیشہ جاری زِ سُہ چھُ تیتھُے یُتھا اوس۔ تہٕ زِ ہِنٛز پرہیزگاری بیٹھ پَکرٕ تہٕ پَزرٕ کرِن۔

فرد

توبہٕ کرٕ گوناہو نِشہٕ میلی نجات

لوٗکھ وُنۍ تَن کیا وَنَن نَنتھ کیا حسرٕ

سُہ ہیوٚک نہٕ لوٗکَن ہِنٛزَن زِبون ہُند ظلم برداشت کٔرِتھ تہٕ گوٚ پننِس پیرس نِش شکایت ہیتھ۔ تہٕ وۅننس زِ لوٗکَن ہِنٛزو کتھو ستۍ آو مےٚ جبر۔ تمۍ وۅننس زِ زٕ کیتھ کٔنۍ ہیکِکھ امہِ کتھِ ہُند شُکر کٔرِتھ زِ یہ نِم ونان چھِ تِمہِ کھوتہٕ بچِکھ ژٕ رُت

قطعہ

کوٚت کال روزکھ ژٕ نالان بس فضول

چھِم مےٚ حاسِد کیا زِ ہر دَم کیٚٹھ کڈان

گاہ بوان چھِم مارنے بے جا مےٚ تِم

گاہ کران چھِم پاسی گاہ چھِم پشان

کرٕ ژٕ نیکی یوٚد ژٕ سے وَنتے لوٗکھ بد

رُت وَنَن آسکھ ژٕ بدما گو تہٕ جان

مگر لۆکن ہُنٛس مَنٛز منتعلق نیک ظٔون چھُ تمہٕ سِتی چھُم نقصان
داتان۔ یعنے بہٕ چھُس نہٕ تیوٗت رُت یوٗت تِم مَنٛز زانان چھِ۔ شعر
خدایس خبر نیک چھُس یا نہٕ چھُس  خبر کیٛا چھِ لۆکن اُندری کیٛا بہٕ چھُس

قطعہ
بہٕ خاموش رۆزِ تھہ بہتھ ژھایہٕ ہیوٗ لُکن  گژھن عیب لۆکن اندر میانی ننہٕ عام
مگر ژھایہٕ رۆزِتھ نہٕ کیٛا گوس زٕ پننہ  خدا زانہِ لۆن کیٛاہ پوٗشید سِر نام

## حکایت ۲۳

مَنٛے کژ اَکس بُڈس بزرگس نِش یہ شکایت زِ فلانی شخص دِژ
میانہِ بچھ آسنچ شہادت۔ تمۍ وۆننم زِ ژٕ کر تَس سِتی نیکی تہٕ کرٕن
شرمندہ۔

رُباعی
ژٕ کر نیکی تہٕ دُشمن آسی ژٕن یچھ
تمِس مانکتہٕ چینی موقہ یِیہ زانشہ
وزان سارن زبر بیبلہٕ آسہِ وَنتم
کرہِ پس ماز تشہٕ تہِ کینہٕ دُر کلُیتاً کاشہٕ

## حکایت ۲۴

اَکس بُزرگس پرژ ژھکھ تصوف کیٛا گو۔ تمۍ وۆننکھ زِ یہِ چھِ
بژونہٕ اَکھ جماعتھ آسمژ یمن ہِنز ظٲہری صوٗرت پریشان آس
مگر دِل اوسُکھ مُطمئن۔ تہٕ وُنی کیٛنہ تہٕ چھِ یژہے اَکھ جماعتھ
یِہُند باطن پریشان تہٕ ظٲہر مُطمئن چھُ

قطعہ

نژران اسی ژِ تے من یوٚد اور تے یور
بہشتھ خلوت نہِ مازاتھہ نوٗر ڈیشکھ
مگر یوٚدوٚے ژِ تے آسی دست وسعت
ژِ تے دِل تَسۍ سِتی تے نس سِتی روزکھ

## حکایت ۲۵

مےٚ چھُ یاد زاکہِ رأژ پوٚکُس بہٕ بتھے اکِس جماژ سِتی تہٕ صُبحَن شئونگُس اکِس جنگلہٕ کِس دَندس پیٹھ۔ اکھ دیوانہٕ اوس اَسہِ سِتی اَتھ سفرس منزاوس تمی دیُت صُبحَن نارہٕ تہٕ گو جنگل کُن۔ اکِس ژِہس تہِ کوٚرُن تہٕ آرام۔ بیلہِ آفتاب کھوٚت مےٚ پرژھ نَس زِ ژِ تے کیا ڈلیل گیئے۔ تمی وَوٚنس زِ مےٚ وُچھی بُلبُل کُلین پیٹھ بولبوش کران۔ کُکو کوٚسِن پیٹھ تہٕ سِنہٕ گاڑی آیس۔ ژِ تہٕ حیوان جنگلن منز مےٚ سوٚچ زِ یہ کُتیہ تہٕ انسانیت زِ ساری آسَن تمی شندی تعریف کران تہٕ بہٕ روزہٕ غفلتس منز۔

قطعہ

کران اوٚس جانوارا بولبوشا
مےٚ تیوٚتم دِل تہٕ عقل وہوش روٗم
بُنھےٚ وُچھ دوستَن اُکی سیأنی حالت
دوٚپُن ہرگز نہٕ اَتھ پیٹھ باوٕرے چھُم
مےٚ وَوٚنس شرطِ انصاف چھا یہ وَننم
کرے تعریف بُلبُل روزہٕ تُہ سُم

# حکایت ۲۶

اکہ دوہہ آس حجہ کِس سفرس منز صاحبدِل نوجوان ہیٚتھ اکھ جماتھا مےٚ سٟتی۔ تم آسی پانہٕ وأنی سیٹھا ہمدرد بیٚیہ آسی یژ کی نغمہ پران۔ اُنھی منز سٟتمکھ آسہٕ اکھ زاہدا ئیس درویشن مُنٛد مخالف اوس تہٕ تہند حالہ نش اوس پیارے۔ یوٚتام اَسی بنی ہلالن[1] ہیٚندِس باغس تانی وأتی عرب قبیلک اکھ جوانا دزاو بینیمی زِنژھ آواز کٕرٕ زِ ساری جانوُر ؤنھی کُلیو بیٹھہٕ بوٗن۔ مےٚ وُچھ زِ تمِس زاہد سُنٛد وُنٹھ لوٗگ نژنہٕ۔ سُہ لوٗین پھٔر تہٕ دزاو جنگل کُن۔ یہٕ وُوٚکھس زِ شیخ صاب جیوانَس گوٚ اثر مگر ژٕ رُوٗدکھ توتہٕ تیتھے۔

نظم

مےٚ وۄن تمی بُلبلن کیٚشا آو ما چھکھ
نظر کر وُنٹھ جوٚیے کیٚا ونان چھے
یہ عرٚبک وُنٹھ بیٚنو رقص کر نود
اثر نے گوٚے تیٚلے جیوان ژٕ ے چھکھ

شعر (عربی)

ہوا سائتن کُلین ہندی برگ لرزان
کنین ما کیٚنہٕ اثر ہوٚیک چھُ سیدان

مثنوی

چھُ یژتھ کانہٕ چیز مست در ذکرِ اللہ
مگر کُس بُس چھُ تَسے بوزی تہٕ زوٚر ما

---

[1] ہلال ہند ین شُترین ہُند خضر باغ یا کانہٕ علاقہٕ بیٚمیک ناو بنی ہلال اوس۔

کران جُھبنہٕ بُلبُلے یوت مدح پوشن
ٹبنتھ زلوٗ کنٛڈی کران تعریف بلکل

## حکایت ٢٧

اَکِس بادشاہَس اُٚس نُور گَژھنچ وارٕ واتنہٕ مگر وارث اوسُس نہٕ کانٛہہ۔ تمۍ کٔر وصیت زِ یُس صُبحس صبحاے گوڈنیتھ شہرکس درواز بیہِتھ وانہِ تَس گژھہِ تاج ووڈِ دِیُن تہٕ مُلک گژھہِ تَس حوالہٕ کرنہٕ یُن۔ خُدا یہٕ سُند کرُن یُس شخص گوڈنیتھ درواز اَندر ژاو سُہ اوس اکھ فقیر یٔمی تمام عُمر بیچھ بیچھ گُذارمژ آسس تہٕ دَجہِ لاگ لاگ جِنڈ آسِس نالی۔ اَمیرو وزیرو اَتھ تمۍ سُنٛز نصیحت عملہِ منٛز تہٕ خزانن تہٕ قلعن ہنٛز کوٚنٛز کٔر یکھ تَس حوالہٕ۔ سُہ روٗد سیٹھا کالس حکومت چلاوان۔ وارٕ وارٕ اَمیرو بِھیٛر ہٕ تَس سٕتھ تہٕ ژوٚ پاری یِم بادشاہ آسی تِم آے فوج ہیتھ مقابلہٕ کرنہٕ۔ مختصر یہٕ زِ فوج تہٕ لگہ گئے یکہِ وٹہٕ تہٕ مُلکُک کینہہ حصہٕ دراو تمۍ سُندِ اتھہٕ منٛز۔ فقیر گو یہٕ وُچھتھ سیٹھا غمگین۔ اَتھی منٛز ووٚنُس اَکۍ دوستن۔ یُس فقیری ہِندِ دوہہ تَس سٕتی جِر اوس تہٕ یُس سفرٕ بیہِتھ واپس ووٚتمت اوس زِ ژٕ کر خدا یہٕ سُند شُکر۔ بٔروٚنہہ اوسکھ ژٕ ووٚچ خاطر پریشان تہٕ اَز چُھکھ اَکِہ حکومنک مالِک۔ اَتھی چھیہ وَنان زِ تنگی سٕتی چھیے آسایش تہِ آسان۔ تہٕ ژٕ سے دراے پوشن کنڈِ منٛز تہٕ کوٚنڈ دراے کھورِ منٛز

شعر

پوشہِ از پھوٚل آسِہِ سُے ہوٚکھمُت پگاہ    گُل سبز گاہے ننگے آسان گاہ

مثنوی ؎

بنی دُنیا گرِفتار گوکھ یک دم
بنی یوُدوَے نہٕ آسی تیٚلی نمیٚک غم
چھیٚنے نابیٚہ کاشُہ نیٚرِ ہش یُدٕ بلایا
چھُ دوشوٚی صورتن منٛز وچھ گُدُرکیشا

قطعہ ؎

بیٚرھان یوٚد چُھکھ گوٚژھم میٚے مال آسُن
وَنَے اکھ کتھ قناعت کر تہٕ ہر دَم
اُمیرا یا گہٕ راوان آسہٕ یوٚد سون
بنوٚ تمی سٕتر سخاوت ژیٚتے دِبی شرم
بُزرگو وَوٚن صبر درویشہٕ سٕندٕ رُت
عسر کیشا مالہٕ ووٚل دِی تَن سٕٹھا یژم

فرد ؎

گور خر ربتہٕ ناوِ یوٚد بہرام شاہ
ریٚتہٕ نِش ہالو زٕنگ بہتر سٕٹھاہ

## حکایت ۲۸

حضرتِ ابوہریرہ رضؓ اوس بیٚرتھ دوہہٕ حضرتِ محمدؐ سٕندِس دربارس منٛز یِوان۔ تِموٚ فرموٚو ہس زِ اکہٕ بیٚ اَم سوٚ میٚے نِش یِوان۔ یعنے بیٚرتھ دوہہٕ نہٕ کیٚنہہ ۔ یُتھ زَن دِلن مُنٛد محبت بڑٕ۔ اَم کِس صاحبِدِس بیٚرتھ لوٚکوٚ زِ آفتابس اندر اگر یٚنہٕ خوٚبی چھیٚے

اَتھ کیاز ِ چھُنہٕ کانٛہہ دوست بناوان ۔ تٕمی وٕ تنکھ زِ اَتھ چھُ بہِ وَجہِ زِ
یہِ چھوون توٚہی دوہے وُچھان مگر وتدٕس منٛز زٕوٗر روزنہٕ سببہٕ
چھُ یہِ سون محبوٗب بنان ۔

شعر

گرٕ ھن کانٛہہ زٕنٛش چھُے نہٕ ناکار کینٛہہ
مگر تیوٚت مانٛیتھ زِ سپدی سُہ تنگ
کرٕ کھ پانہٕ پانس ملامت ژٕ یوٚد
عزت پزٕ نتھ اکھا ژ سےٗ کری بے درنگ

## حکایت ۲۹

اَکِس بزرگس ہیوٗتن بُڈ منٛز پاد بھیرُن شروع ۔ نہٕ زٕکاوہٕ پنُ روٗزِس
نہٕ کانٛہہ ہمّت تہٕ بے فرصنے ژوٗلُس سپر نتھ ۔ وٕوٗنُن زِ اے درویشوٚ
یہِ کینٛژھا مےٚ کوٚر اَتھ بیٹھ او سنہٕ مےٚ اختیار نہٕ مُلکوٚ لبوٚ کھنہٕ
میانٛ نِس نا مٕے اعمالس منٛز یہِ گوناہ بیپہٕ آو مےٚ اَمہِ سٕتی آرام ۔
لہاذا دِیوٚ توٚہی مےٚ معاف ۔

شعر

بُڈ چھ باڈک قید خانا بوز ژھوٹ
عاقلو دوپ گژھہِ نہٕ زانٛہہ نھاوُن یہِ بند
نٕژاونٕے گژھہِ بار بوٚز راوُن پزی
نٕس گوٚبی لُس نھاوِ تکِس منٛز یہِ بند

شعر

بڑھان یوڈ آسہِ دُشمن نیبرٕ نیبرٕ ن
رکاوُن گژھہِ نہٕ تَس گژھہِ زیبرٕ ہَن دِنی

## حکایت ۳۰

دمشق کین ساتھین سِتی آس بہٕ اکہِ دوہہٕ تنگ تہٕ دژاس قدسہٕ کِس[۱]
جنگلس کُن۔ اَتہِ گوم حیوانن سِتی محبت یوٗتاماٗنی بہٕ فرنگین ہندِس
قیدِس منز بند گوس تہٕ تِمو لوگ ہَس بہٕ تہٕ یہوُدین سِتی طرابلسکی[۲] خندق
کھنُنس۔ حلبُک اکھ رئیس یس مےٚ سِتی برٕ اٚنی زانان آس وڑاو اپارٕ ی۔
اُمی بیژزنو ونس بہٕ۔ تہٕ بِژھنم زِ ژےٚ کیٛا چھی گومُت۔ مےٚ دِیُمس
زِ بہٕ کیٛا وَنے۔

قطعہ

ژلان اوسُس ژٹان کوہ و بیابان!
خدایس روٗس بڑھان اوسُس نہٕ بییہِ کانٕہ
ژٕ دُچھ کیٛا آسہِ ہے حالت مےٚ وَنتم
بہٕ کھنُو ونس کاتسہِ بندگانس اندر زاتہٕ

فرد

دوستس سِتی برٕ پڑی آسےٚ جان چھُے
دُشمنس سِتی لوڈ ژےٚ گُلستان چھُے

تَمس آو میانس حالس پیٹھ رحم تہٕ دَسن دینارن ہیوت نس
فرنگین مُولی تہٕ یانس سِتی نیوٗنس حلب۔ تَتہٕ کوٚرنم اَتھ دینار مُہرس

---

۱۔ بیت المقدسک پہاڑی علاقہٕ۔
۲۔ شامک اکھ شہر۔

بیٚٹھ کھاندر۔ بیٚلہِ سیٚٹھا کالا گو، تُمی ہِشنز کورِ ہیٚتھر میٚے ستی بدسلوکی کرِنۍ تہٕ بُجِم بُیٚدی کڈٕنہٕ

شعر

وُلیٚہٕ زٕنی شہمَتھ چھیٚے نیکس بے چگوٗن
دُنیاہس منٛز دوزِ جگ ہاوہس نموٗن
یژ تھٕ اَکس رُچھی تَن خُدا از بد صِفات
نارِ جہنم نِش خُدایا دِم نجات

اَکہِ پھیریٚج سو میٚے طانہٕ دِتہٕ تہٕ وننہِ زِ ژٕ چھُکھنا شُریس میانی ماگی دَہن دیٖنارَن موٗلی ہیتھ فرنگی قاد منٛز موکلو و۔ میٚے ووٗنمس۔ آ ییٚزی پاٹھی چھُس بہٕ سیٚے یُس دَہن دیٖنارَن موٗلی ہیتھ ہتٕنس دیٖنارَس بدلہٕ چانِہ اَتھَن منٛز دیٚت نَس۔

اشعار

میٚے بوٗزُم اَکی بُزرگَن نیوٗر بجٕروو
رُٹِتھ اَکی رامہٕ ہوٗنی سٕے بَلیٚے نژوو
ہُٹِس بیٚلہِ شام وَفنَن لاٗجِنس شراکھ
کوٗرُے فریاد نیٖرِن نژاو تمی یا کھ
بہٕ کوٗر نفس رامہٕ ہوٗنِس نِش زٕسے آزاد
گُنٛے انجام ڈیٖوٗ تھُم اَتھٕ دِیوِ داد

## حکایت ۱۳۱

اَکی بادشہَن یژ ژُہ اَکِس درویشَس زِ ژٕ کِتھہٕ کُنی چھُکھ دوہ گُذاران۔ سُہ ووٗتھس زِ رانتھ چھُس مناجاتَن منٛز گُذاران تہٕ

صُبح حاجَت پوٗر گژھِنہٕ خاطرٕ دُعا کَرُن َس منٛز تہٕ دوہ بێین اخراجات پوٗر کَرنہٕ چہٕ فِکرِ منٛز۔ بادشاہَس نوٗر تمی سُند مقصد فِکرِ نہٕ ونِتھ حُکم زِ اَمی سِندی تمام اخراجات کَرِو پوٗر یِتھ بہٕ عبادت چہٕ فِکرِ نِش آزاد گژھِہ۔

مثنوی ؎

بنِکھ یا مَتھ سُنٛد سَول کُن تھاو
وقت آوارٕ گی اندر مہ گژراو
سُرین کھین چِین نہٕ یلوٗن ہِنٛز فِکر کر
زِ تِمن او کھ ساٹ ملکوٗتُک چھُ بہتر

دوہے نیت کران چھُس رات راتس
عبادت لاگہ کرنی پاک ذاتس
نیت یا مَتھ گنٛڈان چھُس تو ہی دِیِو داد
کھینہ کیا شُرکی سٕتی صُبحن چھُم بیوان یاد

## حکایت ۳۲

اَکھ عبادت گُذار اوس جنگلس منٛز دوہا دوہا کڈان نہٕ گُلین ہِندی بیٛنہٕ ڈیٛنٛھر کھیوان۔ اَکھ بادشاہ آو تَس نِش مُلاقاتہٕ خاطرٕ نہٕ وۅنُنس زِ اگر زِ مُناسِب زانِکھ بہٕ ہیٛکہ چانہٕ خاطرٕ شہرس اندر اَکھ مکانہٕ بنٛنِتھ زن زِ ہے اَتھ منٛز روٗزِتھ عبادت کَرنہٕ وِزِ دِل اسی ڈٔنجِہ روزان نہٕ باقی لکھ نہٕ تُلن چانہٕ بزرگی تہٕ عبادتُک فائدہ تہٕ کرن چانی پیروی۔ درویشس آیہٕ یہٕ کتھ پسنٛد۔ تمہ کوٗر اِنکار اُکی وُزیرن وۅنُنس زِ بادشاہ

سِنٛدِ دلی تسلی مو کھہٕ یہٕ ژ کینٛژان دوشن شہرس منٛز۔ اگر ژٕ تیٚمہ مکانُک رنٛگ ڈھنگ بند اوے تہٕ جان۔ نتہٕ اَے چانٛہ یِیہ ہیٚرٕ گی بیٚٹھ کینٛہہ وُلدٕ اَتھ پیٚو تیٚلہِ چھُی ژٕ تیٚہ اختیار۔ دیان شہ درویش آو شہر تہٕ ڈیٚٹ یِس اکھ محل خانہٕ اَکِس باغس منٛز یُس زَن خاص جنت اوس تہٕ نتہٕ اوس رٔوح تازٕ گژھان۔

مثنوی ؎

اُسی تنتہٕ ہرشو گُل یاسمن
سُنبل زُلفِ معشوق زَن
واوہرمرگ تہٕ تتھ پوشن
زاشُری سُند ہیوٚہ لوو یدن

شعر (عربی)

لشجن بیٚٹھ دآن یٚرزلان زَن چھکان نار
زٕ وُچھ کیا بوٚڈ چھہٕ قدرت والی سُند کار

پادشاہن سُوز اکھ خوبصورت داناتس نِش۔ بیٚمہٕ سِندی صفت نوٚم چھہٕ۔

شعر ؎

نظر کرِٕ م یارن گلعذارن
سیٹھا سوٚندر چھہٕ زَن یم موٚر شوبان!
وُچھان درویش زاہد یام یٚرہ کیتھ
دِلس منٛز چھکھہٕ صبرک دانہٕ روزان

بیتھہٕ کُنی سوزٕنس آمہ یتہٕ اکھ غلام یُس سیٹھا خوبصورت اوس تہٕ جسم اوسس خوشوُن۔

قطعہ ؎

سوٚدی اَندی اُندی لوکھ تس کیا بے شُمار
ساقین مانو نہٕ کانٛہہ اکھ دام چوٚو
راتھ دوہ وُچھ وُچھ نہٕ ماکانٛہہ سیر گو
تریشہٕ نِس ہارس یٚروشٹھ کنہٕ دریاو تھوو

درویشن ہنتی جان جان غذا کھینی تہٕ اَصل یکو لاگنی۔ میون تہٕ مِٹھایَن ہنٛزٕ ن خوشبوٗیَن تہٕ لوٗگ ولہار تُلنہٕ تہٕ کُرُکن تہٕ لرِکین ہنٛدٕ حسینک تماشہٕ تہٕ لوٗگ وُچھنہٕ تکیاز عاٗ قلو چھُو وۄنمت زٕ جِسنن ہنٛدی زُلف چھہٕ عقلہٕ ہنٛدین کھوٗرَن ہنٛدٕ خاطرٕ بڑ بڈی تہٕ چالاک جانورٕ سنٛد خاطرٕ زال۔

بیت ؎

کوٗرُم سوٗرُے خرچ در راہ معشوق
بہٕ چالاک جانور تمٕ زالہٕ لوٗگُس

موٗحصر بہٕ زٕ اُمیٖ ہٕنٛدِس دِلہٕ کِس اطمینانَس لوٗگ وارٕ وارٕ زوٗال ییٖنہٕ، ییٖتھٕ کٕنی وۄنمت چھُکھ۔

قطعہ ؎

آسہٕ یُس درویش عاٰلم نیک کا شہٕ
یا مگر وُچھہٕ یِن زٕ شاٗعر باصفا
یام لوٗگ در قیدِ دُنیا گوٗ فنا
ما تُچھ ڈیرس تُچھہٕ شٕر زَن پھوٗٹ گو فنا

بادشہس گیہٕ دۄ ییمہٕ پیٹھ خاٰہش شہٕ وُچھنک۔ تمٕ وُچھ یہٕ درویش بدلیوٗمُت۔ وۄزِس رٕیشمی تکیَس ستی ڈوٗکھادِ تھ تہٕ اَکھ خوبصوٗرت کُرٕ اَکہٕ مور نیپر ہنٛزٕ واوجہٕ ستی اُمیس واوکران۔ تمٕ ہنٛزٕ جان حالت وُچھنہٕ گو بادشاہ خوٗشِس۔ اورٕ چ بورٕ ج کتھا بانتھا کُرِنتھ وۄنُس بادشاہ۔ ییٖتھٕ کٕنی ستہٕ عاٰلم تہٕ زاٰہد بنٛد چھہٕ تِتھہٕ کٕنی چھُم تہٕ بییٖہٕ کاشہٕ۔ فلسفی وزیرس یُس جہاں دیدٕ تہٕ زاٰنی کاراوس وۄنُس۔ بڈٕ بادشہہٕ! دۄستی گیہٕ زٕ ترٕ کرٕ بِیَن دۄن جماژن

ستی نیکی۔ عالمن دِتہٕ روپیہٕ یُیتھ تم بَرہَن تہٕ زاہدن متہٕ دِتہٕ کیٛتھ
یُیتھ تم درویشی روزٕہن ۔

قطعہ

خوبصورت آسہِ یوسہٕ زٕنی وَنتہٕ تَس
کیٛتھ ضرورت زیورٕچ ہرگز نہٕ تَس
نیک سیرت آسہِ یُس درویش کانٛہ
کیٛا چھُہ پرَواکھین تہٕ چَین یوٚد نے بنِس

فرد

یوٚتامتھ چھم میٛے لالچ زیاد دَردِل
وَنکھ زاہد میٛے تی چھم سخت مُشکل

فرد

زاہد تَس حاجت چھنا منگہٕ ناسہٕ دیار
آسہِ یوٚد یُیتھ گژھہ زٕبیٛا کھاجان ژھار

قطعہ

بیٛمِس غصلت زیر یُس دِل چھُہ تس ستی
نیاز چ ژوٚٹ شہ ما کھیٛتہٕ یُسے چھُہ زاہد
یُمِس الماس واجین موختہٕ دکورِن
غمو نِشتہٕ یوٚد سہ بتھ بیٛہِ یُسے چھُہ زاہد

•

# حکایت ۳۳

بیٚمہ قصہ مُطابق آو اَکِس بادشہس اَکھ واقٕہ پیش۔ تہٕ ووٚنُن زِ اگر بیٚمہ واقعُک انجام میٚے موافق آسہِ بہٕ دِمہٕ کانٛہہ بار دَرویشن۔ بیٚیلہ تمیٚ سُند حاجت پوٗر گوٚتس اوس واجب پننہٕ شرط پوٗرٕ کرُن۔ تمیٚ دِژ پننِس اَکِس خاص غُلامَس اَکھ یوٗتسَن ہیٚنز اَکھ تھیلی تہٕ ووٚنُنس زِ یہٕ بانٛگراو دَرویشن۔ دَپان غلام اوس سیٹھا عاقل تہٕ ہوٚشیار۔ دوہس رود نژان تہٕ شامَس آو پھیرِتھ۔ یوٗتسَن کوٚرُن میوٚ ٹھا تہٕ تھاوِن بادشہس برونٛہہ کنہِ تہٕ ووٚننس زِ میٚے ژھانٛڈِی درویش جایہٕ جایہٕ مگر لَبم نہٕ کُنہِ۔ بادشہن ووٚننس زِ ژٕ کیا چھکھ وَنان۔ میٚے چھیٚے خبر زِ یتھ مُلکس منز چھِ ژور ہتھ درویش۔ تمیٚ دوٚپنس زِ بادشہم یُس درویش آسہِ سُہ چھُنہٕ پوٗر کینہہٕ رٹان تہٕ "یُس پوٗرُس اَتھہٕ دارِ سُہ گوٚنہٕ درویش۔ بادشہَن ترٛووٕ اسُن تہٕ اَمیرن وزیرن ووٚنُن زِ میٚے پیٚٹھ درویشن تہٕ بُزرگن ہنٛز یژھ چھیٚے نیوٚتاچھ بہٕ دِیلہٕ تمَن مُنکِر حالانکہِ یہٕ زَرچھِ اَمی سُندُے

شعر

زاہِد یُس پوٗر روزان دولتس
ترٛاوتن، یدے اکھا انتی بدُس

## حکایت ۳۴

اُکِس بُڈِس عاۤلِمس پیٚژ ژھکھ زِنیاز چِھ ژوچیٚن مُتعلق کیا چھیٚپے چاۤنۍ راے۔ تمۍ وۄننکھ زِ اگر ژوٚٹ آسہِ دِلہٕ کرِ اطمینانہٕ خاطر رٹنہٕ یوان تیٚلہِ چھیٚپے جان تہٕ اگر دِلہٕ کرِ اطمینانہٕ سان ژوٚٹ رٹنہٕ یِہان آسہِ تیٚلہِ چھےٚ ناکارٕ۔

بیت

ژوٚٹ عبادت کرنہٕ وِزِ ڈکھ ہیوٚہ دِوان
کاشہٕ عبادت ژوچہِ خاطرٕ موژٕ زان

## حکایت ۳۵

اکھ فقیر ووت تژھہِ جایہ ییٚتِنگ ماۤلِک بڈ جان اوس۔ بزرگن ہنٛز اکھ جماعتھ آس اُمِس نِشہِ آسان۔ پیٚژھ اکھا اوس جان تہٕ اَسہٕ وِنہٕ اوس تھۄوٗ کمُت۔ فقیر اوس سیٚٹھاہ میدانگ سفر کرِتھ آمُت۔ سیٹھا پاۤٹھۍ زِ ژھٕٹے تہٕ بیٚری کیٚنہہٕ وَنن۔ تمۍ منٛز وۄننس ہکی مذاقہٕ پاۤٹھۍ بجرایا اَدبا حاصِل تہٕ تہٕ چھُ مےٚ کیٚنہہٕ لیوٗ کھمُت۔ یوٗرمُت بیٚیانہٕ طرفہٕ یوٗژِ وِس اکھ شعر۔ سارِوے دوٚنہس زِ فرماۤوو:-

شعر

فاقہٕ ہوٚت چھُس وازِوانس منٛز تیٚتھے
وُچھ زِنہٕ منٛز آسہِ اتھورا وینٛتھے
یارَن نوٚر ہکرِ زِ سُہ چھُ محتاج تہٕ نِژووِس دسترخوان یِژوشہٕ

کنہٕ ۔ گرٕ واٚلی ووٚننس زِ رژھ کھنڈ کرار، تکیازِ نوکر چھ بُرمُت کفنہٕ
تیار کران ۔ فقیرن تُل کلہٕ نفوٗد ر اوُسن تہٕ ووٚنُن ۔

شعر

اگر چھُنہٕ کُفنہٕ حاضر مبیانہٕ خاطر
چھیٚہ ہوٚ چھ زوٚٹ فاقہٕ ہتی ہے نعمتھا عبدٕ

## حکایت ۳۶

اُکی جیلن ووٚن بنیس پیپرس زِ بہ کیٚا کرٕ ۔ سیٚ چھِ لکھ سپٹھا ننگ
کران، تکیازِ تم چھ بڈ رتھ وزِ سیٚ نِش ملاقاتہٕ خاطر یوان تہٕ میانِس
وقتس منز چھ گرٕ بڈ گزٕ ھان ۔ تمیٚ ووٚننس زِ یم غریب آسن تمن دِہ
قرضہٕ تہٕ یم اُمیر آسن تمن مَنگ اورے قرضہٕ تہٕ ادٕ بییہٕ نہٕ ژے
نِش کانہہ ۔

بیت

اگر اسلامہٕ فوجس ینچھ زینٹھ اوس
نٹن کاٚفرن تم چینہٕ خچِ وتھ

## حکایت ۳۷

اُکی فلسفی بین ووٚن بنیس مالِس زِ یمن وعظ خانن ہند وعظ
ہتی چھنہٕ سیٚ اکھ رژھ تہٕ اثر گزٕ ھان تکیازِ بہتر عمل چھیٚ نہٕ
بیہند فرمانہٕ مُطابق ۔

مثنوی

لۆکھ ہیٚچھناوِکھ کرُن دُنیا ترک
یانہٕ وُچھ دولت سوٚنہ ہٕتر کاٗژ چَھکھ
عاٗلمن ہیٚمی وۆن فقط لولُن تہٕ زانٕہ
وَننہٕ تمی ہٕند مَتا ٹرادِ گژھِ نہٕ کانٕہ
یَس چھُ عاٗلِم تَس نہٕ تُچھ کامِن چُھ لور
چُھنی تہٕ عاٗلِم عَملہِ رۆس تَس لاگِ شور

(آیت)

کیا تۆہی چھِوٕ لۆکن رٕژَن کامن ہُند حکُم دِوان تہٕ پننی ذات مَشراوان۔

بیت ؎

عاٗلما ہیٚمی عیش کرٕی کرٕی پان پول
یانہٕ گمُراہ باقین کیٚشا ہاوِ تۆل

ماٗلی وۆنُس گوٚبرا یِمن غلط خیالن ہندس بناہس پیٹھ گژھِ نہٕ نصیحت کرن واٗلی ہٕنز کتھ مَشراٚونی نہٕ۔ عاٗلِم گمُراہ گژھن ژٕنی یاک وعظ خوان ژھاٗنڈی ژھاٗنڈی علمہ نِش ییاری روزُن گژھِ تِس اُنیٚ ہٕنز باتھ یُس اکھ راتھ رَبہ سٕنز بوٗڈ تہٕ اوس کرِتھ دِوان، اے مسلمانو! سٕے ہاوی تۆ ژۆنگ۔ اکھ کھٹھ گرِ زِنہٕ وۆنُس زِ ژٕ کیا کرِ کھ ترانگس ییلہِ نہٕ ژٕ سے لبنہٕ ییی۔ ییٚتھی گژھِ گژھِ وعظہٕ مجلِس اکھ بزازِ وانگی یاٗ کھٹی۔ یوٚتانی تہٕ نقد خرچِکھ سودا ہیکھ نہٕ ہیتھ۔ وعظہٕ مجلِسہِ منٛزٕ نیٚ یوٚتانی نہٕ یقینہٕ تہٕ ییٚژھی سان بکِھ نیک بختی لبکھ نہٕ کیٚنٛہہ۔

قطعہ

عالمن ہنز کتھ یہ دِل ہر دم ژ مان
اُسی تن منتہٕ یانہٕ تمی سٕندی جان کار
مُدعی بلکل اُپُر بلکل وَنان
شوٗنگمٕہِ ہتس شوٗنگمُت کرٕ ثابو نشم بیدار
کرٕ عمل یوٗدوے کری نصیحت ژےٕ کاشہ
اَسی تن نتہٕ درج رٕژ کتھ بر دیوار

قطعہ

خانقاہ منز وعد چھٹہر تھ ژوٗل آکھا
آو مدرس کُن گُنیس کیا ہتام تراے
ساتہٕ اکہِ بزرگ ھمس ژلنتھ وَن کیا ژِ آکھ
عالم و عابد فرق وَن کیا ژےٕ راے
تمی وَوٗنم عابد بچاوان پان بس
عالمس اَکھہٕ روٗٹ چھ مٕتہٕ ییٚتری چھ نیاے

## حکایت ۳۸

اکھ شخصا اوس وَنہٕ بیٹھ شوٗنگتھ۔ تس اوس یہٕ پانس نالی کیٚنہٕ روٗدمُت۔ اکھ بُزرگاہ دژاو تیاری کٔنی۔ تمی پِژس وُلتھ حالس کُن کرٕن نظرا۔ جواٗن تُل مرٕ نیندرِ وُتھتھ کلہٕ تھوٗد نہٕ وٚونس

عربی

اگر کاٹہٕ بے ہوٗد انسانس نکھ آسکھ بکان شرافتہٕ سان گرزھِ پکُن۔

شعر (عربی)

ژٕ وُچھِہَن یا مستحَن کاشہٕ اَکھ گنہٕگار
سَتَر تَس کرتہٕ بن بے حد بُردبار
کران چُھکھ کیٛاز بے ستری سِیا نتھ
شرافت کرتہٕ بییَکِس مو دِ آزار

قطعہ

گُنہٕگارس مہٕ پھر بُتھ زاہدو زاشہٕ
دِ سعافی یتھ نتھ اَکِس تِ گوسبٹھا جان
بہٕ یوّد چھُس کم ہمت گرتوٚت چھم بد
ہمت ورتاو بیٚیے بیٹھ کرتہٕ احسان

## حکایت ۳۹

رِندن ہِشر اکھ جماعت اَتھ اَکِس درویشس مُخالفت کرتہٕ بَد رَدنہٕ وَنی ہَس تہٕ لوے ہَس تہٕ۔ تمی کر پننہِ لاچارٕی ہِشر شکایت پننِس پیرَس نِش۔ پیٚرِ حال وٚننس۔ شہٕ وٚنُھس زِ گوٚر یا فقیری ہُند خرقہٕ گو رضٲہک لباس۔ یُس یہ لاگِتھ نامرادی زالہِ تہٕ سُہ چھُتہٕ فقیر بلکہِ زھوٚرُے دعوا کرن ووَل تہٕ خرقہٕ لاگُن چھُ تس حرام۔

فرد

گرژھبا کنہِ سنتی دریاو وِنتہٕ مُردار
بیٚمِس اوزرد دِل گوتَس چھُ کیٛا پاے

قطعہ

ژ ےیوڈ تکلیف وانی کر سہٕ بر داشت
بَنکھ یاہ کیز یوڑوَے معاف کرٕ ہکھ
چُھ بیٛلہٕ انجام سیٚدُن خاک آخر
بُنن تمہٕ یژوتہٕ چھُ جاےیز خاک بے شک

## حکایت ۳۸ (منظوم)

حکایت بوز دَر بغداد کیاگو
جَنڈ ُس تے پردسے مشنز اختلاف پیو
وڈنُس جَنڈ ن مٔنے کنیاہ ژاکی دِ وکھ غم
بہٕ ہر وِزِ چھُس پکان کاہماسیٹھا چھم
ژ آسان بند دربارس اندر یس
گنڈان یژوتہٕ کیٚنہٕ تژے کم کمہٕ حوٚر گنکس
منٛے تکلیفس اندر ما تھوت آرام
ژ ےٚ آسائشِس بہنتھ گرِ چھکھ صُبح شام
وڈنُس پَردن بہٕ چھُس مشنز آشنانَس
کھسان ما چھاےیاہ ژھٹِن آسمانَس
کڈان یُس شاہ یٚلی اینژے تھکن یس
بیوان بے شک پتھر ٹھوٚنکہٕ لگان تس

## حکایت ۴۱

اَکھ صاحبدِلن وُچھ اَکھ پہلوان تَس اوس شرارتہٕ ستیٖ آسُس پھوٗس کھوٚتمُت۔ صاحبدِلن پرٛژھ زِ بیٚیمِس کیا چھُ گوٚمُت۔ لوکو وۄنہس زِ یہِ کمیٖنہٕ چھُ ساسَس مَن کَنہٕ ہیکان تُلِتھ مگر اَکھ کتھ رَژھ چھُنہٕ ژٲلِتھ ہیکان۔

قطعہ

بہادُر چھُکھ مگر یِہ لاف دِکھ زانِہ
کمیٖنس نِش برابر مَرد و زَن چھی
ہیکِکھ بوٚڈ پرٛتھ اَکِس موٚد راو ژِ یے اَمِس
بہادُر گوٚ یُس مُشتا ژِ یے لایی

قطعہ

بیٚیمِس ہوٚس یا وَنگ طاقت چھُ پانَس
اگر اِنسانیت آسِس نہٕ کیا گو
بَنی آدم بنیوٚمُت خاکہٕ ستیٖن
اگر ترمی دِیس منز چھِس نہٕ کیا گو

## حکایت ۴۲

مےٚ پرٛژھ اَکِس بُزرگس دَرویشن ہندِس خَصلتَس مُتعلق۔ سُہ وۄنُنم زِ کم از کم چھُ تِم پننہٕ رابہٕ کھوتہٕ بییَن ہُند مَقصد نَظرِ تَل تھاوان۔ عاقلو چھُ وۄنمُت زِ سُہ بوے یُس صِرف پننی فِکرِ آسہِ سُہ نہٕ چھُ بوے نہٕ نہٕ پنُن رِشتہٕ۔

فرد

ژےیوٚدساٗنھی ژلی بڑوٚنہ رٹھ قدم پتھ
تمس چھُنہ دِل ژٕ سےٚ ستین ڈال ژِےوتھ

فرد

رِشتہٕ دار نے آسہِ رُت پرہیزگار
دوٗر ژُل تس نِش ژٕ سےٚ کیاٗ تس ستی کار

مےٚ چھُ یاد ژِ اکی مخالفن اوس مےٚ اَتھ شعرس پیٹھ اعتراض کوٚرمُت تہٕ ووٚنمُت ژِ خداتعالاہن چھُ قرآنِ شریفس اندر رحمہٕ نِش اَتھ رٹنس منع کوٚرمُت تہٕ رِشتہٕ دارن ستی دوستی تھاونُک حکم دیُت مُت۔ مےٚ وُنی مس آیت ژِ" اگر تم ژِ ے ستی ژوٗن مےٚ (خدا) شریک ٹھہراوُنہٕ خاطرٕ۔ جون پزِ نہ تہند مانُن۔

بیت

ساسہٕ بدی تاٗ ٹھی بِم آسن گُمراہ
تمہٕ کھوٚتہٕ رُت آن ذانن اِنسانا

## حکایت ۴۳

(منظوم)

بیہِ مردا اوس بغدادس اندر
کوٚر رِژن واتلس تمی موٚختصر

سنگدل مردن تمس وُٹھ بڑوٚک تیشُھ
خوٗن لوٚگ تس ژھٔنچِہ تتھ وسنے تیشُھ

صُبحنس وۄن مأ لی تَس اے بے شعوٗر
دالہٕ چھاچھےٚ ژوپمٕت وُٹھ بے قصوٗر
بوز یتہٕ زانکھ مذاق تھاو کَن
عیش کرٕ گژھ روز کھےٚ ژٕ یے پرامن
یَس اندر کانہہ عیب وَن سے کوٚت ژلیس
مَرنَسیے تام خصلتِ بَد ما گلیس

## حکایت ۴۴

دَپان اکس فلسفی یَس اوس کوٗرا اکھ سیٹھا بَد صوٗرت یسو بیٚلہٕ بالغ گییہٕ۔ جہیز تہٕ دولت دِتھ تہٕ اوسنہٕ تَس کانہہ نیتھری کرنَس تیار۔

فرد

زر بفس یا ریشمَس وَن کیا حسَر
آسہِ مہربیٚنی بَد شکل بے حد اگر
سو خصر بہ زِ کوٗرتس مجبوٗرَن اکس انس ستی کھانٛدر۔ دَپان اکھ حکیم آو سراندیپ[1] جزیرٕ بیٹھہٕ یمہٕ نے دوٚین ژٕیٚن انٛن گاشہٕ اوس انان۔ لُکو وۄن فلسفی یَس ژٕ ژٕ کیاز چھکھ نہٕ بنِنس زامترس شہ دِیہ مبانہٕ کوٗر طلاق۔

ع

بَد صوٗرت زَنہٕ شوٗبہِ اوٗنے خاوند

---

[1] ہندوستانہٕ کِس جنوٗبَس منٛز اکھ جزیرٕ۔

# حکایت ۵۴

اکی بادشہن وُچھ اکس درویش جمانز حقارتچہ نظرٕ۔ تموٚ منز نوٚر اکس فکرِ تہٕ نمٕ وونس زِ بادشاہم اسی چھِ یتھ دُنیا ہس منز چانِہ کھوتہٕ زیادٕ عائشہ ٕمتی، لشکرس منز چانہٕ کھوتہٕ کم بایہٕ مرنس منز چھِ برابر۔ تہٕ قیامتس دوہ انشا اللّٰہ چانِہ کھوتہٕ زیٹھ۔

مثنوی ؎

اگر اکھ بادشاہ بوٚڈ ملک دارا

تہٕ درویش آسہِ حاجتمند بیچارا

مرن وَ فتہٕ تمن دوشوٕنی چھُ بیٖن بس

کفن گزٕ ڈاے شاہس تہٕ فقیرس

بیٖنی نراونی شہنشاہی تہٕ نیرُن

توٚرے بہتر چھُ بس درویش آسُن

طریقت ؎

درویشی ہنز ظاہری صوٗرت گیٖبہٕ نالی خرقہ تہٕ مس کاستھ۔ تہٕ تمچ اصلیت چھے دِل زِندٕ آسُن تہٕ نفس مرُدٕ آسُن۔

قطعہ ؎

بلی دعودار چھُنہٕ درویش

معتزٕ ضس ستی وو تھِ زٕوٗنے

چھُنہٕ ہرگز درویش یُدوے

کوہہٕ بیٹھہٕ پھوکہٕ ستی کُنی والے

طریقت :۔ درویشن ہُنْد طریقہٕ چھُ خدایہٕ ہنز عبادت تہٕ

خدمت کرٕنۍ، بیٚیہ قربٲنی تہٕ قناعت، بیٚیہ توحید تہٕ توکل، بیٚیہ صبر تہٕ رضا۔ بیٚیمس یم صفت آسن سُہ چھُ پزِ پٲٹھۍ درویش۔ بوڈوِ زن پلوتس عام لوکہٕ نِ ہوی آسن۔ ووٚن اگر کانٛسہ خرقہٕ تہٕ نٲلی آسہِ، نفسک آسہِ غلام، دوہس آسہِ پیٚنٛنی مطلب پوٗرٕ کران تہٕ راتس غفلت چہِ نِندرِ ہیٚوان۔ یہ پیٚیس نہٕ آسہِ کھیٚوان نہٕ یہ نوش گژھِس تہٕ آسہِ ترکان۔ سُہ چھُ رِند۔

قطعہ

چھُکھ اندرٕ کِتھ زھوٚرُے نہٕ بد باطن
جامہٕ مکرٕک ژھیےنٲلی لیکھ تراوِتھ
پردِ ستہٕ ژنگی برس مہٕ تراو ہرگز
اندرٕ بیٚلہٕ گوی زرٕٹ چھیٚے وِ نھر آوِتھ

مثنوی

دُ چھُم میٚے گنبدس بیٹھ پوشہٕ گوٚ نِدُسے
گنڈِتھ اوس گاسہٕ ستی مٲری موٚ نِدُسے
میٚے ووٚنمس کیا چھُ قیمت وَنہٕ گاسک
سُہ پوشن ستی کیتھہٕ کنُی بڑوٕتھ ٲکُن پوٚک
دِ پان اوٚش نرو و گاسن ووٚنہٕ سُہ یارا
شرافت دوٚستی مُشراو ما زانٛہہ
میٚے بوڈوِ چھُم تہٕ رنگ بابوے بانس
مگر روزان مشر چھُس پوشہٕ باغس

غلاما چھُس بہٕ پوشن ہُنٛد سیٹھا بڑٕ وَن !
آمی باغُک مٮ۪تہٕ ووٚنۍ پَوچھُم ڈیکہٕ لوٚن
ہُنرمنٛد چھُس یا چھُس بے ہُنر بے
مگر چھُم آشہِ عقدار چھُس بہٕ اُمی سےٚ
تہٕ چھُم سرمایہٕ نہٕ کیٛنہہ مال درِ دَس
نہٕ طاقت چھُم وَلیکن چھُس بہٕ بے بَس
سہٕ زانان بنٛدٕ نٮ۪ ہُنٛد چارہ کرنہٕ
کران ناچارٕ نٮ۪ لوٚڈ چارہ چھُے سُے
بیٚمِس دِیت قُدرتن طاقت تہٕ قدرت
کران لوکٕن یَڈہِ سُے پانہٕ مُروت
خُدایا چھُکھ ژٕ خالق کائناتُک
بخش ژٕ سعدی یس عفار ژٕ چھُکھ
ژٕ یکھ سعدی بہٕ راہِ حُکمِ ایزد
بہٕ تمی فرمُو کرَتی روز در حد
چھےٚ بد بخت یُس زِ ڈوٚل بیٚمی بَڈ بدَل وتھ
رٹِس کُس، کُس کرِ تَس وَنتم شفاعت

# حکایت ۴۶

اَکِس دانا ہَس پیُرژ ھکھ زِ سخاوتَس نتہٕ بہادُری مَنز کوسہٕ اَکھ چھیٚ زَبَر۔ تمیٚ وۆننکھ زِ ییٚس سخاوَت چھیٚ تٔس چھےٚنہٕ بہادری ہِنز ضرٗورت۔

فردے

لیٚکھِت بَر قبرِ بہرام گور وُچھ کیٚا
سخی بہتر بہادرٔس عسرَ کیٚا

قطعہ

ژٕ وُچھ یوٚد موٚد حاتم ناو رۄزُس
خرِچ کرِ کرِ تھِنزِ رِسرِدُم ہُران چھُس
زکوٰۃ اسے دِکھ اداکر حکمہ موٚجب
کُلس بیٚلہِ شاخ ہیکھ وُچھ نَتہٕ ہُرانٔ جُس

## باب ۳



# قناعتہٕ کِس بجرِس متعلق

## حکایت ۱

مغرِبکۍ اَکۍ بیٛچھہٕ وٕنۍ ووٚن حلبہٕ کین برازن زِ اگر توہیہ انصاف آسہِ ہو تہٕ آسہِ ننگہٕ ہے قناعت کرُن۔ تنبلہٕ آسہِ ہے نہٕ دُنیاہَس منز بیٛچھنُک رِواجی۔

اے قناعت بناو میٚے مالدار
چھیٚے نہٕ ژیٚے ورأے بدل نعمتھا
صبر اوس لقمانہٕ سنٛدُے طَریق
یٚیمِس نہٕ صبر عقلہِ تمِی کوٚر یہ لاہ

## حکایت ۲

زٕ اُمیرزادٕ آسی مِصرس منز۔ اَکۍ ہیوٚچھ علم تہٕ بیٚکی سومبر دولت۔ نتیجہِ دڑاو یہِ زِ اَکھ بنیوٚو بوٚڈ بارٕ عالِم تہٕ بیاکھ مِصرُک

وزیر ۔ اَمی وزیرَن ہیٚتھ عالِمس حقارت کرِنی تہٕ وۄننس یہ بنٕتوُس حاکم تہٕ ژٕ چھکھ وُنہ نیٚشتھے۔ عالِمن وۄننس! بابا یہ چھُس خدا یس شُکر گُذار زِ میٚے ژ ہیٚنی پیغمبرن ہُند وراثت یعنی علم تہٕ ژٕ ہیٚے ژ ہیٚنتھ فرعون تہٕ ہامان[۱] ہُند وراثت یعنی مصرٕچ حکوٗمت۔

بہٕ چھُس اَکھ ریٚیٚس بیٚمس لتہٕ موٗنڈ کران لُکھ
نٕلہ ما چھُس زٕ ڈوٗہ یہ سِنتی کانہہ ناوُکھ
کران چھُس شُکر ہردم تَس خُدا یَس
میٚے چھنہٕ تِم زور بیٚمہٕ سِنتی لوٗکھ پاوُکھ

## حکایت ۳

میٚے بوٗز زِ عربک اَکھ درویش اوس فاقہٕ بٔھرِ روزان تہٕ پنٕنین پلوٗن ڈج ترٗوپ کرِتھ پننہٕ دِل تسلّی موکھہٕ ونان۔

شعر

کڈان دوہ دوہ کھبوان ہوٗچھ ژوٗٹ تہٕ لاگان ژٹ
مینت بیے ہُند زرانہٕ موکھال پانَے زِین پانَس میٚٹ

کمی تام وۄننس زِ ژٕ کیاہ بیہتھ کران۔ بیٚتھ شہرس منٛز چھُ فلانی شخص سیٹھا ژٕ تہٕ تمی ہُنٛد سخاوت چھیٚے عام۔ تہٕ بیٚمہٕ چھُ فقیر لوٗکن ہندِس خدمتس بیٚٹھ ڈیٚشتھ۔ اگر چانہٕ حالچ تمس خبر گژھ۔ سُہ زانہٕ فخر چانی خاطرٕ داری کرِنی۔ درویش وۄنُتھس ۔ ژھو یہ کرہ کانسہٕ اَتھ دارِ تہٕ کھونہٕ چھُ غریبی تہٕ

[۱] فرعون مصرُک بادشاہ ۔ ہامان اوس تَس وزیر۔

لاچاری منز مرُن بہتر۔ قطعہ ؎

چھُ بہتر کمے کھیوّن تہٕ صابر بنُن
زَ چے لاگ یکِن زٕ نٕتگی زِ نہٕ بیتِس
جنت کانٕسہِ ہمسایہِ سٕندی سٕتی زُیوٕن
چھِ دوزخ برابر بہٕ جنت تیمِس

## حکایت ۴

عجمکۍ اکھ بادشاہن سوز اکھ ماہر حکیم حضرت محمدؐ سٕندِس خدمتس منز۔ سُہ رود اکھ وُہر ملکس منز کیٛنژن وُہرین مگر کانٕسہِ ووٚنُس نہٕ زانہٕ علاج کرنہٕ خاطرٕ۔ آخر آو پیغمبرؐ صابس نِش تہٕ کوٚرُن شکایت زِ بہٕ چھُس بوٚر تہٕہُند خدمتہٕ خاطرٕ سوزنہٕ آمُت مگر از تام آو نہٕ کانٕسہِ اکھا میٛون نِش تیٛتہٕ زَن بہ پننی خدمت انجام دِمہٕ ہا۔ پیغمبرؐ صابن فرموٚوُس زِ تیٛتہِ چھا ژُ چھےٚ اکھ طریقا۔ یعنی بیلہِ بوٚچھہِ لگیکھ تیلہِ چھِ کیٛنژہ کھیوان تہٕ وُنہِ چھکھ بوٚچھہِ موجوٗد، یِ آسان زِ کھیوّن چھِ بند کران۔ حکیمن ووٚنُکھ زِ یُہے وَجہ چھُ زِ یِم چھِ صحتس منز روزان۔ سلام اُتھن بجاتہٕ دٔراو۔ مثنوی ؎

اگر ژھو پہٕ ستی نقصان واتہِ امِس
تیٛلی دانا چھِ کتھ کرنس تُلان دَس
اگر بوٚچھہِ ستی آسِس خطرہ جانس
چھُ کیٛنژہا کھیوّن ہیوان تیٛتھ گژھِ نہٕ بے حِس

سُہ وَنہِ یَس عقلہِ ہُنز کتھ عقلہِ ہُنز بس
یہِ کیٚنژھا کھیٚیہِ تہِ طاقتوَر بنا وِ بس

## حکایت ۵

اُردشیر بابکان[1] بادشاہ سُنز سوانح حیات کِتابہِ منز چھُ درج زِ عربہِ کِس اَکِس حکیمس پرٛژھکھ زِ اَکہِ دوہہِ کوٚتا خوراک پزِ کھیٚون۔ تمۍ وۄننکھ کُنہِ ترٛہِ[29] تولہِ چھِ سیٹھا۔ دۄیمہِ ہس زِ یِہ کیٚنژا طاقت ہیٚکہِ اِنسانس واتہِ ناوِتھ۔ تمۍ وۄننکھ زِ بیٚیہ خوراکہِ ہِنز ہیٚکیو نو یہِ اور بوزِ پکہِ ناوِتھ (زِنٛدٕ تھاوِتھ) تہٕ اَمہِ علاوٕ یہِ کھیٚیو تہٕ پیٚیو نو یہِ اور بوزِ پکہِ ناوُن۔

شعر

کھیٚنک مقصد چھُ اِنسان زندہ تھاوُن
دَیان چھکھ زِندگی کھیٚنہِ موکھہِ تہٕ زانُن

## حکایت ۶

خراسانکۍ زٕ[2] فقیر آسۍ پکہِ وَنہِ سفرس منز۔ اَکھ اوس سیٹھا کمزور تہٕ اَکہِ دۄہہِ اوس کیٚنہ کھیوان تہٕ بیاکھ اوس طاقت وَر تہٕ دوہس اوس ترٛیہِ یہِ لٹہِ بتہ کھیوان۔ اچانک ژٕٹکھ یم اَکہِ شہرہ اڈٕ وۄنے جاسوسی ہندِ شَس الزامس منز تہٕ کٔرِکھ دۄنوَے قید۔ ترٛ وۄہرکھ زبہ بِننی۔ اَکھ پچھ گژھتھ ہیتھ نیتھو کھ زِ یم آسۍ بے گناہ۔ درواز مُنزرِ کھ۔ طاقت وَر وُ چھکھ موٗمت تہٕ کمزور زِندٕ لکھ گیٚیہِ

[1] ایرانُک اَکھ قدیم بادشاہ

حیران۔ اَکی عاقلَن وۄننکھ زِ اگر آتھ برخلاف آسہٕ ہے نتہٕ لہٕ آسہٕ حیرانی ہشنہٕ کتھ۔ تکیاز یُس چھُ اوسمُت کھیٚیتہٕ تہٕ کھیٚیہ کرٕ ونٕ تہٕ فاقہٕ چھُنہٕ ہیوٚکمُت برداش کٔرِتھ تہٕ چھُ موٗمُت۔ یہ چھُ اوسمُت زِٹھ کرنٕ وول تہٕ زٔیدٕ ہیندِ عادتہٕ سببہٕ چھُ زِندٕ روٗدمُت۔

قطعہ

یٚمِس عادت چھُ کم کھیٚن کھیٚیوٚن یٚیٚوٚمُت تَس
یٚیِس پوٚد تنگ دٔستی باسہٕ مانہٕ تَس
یٚدٕ ل پٔٹھ آسہٕ پالان یَس صرف یٚڈ
تنگی تے تنگ دٔستی موت چھیٚے تَس

## حکایت ۷

اکھ دانا اِنسان اوس پَنِس نیٚچوِس زیاد کھیٚنہٕ نِش بیٚیہ رٹان تہٕ ونان زِ زیاد کھیٚنہٕ ستی چھُ اِنسان بیمار گژھان۔ نیٚچوی وۄننس زِ بابو چھِہِ چھیٚے اِنسانس ماران۔ ژہٕ ییٚ چھیٚے تا بوٗزِمُت لکہ چھِہٕ ونان زِ بوچھِہ ہیوٚت زِندٕ روزنہٕ کھوٚ تہٕ چھُ یٚڈٕ بٔرِتھ مرُن بہتر۔" موٗل وۄنُس زِ انداز نظرِ تل تھاوُن چھُ ضروری کھیٚیہ چھیٚے مگر فضوٗل خرچی مہٕ کر۔

شعر

آسہٕ کینہٕ ییٚری زِ بٔچھنو نیرٕ نُت کھکھ
کم تہٕ کٔرِی زِ پہٕ ضعفہٕ ستی بٔچھنو مرکھ

قطعہ

کھیٚیوٚن چھُ راحت وانہٕ تاوان آدمِس
زیاد کھیٚن تکلیف دِیہٕ نِتھ کیا چھُ شک

کیا عسر کھیکھ ؤنشد آسی یڈ ٹبرِ نتھ
ؤنشد زن لبو چھِ وقتہٕ ہوٚچھمٕز ژوٚٹ ژکھیکھ

## حکایت ۸

اکس بیمارس پیژ ژھکھ زِ چون دِل کیا چھُ مشکان یُسہ ووٚنتھ
در جواب زِ میون دِل چھُنہٕ کہیں یژھان۔

شعر

زیادٕ بیٖمی کھیو معدہ بیٖیلِ چوٗرن ٹمس
ما چلان اد کاتی رتی تدبیر چھس

## حکایت ۹

دپان کینژن درویشن کھوت اکس غلہ دارٕ سُند قرضہٕ نتہٕ یُسہ
اوُسکھ دوہے ووگرا یے کران تہٕ وانہ جیوٚنہٕ ونان۔ تہٕ درویش
بیچارٕ آسی امی سُنز آدٕ زاژ بوزِتھ دِل ملوٗل گژھان۔ مگر ژالنہٕ
ورأے کیا چارٕ اوسکھ۔ تموٚ منٛز ووٚن اکی صاحبدِلن زِ نفسس
کھینک وعدہ دیُن چھُ سہل امہِ کھوتہٕ زِ واتہٕ وانِس دِمو پونسہٕ
نکھہٕ والنگ وعدہ۔

قطعہ

بیٖنو کھالکھ منّت ٹڈی سُنٛز ژٕ پانس
کرٕنی نوکرژ تتے تمی سُند تنگ بے شک
عسر کیا ماز کھیکھ ووزِس نہٕ لگے بوز
دو ہے ووگرا یہٕ تیج سُنٛزِ ماز مشد چھکھ

## حکایت ۱۰

دَپان اَکِس بُزرگس لوٚگ تاتارکِس جنگس مَنٛز زخم تہٕ کُمۍ تام وۄننس زِ فلانٕ شخصَس نِش چھُ اُمیٚک دَوا۔ اگر ژٕ منٛگِہ ہَس رُکاوٹھ کری نہٕ۔ دَپان سُہ سوداگر اوس کنجوٗسی مَنٛز سٹھا مشہور۔

شعر

اگر ژو چِہ بَدل افتاب آسِہ ہیس دستار خوانَس منٛز
کٔھیس ہاکِہ ہے نہٕ ڈٔلیشتھ یُتھ تمیُک زاشہٕ ییتھ زمانس منٛز

جوانَن وۄنکھ زِ اگر بہٕ تمِس دَوا منٛگہٕ خبر دِیا نہٕ دِیا۔ تہٕ اگر زَن دِیِنِ کیٛا پتاہ چھُ فائدہ دِیا کِنہٕ نہٕ۔ تمۍ سٕنٛز پَژھ مِنت ہیٚنۍ گو زہر کھیٚنہٕ کھوتہٕ بَدتر۔

شعر

اگر بَد سٕنٛز مِنت کھالکھ ژٕ پانَس
جِسم لَبہٕ سگ تہٕ وایکھ دژوت جانَس

داناہو چھُ وۄنمُت زِ اگر آبِ حیات عزتہٕ بدل کِنہٕ ییِہ عاقِل ہیٚن نہٕ۔ ییکیاز عزتک موت چھُ بے عزتی ہٕنٛزِ زِندگی کھوتہٕ بہتر۔

شعر

غنیمت جانِتھ آسہٕ وِنہٕ ہانہٕ ڈوٗنا
کمینَن نِش ژٕ کھنڈ کھیکھ نتہٕ حسرَ کیٛا

## حکایت ۱۱

اَکِس عالِمَس اَسی گرِس مشر کھیٚنہٕ وٲلی باژ سیٚٹھاہ مگر آمدنی اَسُس کم۔ اَکِس بزرگِس یُس اَمِس عالِمہٕ سٕنٛدِس عِلمَس سیٚٹھ پزٕھ اَسُس وُوُن اَتھ متعلق۔ بزرگس گو اَمِس ادبہٕ وٲلی سُنٛد سوال کرُن سیٚٹھا ناگوار۔

قطعہ

مہ گژھ بخشاوَرس نِش تُتھ لَدِتھ زاشہٕ
خلل کرہَس ارامس نَے گژھِہَس گُنٛد
اگر کاشہٕ حاجتھا ہیٚنہٕ زاشہٕ گژھِہِکھ کُن
ژٕ اَسہٕ وُوُن روز اَسہٕ وُن گو نہٕ زاشہٕ بَنٛد

دِیان کم زیاد وظیفہٕ ہُرروونس۔ مگر عقیدت گیٚس عالِمس بیٚٹھ کم۔ کیٚنٛژٕ دوٚہی پیٚتہٕ عالِمَن سو پرٲنی دوستی وُچھِتھ وُوُن

شعر

ذلالت ہیٚنہٕ رٔٹنی نعمت چھُ بوٚڈ کھر
ہُران یوٚد کھیٚن نہٕ چیٚن دستار دَب کھیٚتھ

فرد

ہُرے یم ژوٚٹ چھوٚنہٕ گوم احترامس
چھوٚنے بہتر حسر کیاہ کانٛسہِ مَنٛگنس

## حکایت ۱۲

اَکِس دَروٚیشَس پیو کیاہ ہتانی حاجت۔ کُمتانی وُوُنس زِ فلانی شخص چھُ سیٚٹھاہ اَمیر تہٕ سخی نہٕ چھُ۔ اگر تَس پتاہ لگہِ سُہ

کری مدد۔ درویشن دۄپنکھ سہ زانن نہٕ بہٕ کینہٕ۔ تمی شخصن دۄپنس بہٕ ییہٕ عزتی۔ اتھس کرُنس ہنبہ تہٕ واتنوُون سہ تور۔ تمی وُچھ شخصا بہِتھ قوُٹھ کھکھر تراوِتھ۔ کینہٕ وۄننس نہٕ تہٕ آو واپس۔ کمی تام دۄپنس یہ کیا کوَرتھ زٕ ئے، دۄپنکھ تمی سنز بخشایش بخش سے تمی پشدِس مُلاقاتس (دیتھس)۔

قطعہ

بُتھی ہنس نش بیتھ نہٕ حاجت ہتھ گژھکھ
بُتھ وُچھتھ تمی سُند گژھی ما دِل زٕ ئے تنگ
حاجتس تس نش زٕ گژھ ڈیشتھ بیٹہ س
سوسنس یک دم گژھی انارِی رنگ

## حکایت ۱۳

اسکندریہ[1] ملکس منز گیہٕ اکہٕ ؤری یہ خشک سالی درویشن گو طاقتھ ختم۔ اسمانکی درواز گسے زمینس بیٹھ بند۔ (یانے رُود پھور تہٕ اوسہٕ بیوان) تہٕ زمینہٕ بیٹھ کُس والین ہنزکرٕ زکہٕ آسہٕ ہندٕ ستھے آسمان کھسان۔

قطعہ

جانور وُحشی تہٕ وُڈِ و نٕ مضطرب
اسی رُود اتم تنگان آسمان کُن
تاہ جباووُش دُیہ نیتھ گژھ ہن جمع
اوُش اچھن ہُند رُودرنگی گوُزھ بوُن وُسن
اُتھی وقتس منز آو اکھ لاشنزہ کُس نہٕ بہٕ زانہٕ ہن تہٕ بیٹہ

[1] مصر کہٕ اکہٕ شہرک ناو یُس سکندرن بسوومُت اوس۔

ہشدی عیب گشنزرنی جان چھُہنہ۔ مگر ثمی ہشدرن صفتن مُتعلق بل کُلھے
ژھوپہ کرنی تہ چھُہنہ جان نکیاز لوکھ دِپن نیلہ زِ ونن واَٹس چھُہنہ
وُنن نوٗ کمت کینہہ۔ قطعہ

لاشتر ھۂ سے بوٚد مارِ تاتاَری کاَفرا
وانہ نا تاتاَری مارُن بوز کنتھ
وُچھ ژِ بغداُدک کُدِل نتھ آب تُلی
بوٚد چھُ آدم پیٹھی پکان دوہ راتھ تنتھ

یو ہے اوس سیٹھا مالدار تہ غریبن تہ حاجتمندن اوس کھیاوان
چاوان۔ اَکھ فاقہ ئژ جما تھاآیہ مئے رِشن اَمہ رابہ زِ تم تہ گنزھ ہَن
اَمِس لاشترھہ ہشتر نعمت کھینہ۔ مئے مونمکھ نہ کیٚہتہ تہ ووٚنمکھ۔

قطعہ

سِہہ ماکھیبہ زانِہہ ہوٚنی ہُشد ژھوٚٹ
بوٚد مرِ لو چھِہ ستی گو ہچھ اَندر
نوش روز لوچھِہ بیبہ نرٗ بتہ سے
اَنتھ دارنہ نِشہ نی بہتر
فریدؤنہ ہُشد ہیوٚہ زردار
بے ہنرس ون کیا چھُ حصر
ریشم زربفت نا اطلس
لَبہِ پیٹھی سون خرس برابر

## حکایت ۱۴

حاتم طایس پرٛژھکھ زِ ژ یٚتھ چھُیہٕ دُنیاہس منٛز پانَس کھوتہٕ
ہمتہٕ وول کانٛہہ ہُچھمُت ۔ سُہ ووٚنھکھ آ۔ اَکہِ دوہ ہیٚہ آسی میٚتہِ
زٕ تجی ووٚتھُ قربان کرٕ ہِنی ۔ تہٕ عربہٕ کین امیر و غریبن اوسُم سال
کوٚرمُت ۔ کمہِ نام حاجتہٕ بیٚیوم جنگل گژھن ۔ اَتہِ وُچھُم اَکھ زٕنی مزوٗرا
زٕ ژُن زٕ ژان ۔ میٚتہِ ووٚنمَس حاتم طایہ سُند کیاز چھُکھ نہٕ سالَس گوٚمُت
نکیاز تَنہِ چھِ واریا لوٗکھ دعوتس بیٚٹھ ۔ تمیٚ ووٚنم

فرد

یُس اَکھا کھیٚیہ پانہٕ ژوٚٹ تس کیا چھُ غم
حاتمُن احسان تُس بیٚٹھ گوِ ستم
میٚتہِ کوٚر تسلیم زِ سُہ چھُ ہمتس منٛز میانہِ کھوتہٕ تھوٚد ۔

## حکایت ۱۵

حضرتِ موسیٰؑ ہَن وُچھ اَکہِ دوہ ہیٚہ اَکھ دَرویشا یُس نِنتھ نوٗن
آسنہٕ موکھہ سیٚکہ منٛز ووٚتھمُت اوس ۔ تمیٚ ووٚنُس ، اے موسیٰؑ ۔
توٚہی کرِ وُ دُعا یُتھ زَن خدا تعالیٰ میٚتہِ مُناسِب گُذار عطا کرِ نکیازِ
بہٕ چھُس مُفلسی سببہٕ تنگ آمُت ۔ حضرتِ موسیٰؑ ہَن کوٚرُس
دُعا تہٕ دڑاو ۔ کیٚنہہ دوہ گژھتھ اوس حضرتِ موسیٰ خدائس نِش
دُعا کرِتھ پھیرتھ یِوان ۔ دَرویش وُچھُن گرفتار یعنے قید گوٚمُت ۔
نہٕ لکہٕ ارساتھا اَمِس اَندی اَندی ۔ پرٛژھہس زِ یہٕ کیا ذلیل ۔
لوٗکو ووٚنہس زِ اَمی چھُ شراب چیٚتھ کُس تانی مور مُت تہٕ ووٚنی

چھ اُمی ہشید مارنک حُکم دِنہٕ آمُت۔

قطعہ

بڑارِ یُد پکھہِ دِ بہٕ ہے خداوند
ژُرِ نے ہند بیثوُل وانتہِ ہے اَنْد
خرس اَے آسہٕ ہن دانْد ہشدی ہنگ
نکھہٕ یُس گنڑھہٕ ہس چھٹرِ ہس بَنْد

فردہ

مُیٹھے کاشہٕ عاجزا بنہٕ زورآور
گنڑھی سرزور وونہٕ کاشہٕ چارٕ ژٕ ے کر

(عربی منقولہ)

اگر خدا بنہٕ نین بندن ہندِ خاطر رزق جابہٕ جابہٕ وآفر تھاوِ۔
تم بنن باغی۔

(عربی شعر)

ہتا مغرور وولکھہ ناوِ کمی ون
اَپِز طاقت بھوُرِ ے کھیونکھ ژٕ جہلن
(لفظی ترجمہٕ) اے مغرور ژٕ کمی تژووکھ خطرس ہتزتہٕ کوٚرنکھ مارٕ۔
کاشس ربٕ یہِ آسہٕ ہن نہٕ پکھہ۔

نظم

کمپنس بیلہِ بنی زانتہٕ سیم تے زر
کلس تھاپرِ گنڑھس آسنی سراسر

زِ سے افلاطوٗنہٕ سٕنٛز ما بوٗز ہٕژ کٔنہٕ
چھِنے رِسِے بہتر ییٚمِس آسَن نہٕ کیٚنہٕ پَرٕ
مٲلِس نِشِ چُھہ مانٛچھ مگر ٹنٛزٕ رٕ چھِہ نیٚچوِس

فرد

خُدایِن مال یوٗد دیُت نےٚ نہٕ بےٚ حد
شہ زانان راز ہٕژ نہٕ کانٛہہ نیک تہٕ بد

## حکایت ۱۶

مےٚ وُچھ اکھ گرٕ لوٗستانِس بصرہ کِس جوہر فروشن ڈلیل اوس دنان۔ زِ اکہِ دوہہ لوٗگُس بہٕ جنگلس منٛز ٹھکُھٹھی تہٕ مےٚ نِش اوس نہٕ کھینہٕ چینہٕ رٕنٛگی کانٛہہ چیز۔ مےٚ نوٗگ یوٗزان زِ دوٗنی چھِہ مرن۔ تہٕ اتھی منٛز لوٗب مےٚ اکھ ٹھیلہٕ ہونٛہہ لوٗرِت سےٚ گژھِہ نہٕ سو خوٗشی زانہٕ ہ مشتھ یوسہٕ مےٚ تمہٕ وِز گیہٕ بہٕ زانٛتھ زِ مےٚ لوٗب ٹزمُت کینٛکہٕ ٹھیلہٕ تہٕ سو تلخی تہٕ غم تہٕ مشیم نہٕ زانہٕ یوسہٕ مےٚ تمہٕ منٛز موٗنہٕ وُچھنہٕ سیُد۔

قطعہ

اکِس جنگلس اَندر یوٗچھہٕ ہوٗت چھِہ کانٛژھا
تمِس لعل و جواہرن کرن کیٖشا
یمِس کوٗر حملہٕ یوٗچھہٕ ہندی ووکھہٕ حالِن
تمِس نِشِ کٕنٛہ نہٕ سوٗن تھاوٗن فرق کیٖشا

•

## حکایت ۱۷

اَکھ عرِیگ روزان وولاوُس تریشہِ سَخ لگیہٕ موکھہٕ اُکس جنگلس منز وَنان۔

نظم ؎

کاش لبہٕ ہا مُراد قبل از موت
تریشہِ دادٕن مئے جان بَر لب ووت
اَکھ اُتہر کوٗٹھ وٲنی آسِس آب
تریشہِ پیالہٕ اکِہ بس گژھہِ سیراب

## حکایت ۱۸

یتھے کُنہ اوس اکھ فقیرا اُکس اُڈس ماداکس منز ٹھٹھی لوگمت۔ تہٕ تس آسی صرف کینٛہہ پوتسہٕ۔ اَسیٹھا ووٗدن بگروَنھا آیس نہٕ کینٛہہ۔ اَخرہ ہوٗد سختی سببہٕ۔ اَکھ جُماتھا واٗژ اور۔ نموٗ وُچھی تس بٹروشہ کینہ پوتسہٕ تہٕ اُبتھرِس لیگہِت۔

قطعہ ؎

آسہِ ترِنے نِنِس پوٗدَوے توٗدَو سون
زاشہٕ قدم اکھ ژہٕ ما برِو تہٹھ یکِکھ
جنگلس منز تاو دُدی ہتی نے
روپہٕ کھوتہٕ ارِ گوگجہِ سِوٕ مُژ چھکھ

# حکایت ۱۹

مےٚ چھُنہٕ زانٕہہ زمانہٕ چین سختیٚن ہٕنٛز شکایت کٔرمٕژ فقط اکہِ دوہہ بیلہِ بہ ننہٕ وورُرے اوسُس تہٕ پوٚٹ لاگنس سوٚنٛب آسم گنٛجہٕ بیشے۔ سیٚٹھا تنگ دِل گوس تہٕ ووتُس کوٗفہٕ چہِ مشیدمنٛز تہٕ اُتہ وُچھم اکھ شخصا کھوٗرو رۄستے۔ خدائس گُن کوٚرُم شُکرانہٕ تہٕ پوٚٹھ تہٕ آسنس بیٚہِ صبر۔

قطعہ

سیر گٔیمی تِس نِش ژُرۂ مُت کوٚکُر
ہاکہ کھوٗنہٕ تھاو نہٕ زانٕہہ تہٕ قدر
یُس بچارِس تہٕ آسہ طاقت تس
سوِ مٔرُگو گجہِ کوٚکرِنِش بہتر

# حکایت ۲۰

اکھ بادشاہ بیوہ بہ ننہٕ کینژن ساتھیٚن نِشہٕ اکس شکارگاہس منٛز آبادی نِشہِ دوٗر۔ اُتھی منٛز سپُز راتھ۔ تمن پیٚیہٕ اکس گٔرِپسی پٔتِدس گرٔس پیٚٹھ نظر۔ بادشاہ وۄتھکھ راتس گرٕہ ھواوری۔ اکی وُزیرن وۄننس تہٕ چھُنہٕ بادشاہ ہٕنٛزِ قدرِ مُطابق زاکھ تھدشانہٕ بادشاہ ہیٚیہٕ اکِس وُسی پایہ گٔرِپسی تِس پناہ۔ اُسی لگاوو بیٚتِھ خیمہ تہٕ نار ہناز الو۔ گٔرِپسی تِس اُنٛج پناہ۔ یہ کیٚنہٕ کھین چین گرٔس منٛز اوسُس تہٕ کوٚرُن بیٚش۔ تہٕ یمتھ کٔرن سلام تہٕ وۄننس۔ اکِس بادشاہ ہٕنٛز قدر گُزھہِ ہے تہٕ امہِ کنِتھہ ہِتی کم مگر تو ہہ چھُونہٕ پوٚژھمت

زٕ اُکس گرٕیسی سٕنٛز قدر گٔژھہِ ہُرٕنی۔ بادشہَس آو تٔمی سٕنٛزِ کتھِ ہُنٛد
انداز پسنٛد۔ رو تلی گئے تِہنٛد گرٕ۔ صُبحن بخشنس خلعت تہٕ انعامہٕ۔
دپان بادشہَس رو غصہٕ دِتھ وزِ پوٚک کیٚنژن قدمن تَس سٕتی تہٕ
اوس وَنان۔

قطعہ

بادشاہَس کیا سَنا گٔژھہِ قدر کم
یوٚدوے اَژِ دَرِ تھانہٕ دہقان زاٚتِہ
گرٕ پیسی سٕنٛز پیٚزی ٹاٹھی کٔیہِ اَدٕ شان تھٔنٛز
زاٚو تَوٚت بیٚلہِ زٕبےٚ ہیٚتُو سُلطان زاٚتِہ

## حکایت ۲۱

دپان اَکہِ بیٚچھہِ وٕنی اُس سیٹھا دولت جمع کٔرمٕژ۔ اَکہِ بادشہَن
وٚننس زِ بوزہٕ تہٕ کینٛہہ چھیے ژٕ سٕنے کاٚفی ہار۔ اَسہِ چھُ وُنی کیٚن اکھ مسلا
در پیش۔ اگر ژٕ فی الحال مَدَد کرٕ یِکھ وَقتس پیٹھ واپس ہوے نکھ۔ بیٚچھہِ
روزِ ہَو اُسی جاٚئی شکر گُذار تٔمی وٚننس۔ اے دُنیا ہِکہِ بادشاہہ!
قدرِ واٚلس بادشاہَس پرزن نہٕ مٔتے ہِوَس بیٚچھہِ وُنی ہٕنٛدِ پوٚنسہ سٕتی اکھہِ
ٹھکری کرٕنی۔ تِکیاز مٔتے چھِ یِم پوٚنسہ ہارِ ہارِ بیٚچھنہٕ سٕو مبرآوی ہتی۔
بادشہَن وٚننس۔ پَرواے چھُنہٕ بہٕ کرٕ کھ یِم پوٚنسہ کاٚفرن پیٹھ خرچ
تِکیازِ ناپاک چیز چھُ ناپاکہِ نے ہٕنٛد خاطرٕ آسان۔ شعر

کٔژ پرٕی واٚنی نصراٚنی سُنٛد ناپاک چھا
دِنہ یٚہودِس سِراں نٕتہ مٔنٛز خوف کیٚا

شعر

وۄنُم لۄکو یِہ چھُنک ڈیر ناپاک
مےٚ دۄیمکھ ٹٕٹہٕ لاگن تنہٕ چھُہ کیا باک

وَنان چھہ لوگ بییہ بحث کرِتھ بادشاہ سٕندِس حکمس خلاف ورزی کرنہٕ تہٕ گستاخی کرنہٕ۔ بادشاہن دِیت حکم تہٕ لۄکو کوٚر تس لِتھہٕ کھوکھر کرِتھ بادشاہ سُند حکم پوٗر۔

مثنوی

بہ نرمی کام ییلہٕ سپدی نہٕ زانہٕ حَل
چھہ مجبورن بہ سختی سپدِ مکمل
یُس پانس نہٕ زانہٕ بخشان ہرگز
تمِس چھُنہٕ بییہ نہٕ کانہہ بخشان ہرگز

## حکایت ۲۲

مےٚ وُچھ اکھ تاجر۔ یمِس ڈوڈ ہتھ بار دار وۄنٹھ تہٕ ژتہٕ جی نوکر آسی۔ اکہِ دوہ یِہ ہیوٗتُن تس بہ تمہٕ جزیرہ کیشس منز۔ پننِس حجرس منز۔ راتس کوٚرُن تہٕ فضوٗل کلام کرنہٕ موکھہٕ اراے۔ زِ یِہ مال چھُم ترکستانس منز تہٕ یہ مال ہندوستانس منز۔ یہ چھُم فلاٚنی زمینک بیعہ تہٕ یِہ چھُم فلاٚنی چیزک ضامن در۔ منز اوس وَنان ز مےٚ چھُہ اسکندریہ گژھنک خیال زِ کیاز تتیُک موسم چھُہ جان تہٕ آتی اوس وَنان نہٕ تکیاز مِصرس منز چھُہ سہلاب آمُت۔ سعدی وۄنُن سعدیا! بییہ اکھ سفر اچھُم دَرپیش اگر سہ سفر ترٲوِ ہیم بہ کرہٕ باقی عمر گوشہ نشینی۔

مِتے پُرٛزھس کُس سفر۔ تۄرٕ دۄپنم زِ یہٕ چھُس فارسُک گندھک چین
نِیُن یِتھ زٕھان تکیاز مِتے چھُ بوزمُت زِ اتھ چھُ تتہٕ سیٹھا قیمت تہٕ
چینی پیالہٕ انکھ رۄم نِنہٕ رۄمُک مخمل یمن ہندوستان تہٕ ہندوستانُک
فولاد یمہٕ یہٕ حلب تہٕ حلبکی شیشہٕ نِمکھ یمن تہٕ یمنہٕ چہ ژادر نِمکھ فارس
تہٕ ادکرٕ سفر ختم۔ تہٕ بیہہ وانس۔ چنانچہٕ تمۍ وۄن یہٕ بکواس تیوت زیوٹھ
زِ مزید کتھ کرنس رُود نُس نہٕ طاقتھے۔ بتہٕ لۄگُم وَننہٕ زِ سعدیا! ژٕ تہٕ
وَن کینہہ۔ یہٕ ژٕ تے وُچھمُت یا بوزمُت چھُے۔ مِتے وۄنمس۔

قطعہ

ژٕ تے مازاتہٕ بوزمُت بو تہٕ اجرا اکھ
گرٕ ِس بیٹھ جنگلس منز تمۍ دِتس یژکھ
وۄنُن تنگ اچھ دُنیادارِ ستنر یند
قناعت یا قبر کرِ تتھ چھُنا شکھ

## حکایت ۲۳

مِتے چھُ اکس امیرس منتعلق بوزمُت زِ سُہ اوس کنجوسی منز
تیوت مشہور یوت حاتم طائی سخاوتس منز اوس۔ ییمبرِ اوس سُہ
رنگہٕ رنگہٕ نعمتن ہُند مالکِ مگر اندری اوسس قدرتی طور کنجوسی نال
وۄلمُت۔ بیترکینہٕ تمۍ ستنز حالت زِ جان دِ یہ ہے مگر اکھ ژوٹ
نژادِ ہے نہٕ اتھہٕ۔ حضرتِ ابو ہریرہ رضؓ ستنز یژار تہٕ اوسنہٕ میوٹ نٹ
نژاوان تہٕ اصحابِ کہف ہندس ہونس تہٕ اوسنہٕ اڈیج نژاوان۔
مونحصر یہ زِ کانہہ اوسنہٕ تمۍ سُند دروازہٕ یلہٕ وُچھان یا کانسہٕ اسنہٕ

تُمۍ سٕندِ دستنز خوانچ لوٹِتھ نظرِ گژھان۔

فقیرس بس مُشک تے جانوارس
ژھِپے ما بھول تہِ بوڈوے کھیون پانس

مےٚ بوزِ تس اوس خلیج مصر چیہٕ وتہٕ میصر گژھ ھُنک خیال تہٕ تمہِ
مغرور تہٕ فرعونی خیال (کنجوسی تہٕ کمینی) آسس کلس منز یوتان
مُخالف ہوا نژوون تہٕ سہٕ لوگ چھپٹنہٕ۔

فرد

اگر رنجیدٕ طبیعت چھے دِلس یستین ژےٚ ما چھی سنگ
مُتاسب واو چھُنہٕ یژہ ساتہٕ آسان نادِ منز بحرس
تمہِ تلی دُعا خاطرٕ اتھہٕ تہٕ لوگ فضول کژ کہ تا دکرنہٕ۔

قطعہ

اتھہٕ روٹ مالہٕ سان بییہِ نے کر
پانس اد واتی آرام
روپیہ سیر سونہٕ سیر کر خیرات
اتھہٕ چھون بنیرن چھے انجام

شعر

کیا عصر مو خناج تُلہِ اتھہٕ آسہِ تس ییلی جا جنتھا
آسہٕ تس ییلی پوتسہ تمہِ وزِ کتھاوِ اتھہٕ ہن منز جیڈس
دیان تس اسی غریب رِشتہٕ دار میصرس منز۔ تمۍ سٕندِ مرنہٕ
بنیائے تمۍ سٕند باقے مالہٕ ستی ژم تہٕ مالدار۔ تمۍ سٕندس مرنس بیٹھ ژکھ
پڑانی پلو تہٕ تمو بدلہٕ سونہٕ تارٕ کھ ریشمی تہٕ مخملی پلو۔ اکھی ہفتس منز دُچھ

مےٚ نموٗ منٛزٕ اکھ۔ سہٕ اوس اَکِس تیز رفتار گُرِس کھٔسِتھ تہٕ اکھ پٔرِی اندام غلاما اوس تَس پتہٕ پتہٕ دَوان۔

قطعہ

بوڑ غضب پھیِر بوٚڑ مُرد والیس
گرِ کیٚن از قبر کیٚنہٕ یا کھٔٹِن
دِنی وراثت دُبارٕ تَس مُشکل
مرِتہٕ کھوتہٕ باسہِ تِمٕہ سِندیٚن وارِثن
پرٛانہِ زانٛی کاری موٗجِب وٚونس۔

بیت

نیک طبیعت چھُکھ کھیٚنے رٕتی یا ڈھٔری زیوٚ نمُت
جمع کوٚرمُت نابکارو کنِھ سائے کُٹھ

حکایت ۲۴

اَکِس کمزور شِکارِس ییٚہ زوردار گاڈ زالُس گاڈ گٔیِس زور تہٕ ژٕجِس زال ہیٚتھ۔

قطعہ

آبہٕ خاطر غلام کوٚلہِ بیٹھ گو
آبہٕ مٔلرٕن ڈٔہتھ نیٚو کوٚلہِ کھو
زال ہر وقتہٕ گاڈ کھالان بوٚڑھ
از مگر زال ہیٚتھ گاڈِ نیٚرٕ او دو

بیت

ژٕوٗچھ بڑٕ تھ وقتہٕ کرِ مالِس شکارِ یوٚت چھُہ کاتہٕ ساتھا شکارِس سٔہہ سِندی دٔسی موت

باپتھ تسکار بن سُید افسوس تہٕ لگس ملامت کرنہٕ زِ یتھ شِکار لوٗگ تٕ
زالہٕ تہٕ ژٔے نوٗگ بہٕ رٹُن ۔ تمہِ وٗ ننکھ زِ سہ اوس تہٕ مےٚ قسمتس تہٕ
تس آسی وونہِ دانہٕ قسمتس ۔

## حکمت

قسمتہٕ وَرائے لگہٕ نہٕ شِکارس دریاہے دَجلس منٛز تہٕ گاڈ تہٕ اَجلہٕ
وَرائے مَرِ نہٕ گاڈ ہو چھر پیٹھہٕ تہٕ ۔

## حکایت ۲۵

اَکی ژور زنگی مور اَکھ ہتھ زوٗ نگ (ہزار پایے) ۔ اَکھ صاحبدل
شخصا دژا وا پارِ تہٕ ووٗ ٹن ۔ سُبحان اللہ ! ہتھ زنگہٕ (ساس زنگہٕ)
اُسنہٕ تہٕ بییلہِ موٗت ژٔ وَق ووتس اَکس ژور زنگس نِشہِ ہیوٗ کہٕ ژٔلتھ ۔

مثنوی ؎

یس اَکس اثیرس بییتہٕ موکلیثاؔو
زنگہٕ گنڈی تھے زَن بنیہٕ تس واو
آسہِ یس دُشمن زورا وار
تس کرِتہٕ تیر و کمان بے کار

## حکایت ۲۶

مےٚ وُچھ اَکھ بیوقوفا ۔ یُس سیٹھا موٗٹ اوس ۔ قیمتی بَلونا گی
لاگتھ تہٕ اَکھ ناز گرا اوسُس کھٔسِتھ ۔ کِنس اوسُس مِصری کیٛر ڈلیتھ کنِہٕ تام
ووٗنم سعدیا ! ژٕ چھکھہٕ وُچھان یہٕ قیمتی لباس ییمِس بے علم حیوانس

لاگیتھ۔ میٚے وٚنہٕ تمس۔

شعر (عربی)

خرا اَکھ سہٕجاوِتھ چھُ اِنسان زَن
تہٕ آوازِ کرِنہٕ گاو وُزھی سُند بدَن
مشہوٗر کتھ چھےٚ زِ اکھ خوبصوٗرت بُتھ چھُ ساسہٕ بدو خلعتو کھو تہٕ بہتر۔

قطعہ

گرٕ ھے یوٚدُ شریفس کمیٚ طاقتس
مگر رو تہٕ تمی سُند زٕ موزان روو
یہوٗدیا بنیشا زاتھہٕ سیٚد وَنتہٕ تیٚ
اگر تمیٚ زر و مال و دولت تہٕ یرٕوو

قطعہ

لباس و عمامہ تہٕ نقش و نگار
یہٕ حیوان یمَو سیتی اِنسان چھا
زٕ ساساہہٕ اُمی سُند تہٕ حبادادوٗ چھ
اَمے اُندرٕ حلحال کاتھہٕ چیز ما

## حکایت ۲۷

اُکی زٕوٗرن وٚوٗن اُکس بیٚچھہٕ وِنس زٕ زٕ ستے چھےٚ ناشرم بوان زٕ زٕ چھکھ اَکہٕ چوٗرٕ وٗپہٕ خاطرٕ یٚرتھ اَکس کمینس یٚروشہٕ کنہٕ اتھہٕ داران۔ تمیٚ وٚوٗنس:

۱ وزنک اکھ لوکٹ مقدار۔ مطلب روٗپے۔

بیت ؎

اَکھہٕ دارُن کانٛسہِ نِش آسان چھی
ژٕھُرٕ پِسند اَکھہٕ ژٕٹِہ کھوتہٕ بہتر چھُ تی

## حکایت ۲۸

اَکھ مُکہ باز آو دُنیا ہکِہ نامواُفِق حالاُتو سِتی تنگ۔ یِڈ بُڈ تہٕ اَتھہٕ تنگ آستہٕ سوکھہٕ آس جانِ مَنٛز بیچھ تہٕ یہاُےٚ شکایت ہتھ گوٗ اکِس نِش تہٕ موٗنگنس سفرس گژھنک اِجازت زِ شاید ہکہٕ پرٕ زور مقصدس واتنِتھ تکیاز پُرزرگو چھُ ووٗنمت:

بیت ؎

بجرتے ہوٗنر ہاونے کُس وُچھان
زٕندٕن بیلی دزی مُشک اُدٕ سے ژھٹان

اُلی ووٗنُس گوٗیرا۔ یہ خیال کڈ کلہٕ اندرٕ تہٕ قناعت کُس دامنس کر کھنیچھ، تکیازِ دانہو چھُ ووٗنمت زِ دولت جھِنٛہ ژھانٛڈِتھ اَکھہٕ یوان تہٕ تمیک تدبیر چھُ صبر کرُن۔

شعر ؎

ہُش مُش کُس رٹِہ مال و زر
اوٗن لاگہِ سو رہہٕ چھُس کیا حصر

بیت

زورِ وول بد بخت وَن کرِ کیتا
بختاور رُت اکھ مُزکا

بیچوی ووننس بَبا۔ سفرکی چھ واریا فائدہ۔ طبیعت چھُ گژھان
خوش۔ نفع چھُ سیدان حاصل۔ اِنسان چھُ عجیب و غریب چیز
وُچھان تہٕ بوزان۔ مختلف شہر چھُ وُچھان۔ دوستن سِتی چھُ کتھ باتھ
کران۔ روتبہ تہٕ ادب چھُ حاصل سیدان۔ مثلاً طریقتہٕ والیو چھ وونمت:

نظم

یوٗتام آسکھ گرس اندر ژٕ روزِتھ
بنکھ نا یوختہ گژھ کتھ میانی بوزِتھ
ژٕ ووتھ کر ساٗل وُچھ دُنیا اچھو سِتی
مرُن آخر ژٕ سے کریٚن تور پھیرِتھ

مول ووٗنھس۔ گوٚبرا۔ سفرکی فائدہ چھُ یژی یا ہتھ ہم ژ سے
وُنِتھ مگر یم چھ پانژ قسمہ کین اِنسانن ہند خاطر مقرر۔
نمبر اکھ تمس تاجر سِتد یا پتھ یمس مال و دوٗلت، نوکر تہٕ
کنیز آسن۔ اکِ دوہہ آسہ اکس شہرس منز آسان تہٕ امی راژ بیٚیس
جایہ تہٕ پتھ وِز آسہ سازن منز مست تہٕ دُنیاہچن نعمژن ہند
لُطف تُلان۔

قطعہ

مالدارس کیا چھ پروا جنگلس منز آسی تن
یور گو تتہ خیمہ لوگُن تے بنیاو بسکین دار

آسہ یُس مسکین مُفلس آسی نن گرٕ ہے اندر
کاشہٕ تہٕ زن زانِس نہٕ کُس اکھ آسہٕ تِمی شُد دوستدار

نمبر ۲۳ سہ عالم ییٚمِس میٹھ گفتار تہٕ با معنی تہٕ رژو کتھو موکھ
لکھ عزت آسُن کران۔

قطعہ

چھُ دانا سون تِمِس کیٛشا غم
کران چھُس قدر ہر آدم
تہٕ نادانس وو پٔر جائے
کرٔی کُس قدر تی وتنم

نمبر ۲۴ سہ خوبصورت اِنسان ییٚمِس کُن صاحبدل لوکھ مائل
آسن گژھان تکیاز یِرٕ گو چھُ دٔوثمت زخوبصورت شُبتھ چھُ پھٕلِتھ ہتین
دِلن شُد مرہم تہٕ بند دروازن ہشن کُنز۔ ضروری کتھا چھے زِ یتھس اِنسانہٕ
ہشن صحبت چھِ ساری غنیمت زانان تہٕ تمی ہشن خدمت کرنی پنن فرض
مانان۔

قطعہ

چھِ معشوقس سری للہٕ وان اُچھن پیٹھ
اگر زن آسہٕ گرٕ کیو گرٕ سہ کوڑ مُت
وُچھم قرآنہٕ ہے مشن مور ٹیرے
تہٕ دٔو نمکھ کو چھُ قسمت یوٚت نو یہ رُت
تمو دٔوپ کیٛس حُسن دیُت ذاتِ پاکن
یوٚتت گو سارٕ وے لولِ مشن سہ روٚٹمت

قطعہ

آسہِ بیٚلِہ شُرٕرُت تہٕ خوشوُن نیک خوٗ
کیا چھُ پرواہ آلی لیٚد گرِ ژھِن کڈِتھ
زانتن شے موختہٕ ہانگسہِ روٗس تہٕ زن
پرٕتھ اکھا اَکھ موختہٕ سے نفاوان رُچھتھ

ژوٚرِیُم شہٕ خوشس آواز اِنسان یُس بنِنہِ لحنِ داوٗدی سٟتی یکہٕ دِنہٕ وینِتھِ تہٕ وُڈِ وِنین جاناوارن بند کرِ۔ آوازِ ہنِد طاقتہٕ کرِ شہٕ عاشقن ہندی دِلِ شکار تہٕ درویش صفت اِنسان آسن تَس سٟتی رُوزُن پسند کران تہٕ تمی سٟتی خدمت کران۔

شعر (عربی)

کنو اُندری گرٕ ھان چھم نغمہٕ نے سوز
یہ کمیٚ سیتارِ تُل وائِن ہیوٚتُن بوز

قطعہ

نرم تَے پُر اَثر آواز خوشوِن
کنن مستانہٕ نے بیٚلہِ واتہِ صُبحن
موٚدُر آواز خوشوِ نہٕ شکلِ کھوتہٕ رٕژ
یہ گو نفسک لذت رُوحک ئہٕ گو گھِن

پانژیُم گوشہٕ کاسِب یُس بنِنہِ اَکھ ژوٚٹ کمأوِتھ کھیوان آسہِ۔ یُتھنہٕ ژوٚ چھِ خاطرِ تمی سُند عزت بَرٕیاد گژھِ تہٕ نِکہبازِ بزرگو چھُ دوٚلمت۔

قطعہ نیٚبر سفر یُس گرِ اگر کاشہٕ دوورا
پیٚیہِ تہٕ تَس کُنہِ کانٛہہٕ مُصیبت بیٚیِن زانٛہہ

بادشاہ گرِ بنیرِ لوٗگ سفرس اندر
پنٔنشِس شونگِ فاقہٕ پیٚلِہ زانِس تہٕ کانٛہہ

گوٗبریا! یِم صِفت مےٚ ؤنی یِمہٕ چھہِ سفرس اندر دِلہٕ چہٕ خوٗشی تہٕ زندگی ہِند لُطفہٕ خاطرٕ ضروٗری۔ تہٕ یُس اندر نہٕ یِم صِفت آسن سُہ چھہ دُنیاہس اندر دربدری خاطرٕ آمُت تہٕ تَس پیٚتہٕ ہیٚکیہٕ نہٕ کانٛہہ تمی سٕنٛد ناو۔

قطعہ

ییٚمِس گو زمانٕنی مُخالِف مےٚ وَنتم
نمِس کُس اکھا ہاوِ سبزرس کُنُے وَتھ
خُدا آلہٕ نِش جانور یُس اکھا گو
قضا رٹہٕ نہٕ تَس زالہٕ بکٕنہٕ نشَے پیٹھ

نیٚچوِ وۄنُس۔ بیا دانہن ہشرن کھتھن کینتھہٕ کُنی ہیٚکہٕ بہٕ اِنکار کٔرِتھ تیٚلِتھاز تمو چھہِ وۄ نمت زرزق یوٗدوَے باگراٗوِتھ چھہُ اُمایوٗز تمہٕ کہٕ حاصِل کرنٕکی طریقہٕ چھہِ اِنسانَس اختیار کرٕنی تہٕ ییٚتھہٕ کُنی یوٗدوے مُصیبت اِنسانہٕ ہِندِس ڈیکس لیٚکھِت چھہُ آسان مگر تو تہٕ چھہِ اِنسانَس بلایو نِشہٕ بچنچ کوٗشش کرٕنی ضروٗری۔

قطعہ

رِزق یوٗدوے لیٚکھِت پرٕنہٕ کانٛسہٕ ازے
عقل مانان شرط چھی جستجوٗ تتھ
قضا روٗس یوٗد نہٕ کانٛہہ مرِ زانٛہہ ولیکن
بیٚتیٚن زَن خوف مرنُک روز ساٗ پیٹھ

چونکہ بہٕ چھُس تیوٗت بہادرٕ زِ بہٕ ہیٚکہٕ مست ہشی تِس سیتی تہٕ جنگ

کرٕتھ۔ نہٕ خوفناک ہسہ ستیٚ تہٕ اَتھہٕ ملنہٕ آوِ تھ۔ لہٰذا گو جان زِ یہ کرہ سفر نکِھیاز بیٚیہِ یوُر اَتھہٕ تُھرہٕ یرچھہٕ بُرداشتھ کرُن لایق۔

قطعہ:-

دزاو یُس گرہٕ جاے پرٕتھ کانہہ تَس ٹھِکان
نال یَس ووٚل زُبنن گرہٕ کُنیا کرہ یُس
مالدارس شاہٕ وزِ گرہٕ کُن گژھن
داتہِ یوٚت گرہٕ سے چھُہ اتھہٕ چھوٚن آسہِ یَس

شعر:-

کاسبہ واریس یَس نہٕ قسمت آسہِ سیٚوٚد
کُس ہیوان تَس ناوکٕ تسے ما چھُہ ویوٚد

بیت:-

سیٹھا اوس ووکھہٕ دریاَ بیتھ اندر زَن
نہٕ گاڈے زِندکینہٕ ناتی اوٚری والن

تمی وُچھ لکہٕ چھو کھا اَکھ۔ ساری اسی اَکھ اَکھ یوٗنسہٕ دِتھ ناوِ منز بہتھ تہٕ سفرخاطر تیار۔ جوانس اوس نہٕ یوٗنسہ زُنگی کینہٕ تہٕ تمی مُزرِ تعریفو خاطر زلو۔ سیٹھا زار پار کرٕتھ کوٚرُس نہٕ کانٛسہٕ مدد۔ بے مروٚت ہانٛز زن تہٕ نرووتَس یٚرو شہرکنی اَسنا نہٕ دزاو ونان ونان:-

شعر:-

یوٗنسہٕ روٚس کُس بیٹھ چلاوکھ حُکم ژٕے
یوٗنسہٕ آسی طاقتک حاجت نہٕ کینہٕ

شعر

اگر نے پوشہ چھی کیتھ کُنی لبکھ تار
دسن ہندی زور اتہ نَس زال بے کار

جوانس گو تشُد مخولہ بَربتا تہ یوژھن تس بدلہ ہیُون۔ ناوٲس وزاہڑ۔ کرِ کھ لاٲین زِ اگر توہی بمن میا ہنن ملیون ہیڈھ گُذار کرِو تہ پروا ے نہ کینہہ۔ ہٲشنز آو طمعس ہنز تہ پھرِن تاو۔

بیت

چھےٚ لالچ اُچھن مینز ژھنان ہوشمندس
گژھان جانور بند لگان گاڈ زالس

یُتھے جوانہ سُند اکھ تمی سُندِس ریشس تہ دامنس نش دوت پانس کُن لوٗ منس تہ بے فرصتھے ہیوٗ تنس لاین۔ ہٲشنز سُند اکھ یار دزاوتس مددس مگر تمی بیبلہِ حالات وُلہ وُچھی سہ ژوٗل یوت کھوری۔ سارِوے زون یِی مشورِ زِ صلح کرِتھ ہیموس نہ کرایہ کینہہ۔

مثنوی

وُچھکھ حالاژ بگران روز خاموش
چھ خاموشی پھولان امینکی دوہے پوش
موٗدر زیو رٹ کلاما آتہ در جنگ
اکےٚ مس وال ہیُسی تس زن دِیس ڈنگ

پڑانہ تلخی تہ نزرو شرس ہیُنزس معاٲفی۔ منافق آبہ کرِہس موہنہ نہ ووگکھ نابہ۔ یکان یکان واتی اکس یدِ ٹس کوٗٹس نش یِس یوٗنا بچہ پڑانہ بسنی اندر ییتھ کُن رُوٗد مُت اوس۔ ہٲشنزن دوٗ ننکھ زِ تاوِ چھ

کیا ہتانٲی خرأبی گمژٕ ئیس نو ہہ منز زیاد جُسہ وول چُھ شہ کھسو تہ ناو گنڈ یوٚن اَتھ تھمس ستی۔ جوانس آو نہٕ غرور مو کھٕ کیبٕہ لبہٕ تہٕ داںہن ہیتِدس ونس بر خلاف یعنی بیٖچہ اِنسانس تکلیف آسہٕ واتنوومت برگاہ تس امہٕ بیٖتہٕ ہیتہٕ یدی آرام تہٕ واتہٕ ناوو نونہٕ گژھہ تہٕ تس نشہِ غافِل روزن۔ کھوٚت رز ہیتھ تھمس۔ داںہو چھےٚ اَچھ مثال یہ دژ منز زٕ نیر چُھ ژھٹھ کیٚپٹھ کریہٕ ہہ نیر کڈنہٕ ہیکان بیٖتھ مگر نمئیک تچھُن تہٕ دگ چھےٚ دِلس للہٕ ونی روزان۔

نظم ؎

فوجیَن اَکی وُنی جمادارس یہ کتھ
یوٚد ستو وٕنھُن کاشہٕ تہٕ سہ تہٕ ما روزِ یتھ

قطعہ ؎

مہٕ بیٖتہٕ بے خیر یوٚد ستو وٕنھُن ژےٚ کاشہٕ
سہ تےٚ زاگہٕ روزی دِلی سہ تہٕ اَزار
ینو کُنی ژٕ لایکھ قلِس یور زاشہٕ
یِمی کُنی ژےٚ والِس کھسی مٹہٕ ژےٚ مار

پُتھے جوان رز ٹزس وُلتھ تھمس کھوٚت۔ ہاشر زِن لوٚم رز تہٕ گُڈن ناو۔ شہ گوسبھٹھا حاران۔ دون دوہن رُود اَتھی پریشانی منز تہٕ تژےٚ مہٕ دوہہ ہیتس نیندٕر تہٕ گوآبس۔ اکھ راتھ تہٕ اکھ دوہ گژھتھ لوٚگ بُٹھس۔ رز کھنڈ او وُسس زو تہٕ لوٚگ ہیتہٕ وُتھر تہٕ گاسہٕ کھینہٕ۔ یوٚتانی سہٕ ریٖہہ ہیوہ بھیورُس تہٕ گو جنگلس کُن۔ تانی کوٚرُس دُدسہٕ تہٕ طاقتھا رُودُس تہٕ کیٖبہٕ۔ اَکِس کرہٕ برس نشہِ

ووت۔ اتہٕ آسی لکھ اکہِ پوتسہٕ بدلہٕ ترٛیش چوان۔ اٮ۪مِس اوس نہٕ
چیندٕس کیٛنہہ مگر ترٛیش سنجنکھ تہٕ گرٕنکھ عاجزی۔ تِمو موہس تہٕ
کیٛنہہ آخر ہاوُنکھ زور وری تہٕ کیٛنہہ نفرت کرٕن۔ تِم ووٚتھی ساری یِکہٕ وٹہٕ
کوٚرہکھ شلکھ تہٕ گوز خمی۔

قطعہ

سمن بیٛلی زیادٕ مٕہی ہٕسی نِس اَن تنگ
چھُ یوٚدوَے زور ور ہوٚس لانہایت
رہیٚن بیٛلی آسہِ گُنہٕ کتھ نے یکُت وُچھ
سہہَس نِن مُسلہٕ وٲلِتھ ہارنَس رتھ

ییتہٕ تِنتھ وڈرا وٲکِس جمازٕ بیتہٕ بیتہٕ۔ راتھ کیٛشت وٲتی اکِس جایہ
بیتہٕ ژوٗرن ہُند خطر اوس۔ جمازٕ وٲلین ژاو ژوٗرن ہُند کھفر کھفر تہٕ
پانَس پوٗرکھ تکبیر۔ جوانن ووٚننکھ زِ غم مہٕ برِو۔ بیتھ جمازٕ منزٕ چھُس
بہٕ کُن نفرِیُس گُنے بینتزٕ ہٮ۪ن ستی لڑتھ ہیکہِ۔ بیٛیہ بیٛلہ زَن باقے
جوان تہٕ مدد کرَن۔ یہ یوٗزِتھ گیٛے جمازٕ وٲلی خوش تہٕ تِمی سِند یوٗٹرو
ستی گٕیکھ ہمت یادٕ تہٕ۔ تِمو زون تَس کھین چیٚن ضروری دیٚن۔ تَس
آس قافِن وٲرِنج زاجمژ۔ یوچھ ہٕتی کھین کیٛنہہ میٛنڈی تہٕ ترٛیشہ دام
یونشہِ چیین۔ اَندر بیٛلہ منزٕ یہہ چھیوُرس تہٕ بیٛپس نیٚندر۔ اتہٕ
اوس اَکھ تیٚبر وڈرا وِانسانا۔ تِمی ووٚننکھ زِ میٛے چھِ چیٛتِمس شخصہٕ
سُند ژوٗرن ہند کھونہٕ خوف۔ یکباز ونان چھہٕ زِ اکِس دربُدرِس
آسی کیٛنہہ پوتسہٕ سمیا آمتی۔ تہٕ راتَس اوس نہٕ ژوٗرن ہندِ خوفہٕ
شونہٕ لگامی۔ اکِہ دوہہ اوٚن بیٚن اکھ دوست تہٕ دوٚپن زِ یہِ رٹن

باتَس نِش یُنہٕ نہٕ کھوژ۔ کینژن راژن رُودی بکہٕ وَٹہٕ۔ یتھے تَس تِمی
اِشدِین یوتِسَن ہُنْد یِ لُوگ تیتھے ژوٗرُس ہیتھ۔ صُبحن تُل تِمو وُدی
وُدی عالم تہٕ اکی شخصَن بر ژھنس زِ شاید چھِہے ژوٗرو یوتِسہٕ ہمتی۔
تِمی ہاوی نکھ قسم زِ نہٕ سآ متے نی سارِتھین۔

قطعہ

دوستس کرہ حبس ہینو غفلت کرکھ
یُنہٕ ژ گوڈ خصلت وُچھتھ تِمی اِشتر سرکھ
زان تس شترس چھِہ سیٹھا ہے نیر دَنْد
دوست لاگِتھ واتہٕ ناوان یُس چھُ زکھ

کیا پتا چھُ زِ یہٕ تہٕ ماآسہٕ ژوٗر وِے اَندر تہٕ یتھے اِسہٕ
اِشدر ییٹِہ ہینن ستی باجن کرِ خبرَ تہٕ لوٗٹہٕ ناوِ۔ لہٰذا چھُ متے باسان
زِ یہٕ گو تژاوُن ییتھے کُنی تہٕ پانہٕ نیرو۔ بیمن یوٗٹھ اُمی شُند وَنُن تہٕ
جوانہٕ شُند ژاکھ۔ بیت تہٕ وژاے سامانہٕ وامانہٕ ہیتھ۔ صُبحن بیلِہ
جوانس تابھ بیو تہٕ سُہ گو ہُشیار تہٕ وُچھِن جماتھ دژامژ۔ پرتھ اَنْد
یوٗک مگر کُن ووت نہٕ۔ میٹر ییٹھ لوٗگ ڈیپی دِنہٕ تہٕ یو چھِہ ستی لوٗگ
مرنہٕ تہٕ اوس وَنان۔

بیت (عربی)

کنھن بیٹھہِ کُس متے یِسِتن دژاے ساری
مُسافرِس مُسافر شُند چھُ ساتھی

فردٕ

وو ییٚر سٕس ییٚتھ گژھِ وِزِ وِزِ توٚت
یُس آسہِ نے سفرٕس زانہٕ دژا مُت

وُنہٕ اوس بچارِ بی وَنان زِ اَکھ شہزادٕ ایُس شکار ژھانڈان ژھانڈان پننس فوجس نِشہ ژھیٚنہٕ اوس گومُت۔ اوس ییہ کٔنھہ نمی سٕندِس شاندٕس ییٚتھ یوزان۔ خوٚش یونہ شکل تہٕ پریشان حالت وُچھتھ پرژھنس زِ روزان کتہِ چھکھ تہٕ یوٚر کتہٕ کیٚنہ وونکھ۔ پنُن گُذران وُوٚننس تہٕ نس آو جوانس ییٚتھ رحم۔ انعام تہٕ خلعت دُیت نس تہٕ بیٚیہ دُیت نس پنُن اَکھ نفر ستی تہٕ ووت گرہِ۔ بول گوس سٹھا خوش تہٕ نمی سٕندِس وارِ گرہ واتنس ییٚتھ کوٚرن خدایس شُکر۔ کالیچن وُنن مأرس سأرے ذلیل یانے نأوِ ہٕندِ قصہٕ ہا تہٕ سنز سختی، کامہٕ والین ہٕندِ روداد تہٕ قافلٕہ والین ہٕنز غدأری۔ مألی دوٚپنس زِ سٕے اَفسے تاژ نے ہتیرٕ سیرٕ تہٕ وِزٕے وُوٚنمت زِ اَکھہِ چھٕنہ شُند نزِ زور چھٕنہٕ چلان تہٕ نمی سٕندی سہہ ییٚشجہِ چھِ آسان یُھوٚٹی ہنتی۔

شعرٕ

اَکھٕہ چھنہ سیپہن زییہ وَن دِژ
کھنڈ ہار ژھرِ طاقتہٕ کھو تہٕ رٕژ

ہیچوی وُوٚننس زِ یوٚتانی تہٕ محنت کرو۔ خزانہٕ ییہ تہٕ زانہٕ اَکھٕس مُنز۔ تہٕ یوٚتانی تہٕ یان خطرٕس منز تڑاوو دُشمنس ییٚتھ لبو تہٕ ہرگِز فتح۔ تہٕ یوٚتانی تہٕ ووو توٚتانی لونو تہٕ، کیا ژ ئے وُچھنہ نازِ معمولی تکلیف برداشت کٔرِتھ کونا آرام کوٚر مٕے

حاصِل نہٕ یوٗس ڈوچھ میٚنۍ ژُھ، کوٚتاہ مانٛچھ کوٗرِ میٚنۍ تمہِ سیتۍ جمع

فردٕ

بیٚنکھٕ رزقہٕ چھے ناوِ پرٕتھ کانٛسہِ پُھٹد چھی
مگر شرط ژھانڈُن تہٕ کوٗشش کرٕنۍ ژھے

حکمت

گرٕٹُک بوٗنم ژُکل چھُہٕ نژان یا حرکتھ کران تہٕ توٚرے چُھ تتھ بور
ییوان وینہ راوُن۔

قطعہٕ

کھیٚنہ کیا شُرٕ سیٚہہ غارس منٛز
یکھ یچھ بہرے دِیہ کُس کھین
گرٕ چھے منٛز روزکھ یوٗد بنٛد
پاینٛد روزکھ ژکرا زٕن

مالی ووٚننس زِ ژٕ ییٚہ کرٕنے خدایٚن یاری تہٕ قسمتن ہاوِ تیٚ وتھ
زٕ اکھ امیر سمکھے ییٚمی انعامہٕ دِیت نے تہٕ تمس حالس منٛز روٗ چھنے
دل۔ پرٕھہ کتھ چھیٚنہ پرٕتھ وِزِ سیٚدان۔ تہٕ اچانک پیش ییٚنہٕ والین
واقعن ییٚٹھ چھُہٕ فاصلہٕ پتہٕ یوان۔

بیت

دو ہے چھا تِسکارٕ یا انان شال مارِتھ
پینٛیس سیٚہہ تہٕ باضے ژھینس خوٚن ہارِتھ

چنانچہِ فارسُک اکھ بادشاہ دزاو اکھ لٔڈِ شیرازکِس عیدگاہس
منٛز ساعٔلس۔ بادشٲہس اوس واجہٕ اکھ قیمتی گرٕ انکھ لاگتھ تہٕ دشینٛن

حکُم زِ بہِ وأج تھاؤیوُن گُنبدِ عضدیاُنے عضدالدین تس گنبدس الأثر
تہٕ ڈیس اکھا امہٕ مُنٛزی تیرلایہ وأج ییہ تَسی دِنہٕ۔ تس ستی یم ژوٗر ہتھ
تیراَنداز آسی زٕموٗلاۓ تیر مگر کانٛہہ اکھ گو نہٕ کامیاب۔ اکھ شُر اوس
پنٕنہ پشہٕ پیٹھہٕ بڑ ہتھ اندٕ سٕ تُکِن تیر انیرالایان تہٕ صُبحکی واوَن نیوٗ اکھ تیر
امہٕ واجہٕ مُنٛزی۔ تس آیہ وأج تہٕ باقی انعامات دِنہٕ۔ دیان تمی شُری
زول پھٕٹِن تیر کمان۔ لوکو پیٚیلہٕ ژُمیک وَجہہ بڑُزٕ ھھس، درجواب
ووٚننکھ ییتھ زَن میٚون یژون کمال قائم روزِ۔

قطعہ

چھُ باضے غلط راۓ دانا دِوان
دوہے عقل تس آسیہ ما برقرار
بیتھے گٕژی چھُ باضے لوکُٹ خام شُر
کران ماشس الغایہ پاوان شکار

## حکایت ۲۹

مٕے بوٗز زِ اکھ درویش اوس اکس گوشہ منٛز روزان تہٕ
دُنیاہس ستی اَسِن تعلقات ژٕٹی یتی تہٕ کانٛسہ اُمیر شُد یا بادشاہ شُد
اوسُس نہٕ ہیبت۔

قطعہ

ییٚس روٗد ہر وِزِ اَتھہٕ داران
مرنس تام ہنٛتھ خارے خار
لالچ ترٛاوِ تھ شاہی کر
عزتُک آدِ گنڈِ نے دستار

ا اکھ بادشاہ

اَکہ دوہہ کرٕنس اَکی بادشہَن دعوت۔ دَرویشَن کرٕ دعوت قبوٗل۔ تِکیاز دعوت قبوٗل کرٕنۍ چھےٚ سُنت۔ دۄیمہ دوہہ گو بادشاہ تَس شُکر ادا کرنہٕ۔ درویش وۄتھ پننہِ جایہ تَھوٗد نہٕ گوٚرنس نالہٕ موٗت۔ بیٹھ کرٕنس تعریف۔ بادشاہ سندِ ییرہٕ پتہٕ پرٕژھنس اَکی مُریدَن زِ یہ ترمی یوسہٕ ژٕٹے بادشہس ستۍ کرٕتھ، اُس چایہٕ عادتہٕ خلاف۔ دَرویشن وۄننس زِ ژٕٹے چھےٚ نالہٕ ژمت۔

فرد ؎

یَس نِش کُنہِ وِزِ کینژھ ہا کھٮٚو تھ
تمۍ شُند تعظیم چھےٚ لاٰزِم

مثنوی ؎

کُنہ نَے ساز گژھہِ یا بیتہِ چی یَے
چھےٚ روٗزان زِنٛدٕ مُمکِن تو نہٕ کیٛاہ غم
اَگر نَے پوشہِ نیٚ ہند ڈیشہِ منظر
گُلابو روٗس تہٕ روٗزان زِندٕ آدم
کلس تَل شانٛد گوٚند نَے آسہِ زانٛہہ کاٰلی
اُٹھہ کٕنی شانٛد کرِ آرام کیٛاہ غم
وصل معشوقہٕ سنٛد نَے آسہِ قسمت
رٹکھ اَدٕ یان پننےٚ نالہٕ ہردم
صبر ہرگِز نہٕ ما کرِ فاقہٕ پھٕرٕ یِدٕ
گژھہِ یس کینٛہ آسہٕ نۍ اَدٕ زیادٕ یا کم

ژٕورٕیُم باب

# خاموشی ہنٛدِ ین فایدَن مُتعلق

## حکایت ۱

اُکِس دوستَس ووٗن مٕتے اَکِہ دوہہ زِ مٕتے چھےٚ خاموشی اَمہِ موکھہٕ اختیار کٔرمٕژ زِ اکثر چھُنہٕ اَصلَس تہٕ فراخَس درمیان کانٛہہ تمیٖز روزان تہٕ دُشمن چھُ زیاد یہٕنٛ فراغہٕ سے کُنہ نظر تھاوان تمیٖ ووٗنُس زِ دُشمن چھُ سُہ بہتر یُس نیکی وچھی تہٕ۔

عربی ؎

دُشمن نکھی ما پکہِ نیکسَس
باسان چھُس اپزیٖور مغروٗر



بیت ؎

جہانَس آفتاب روشن کرانٛی
مگر سُہ گاشس اَنہٕ چوٗسہِ کھرانٛی



# حکایت ۲

اَکِس تاجرَس آو ساس دینار گاٹہٕ۔ ینچوِس وۄنُن زِ یہِ کتھ تھٲوِیزِ پانہٕ سۭے نِش۔ تِمۍ وۄننس زِ یہِ ونہٕ نہٕ کانٛسہِ اَما پوز اَکھ کیا مَطلب چھُہ۔ مٲلۍ وۄننس زِ خبَر دوٚگنہٕ نۄقصان ماواتہِ۔ نمبر اکھ سرمایُک نۄقصان تہٕ نمبر زِ ہمسایَن ہٕنز شادمٲنی۔

شعر

ژُھنیِ نہٕ ژٕ اَوکھ دُشمنس نِش زانہٕ ژٕ ووٚش    نیٚبر یِرِ لاحول اَندری آسہِ خوش

شعر

دُشمنس ہیٚیے سۭنز ہونر باسان عیب    پوشِ سعدی دُشمنس باسان کونڈ

بیت

مہ کرِ دوکھ پنُن کانٛسہِ نِش ژٕ رے عیان    سرِن تِم نیٚبری دوکھ اَندری تِم اَسان

# حکایت ۳

اَکِس عاقِل جوانَس آسہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ ہونرٕ تہٕ کسب۔ مگر لوکَن ہٕنز اَسِس نفرت۔ عاقلَن ہٕنزَن مجلسَن منز بہِتھ اوسہٕ کتھے کران۔ اَکِہ دوہہ وۄننس مٲلۍ زِ ژٕ تہٕ وَن یہِ گَنیٚز ھاژ ہیٚے پیٚتہٕ چھی یِمہٕ وۄتھس زِ یہِ چھُس کھوژان خبر تہِ ما یِیہٕ ژھنُم بینہٕ منے پیٚتہٕ ہے چھُہ۔ تہٕ گژھہِ شرمندہ۔

قطعہ

دَیان اوس دوہہ اَکِہ درویش اَکھ
دِوان میچہٕ پیٚہٕ نِس کھور پانہٕ سۭے
رِسپاہَ اَکھ نِتپارِی دژاو وۄننس تِمۍ
گُرِس مَیٚنانٕ ہیٚے نال ووتھ لاگ ژھے

## حکایت ۴

اَکِس عالِمَس سُپُد اَکِس بے دینِس سِتّی مناظرہ۔ عالِمَس ہیوٗل نہٕ بے دینہٕ نِس چِنج پھِنجَس نِش کینٛہہ تہٕ آوگرٕ۔ لوکو وۆنہَس زِ ژےٚ یوت۔ عالِم چھُکھ۔ ژےٚ کیاز ہۆر تھ اَمِس کافرَس نِش۔ تمی وۆننکھ زِ میٚیون علِم چھُ قرآن، حدیث تہٕ بزرگن ہِنٛدِ رٕژ کتھہٕ تِس چھےٚ نہٕ اَتھہ بیٚٹھ یژھے۔ مےٚ تہٕ کیا واسطہٕ چھُ تمی سٕندِس کُفرَس سِتّی۔

بیت ۔

اَثرٕ یَس کوٚر نہٕ قرآن حدیثن

جواب گژھہ نہٕ زانہٕ دُین تَس سوالَن

## حکایت ۵

جالینوٗسَن وُچھ اکِہ دوہہ اکھ بے عقلا بیٚیمی اَکِس دانِشمَنَس ناکَس تھپھ اَسِن ژھٕنی ہُر۔ جالینوٗسَن وۆن زِ اگر یہ پُرٛزی پاٹھی عاقِل آسِہ ہے تہٕ بے عقلَس سِتّی آسِہ ہَن نہٕ کتھہ اوَت ییٚتھ وانہٕ ناوٕ ہُر۔

مثنوی ۔

زِ عاقِل زانہٕ لَڑن ما پانہٕ وانی

نہٕ عاقِل بے عقلَس سِتّی ہر گرانی

اگر زانہٕ وولِہ بے عقل مَڑرٕ سِتّین

کری عاقِل تہٕ بیہ بے عقل تِتھے حِس

اگر دو نتوٚے انٛدو آسَن زِ جاہِل

ژٹن شُستہٕ کٔڑن تِم اکھ اَکِس ٹھَل

اُکس وۄن بد مزاجن وُلٹہٕ لفظا
صبر کوٗر تمۍ تہٕ وۄننس نیک بختا
یہٕ کینٛژھا چھکھ وَنان تمہِ کھوتہٕ یہٕ بدتر
پنٕنی عاؔب چھاہ کھوتہٕ زانان یہٕ بہتر

## حکایت ۶

سحبانؔ[1] وائل اوس یوان فصاحت تہٕ بلاغتس منز بےمثل تہٕ یکہ مانہٕ تہٕ وَنہٕ یوان چھُ زِ اگر وُری یہِ واوُس تقریر کرہے زِ نہیس اوس نہٕ کانٛہہ لفظ دُبارٕ استعمال کران تہٕ شاہی دربارن ہندین صفن منز چھُ یہِ اکھ۔

مثنوی ۷

اگر آسہِ کتھ سیٹھہٕ تے پُر اثر
گرژھن خوش ساری تہٕ کرنس قدر
دُنیتھ ییتھ نہٕ ہیکہِ باز وَنہٕ ہن یہ کتھ
لُطف حلوٕ ہیے چھُے اکی بارِ کھیتھ

## حکایت ۷

دیان اکی دانشمن وۄن زِ کانٛسہ تہِ انسانن چھُنہٕ از نام پنٕنہ جہالتک اعتراف کوٗرمت تہٕ نہٕ کرِ البتہٕ صرف سُہ شخص یُس بیٚکی سُنز کتھ ژُٹِتھ کلام شروٗع آسہِ کران۔

---

[1] اکس شخصہٕ سُند ناو یُس سیٹھا فصیح تہٕ بلیغ اوس۔

مثنوی ؎

چھُ آسان پتہٕ کُنیٖتھ گوڈٕ تتے تھہُر
زٕ ٹھنٛز کتھ کتھے مۄنٛز وَنِتھ کتھ چھُ گھُر
بیٚیِس عقل قایم ہیٚمِس لۄر ہوش
کری کتھ شہ ڈٲلشی سٔری بیٚیلی خموش

## حکایت ۸

محمود غزنوی سنٛد بوکیٖشرٕ نوکرو پیٚتٕرٕ اکِس وزیر حسن میمندیَس زِ بادشاہن کیاہ دوٚپنے تٕمی فلانِس معاملس مۄنٛز۔ وزیرن دوٚپنکھ زِ تۄہہِ نِشہِ یا نَے۔ تِمو دوٚپہس زِ یہ کیٚنٛژھا سُہٕ تٕمی وَنان چھُنی۔ اَسہِ چھُنہٕ تہٕ وَنُن بہتر زانان۔ وزیرَن دوٚپنکھ لہذا بیٚیلہٕ تِمو بھروسہٕ زانِتھ اُموکھ مےٚ کانٛہہ کتھ وُنی زِ بہٕ وَنہٕ نہٕ کانٛسہِ تۄہہِ کیٚاز چھِوٕ مےٚ سو کتھ پرژھان۔

بیت ؎

کتھ کرِ وِنی پتہٕ کانٛسہِ ما یاوَن
کلہٕ پیٖرِ گُنٛدِن سِر چھیکرا اَوَن

## حکایت ۹

اَکِ دوہہ اوسُس بہٕ اَکھ مکانہٕ ہیٚتہٕ کٕرِس شش و پنٛجس مۄنٛز اَکِ بہودی دُتیٚتھ منظور زِ ہین۔ مےٚ چھےٚ تِمہٕ مکانٕچ لۄر واقفیت نِکھباز بہٕ چھُسے تِمی محلُک روزن وول۔ تہٕ تِتھ مکانس چھُنہٕ نہٕ کانٛہہ

نقص۔ منے دۆپمس سِوائے اَکھ ژٕژٕ بنکھ میثون ہمسایہ۔

قطعہ ؎

یتھ گرس آسہِ ژٕٹے ہیٚوہ ہمسائے
کھوٚڑہ رؠپہ چِھے روپیہ دہ لوِسُے
تھاوُنی پزِ آسہِ کتھہ ہشر یژ ہ
ساس رو پیے سہ لوٚ مرکھ ییلی ژٕے

# حکایت ۱۰

اَکھ شاعرا گوٚاَکِس ژٕژاَلِس نِش تہٕ کرِن تس سیٹھا تعریف۔ تمی دوٚن باقے ژوٚرن زِ اَمِس رنیو ساری پلو کڈِ تھنہ تہٕ کٕرِیوٚن دفع۔ بچور دژاو ننگے تہٕ تیٚز سِنی وۆتھس تھر تھر۔ تہٕ اَکِس جایہ لار بہٕ اَس ہوٚنی پتہٕ تمی ہیٚتر کٔنی تُلنی مگر کینہ آسہٕ شیٚشر ستی بند گمژٕ تہٕ ودٚن زِ پیٚتہ کٕتھو حرامزادہ چھِ لُبان ہوٚنی چھکھ یلہ تراوی ہنی تہٕ کینہ چھکھ بند کٔرِمژٕ۔ ژٕژول اوس دارِ کِنی دُچھان تس آو اَسُن تہٕ وۆننس زِ منگ کیا منگکھ۔ شاعرن وۆننس بس پننی پلو بیٚیہ تہٕ کیٚنہہ۔

مصرعہ (عربی)

رنس نش چھیے سرنے وومید ژٕر چی
کھوژان چھس یدی تیتھ تہٕ کرہ ہم منے ژٕے

ژٕژاَلِس آو تس بیٚٹھ اِنصاف تہٕ پلو دِتی تس واپس۔ اَکھ دُیت تس دالہ کوٹھ تہٕ کیٚنہہ پوٚشہ بیٚٹھ۔

# حکایت ۱۱

اَکھ تنبچیم دان ژاو گرٕ۔ اَتہٕ وُچھُن اَکھ ووٚپرشخصا بنٕس زنانہٕ نِش بیہتھ۔ لیکھا زٕ اَرِنس ببیہ وُنِس واریا یدرد شوروشر ووٚتھ۔ اُکِس صاحبدِلس لوگ بیٚتہٕ تہٕ ووٚننس۔

شعر

ژکیا زانکھ چھُ کیا بیٹھ آسمانس
گوڈنی ہیٚتہٕ سام پتہٕ نِس آستانس

# حکایت ۱۲

اکِس ووکھ آوازِ وائِس وعظ خوانس اوس خیال زِ مےٚ چھِ موٚدُر ہوٚٹ۔ نہٕ ہنگہٕ منگہٕ اوس شور وشر ٹُلان۔ یعنی

شعر (عربی)

کاوٕ شنز ژھین تزاوٕ وِنی آواز تس
میٚوکھٹھ خوشوُن رُت چھِ پاسان سازتس

شعر (عربی)

ءا
بوالفوارس وعظہٕ وزِ یا منتھ گرزان
اصطخر کےٚ قلہٕ تمہٕ ستین الان

گامہٕ کین لوٚکن اوس سیٹھا ووٚندہ مزر تمی ہٕشنز ووکھ آواز ہُند۔ تمس تکلیف دِنُن تہٕ اَسی پہٕ مُناسِب زانان۔ اکِہ ووٚہہ عمُ اوبیاگھ بیاکھ اکھ وعظ خوانہ ییس اندر اُمی ہِشنز دُشمنی اَس، اُمِس خبرا اَنزا ہیٚتھٕ۔ تہٕ ووٚننس ہےٚ وُچھ ژےٚ مُتعلِق اکھ خواب۔ خدا

ءا واعظ ہٕشنز کُنیت

گوٗڑھے وارے نھاوُن۔ دوٚ بینس کیا خواب وُ چھِتھ۔ تِمی ووٚننس، مےٚ وُچھے ژ۔ تہٕ موٚدرِ آواز تہٕ لوٗکھ آسی اَمہِ چاپہٕ موٚدر آوازِ ستی خوش گژھان۔ وآعظن کوٚر ہناسو نٕچ تہٕ ووٚننس۔ خدا دی نے اَمِچ موٚزوٗری تکیاز ژ نے کوٚر تھَس بہٕ بینہٕ ووکھ آوازِ نِش آگاہ۔ تہٕ مےٚ توٗگ یوزُن ژ لوٗکھ چھ میانہٕ اَمہِ وُلٹہٕ آوازِ منز بَڈ بڈ یَرِ نہٕ ستی تکلیفس منز ہینہٕ یوان۔ ہےٚ کوٚر ووٚل وعدہ زِ اُزی کہٕ بیہہ ڈِ یرِ نہٕ زانُنہٕ بَڈ ہیٹہٕ وعظ۔

## قطعہ

تِمس دوستس چھُس بہٕ ناراض سخت
یُدی میانہٕ ژزرُک کران اُیس چھُ رنگ
بیٚمس لبنہٕ بیہٕ عیب میٚو نے کمال
کُنڈِس میانی سیے کَرِ کلا ئک سُہ رنگ
سُہ بے باک دُشمن گوٗژھم آسہٕ نے
دِیِم عیب ہاوِتھ ژُلہِم پارسنگ

## فرد

بیٚمِس ہاوِی نھےدِتی نہٕ زانشہٕ کانٔسہِ عیب
تِمس عاب باسان یُنُن لالہٕ صاحب

# حکایت ۱۳

اکھ شخصا اوس مسجدِ بطوعس اندر تمہ آیہ بانگ پران زِ بوزن والین اُس تمی ستنز نکہ ہتھ گڑھان۔ مسجدِ ہنٛد اِنتظامی اوس اکھ نیک تہٕ اِنصاف وول شخص۔ سہ اوس نہ یژھان تمی سٕندِ دل کھٔسہٕ کرُن۔ اکہِ دوہہ ووٚنُن بیٚیمہ مسجدِ ہنٛدین کینژن یژانین بانگین چھُس بہ پانٛژھ دینار پنٛشن دِوان۔ میوٚن اُے بوز کھ ژٕ تے دِمے بہ داہ دینار۔ اکھ پیٹھ سیُدفاصلہ۔ کینہہ دوہ گژھتھ آو بہ بانگی ہیٛتہ واپس تہٕ اِنتظامیس ووٚنُن۔ ژٕ تے کوٚرتھ مےٚ پیٹھ سیٹھاہ ظلم۔ یور بہ ییتہ نیرتھ گوس۔ تم چھم وُہ دینار پنٛشن دِوان مگر بہ چھُسکھ تہٕ نیران۔ اِنتظامی ووٚننس زِ ہرگز نیری زِ نکھ تہٕ ژٕ تم دِنے پنٛژاہ دینار تانی۔

شعر

کنہ تہٕ ماز لِہ ٹونگ بیٚتھ پاٹھی رب تہٕ میٚنز
دوکھہِ آواز چانی کوٚراُن دِل چھِہ یژر

# حکایت ۱۴

اکھ ووکھہِ آوازِ وولا اوس ییٚڑ ہیتھ قرآن پران۔ اکہِ دوہہ ڈراو اکھ ژٕت شخصا اپارِ تہٕ ووٚننس زِ ژٕ تے کوتاہ چھی تنخواہ۔ تمی دوٚپُس کہِنہ تہٕ۔ بہ چھُس خدایہ سٕنٛدِ خاطرٕ پران۔ ژٕتی ووٚننس زِ

خدایہٕ سِندِ خاطرٕ متہٕ پرتہٕ أزی کرٕ بیٛھٕ۔

بیت ؎

یَران بِہتھٕ پأٹھی چھکھ قرآن بے شک

کرکھ برباد اِسلامُچ ژٕ رونق



پانٛژیُم حصہٕ

# عشق تہٕ جوانی متعلق



## حکایت ۱

حسن میمندی یَس دوٚن لوکو سُلطان محموٗد غزنوی یَس اَے پینٹھ نوکر چھہ بِہِم اَکھ اَکس کھوتہٕ خوبصوٗرت چھہٕ تہٕ پتھ کیاز چھُ تَس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ایازَس سٟتی محبت حالانکہِ ایاز چھُنہٕ تیوٗت خوشوُن۔ تمی ووٚننکھ یتھ پیٹھ دِل لگہِ سُے چیز چھُ نظرَن تہٕ پسند یِوان۔

قطعہ

دُ چھہِ یُس دُشمن اِسٕنز نظرے
کِتھ کدٕڑِ صوٗرت یوسفَس
پٔرژھہِ سان دُ چھہِ یوٚد دیوَس گژھن
ملکا دوستی مو کھہٕ یاس بس

مثنوی

سُلطان ییٚمی سُند چیلہ بنیاو
بد کرٕی گرٕی تَس نیکے باو
مُتر وٕنون یوٚد کانٛژ ھا پوٗر
گرہٕ کیہو نامسہ تَس ہیوٚت دوٗر

# حکایت ۲

دِ پان اَکِس خوجس اوس سیٹھا خوبصورت غلام بیٹھس پیٹھ نس رِژ نظر اَس تہٕ بیٹہ اوسُس دوست۔ اَکِس بٹیس دوستس ووٚن زِ افسوس چھُم اگر یہٕ بٹیمس غلامس زبان تیز آسہِ ہے تہٕ گیٚو سیٹھا رُت۔ تمۍ ووٚ نس، بابا ییلہ ژئے یارانہٕ بوگنہٕ نیٚلہِ پزٕ تہٕ خدمتُک توقع تھاوُن۔ تکیاز ییلہِ عاشق معشوقی قایٔم سپز خوجہ گی تہٕ غلامی گیٚہِ ختم۔

قطعہ

خوبصورت نوکرس ستی آغہٕ ییلہِ
اَکھی اَکھی بیٹہ ٹھٹھہٕ مسخری کرے
کیا چھُ تا جب نوکرے بنہٕ آغہٕ تس
آغہٕ تمی ستیٚزِ نوکری پانے سرے

بیت

نوکر گژھہِ بارخسر آسُن
نازِل ستِھ اَکھہٕ مارا کھیوٚن

# حکایت ۳

منے وُچھ اَکھ رُت شخصا یُس محبتس منز ہیٚ اوس آمُت۔ نہٕ اوسُس صبرُک طاقت تہٕ نہٕ کُنہہ کرِ پج توز ھ۔ لانتھ ملامت

بوزِتھ تہٕ کرٕ یچھِرٕ ژٲلِتھ تہِ اوستہٕ پننہٕ ہیوان بلکہِ اوس وَنان۔

قطعہ

بہٕ نو تژادَے تہٕ یَلہٕ زاننہٕ دامنس کھپ
ہتے بوٚدوَے ربزہ کرٕ ہم نبرٕ ستنین
ژ ہتے روٚس کُس چھم کرٕ ہم یُس دستگیری
بہٕ زن دوٚرَے چھُہم ژٕ ہے سنہٕ ستنین

اَکہِ دوہہٕ کرٕ مس ہتے تہِ ملامت تہٕ ووٚنس چانہِ عقلہِ کیٛاگو۔ زِ
ژٕ کوٚر نکھ نفسِ اَمارن قویو۔ یُژ سزا سوٚ چھِنہٕ ووٚتھم۔

قطعہ

ینتھ تژ وو عشقہٕ نوٚرن گاہ پننے
تنتھ پرہیزگاری داہے ووٚٹ
ہُہ روز تا پاک دامن خاک ونتم
ہُٹرِ تا متھ اگر کانہہ منز دژنے پھوٹ

## حکایت ۴

اَکِس شخصس اَس دِل لگی گاٹِہ۔ زُوچ بزاننہ اَسن تژاوِ ہزٕ
تکیا زِ نظرٕ یس جانورس ہیٹھ پیہیٕ اَسس ہُہ زالہ لگن اوس سٹھا دشوار۔

بیت

دولتس چانس حقارت یوٚد کران دِلدار چھی
سون تہٕ میٚنزٕ ہتے نِش برابر یوٚد دِلس منز خار چھی

اَکہ لَٹہِ کرِٕ ہس لوکو نصیحت زِ اَمہِ خیالہٕ پھیر پتہٕ تکیاز اَتھ زالس چھ
واریاہ لکھ اَز تام لگی متی۔ تمی لوگ وَدن تہٕ وونُن:

قطعہ ؎

ڈُنو یارن نصیحت چھم نہٕ حاجت
فقط تس یار سنز یارز ضرورت
لڑن وٲلی دُشمنس طاقت چھ ہاوان
نہٕ خوشرو دوستن ماران بہ صورت
زُو لرزِ محبتہٕ نِش پتہٕ ہیوان چھُپتہٕ عشقہٕ خاطرٕ مناسب۔

ابیات ؎

ییلہِ آسی پنہٕ نے پانُک غم
تیلہِ عشقک دعویٰ اَپزُے بڑم
یُد یارس نِش مُشکِل وانُن
تیلہِ ژھانڈان ژھانڈان جانے دِیُن

فرد ؎

پلُم اَے ژرِس کھتیچھ بہٕ ژھیتہٕ دوسدارس
پلُم نے برس بیٹھ بہٕ تیلہِ یان مارس

دِیان لوکو وون تس شہزادس زِ اکھ نوجوان چھُ بڑہ تھدُ وہ پتھ
میدانس منز پھیران آسان۔ سُہ چھُ سیٹھا خوش مزازی تہٕ شیرین بیان۔
مزدار کتھہٕ چھُ کران تہٕ لوکھ چھِ تمی سنزٕ کتھہِ بوزِتھ خوش گژھان۔
باسان چھُ زِ عشقن چھس نال وولمُت۔ شہزادس نوٗر فکرِ زِ سُہ آسہِ
مےٚ عاشق گومُت نہٕ اَمہِ بلا بہٕ ہنڈ و یہ چھُس بے۔ دڑاو فورن تس
سمکھنہِ۔ تمی ییلہِ شہزادہ پانس کُن یوان ڈُو چھِ۔ اوٗنش ژولُس

دِدرا یہِ پنہٕ رتھ تہٕ ووٗ تنس :

بیت

بہٕ یتیمی سٕندی دۄرِ رِن دیواہٕ کوٗرمُت
یکان اَز یور، چھُس ماعار آمُت

سٔھا پٔزِ زٕھ گاٗرگٔرِنس زِ زِ کتینٛگ چھُکھ ۔ ناوکیا چھی ۔ کاٗم کارکیا
چھُکھ کران ۔ مگر جوان اوس عشقن تیوٗت گیر کوٗرمُت زِ تس پھوٗرِ نہٕ اکھ
کتھ تہِ ۔

بیت

اَگر زَن حافظِ قرآن آسکھ
مَشی سورُے بتکھ بوٚدوَے زٕ عاشق

شہزادن ووٗ ننس زِ زِ کونہٕ چھُکھ کتھا یا تھاکران ۔ آخر بہٕ تہٕ اَے
دَرویشو أندرے چھُس ۔ بلکہ چھُس بہٕ دَرویشن شہزادی اَوُ غُلام ۔
معشوقہٕ سٕندِ دِلاسہٕ مدارِ سٕنٛزِ کھٔتِرِ سٕس وٲلینٛج لوٗ ٹھ ہِش تہٕ قرار
ییتھ ووٗ تھُس ۔

بیت

زِ ہے پٔزوِ شہٕ کینہٕ میتون روزُن چھا بہٕ مُمکِن
زِ ہے تھی کتھ باتھ کرِ عاشق تہٕ کینہٕ گٔی
بُتےٚ یوت ووٗنُن تہٕ دِ بٕیِن جان ۔

بیت

بہٕ چھُنہٕ تاجِب زِ عاشق مۄد معشوقس برس ہیٹھ
مگر تاجِب چھےٚ لوٚدوَے زِنٛدٕ آسنٕھ ووت والِس

# حکایت ۵

دٕیان اَکھ لڑکا اوس سیٹھا حسین تہٕ خوش آواز۔ دٕیان ووستادَس سیٖدٕ بشرٕ آسنہٕ موکھہٕ اُمی ہٕندِس حُسنَس سِتی عشق۔ بیٚیٚن شاگردن ییتھہٕ کٔنٛہہ ہوٚ آرٕی ہینٛز کران اوس تَس اوس کٲنٛہہ لحاظ کران تہٕ ییمہٕ وِزِ اَلگ وُچھہٕ ہیس تہٕ وَنان اوسُس۔

قطعہ

وُچھان یامتھ یہٕ چھُس چون ماٗری موٗنٛد روٗے
مثان چھُم یان تا مَتھ پاٗنٛز پانَس
یہٕ ما زانٛشہٕ روز ییتھ دیدار کرِس
یِوان یوٚد تیٚر آسَن اور واپَس

اکہٕ دوٚہہٕ وونٛ اُمی لڑکَن ووستادَس زِ ییتھہٕ کٔنٛہہ زِ میانِس برناوس کُن دِل دِوان چھُکھ تِنٛہے کٔنٛہ آستہٕ میون اخلاق دُرست کرِس کُن تہٕ توجہ دِوان یُیتھ زَن یوٚسہٕ ژٕ ئے نا پسند کنتھ لبہٕ یہٕ بیہی نِتھ سیٖدٕ اصلاح۔ ووستادَن ووٚنُس زِ اَمہٕ خاطرٕ گژھہٕ بٕدل کانٛشہٕ مقرر کرُن تِکیاز ییمہٕ نظرٕ یہٕ ژٕ ئے کُن وُچھان چھُس تَمہٕ نظرِ چھُم صرف چانٛیٚ صفت لبہٕ یِوان نہ زِ کانٛشہٕ عاٗب۔

قطعہ

خُدایا دشمنس گوٚژھہ اوٚن اُچھن ییٚتھوٚن
یِوان چھُس لبہٕ صفتو بٕدلہٕ یَس عاٗب

کُنۍ صِفتھٕ تہٕ آسِن دوست وُچھِ سۍ
تہٕ ہیتہٕ ئدۍ عیب چانی تَس بِشن غیب

## حکایت ۶

یاد چھُم بیہوان زِ اکہِ راتھ آو مےٚ نِش اکھ ٹوٹھ یار ۔ بہٕ ووٚتھُس بےٚ فرصتھے تھووٚد تہٕ تَرِ چِھ گلنی ستی گو ژونگ ژھیتہٕ ۔

راتھ کیتھ آم نوٚر بِرتس یار سُند مےٚ روے یاد
مرحبا ووٚنمس تہٕ استقبال کوٚر مَس زِ یندِ باد
یا بیلہٕ بیٹھ بیوٚکھ تہٕ تمہٕ ہیٚتھ مےٚ بیہواری کرزِ زِ بہٕ وُچھہ تھے کیاز کوٚرتھ ژونگ ژھیتہٕ ۔ مےٚ ووٚنمس زِ مےٚ باسیوٚو شاید کھوٚت آفتاب تہٕ ستی ووٚنمس یہِ باتھ ۔

یام کاشہٕ یدصوٚر تھا زانہٕ گاشلِس کُن نیر توٚن
دوتھ زِ یکدم مارکس مشز مار گژھہِ کرِی تھےٚ سُہ نیش
آسہِ بوٚدوٚے نو یرو یا خوبصورت گُل اندام
کھور رَٹس پادن وندس زُو شمع ہے پھوکھ شوئہِ دِین

## حکایت ۷

دِپان اُکی شخصن وُچھ واریا کالی بین اکھ دوستا ۔ ووٚپنس
ژِکتہٕ اوسُکھ تہٕ مےٚ ووت واریا کال چون انتظار سُہ ووٚتھُس زِ

ڈِچھوُ وچھی تنگ یِہٕ کھوتہٕ گو واریا کاڑی وُ چھنے چان۔

مثنوی ؎

مُلاقاتس گیئیم کا مَن نگا رو
چھڑے کرووٕنی بہٕ ژۓ دامن نِگا رو
اگر محبوب ژ ہئے یژ کاڑی سمکھان
مُدرے گنڈی زِس غنیمت مُسے وقت زان

لطیفہ

دَیان یُس معشوق بائقے یار دوست سِتی ہیتھ عاشقس نِش
یِیہِ سُہ آسہِ بہٕ فِتنہٕ وراٰے۔

بیت (عربی) ؎

بیٚلے آکھ دوسنن سِتی سمکھنے مییٚ
ژٕ صلحس منز تہٕ ژوٕنے آکھ یارو

قطعہ ؎

بیٚیَن سِتی بیٚلی زَن ژٕ ماران ژھوہ
مئے غیرت دِیم جوش تُٔے مارٕ پان
اَسائی ووٚنن چھُس شمع دَر بزم
سئے کیا غم چھُ پروانہٕ یوٚد زالِہِ پان

•

# حکایت ۸

ژٕہنَس چھُم زٕ ہیٚتھ کالہٕ اوس مےٚ اَکِس شخصَس ستی کُنےٚ زُوتہٕ جان۔ اچانک گئےٚ اَسی جُدا جُدا۔ واریا کالی ییلہٕ بییہٕ سمکھیاےٚ تہٕ سُہ لوٗ گم ملالہٕ داڑی سان وَنہٕ زٕ ہیٚتِس کالَس سوزٕتھ یہٕ شیٚنیچھا بو داغ کانٛسہِ مےٚ وۄنمَس زٕ مےٚ روٗد خدشہِ شیٚنیچھِ وول کرِ چوٗن ملاقات تہٕ بہ روزٕ ہَتھ وَتی۔

قطعہ ۔ (ترجمہ نثرس منز)

میانِس یارَس ڈُنوز زٕ ژۄ ستی کرناوِم تہٕ جیری توبہٕ تکیاز یہ ہیکہٕ تہٕ تلوارِ ہند زورِ تہٕ توبہ کرٕتھ۔ مےٚ چھُ تَس شخصَس ہیٚتھ رٕشک یوان یُس یِڈ بَرِتھ چوٗن دیدار کرِتھ تکیاز یہٕ تہٕ چھُم یِتھ زٕ جانہٕ دیدارِ ستی ییہٕ تہٕ کانٛسہِ اکھاہ تنگ۔

# حکایت ۹

اکھ دانا اِنسان اوٚ چھُم عشقس منز مبتلا گوٗمُت۔ یہ راز اوس خاش گوٗمُت تہٕ سُہ اوس سیٹھا سختی برداشت کران۔ اکہِ دوہہٕ وۄنمَس لیٚنزمی سان۔ مےٚ چھےٚ خبر زٕ ژٕ چھُے پاک عشق تہٕ پاک عشق گو تہٕ ناکارٕ مگر فایدہ کیا چھُے پان بے عزت کرُن تہٕ ییٚمن بے ادبن ہنٛز لعنت ملامت ہینی۔ تورٕ وۄنُم زٕ یہ کُنتھ چھےٚ مےٚ ژٕ سۄہے بڑوشہٕ واریا کال سوٗنچمُت۔ مگر اَتھ ظُلمَس تَن دارٕ نی چھےٚ سیٹھا سہل مگر معشوقہٕ ہنٛدِ دیدارٕ نِش ییٚنہٕ روزُن چھُ سیٹھا مُشکل تہٕ کرِ یوٗ ہٹہٕ۔ دانا ہو چھ

ووٚ نمُت زِ ظُلمہٕ خاطرٕ دلِ آباد کرُن چھُ آسان مگر عشقہٕ نشہِ ہیتھ رٕٹُن چھپے نہٕ گندنہٕ ہنا۔

مثنوی

یَس گو سٕہلاب عشقُن زور!
بے عزتی سُند تَس کھوٚت بور!
یَس رٕوٚسِس گو رٕژ کوٚر نالی!
ہیکہِ کوٚت مشہِ تَس سارے چالی!
یَس روٚس روزُن چھپے مُشکِل
ظُلمس تمی سندی سپے بن حِل
اَکہِ بھرِ شکو کوٚرُم یارٕ سس
ییژکال لوگنُس زارٕ یارٕ سس
یارٕ سس پیٚزِ ما شکوہ کرُن
بِ تَس گژھہِ خوش تِی سَرُن
ماے برٕہم یا رعب کریم
تَن دِنی ہر حالس مشر چھم

## حکایت ۱۰

توہہ چھپے پناہ زِ جوانی مشر چھُ یہ سیدوُنے منے تہٕ سید کھسہٕ وُنہٕ جوانی مشرٕ اَکِس محبوٗبس ستی عشق تکیاژٕ تَس اُمس آواز موٚدر تہٕ بنجھ اوسُس زَن زوٚ داہم زٕوٚن۔

بیت ؎

روخسار ییمی سٕندی نابد ژٕ اپَن
نابد چھکہٕ وٗنۍ تس کُن کرٕ ییشن

اَچانک وُچھ میٚنۍ تمۍ سٕنز اکھ وٕلٕژ حرکتھ۔ یوسہٕ میٚنۍ ناپسند
آیہٕ۔ میٚنۍ ہیوٚت لوٚب تہٕ وٚونمس:

بیت ؎

ژٕ گژھہ بیٚ خوش کری کرتِ چھ کیٛا غم
ژےٚ بےٚ پرواے لوگُتھ یارٕ ہر دَم

میٚنۍ بوزُ سٕہ اوس یکان یکان وَنان:

بیت ؎

راتہٕ کژ پلِ یوٚد آفتابس وُچھِہ تہٕ زانہٕ
آفتابہٕ چھِ قدرِ اِنکار کرِہٕ تہٕ کانہٕ

بیٚ وٗنان وَنان ژوٚل تہٕ میٚنۍ گو دِلس اَثر

شعر (عربی) ؎

میٚنۍ گو آنتھِ وصلک وقت ضایہٕ گوم
قدرِ عائشہٕ چھی زانِہ ییس یارِ بیہو

شعر ؎

یہٕ پھیرِ تھہٕ تہٕ مارُم چھُ بہتر مرُن
ژٕ ییرِ تھہٕ میٚنۍ کیٛا زندگانی کرُن

خدایہٕ سٕند شکرُ زِ کینژ دوٚہی ووت سُہ والیس: تمۍ سٕند
موٚدُر ہوٚٹ اوس بگرِ تھوٚمُت تہٕ خُنس اوسُس زوال آمُت۔

تہٕ مأری مشرِ ہو نگینہِ اوسنس گردِ زن نال ووٚلمٕت۔ تس اُس بڑھ
زِبے رٲژن سٕہ نالہِ منتہِ مگر بے رٕوٗدس بیٚتھ تہٕ ووٚنمس:۔

قطعہ

بیٚیلہ اوسے خط خوشوٗن روبس
نبٕیلہ عاشق کوٚر شقن لٔژ ھہِ ہے ہے
ووٚنی آمُت صلحس کُن چُھکھ ژٕ ے
بیٚیلہِ بگرٕ یمژ ژٕ ےٚ شکلے چھےَ

نظم

بہارُس چھُے ژٕ ےٚ وُنی کین ہُردِ بھوٚرمُت
رٔنکھ کیا داہنِ سے چھُے دان ژ ھیوٚومُت
تکبر کیا کرکھ کتھ بیٚٹھ کرکھ وٚن
اُمیری بڑآنی مشرآوِتھ مہٕ سأس
تمِس نِش گژھ کری یُس خریدأری
سٕہ للہٕ وُن یُس کری ژٕ ےٚ طلبگأری

قطعہ

دٔیان سبزار باغُک خوش یوٗن کیا
بیہِ کتھ سُے زانہِ بیٚمی فرمأو یتژھ کتھ

سبز خط خوٗبرویس مارٕ ی موٚند چھی
تہٕ عاشق زیادٕ یہنس اَتھ کران گنٖتھ
چھُہ چوٗنے باغ تمہِ دٕرمنک نبیتانٕ ن
یہِ پژاٹو یوٗت سبزی چھیے ہران اَتھ

## قطعہ

کنَو پیٹھٕ مَس وۄتھے حُسنس ہُر برگوٚے
تکبُر یُتھنہٕ حُسنس بیٹھ کرَکھ ژٕ ے
ژٕ نھاوان ربیتہٕ ہیے بیٹھ اَتھہٕ بیتھہٕ گُنٹی
یہ جانَس تھاوِ یوٚدگژھِ کوٗت تَنا سُے

## قطعہ

پژرھامس حُسنہٕ ہیے کیا گوٚے نِگارو
گوٚمٕت لژھِ ُبزی ژٕ نے چھی از ماہ پارو
دوٚیِن ماتم کران تُبتھ مِثانہِ حُسنک
توٚے پارِتھ سیاہ چھی جامہٕ یارو

---

ء۱ اصلس منز چھِہ "گندنا،، فصلیچ ذِکر۔ یُس شہ فصل چھُہ زِ یوٗتاہ ژٹون یا پژاٹون تیوٗت چھُپہ اَتھ سبزار ہُران۔

## حکایت ۱۱

ہتے یٔرژھ اکِس عربس منٛز بسنہٕ گژھتس زِ لوکٹین لوکٹین نوجوانن متعلق کیا چھُ چون خیال۔ نور وۄنُن تمہٕ زِ یمن منٛز چھُ کانٛہہ صفتھا۔ یوٚتانی یِم لاوی تہٕ لوکٹی چھِ آسان تۄتانی چھِ نرم شرکران۔ یعنے نرمی ہیندین دوہن چھِ نرم شر کران تہٕ یٔرِ ژھ ییلہِ زوٗز ہتہٕ ہران چھکھ چھِ نرمان۔

قطعہ

یوٚتا مۄنتھ آسہٕ آسان آمہٕ دۄ ندشُر
زبان آسہٕ تلخ بیِبہٕ تیز طبیعت
مُنجھ گژھِ یوٚ ڈ ہیٚیس ییٚنہ دار ییٚبہٕ گوشتنرھ
ییِس نرمی یڑس دِلہٕ کُے محبت

## حکایت ۱۲

اکِس عالمس آو یٔرژھنہٕ زِ اگر کانٛہہ شخص کانٛسہ خوبصورت معشوقس سیتٕ الگ آسہِ روزان۔ کیا تمی سُنٛز پرہیزگاری ہیکیا

تِمُس بدکاری نِش بچاوِتھ بیٚلہِ زَن شہوَت تہٕ نفسِ امارہ زورن پیپھ آسبس۔ یعنے عربی مقولہٕ مُطابِق بیٚلہِ زَن کھُزر پیٚیہ آسَن تہٕ کھاکھ کرَن وول پاغوان تہٕ آسہِ نہٕ۔ تِمُو وَنکھ زِ اگر معشوقس نِش پاک تہِ روز مگر غیبت کرَن والین ہِنزِ غیبتہٕ نِش ہیکہِ نہٕ بچِتھ۔

شعر (عربی)

اَگر زَن نفسہٕ ژُورِس نِش بچِتھ دژاکھ
مُخالِف تو تہٕ ٹکھسارِس ژٕ ٹے کھالَن

شعر

پنُن عادت چھُ مُشراوُن سہل تر
مُلکن ہِشر زلو رٕسِتھ بنِتھ ژٕرے ہیکِھ کر

## حکایت ۱۳

اَکھ طوطہٕ آو اَکِس کاوَس سیتی کھٕپس منز بند کرنہٕ۔ طوطہٕ اوس کاوِ ہِشر بَدصورتی موکھہِ سیٹھا تکلیفس منز تہٕ ونان اوس یہ کیٚنِتھ مُردار بُتھ، ژُرکھ کھاسنہ واجیٚنی ہیبت ہیتھ تہٕ لعنتی نظار بیٚیہ بچِھ عادات تہٕ وٕتنس ہاے دوٗر رِکہ کاوِ کاشش ژٕٹے تہٕ مٕتے درمیان آسہِ ہے منزِ فک تہٕ مغرِبک دوٗر یر۔

قطعہ

وُچھہِ یُس صبحاے بُتھ چو نے
لگِہ تس افتابس گرٕو نے

شُبہٕ ہے ژِ رے ہیوٚہ ژِ رے ستین

ژ رٕ ہیوٚہ بد قسمت کُس چھُے

اَمہِ کھوٚتہٕ تہٕ بیچ کتھ چھےٚ زِ کاواوس پانہٕ طوطہٕ ستِۍ صُحبتہٕ ستی سیٹھا تنگ آمُت تہٕ تالہِ زآری کران تہٕ اُتھہٕ موراُن زِ یہ کیا اوسُن میانِس قسمتس لیوٚکھمُت تہٕ یہ کیتھ وَقتہٕ پھیٚر زِ یہ گوٚژھس کانُسہِ کاوس ستی گُنہٕ باغس منز سیر آسُن کران۔

شعر

زاہدس کیوٚت خادِ کھوتہٕ دشوار تر

یوٚد دِلیوٚنس روز ژٕ رے رِندن اندر

خدا زانہٕ زِ مےٚ کم گُناہ چھِ کرِۍ متی یہ آس ییٚتھس بیوٚقوف، خودسر تہٕ بکواس کرن والِس جانورس ستی ہیٚنہٕ۔

قطعہ

آسہِ ییٚتھ لبہٕ بیٹھ شُنتھ تصویرِ جانان

بیٚنژھہِ یہٕ کاتہٕ تیٚتھ نِش بیہُن اَمے دوسدار

یوٚد جنّت آسی ژٕ رےٚ آمُت باگہِ یوز

یژھ اکھا کرِ جہنم وَتھ اختیار

یہ دلیل چھُس یہ اَمہِ موکھہٕ لیکھان میتھ توہیہ فِکر نرِیو زِ ییٚژاہ دانہٕ ہس بیقلس ستی نفرت چھےٚ آسان تیوٚتے چھُو بیقلِس داناسُند خوف آسان۔

قطعہ

زاہدا در محفل رندان اوس

خوبرویٔ اکو وُٹےنس از بلخ [1]

[1] شہرِ بلخ

بوم تڑاوِتھ ژھن تہٕ خوش خوشحال روز
سانہِ محفلہِ خاطرے چھکھ ژےٚ تلخ

رُباعی ؎

چھیٚے رِندَن ہِشر بہٕ محفِل گُل تہٕ لالہ
ژٕ چھکھ مُشری ہٕو چھِہ لنڈاکتہِ نام آمُت
نتے وِچھ واوچی گٕنڈہ کارچی تر
ژشنہٕ مانیا نتے شِشرا چھُ زامُت

## حکایت ۱۴۱

مےٚ اوس اَکھ یارا یس سِتی مےٚ وٕری بہٕ وادَن سفر اوس کوٚرمُت
یکہ وٹہٕ اوس کھیتو مُت چیتو مُت تہٕ پانہٕ وأنی اُسی جٲنی بار۔ آخر
ہیوٚت تٕمی معمولی غرضہ خاطر لوٚب تہٕ ژھیوٚن یارانہٕ۔ تمہِ پتہٕ نہٕ اُس
اَکھ اَکی سِتی زماے نکیاز مےٚ بوٗز اَکہِ دوہہ اوس اکس محفلہِ مشر میانی
یم زٕ شعر پران۔

قطعہ ؎

کران بییلہِ تڑوِش اُسن معشوق میوٗ نے
بیبوان اَدٕ نوٗن زیادے چھُم مےٚ زخمس
تہٕ آسیا مُیتھ بہٕ کرٕہس شانہٕ زُلفن
غریبن زن تہٕ روٗٹ دامانہٕ سخیس

یارَن ہِشرٕ اَکہِ جماژ کری اَمہٕ کلامکی تعریف اَمہٕ مو کھہٕ نہٕ زِ
کلام اوس رُت بلکہ اَمہٕ موٗجب زِ نہٕ ہند عاد تھٕے اوس رُت نہٕ
جان۔ تمی یارَن تہٕ کری اَمہٕ کلامکی تعریف تہٕ سیٹھا کالا کوٚرُن

بلائہ ژھینہِ نَس بیٹھ افسوس تہٕ واویلا۔ یِنِہ غلطی مٲنِتھ تہٕ صلحس بیٹھ ہاوِن آمادگی۔ چنانچہ میٚۓ سوزی مَس یِم شُعرنہٕ کوٚر صلح۔

قطعہ

وعدہ کوٚر مُت یاد ما چھُوو تَتھ پیزِ یا
زیادتی کٔر ژھَم تہٕ کوٚ مُشر وو کَتھ
ژُروو مُت اوٚشم میٚۓ دُنیا چاٗنی رِکیٚنی
روشہٕ ژوٚلہم کیشازِ لوگُتھ بو الہوس
یوٚد یہَم پھیرتھ یِنوَ بیِیہ یار یار
یِرانہِ کھوتہٕ ژوٚر یاگرواٚسی لولہٕ مَس

# حکایت ۱۵

اَکِس شخصَس موٗ بہٕ زَنانہٕ یوٗسہ ہوٗ بصورت آس۔ یُدہَش روز زَنہِ ہِندِ مہر بَدل زامتِری سِندِس گرِس مشر۔ مَردس اوس نہٕ اَمِہ وَراۓ چارٕ تہٕ کیٚنہہ۔ چنانچہ اَکہِ دوہہ آیہ اَمِس یارَن تہٕ تشریکھ جما تھا۔ نِموَ ووٚ نہس ژِتاگھِس ساتھی سِنز دُلیلاوَن یِشہ ووٚ تُھکہ زِ نیوٗت چھُم نہٕ تمہِ سِنزِ غار حاضری ہُندِ دوکھ یوٗت ہَنہِ ہِنزِ حاضری ہُند چھُم۔

مثنوی

ہرتِھ ییو پوٗشس ییتھ کُن روٗد ووٗنی خار
خزانس لوٗٹھ گوٗ ییتھ روٗد ووٗنی مار

اُچھن تژ کی نیز نے ہندی سَہل باسان
سیٹھا مُشکل وُچھُن دُشمن چھُ آسان
ژٕ ٹکھ اَکھ ساس یوٚدوے دوست چھی جان
مگر یِتہٕ دُشمنَس سیتن نفوٗ کھ زان

# حکایت ۱۶

مےٚ چھُ ژہ ہتس زِ لو کیجارس منزاوسُس بہٕ اَکِہ کوچہ مُنزٕ
یکان تہٕ نظرٕ آسم اُکس خوبصوٗرت زنہٕ کُن ییوان ییتمی سِند بُتھ
بیٚٹھ رِتہٕ کامِس منز گرم ہوا اوس وۄتھان تہٕ وُٹھن اوس ہوٚکھراوان۔
اَمہِ تژر اُس اُکس اُڈی جن ہشر وَس گژھان۔ اَمہِ تژرہٕ تہٕ تا وٕ
موکھہٕ رۄدُم تہٕ ہشدی نکہٕ آفتاب چ گرمی ژالہٕ نس سوٚمب ہیکنہٕ
تہٕ بیوٚ ٹھس اُکس دیوارس تَل شہلس اَمہِ یژھہِ زِ کا نتژھا
تژاوہم آب تِمہٕ بدن شبہلیم۔ اچانک چمکیاو ڈیرِ کنہٕ کاشِس۔
یعنے حسہٕ ماہروے دژا یہٕ تِمہٕ زَن تہٕ اَنہٕ گرٕ ڈِ منز بیژر زلیوٚ وآفتاب۔
اُکس منزاوسُس آب حیاتک پیالہٕ بِتھ موٚدربر تہٕ عرقِ گلاب
رلوو ستَ اوسُن۔ یِ چھُم تہٕ زِ گلاب عرق اوسنہٕ تِتھ رلوومُت کنہِ
یَتنہٕ تِمہِ تِھنیک عرق۔ موختصر یہٕ زِ پیالہٕ روٚٹ ہتےٚ اُکس کِتھ
تہٕ چوم آب حیات تہٕ لبسم نوٚ زندگی۔ شعر (عربی) ~

تژ لیشِ چھُم تِمہٕ دِلس یوٚد صاف آبکی
چھُم یِتھ سمندر ہمیہٕ کرہٕ تژلیش

قطعہ

چھُہ کوتاہ نیک بخت یُس صبح وَقتَن
وُچھان یُتھہ خوبصورت روٗئے تُمی سُنْد
شراب نشہ ہمان اڈر آژ باگ
مگر راتس چھُہ مست مے خوار تُمی سُنْد

# حکایت ۱۷

اکہِ دٔری یہ کوٗر محمد خوارزم شاہ[۱] بن ختا[۲] کس ملکس سیتی صلح - یہ وونس کاشغر چہ مَسجدِ منز۔ وُچھم اکھ لڑکہ یُس سیٹھا خوشنُون تہٕ خوبصورت اوس۔ یتھہٕ کُنی زَن مِثالہِ بآگھی وَنہ چھُہ بوان۔

نظم

ژٕ ووستادَن بیٚنی ہیچھو وُنُت بس
فقط شوخی تہٕ بیئہٕ بیٚنی کام ظلمس
مے وُچھمت چھُمہٕ یتھہٕ ہیوٗ مآری موٗتد کانہہ
ژٕ ئیٚ پرٕ یی ہُنْد طرز روٗسُمت بہ پانس

تس اوس "مقدمہ نحو زمخشری[۳]" کتاب اَتھَس منز تہٕ اوس پران۔ زیدن لوٚے عمرس۔ عمر اوس ظالم۔ مے وونُمس زید سُنز تہٕ عمرٕ سُنز لڑائے چھا وُنہٕ جاری ییٚلہِ زَن خوارزم تہٕ ختا پانہٕ وٕانی نکھہٕ نکھہٕ آیے۔ تمی اوٚس تہٕ ووٚنم زِ روزان کتہِ چھُکھ۔ مے وونُمس زِ شیراز کہ پاک شہر چھُہ میون وطن۔ دوٚپنم زِ سعدی سُند اگر کانہہ شعر یاد چھُی ییٚلہِ لوزنا وتہٕ سُے۔ مے وونُمس یہ عربی شعر:-

---

۱۔ خوارزم ملکک بادشاہ ۲۔ ملکہِ خطا کین لوکن ستی گر۔
۳۔ زمخشری سُنز کتاب علمِ نحوس متعلق۔

نخو بیٚتھ صرف زانَن وول لڑکا
مےٚ ستنِن زیبد زنَن عمرس مُقابل
مُلان چھُنہٕ اُچھ شہ مےٚ کُن کیاہ کرس بو
کرُن تَس زبرِ ستنِن حملہِ مُشکل

کیشرس کالس کوٚرُن سوچ تہٕ ووٚننم زِ سعدی سٕندی اکثر شعر چھِ بیٚتھ فارسی زبانٕ منٛز وَنہٕ بوان۔ اگر فارسی شعرے وَنہٕ یکھ تہٕ مےٚ ترِ ہے زیادٕ جان پانٹھی فکر۔

مثنوی ؎

بیہٕ گوکھ نخوٚس کُن مائل تہٕ گو سوچُن اَسہٕ مُشکل
اُسی چھِی زالس منٛز ولہٕ منٛز عمرَن زیدَن کھولکھ یٚنی
صُبحس بیلہٕ مےٚ سیٖرلٕ ہیوٚت۔ جماژ اندر ووٚنُس کمہٕ نام
زِ قلائی گو سعدی۔ دوران آو تہٕ لوگُم سبھٹا نرمی کرنہٕ تہٕ
پچھتاو تہٕ زِ بیٚنس کالس کیاز ووٚنُتھ تہٕ ژ بےٚ زِ بےٚ چھُس سعدی
تاکہٕ بہٕ ہیمہٕ ہے ژےٚ ہوٚل گنڈِتھ خدمت کرٕنی۔ مےٚ ووٚنمس:

مصرع ؎

ژےٚ برونٛہ کنہٕ ہیوٚک بہٕ مےٚ شہتھ تہٕ زِ بہٕ چھُس سعدی۔
ژُمہ ووٚننم زِ تاکار کیاہ گژھ اگر ژِ کیشرَن دوہن ٹھہرِتھ تاکہٕ بہٕ کرہے ژےٚ خدمتھ۔ مےٚ ووٚنمس زِ ہیمہٕ شاہ دلیلہٕ مُطابق ہیکہٕ تہٕ بہٕ نہٕ کرِتھ۔

حکایتِ منظوٗم

اُکِس غارَس اندر ڈیٖوٗ کھُٹم بُزرگا
بَسان کُن زوٗن شہ تڑاوِتھ اوس دُنیا
مئے دوٗہہ پَس شہر کُن تشریف آنِو
کَڈِو ووٗ شنا غنیمت دَم یہ زانِو
مگر دوٗہتم چھِ نَتہِ خوشرو سے آسان
گژھان یُس زیاد بیتہ چھِ ہُسی تہ وسران
یہ وُتھ کُرِ آکھ اُکِس بوسہِ تہ گئے خُدا۔

مثنوی

بوسہ دِنی یارَس ژِ وَننم کیا حسَر
آسہِ یِیلی رہ خصت گژھن ستی ہجر
ژوٗتھ ییلی رہ خصت گژھان زونتس نشَر
اُڈ دوٗ زِچ اُڈ چھَس لبیٗد غمہ ستی تن

# حکایت ۱۸

اَکھ جنید موٗنا اوس حجاز گژھ ھ وُن سانس قافِلَس ستی عربکی اُکی امیرن دُیت نس ہتھ رہ بییہ تاکہ شہ ہیکِ قربان کرِتھ تھاچہ[۱] کھوٹما اگوو۔ کوٗر قافلِس پیٹھ حملہ تہ لوٗٹکھ سوٗرُے کیٖنہہ۔ سوداگرو ہیوٗت وَدُن تہ رِوٗن نہ لگی ٗملی ہوٗل ہائے کرِنزِ رے

---

ع[۱] یہ اوس مکہ شریفہِ چہِ وَنہ پیٹھ اکھ لوٗٹرِ قبیلہ روزان۔

شعر ؎

کر یکہ نادس کیا چھ فائید ژور بیلہ گسے ڈاکہ دِتھ
نیُو بہ کیٹِشر ھالوٗڈِ ژوروہُیکہ نہ بیہِ وائکس تہ بِتھ

مگر تس حبند متِس گونہٕ کاشہٕ تغیر۔ میٚے پترژھمس زِ شاید چھُنہٕ چانِس مائس ژور وو تمت۔ تمی ووٚننم نسائم، ینوٗکھ اے مگر میٚے اوسنہٕ تتھ ستی بنوٚت محبت تھوومُت ییتھ راونہٕ وزِ دِل تنگ گژھِہ ہیم۔

بیت ؎

زیادٕ محبت کائنسہ ہُند تتھ ما چھُ وار
دوٗر ہیوٚن ینہٕ تس نِشن باسی ژسے بار

میٚے ووٚنمس زِ یہ ژ وتان چھکھ نہ چھُ میٚے بیش آمُت زنکیاز جوانی ہندین دوہَن اوس میٚے تہٕ اکس نوجوانس ستی عشق گومُت ر حالانکہ بیانین چشمن ہُند قبیلہٕ اوس۔ تمُ ستدے حُسن تہٕ بہٕ اوسُس تمُ سُند وصال زانان زندگانی ہُند سورُے مُدا تہٕ مقصد۔

قطعہ ؎

ملائکھ آسمانس پیٹھ لسان آسِن نہٕ بسی تن
مگر چھیٚنہٕ تترژہ حسین کانہٕ اکھ تہٕ قدرت

اَچانک نیوٗسہ اَجلن۔ تہٕ لوٗگ تمی ہِندس خاندانس تمی سُند دوکھ۔ واریاہس کالس روٗدُس تمی سِنز قبرپیٹھ تہٕ تمی سِنز جُدائی منز گیوٚم واریاشار یمن منز اکھ شار ییتھہٕ کُنی اوس:

قطعہ

کاشہ بیٚلِہ اَچھلن ژٕ ئے دشِینِہ ناد تَے
آسہٕ ہاپہٕ قبر ووٚتھمُت ژٕ بیٚیے بَدل
ییٚتھ پٕزٕ ژٕ بیٚہ روٚزَس زِندٕ اَکھ ژٕ لوٚہ روزہا
قبرِ چانے سیٚٹھ ہیٚے آپٕزٕ چھُسَم وَدَلُے

قطعہ

یَس پٕزٕ توٚت تام آسہِ بَندٕرِ یا قرار
بسترَس گوٚڑ پوٚشِن پیٚن چھیکٕرادیے
کُرٕ زمانَن تَس بٕحُس سَیِے اَدرِ کھَل
کُنٛڈی زژٕ ندٕ وٚنَس قبرِ اَندی اَندی لاجِ پَیے
آمہِ پیتہٕ کوٚرُم سکہ یرادٕ زِ یا تٕے عمرِ روزٕ ہاوسوٚ نِشہِ دوٚر
تہٕ مجلِس بازی رِنش تہٕ کوٚرُم توبہٕ۔

قطعہ

رٲتھ اوسُس وصلہٕ کِس باغَس اَندَر مارانٛ ژھوہ!
دوٚر بیٚتھ ووٚتُت سرپھہٕ شٕدی یاکھٹی اَزٕ بہٕ ژھرٕ ٹہٕ وان یان تَے
اوس دریا خوٚش پوٚنٛ پوٚزٕ آسہٕ ہٕیے سنٕٹے بیم موج
پوٚش خوٚش گرٕ ون دِیَس اَدِ کوٚنٛڈٕ جِگر کوٚران تَے

# حکایت ۱۹

دٕپان عربہٕ کِس اَکِس بادشاہَس ووٚنکھ لیلیٰ مجنوٗنَن تہٕ تِہُنٛد عشقُک قصہٕ۔ زِ یہلہِ پایک اَدیب آسنہٕ باوجوٗد تہٕ گوٚسہٕ جنگل گژھن تہٕ دُنیاہٕ ژھٲنٛن تراوِتھ۔ یہٕ بوٗزِتھ گوٚڈ بادشاہَن حُکم مجنوٗن اَنٛنکھ زِ ژٕ تھ، بادشاہَن ہیٚتُھس ملامت کرٕنۍ زِ ژٕ کیا خامی وُچھتھ آدم زاتَن منٛز زِ ژٕ ژوٚلکھ تہٕ یوٚ ژھٹکھ جانورَن منٛز۔ مجنوٗن دِتی نالہٕ تہٕ ووٚنکھ:

شعر (عربی)

چھ کأتیاہ کران ہیٚ چھم ملامت
مگر وُچھہِم تِمو تِمۍ سٕنٛز تہٕ صوٗرت

قطعہ

یِمو یَد رَد وُنِم اے کاشِش تِم گِکھ
اَچھو وُچھہٕ یَن اَچھن میانِن ہُندے گاش
ژٕ ڈیشتھ مست گژھہِ یَن ہوش ڈٕلہِ یکھ
لیٚمبس یَدے اَتھن ہیٚنٛن ہے ہن تراش

اُتی تِہ ہوتوٚ یہٕ حقیقت بوزِتھ تہٕ فِکرِ تر ہوز ہیٚ کیٛاز ہیٚتِھ ملامت بادشاہَس آو خیال زِ یہٕ گرٕہا لأیِہ یتھ دیدار تہٕ وُچھہٕ ہا زِ تَس کِرٕ ہہ شکل تہٕ صوٗرت چھیٚ، یوٚسہٕ ییٚتراہ باعثِ فتنہٕ بنےمِژ چھےٚ۔ تِمۍ دِتی حُکم زِ لأل اَنیوٗن ژھانٛڈِتھ۔ تِم دراے عربہٕ کِس قبیلن منٛز تہٕ اَنِکھ لٲبِتھ تہٕ ٹھاوِکھ بادشاہَس بروٚنٛہہ کنہٕ آنگنس منٛز۔

بادشاہن کرٛنس ہیٚبرِ بوٗن نظرا۔ تہٕ باسے کیٚس بدصوٗرت۔ نکیاز حرم خانچہ واریا دایہ آسہٕ تمۍ سٕند کھو تہٕ خوبصوٗرت۔ مجنوٗنس توٚر فکرِ تمۍ وۄنُس لاٗلِ پزٕ مجنوٗنہٕ سٕنزو اَچھو دٕ چھٔینۍ۔ تاکہِ تمۍ سٕندِ یراوُک راز گژھِ ژٔ سیٚٹھہٕ آشکار۔

شعر (عربی) ؎

لاٗلہِ ہٕنز کتھ وُژھ تہٕ سیٚدُم حسبِ حال

لاٗلہِ ہٕندۍ کوتر تہٕ وُنلہٕ ہٕن کٔریکہٕ ناد

دوستو ییٚن نٔے ستٕمکھ کیا زانہٕ سُے

تٔس وۄنی یژھ کتھ تمِس کیا روزِ یاد

نظم ؎

اَرِس کیا زخمہٕ کُئے احساس آسی

وُنن گژھِ تٔس یٔمِس پانَس تہٕ باسی

لوٚ مبرۍ ہٕنز کتھ وۄنی بلکُل چھیٚتے بے سوٗد

تمِس اَیس زانہٕ تہٕ لُجِژ آسہِ نا چھی

بوٚتا منٛنہ نٔے وُنن سانٛی ژٔے سیٚدی

یہِ کتھ خوشوٗنی کنھا توٚت تام باسی

# حکایت ۲۰

ہمدان کس قاٗضِس متعلق چھُ وننہٕ آمُت زِ تٔس اوس اَکس نعلبند لٔڑکس سٕتۍ عشق گوٚمُت۔ تمۍ سٕندِ دِلُک فال اوس نارس منٛز دزان

تہٕ تُمِ ہِندِس فراقس منٛز اوس سیٹھا کالا پریشان۔ سیٹھا ژھرنہٕ پَژھرٕ اوس کران تہٕ تُمی ہِندِس دۄرِ رس منٛز اوس ونان۔

نظم ؎

نظر یا مَتھ کُرِم تَس سروِ نازَس
ژۄلُم ہیتھ دِل تہٕ پیٹھ رس لاہِ نووُنَس
نظر بازن دِلَس لآ بِن کمند ستے
یہنٛدِ دِل کأتسہِ دِکھ اُچھ وَٹھ تہٕ کرٕ بَس

بوٗزِم اَکِہ دوٗہہٕ سُنٛکھ قأضِس یہِ معشوق وَننہٕ تہٕ قأضی ہِنٛز یہِ کتھ آسِ تمی کیتھہ تأی رٕکنی بوٗزمژ۔ سہٕ اوس گوٗمُت سیٹھا نار ونار نہٕ لوٗکٕس لبِکہ ژارنہِ۔ اَکھِس کیتھہ تَجنی کَنٛز تہٕ فاش پٕرِی پٕرِی کَھوونَس تہٕ کیٚنہہ مایافِی۔ قأضی ووٚن اَکِس عألمِس یُس ہِنٛز اوسُس:

بیت ؎

نظر کرٕ نخشمہ اُژ تُمی ہِنٛز جوأنی
غضبناک گیسہٕ ڈیکَس چھس شوٗبہٕ وأنی
(عربی) یارِ سُند مار تہٕ چھُ موٚدرُ رے آسان۔

بیت ؎

چارٕ اَکھہٕ تھاپر چھیتے باسان کأژیان
بَنٛنہِ اَکھہٕ نعمت تہِ نتھہ ہستی کرٕ تہٕ مان

پُرزی یأ کُھی چھیتے تُمی ہِنٛزِ بے شرمی تہِ شرا فتچ بوٚہ رے لیوان۔

فرد

نازٕ دِچھِ ہنٛد مزٕ چھِ زٕوٗک آسان ضرور
موٗدرِ کیتھٕ دوہ پٔزار بیٛلِہ گژھِہ یونٛتھٕ پور

یہِ وُنِتھ آو وٲپس تہٕ بیوٹھ پنٛنِہ جایہِ۔ کیٛتھٕ ژٕکھ یِم تمۍ سٕنٛدِس دربارس منٛز آسان اُسۍ آے تہٕ کٔرہٕس سلام۔ تہٕ وَوٗنہٕس زِ اگر اِجازت آسہِ تہٕ اکھ کتھ کرہو عرض۔ اگرچہِ یہِ گٔیہِ بے ادبی تکیشازِ بُزرگو چھُ وَوٗنمُت:

بیت

رَوا چھُنہٕ پزٕ تھٕ اکِس کتھِ بحث لاگُن
بُزرگن پیٛتہٕ نینے عاٰبَن تہٕ زاگُن

مگر تُہنٛزِ مہربٲنی یِم توٚہی پنٛنن خادِمَن بیٹھ کران آمٕتۍ چھو نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ مُناسب یی زِ اگر اُسۍ توہہِ باخبر کروٚنہٕ سو گٔیہِ نمک حرامی۔ سیٛٹھا وٕتھ چھیٛے یہاے زِ تس لٔڑکہٕ سُنٛد چکر ترٲوِو تہٕ لالچہٕ نش رٕوزِو دوٗر خبر کٔتھِ ژٕولیٚہ گو نہٕس ما بیٛیو وَلتہٕ تکیشازِ یار تہٕ ژُھچھٕن تہٕ کتھِ تہِ پوز رٕتھ۔

مثنوی

بیٛمی کٔر پے عزتی پانس
بیٛیے سُنٛدِ عزتُک غم کیا تس
وُمرِ بدین ہشِز نیک نامی
اکہٕ ساعتہٕ راوراں بدنامی

فاٰصِنس آیہِ سو دِلہٕ دوسٕتن ہشز نصیحت پسند تہٕ تہنٛز رائے

کرُن منظوُر تہٕ وۄننکھ زِ دوستَن ہِنٛز نظر چھےٚ سٕے سیٖنٛز وَتہٕ بیٛھ اَنٛنُس مثٕز صحیح تہٕ بے مِثال مگر:

شعر (عربی) ؎

مِٹاوان محبت چھُ ہرگاہ ملامت
اَیِنٛز بوزنس بیٛھ نہٕ کر تیٚلی قناعت

شعر ؎

یَژھکھ ییٚنٛز انُصیحت کرَ چھُ کیٛا غَم
چھُلِتھ کرَ جبٕنبیَن کرٕ یہُ ہوشیار گژھِ کم

فرد ؎

سےٚ جانے ذِکرٕ نشِ ہیٚکہٕ ییٚتھ رُٹِتھ کُس
بیٚ کلہٕ ہیٚکہٕ کرَ پھرِتھ کلہٕ ژوٚٹ سرِکھ چھُس

بہٕ وُنیتھ سوٗزن کیٚنٛہہ نفرَنس ماشوق اِسٛندِس تلاشس منٛزہ بےٚ آنیتھ دولت کرُن خرچ ۔
وۄنُت چھُکھ زِ اے زرَ بہٕ خوش گژھی نہٕ کرٕ۔

شعر ؎

روپےَ ڈیٛشِتھ نُمان پرٕ نتھ اُکی سٕندُے سَر
نژکرٕ چھُےٚ شُسترٕ چ نوٗمران نتھ زر

مو خصرَ بہٕ زِ اکہٕ راتٕ اِسٛندِس معشوقہٕ سٕنٛد وصل نصیب۔ تمی رأتٕ لُج کُٹوالس تہٕ خبر۔ قأصِنس گُدرے بہٕ سأرٕے راتھ شرابہٕ کس نشَس منٛز تہٕ معشوقس ستی رأتس آیس تہٕ زولہٕ تہٕ اوس گِنٛگراوان:

# نظم

اَز دیہ تہٕ کوکُر ژیر تامتھ بانگ چھُم باسان
عاشق چھِ آےٚری وصل جاٲری دِل چھِ رَشہٕ ناوان

روزی امن یوٚت تام قایم روز خبردار
غفلت مہ کر ینہٕ وُمرادٕ روزکھ ژٕ پشیمان

ییٚلہٕ بانگی مسجدِ بانگ پرٕ یا محلہٕ خانگ ڈول
وایَن تہٕ تیٚلی کٔرٕی زِندرے ووٚتھنہٕ پرُسان

ینہٕ کوکرہٕ سِتنرے بانگ یوٗزِ تھ ٲلی ژٕ تُلکھ شور
ینہٕ بے قلاٲزی یژِھ کرکھ تھو میانہٕ کتھِ کُن دھیان

قاضی اوس اُتھی جاے منٛز زِ اوٕر ژاو تمی سُند اکھ
خدمت گار نہٕ ووٚتنس زِ ژٕ چھُکھہ ونِہ بھنبھے ووٚتھ بیاٲری پلی
نہٕ نبٲری ژل تکباز دشمنو چھے چاے دِ چغلی کھینٛز بلکہ تُھکھ

بَیزر وۆنمت ۔ مُمکن چھُ زِ اسی کرِو کانْہہ تدبیر تہٕ نارس ہیٚیہٕ آب تہٕ یہِ فِتنہٕ آوڑِ تہٕ ساٗری سپے جہانس ۔
فاٗضی کرٕ اسنہٕ ہُتاتہٕ وۆننس :-

قطعہ

سہہَن ہیٚمہ روٗٹ شِکار اَتَس فرق کیٛا
ہیٚس زَن شال یژوشہٕ کُن کیٛشا تمُس غم

ژٕ یارَس روز ہمراہ ہیُتھ زِ دُشمن
اُتھقَن ہیٚیہٕ ژٕ پۍ تہٕ کرِ افسوس ماتم

بادشہَس کرٕ کھ اَمی راٗژ خبر زِ جاٗنس مُلکس منز چھےٚ ہیتھ کُنی بُرکاٗم سپدان ۔ اُتھ مُتعلق کیٛا چھُ تُہنُد حُکم ۔ تمۍ وۆننکھ زِ میاٗنی کُنی چھُ شہ بڈُ دوعاٗلِموٗ تہٕ فاٗضِلو منز تہٕ زمانک اَکھ بے مِثال اِنسان چھُ ۔ مُمکن چھُ زِ دُشمنو آسہِ تَس خلاف ساٗزِش کٔرمٕژ ۔ نِکیٛاز یہِ کُنھ چھےٚ تہٕ ہَرٕ وَسان بوٗتانی تہٕ یہِ پیٚنو اُچھو وُچھہِ ۔ نِکیٛازِ دانا ہو چھُ وۆنمت :-

شعر

شرارنہٕ سے اَندرَ تلوارِ دِنی ہَتھ
پیٹھے ژاپینی ژٕتے اَکھٕ پینی گلٕنی کَف

بوزُم زِ صبحن دژاو کیٚنہٕ نفر ہیتھ تہٕ ووت قاضِس شاندس بیٹھ۔ شمع وُچھِن دزان۔ معشوق وُچھُن قاضِس نش، شراب وُچھُن چھکراوِتھ تہٕ قاضی وُچھُن بدمست، وار کوٚرُن ہشارتہٕ ووٚننس زِ ووتھ تھوٚد آفتاب اے کھوٚت۔ قاضِس نوٚر فکرِ زِ معاملہٕ کیاچھُ۔ تمی پرژھس آفتاب کیا ژِ کھوٚت۔ بادشاہ گو حاژتن تہٕ ووٚننس زِ مشرقہٕ طرفہٕ۔ تنھِ کُنی ییتھ کُنی ہمیشہٕ کھسان چھُ۔ قاضی یوٚر خدایس کُن شُکر زِ وُنہ چھِ توبکی دَرواز ہلہٕ، ہکیاز حدیث شریف چھُ یوٚتانی افتاب مشرقہٕ طرفہٕ کھسان روزِ توٚتانی گژھِ نہٕ توبکُ دَرواز بند۔

(عربی) :- اے خدایہ ہٕ چھُس ژٕتے معافی منگان تہٕ توبہٕ کران۔

قطعہ

دو یو چیزو کرٕم گوٚ نہٕن ہُنرے ژے
عقل چھُم خام قسمت نا مبارک
شہارٕ ہم اگر حقدار نٕتھی چھُس
مگر بہتر چھُ تمہٕ نِش یُد ژٕ بخشکھ

بادشاہن ووٚننس زِ ووٚل چھِنہٕ توبک۔ کانہہ فایدہ بیلہ زن ژٕتے بنیہٕ سزٕ یک پتاہ لوٚگے۔ ایمان انُنگ چھِنہٕ ووٚل کانہہ فایدہ بیلہِ زَن توبہٕ سون عذاب وُچھو۔" (الفرقان)

قطعہ

نمہٕ وِزِ زٕ وٗرِ نِش تو بہٕ کرُن
کیٛا فائیدہ بیٚلہِ کوٹھِ بیٚو کاشہٕ
اَتھہٕ پٔڑ زِ بیٹھِس پلہٕ ناوُن
ژھوٹ ما ژوِ نٹھِس واتی زاتہٕ

وونی چھےٚ نہٕ چانہٕ پچنیچ کاشہٕ صوٗرت بیٚلہِ زَن چون گوناہ نوٚن گو۔ بادشاہَن ووٚن یُتھےٚ زِ سزٕ وُول کُیٔ نَس اَگادِ۔ تمہِ ووٚننکھ زِ مےٚ چھےٚ ونہٕ اَکھ کتھ بادشاہس وَنٕنی۔ بادشاہَن یوٗزُ نہٕ پٔتہٕ ژھکس زَوَن کیٛا کتھ چھے وَنٕنی۔

قطعہ

یُتھِس اَتھہٕ ڈولنٕم ناراض اۄ رِستھ
بہٕ کرَ تٔژاوے مےٚ روٗٹمُت چون دامن
وول کرہ ممکن ژُلُن چو نٕے چھیٚ مےٚ نِش
کرم کرُوٕن ژٕ چھکھ چھم چیانٕی لادَن

بادشاہَن ووٚننس زِ بہٕ وونٕہ زِ تےٚ اَکھ بے مِثال چیٚکلہٕ تہٕ اَکھ دانائی بشر کتھ۔ مگر عقل تہٕ علم چھُنہٕ مانان زِ چون علم تہٕ قابلیت کیٛا بچاوی ژٕ تےٚ میانہٕ سزٕ ہہ نِش۔ مےٚ چھُ باسان زِ ژٕ یکھ قلہٕ بیہٕتھ دأرِتھ دِنہٕ یُتھ باتے لوکھ عبرت رٔٹُن۔ قاضی ووٚتھس زِ بہٕ چھُس تھنہٕ خاندانک حق نمک نہٕ دُنیاہس منٛز چھینہٕ ہیٚے یوت جرم کوٚرمُت لہاذا گوٚژھ بدل کاشہٕ قلہٕ بیہٕتھ دأرِتھ دِنہٕ یُن۔ یُنہٕ بہٕ رٕٹہٕ ہا عبرت بادشاہس آو اَسُن تہٕ دِژنَس معافی تہٕ تِمِس بیہٕتھ ہیٚتھ ژٕٹُن والیٚن پیٛم تمہٕ شِدٕ

نارنگ مشوٗرِ دِوان اُسی ووٗنُن:

شعر

چھِیوٚ بیکی ستدین عاٗیہٕ نے توٗہی سیٹھہٕ زُٹن واٗلی
چھِیوٚ مگر توٗہی بابہٕ قطعن عاٗیہٕ وے نِش خاٗلی

# حکایتِ منظوٗم

جوانا پاک صوٗرت نیک کیٛا اوس
مگر عشقن تمِس ٹُلمت سیٹھا توس
دٕیان دُریا وسے منز تم دُشیے زٕنی
یہٕ کنتھ پٕزٕ کٕنیِٛن منز منٛے چھِم مُننی
دِزٕرے ہاٗ شرزن تمِس تھٕپھ نیتھ بچاوَن
مُرُتھ ماگژھِ یوٗ دوٗ یے یلہٕ تژاون
اِشارَن منز تمیٛ دوٗ ہینس منٛے تژاوم
ہہ کیٛا چھُم یار کُنہِ پاٗ ٹھین بچاوُم
یہٕ بوزتھ واریا ناراض نس گیٛے
دٕیان اوٗسُکھ زِ توٗہہِ کیٛا چھِیوٚ امیٚک پیٛے
مثال یارز ہیٚیٚس کنڈٕ عار ڈیشتھ
سُہ گو اپٕز یوٗر گیس زوٗل یار تژاوِتھ

گُذاران زِندگی کِتھٕ یار تَے یار
تہٕ ہیٚچھتاوی سُہ یُس زَن آسہِ ہُشیار
چھُہ سعدؔی عشق بازی زانہٕ وونُے
بُیھتھُے بغدادی عربی زانہٕ وونُے
ژِھٹے یُس دِلبر تِمِس سٟتین ژٕ دِل لاگ
یہٕ دُنیا تراو یَس یارس ژٕ وونی زاگ
زِندَے یوٚد آسہِ ہے سے لاٰل مجنوٗن
عشق لیکھہٕ ہٕن گوڈَے وُچھہٕ ہٕن یہِ مضموٗن

# باب ۶

# بجرچہِ کمزوری مُتعلِق



## حکایت ۱

بہٕ اوسُس دمشق چہِ جامع مُشید مَنٛز کیٚنٛژن عالِمَن سٟتۍ بحث کران، اَتھی مَنٛز ژاو اکھ جوان تہٕ لۄگُس وَننہِ زِ یتھ جماژ مَنٛز ما چھُہ کانٛہہ نحوا فارسی زانن وُول۔ سارِوے گوٚڈٕ تَس مٔتۍ کُن اِشارٕ مٔتۍ بیٚتر زُھمس ڈلیل کیٛا چھیٚے۔ تمۍ وۄننم زِ اکھ ڈُوڈ ہیتھ وُہُر بُڈاہ چھُہ بیٚنِمس جان کندی چھیٚے تہٕ فارسی یاکھٹی چھُہ کیٛا ہتانی وَنان یہِ بہٕ آسہٕ فِکرِ نرَان چھُہ۔ مہربانی کرِتھ اگر ژٕ توٚت نانی بہکھ۔ شاید چھُہ شہ کیٛا ہنام وصیت کران۔ بہٕ بیٚیلہِ تَس تَشانٛدَس بیٚہتھ ووٚنُس۔ شہٕ وُچھُم یہٕ شعر پَران:

قطعہ

یَژھام ژٕ ہی تارِہ کرٕ ہا عیش آرام

مگر ہیٚٹی نَفَسچہٕ دِتھن شاہ بند مٔتۍ گوٚ رَہم

مئے خوؤکھ رنگہٕ رنگہٕ کھین نوش کرنئے

فقط کینژہ سینڈی ژلنہ اُدِ ہاکھ کوٚر ہم

اَمہِ بیتُک معنے ووٚنمکھ عربی پاٹھی تہٕ تم آسی حارثن گژھان۔ تُمی سِتنز زیٹھ عمر تہٕ تمی سُند افسوس کرُن بیٚلہِ وُچھِم تہٕ ووٚنمس زِ بیچھس حالتس منز کیاہ دلیل چھےٚ جانٛز سہٕ ووٚنم زِ بہٕ کیاہ ونے۔

قطعہ ؎

بیٚمس دَند کڈان وُچھتہٕ سختی ژہ تُمی سِتنز

زھرٹان کرِیکہٕ لایان عذابس اندر کوٚت

قیاسس اَندر اَن ژہ تکلیف تمی سُند

بیٚمس جان برلب بے چارہ سے ووت

مئے ووٚنمس زِ مرُنک خیال ترٛاو تہٕ وہمہٕ مہٕ رَٹھ تکیاز یونانہٕ کیو فلسفر لوٚ چھُ ووٚنمُت زِ اگر اِنسان اوٚر دوٚر تہٕ آسہِ نو تہٕ چھٕ زندگی بیٹھ بوٚر وسہٕ، لوٚدوے کانٛسہِ ووکھہٕ بیماری تہٕ آسہِ تونہٕ ہکو نہٕ اُونتھ زِ سہٕ کیاہ مرِ امہٕ بیمارِ ستی۔ اگر وَنکھ تہٕ کانہہ حکیم اَلون ناکہِ سُہ کری ژ زتے علاج۔ تمی تُل بلہٕ نفوٚد۔ اَستہٕ ہنا کرُن تہٕ ووٚنُن:۔

مثنوی ؎

کران کوٚت افسوس دانا حکیم

وُچھان یام بیمار بڈاہ کا شہٕ ندیم

چھُ ناکِ سکانُک سنیاہ مُت رنگس

اگرچے سکانے چھُنا کینژہ ڈنگس

بُڈا اوس نرِعس اندر گیشا وٚدان
تمِس خاندارِ ہیٚنی ژُندُن چھے مَلان
ییٚمِس ڈٲول تَوازُن تہٕ بِگرِ یو مِزاج
کرِس کیشا سَہ نعویذ یا کانٛہہ علاج

# حکایت ۲

دِپان أکی بُڈِن اوس أکِس لوکچہِ کورِ سٟتی نِکاح کوٚرمُت۔ پٔنٛنہِ پارِ اوسُن ہیٚتھ ہُر کرنووُمُت تہٕ اَسی ژِے اَتھ منٛز بہنس آسان۔ دِل اوسُن تَس سٟتی لوگمُت تہٕ ژِچھن رٲژن منٛز تہِ اوسہٕ شٔنو نِگان بلکہِ اوسُس مَزدار ژٹکلہ بوزناوان مِنٛز ژُن تَس خوف یا نفرت زور کرِنہٕ تہٕ تَس سٟتی لگِس دِل۔ باقی کتھو علاوہ ووٚنُس أکہِ رٲژ۔ خدایِن اوٚسے قسمت رُت تھوومُت زِ بُڈُس آیہ باگہِ یُس پچھِنہٕ کارِ تہٕ جہان دیدہ چھُ۔ دُنِ یہِک ژوٚک موٚدُر چھُم ژوٚلمُت تہٕ دوٚستی ہٕندی حقوق چھُس زانہٕ وُن تہٕ بَرداشِت چھُم سیٹھا۔ تہٕ خوش مزاج، مہربان تہٕ شیرین بیان تہِ چھُس۔

مثنوی ؎

مے یوتاہ پلیم تیوت ہاوے ژٕ مٔحبت
ژٕ یودوَے ستاوکھ بہٕ ما زانہہ ستاوکھ
ژٕ ئے یودوَے غذا آسہِ شیرین وشکر
کرِے پرورِش ژوٚ دِ ئے غم مسائہ بَرہ

یارٕی چھےٚ زِ کانٛسہِ نوجوانَس آیکھ تہٕ یاگنٛی یُس متکبر، بے عقل، لڑایہ گوٗر تہٕ غار مُستقل مزاج آسہِ ہے۔ یَس یڑتھ وزِ خیال بدلان چُھ تہٕ یڑتھ راتٕ زبدلے بدلے جایہٕ شوتگان آسہِ ہے تہٕ یڑتھ دوہہ نوٚوے یارا بناوان چھُ۔

قطعہ

جوان آسان چھُ بے شک خوبصورت
مگر چھُنہٕ باوفا بییہٕ نیک سیرت
مہ کر یڑھ باوفا گیٛا آسِہ بلبُل
اُکس پوشس پتھے کرِ بیٹھکی سے گتھ

البتہٕ بُڈ چھُ عقلہِ تہٕ ادبہ سان زندگی گُذاران نہ کہِ جہالتس تہٕ جوانی ہِشتر ن ممتی لازن کام ہیوان!۔

فرد

بناوُن پانہٕ سے کھوتہٕ کانٛہہ زبر یار
گُزرِ ھی نتہٕ زندگی برباد بے کار

بُڈن ووٚن زِ یمہٕ کتھہ وَنہٕ مس ژمہ آیہ زِ دِلس یوٚ طمع زِسو گیٛہِ مُطمئن تہٕ میانٛس زانکس لُج۔ اچانک تترووٚن جُزرہن ووشا تہٕ ووٚننم زِ ییٚز کتھہ وننھ تٔیے مگر میانٛی کِنی چھےٚ تہٕ یمن ژمہِ اکہِ کتھہ بُتھِ نہِ وزَن لوسہ پتہٕ اُکس دایہ نِشن لوٚز متر چھم زِ جوان زَنہِ اگر تیٚمر ییہٕ شہ چھُس بہترامہِ کھوتہٕ زِ بُڈ ییس باگہِ۔

شعر (عربی): خاوندس بیلہٕ ہوٚکھمہٕ ممتی وٚتھ ڈیشن
بیٚنھہٕ پانٛٹھین آسن روزہ دارس

تمہِ ووٗن یہِ چھُ مومُت موکلیثائمُت
تا شنتھر کتھ ـَ مومنِس یارَس

رُباعی

یوٗسہِ زُنی تا خوشِس خانے دارَس
سوے فِتنہٕ فساد کرِ اَنِیارس
ییڑ یُس گوٗ کوٗٹھی گئے تس روزِتھ
زوٗ زہتہٕ کیٛا آسس بےچارس

موخصر یہ زِ چلیچ وَنھا آسہِ کینہٕ نہٕ وأریو أز جُدأ ئی
پیٹھ۔ عدت موکلِتھ کوٗر تمہِ نکاح اکِس نوجوانَس سیتی یُس سیٹھا
گستاخ، بدمزاج تہٕ غریب اوس۔ سو اُسے مُصیبت توٗشتی سان
برداش کرِتھ نہٕ خُدایس شُکر کرِنہٕ زِ خدائن دیُتم تمہِ عذابہٕ
نِش نجات تہٕ کیتھ پوٗشہِ دولتہٕ منز وأتِرس۔

قطعہ

خوشوُن بتہ خوشون پوشاک
زیور، اَدفر زنہِ شوٗ بالن
مردس طاقت مردانگی
سأرے دولتھ تَے سامان

فرد

یہٕ کرِ برداشت سأری ظُلم جانی
ژٕ تے چھیے ناشکل و صوٗرت نندِ یأنی

قطعہ

ژٕ تِہ سَتھ دزن جہنمس منز مٔتے بہتر
بیٚیس ستیٚ جنت تہٕ چھاوُن کرٕ ہم کیٚتھا
مچھ خوشبوٗنی سندٕ ے آسہٕ پھکہ روہنہٕ گٔے خوش
تہٕ کھرٕ وٗنی سندے دستہٕ پوشن حَضر کیٚتھا

# حکایت ۳

بہٕ اوسُس اَکِس بڈِ سندِ گرٕ پوژہ بکرٕ سٕس منز۔ اُمِس اوس اَکھ خوش وُن لڑکہٕ ہیٚنا۔ اَکِہ راتھ ووٚنم زِ وُمرِ منز چھُم مُتیٚے یوت حاصِل کوٚرمُت۔ بیٚتھ علاقس منز چھیے اَکھ کُلی ہنا۔ مُقدس تہٕ پاک۔ ساری چھہٕ اُتھ پیٚتھی حاجت ہیٚنہ گژھان۔ وارِیاہن راژن کرٕ م اَتھ کُلِس تَل نالہٕ زاری تہٕ اَدٕ بنیٚام بہٕ اولاد۔ بوٗزُم زِ اُمی سُند لڑکہٕ اوس پیٚنن یارَن ونان زِ کیٚا زَبَر گیاو زِ اگر بہٕ بہٕ گُل زانہٕ ہن زِ کیٚتھ چھُ، مُیٚتھ بہٕ تستیٚن دُعا کرٕ ہا پیٚنِس مالی سندِ مَرنُک۔

حکمت

بُڈ چھُ آسان خوشیہ مناوان زِ میٚون لڑکہٕ چھُ عاقل تہٕ لڑکہٕ آسان طعنہٕ دِوان زِ میٚون موٗل کوتاہ بے عقل چھُ۔

قطعہ

گٔیہ گُذاران زندگانی وار یاہ کالا ژٕ بوز
قبرِ بیٚٹھ ماما لی سٕتنرِ زانہٕ پرنہٕ فاتیے گوکھ ژٕ ے

ا؎ شہرِ روٗمس تہٕ عراقس درمیان۔

یِیِلہٕ ہٕ قانٔے خارٕ مأرِس چانہٕ دُسی زانٔنہٕ کأرِ دوت
چأنِز اولادکیٛا ژٕٹے کرٕنٔے آسہِ چأنی یأتِش سٟے

# حکایت ۴

اَکہِ دوہہٕ دزاس جوأنی جہلس منٛز ہکہٕ تہٕ رات کیٛت بیٹوس ٹھکِتھ ژھسٕنتھ اَکِس کُلی زٕ ژٕنٛدٕ ڈسِس تَل۔ اَکھ کمزور بُڈاہ اَکھ اوس قأفِلس ہیتہٕ ہیتہٕ پوان۔ سہٕ ووٗتھُم ژٕ ژکیٛا شوٗ نگِتھ کران یہ چھہٕ شوٗ نگنہٕ جاے۔ ہہٕ ووٗتھُس زِ بکہٕ ہا مگر ژٕنگن چھم نہٕ ہٮ۪کتھ ییٚنم ووٗتھُم زِ ژٕ سے چھُکھ نا بوزمُت زِ تھکہٕ تھکہٕ پکُن چُھ دونہٕ تہٕ بہِتھ گژھہٕ تہٕ کھوتہٕ بہتر۔

قطعہ

ژُھکہ تیز دَوان منٛزی کَس کُن بوزُ ونٔے کنہٕ
آہستہٕ ژٕ پکہ منٛزی کَس کُن چھے یہ نصیحت
کیٛتہٕ دور گُرِتھ زوٗ دمست گرٕ ی پیٚٹہٕ ژھٹِتھ بوز
آہستہٕ پکان ووٗتھ پیٚتھ نکھہٕ زانہٕ لٮ۪تھ

# حکایت ۵

اَکھ نوجوانا اوس سانہٕ محفلہِ منٛز سیٹھا چالاک تہٕ اَسہٕ وُن۔ نَس اوسنہٕ کُنہٕ قسمُک غم یا پریشأنی۔ یژھٕ وزِ اوس اَسان آسان۔ اَکہِ لٹہِ گوٚو ہہٕ وارِیاہس کالس مُلاقات۔ وارِیاہہٕ کالی وُچھُم۔ تمۍ اوس خاندرٕ کوٚرمُت

تہٕ شُر نہٕ اوسُس زامُت۔ خوشی اُسس ختم گامژ تہٕ گُلاب ہیوٗہ بُتھ اوسُس موٗ منیاٗمُت۔ متے پرژُھمس زِوٗن ساےٚ خبرا۔ سُہ وَوتھُم ییٚنہٕ پیٹھٕ شُری زاے۔ شُری لاز موٗ کلے بہٕ۔

شعر

لوٗکچار موٗ کلیشاےٚ و موٗے چھینیاو آو۔ بُجر ووٗنی
بدلیاےٚ و وقت چھُم متے توٗے نظار زن جِسمس

فرد

بُجر ووٗ تے تہٕ ووٗنی شُری لاز ژے نژاو
گِنڈُن گیوٚ نے جوانی کیٚت ژٕ ووٗنی ہتھاو

مثنوی

جوانی ہُنْد نژر بُجرس اندر ما
کولن ہُنْد آب زانہٕ واپس تہٕ پھیرِ یا
زراعتس ووت یا منتھ لوٗ نُنک۔ وَق
زرد گژھِ یا تہٕ یا نے نتھ چھُ کیا شک

قطعہ

جوانی ہُنْد وقت ژوٗل متے اکھو مُشری
سُہ چِکہٕ چاوے ختم نتھ گژھِ بہٕ ووٗل کامن
سہن ہِندی زورِ موٗ کلے چھُس ووٗل راضی
بہٕ بُجرس بیٹھ کنیتھ سیٚہ ژاہ بہٕ ژامن لہ

---

لہ اسہہ ہس بیلہٕ تہٕ شکار بنہٕ تس چھِ شرارت ہوٗمر او نہٕ خاطر ژامن دِوان کھیٚنیٚ۔

بُجے اَکہِ اوس مَستَس رنگ کوٚر مُت
مئے وۆنمَس کیا عَسر اَپزِ بن چھُے جامَن
مَکاری سِتی مَس کوٚرتھن کرٛ ہن ژ یے
کمر خَم آتھ کری کُس شیٖوٚد ذرا وَن

# حکایت ٦

جوانی جہلَس منز کوٚرُم اَکہِ دو ہہ ماجہِ کھرٛ تنگ ۔ دِل ملوٗل گژِھتھ بیٹھ اُکِس کوٗنَس مَنز ودان ودان وۆننم شاید چھُے ژ مے بُڈن لو کچار مَشرومُت تہٕ نوٚ ے چھُکھ بیٚتراتیزی کران۔

قطعہ

ونان اوس اَکھ بُڈا ہِبچوس یہِ پَتنِس
بہوٗدُر چھُکھ سیٹھا باڑو تہٕ بافر
مُشرِل یہنہٕ تِی اگر ژِ ہے یاد کرَ کھ
ژٕ اوشکھ ماژٕ کرٛ بلا کوٗت کمترَ
مئے بیٹھ نیلی بوٗت ماکرَکھ ظُلم ژ ے
بہٕ چھُس کمزور ژٕ ہے چھُکھ زور آور

# حکایت ۷

دِ یان اُکِس کنجوُسَس مالدارس اوس نیچوُ بیمار۔ پننو خیر خواہو وۅنہس زِ اَمی سِنٛدِ خاطرٕ کَرِ یا ختم قرآن نتہٕ کرُس کینژھا قربان۔ سوٗ تِچاکوٗزان تہٕ وۅنُن۔ ختمِ قرآن چھُ زیادٕ بہتر، تِکیاز چار وٲین ہُنٛد کھیوٗل چھُ دوٗر۔ اَکی بیٛلِہ یہ کَتھ بوٗزِ تمۍ وۅن زِ ختمِ قرآن آو نَس اَمِہ موکھہٕ پَسنٛد زِ قرآن چھُ تَس زیوِ پیٹھ الِنتہٕ یوٗت نَسہٕ چھکُس زُوس سِنتۍ اُلیتھ۔

مثنوی ؎

سیٹھا آسہِ ہے کَرٕ پیٹھ ید ٔنج عبادت
اگر سِتۍ خرچ چینٛ نتھ آسہِ دولت
اَکے ہار خرچ چھتھ دڑ نے زتہٕ پھٹِہ ہے
اَکے بدلہ ہتہٕ بار الحمد پرہے

# حکایت ۸

اُکِس وُڈٕس بٔڑ کھ زِ تکیاز چھکھ یہ نیتھر کران تمۍ وۅننکھ زِ میٛے چھُنہٕ بچَن ہُنٛد محبت لہٰذا اَکِس نوجوان آسہِ کتھٕ کُنٛڈ کرِ میٛے سِتۍ روزُن پَسنٛد۔

شعر ؎

سنتھ وۅہرُ سُندکھ بُڈا نژاد آتش
جوٲنی ییٚیِ کرِ اَنِس زِ نہٕ گاش

چھےٚ طاقت بہِ مردی، روٗ پےٚ کتھ لگی
وچھِرو نہٕ لانٛژھس بٔنادیا لشاش

# حکایت ۹ (منظوٗم)

دٔپان دوٚپ اَکہِ بُڈَن کرٕ ہا بہٕ خانہٕ
وُہر گذرِتھ خیالاگوس ایٚژ خام
کرٕن نیٚتھرِ پرٕی رُو دُ غترا اَکھ
سوٚ کھاوِن ژھابہِ اَز ہرِ خاص تہٕ عام
تمنّا نیٚتھرٕک اوسُس بہٕ دٔرِ دِل
دوٚیُن نیٚرہٕم تہٕ گوٚ ڈٔنی گوسہٕ ناکام
کمان کھیٚنچتھ نِشانےٚ ہیوٚک بہٕ مارِتھ
ذٕرِس کیٚپرس سِٕٹرن فولٲدی کرِ رام
کرٕنی ہیٚژ دوستن نِش تمہٕ شکایت
گٔرس کوٚرنم مےٚ بییمہِ بدمعاشہِ پیٚلام
لڑٲیا گیٚہ شروٗع دوٚن بٲژنےٚ مشر
بہٕ شیٚنچھ وٲتہٕ قاضی سےٚ کُٹہ والہٕ سےٚ نام
وَوٚ تھس سعدی خطا چھُنہٕ گوٚر ہرگز
ژہٕ چھُکھ زٔرِ موختہٕ ژوٚ ٹبٕس گوکھ ناکام

•

# سَتم باب

# در تاثیرِ تربیت

## حکایت ۱

اَکس وزیرس اوس نیچو سیٹھا بے قِل۔ تمی سوز سہ اَکس دانِہس نِش زِ اَمِس کرَ نرِ تربیت ہُیتھ سہ دانا بنِہ ہے۔ تمی پرِ نوو سہ واریاہس کالس مگر تَس گوَ نہ کانہہ اَثرا، آخر سوزُن تمی ینِدِس ماَلِس شیٔچھ زِ یہِ چھُنہ عاقل بنان البتہ ہیوٗ تمِس یہ دیوانہ کرِتھ۔

قطعہ

یُس شیٔتھر کھیٚہ لَدَ آسِ خراب
تتھ کیا کرِ رنگ روغن تہ فلاے

یس خصلت زِرتے سن چھی شوٗد
تَس وو ستادِ سنز کتھ وو نِد کرِ جائے

ہوٗنا یوٗد سَنتہ دریاو چھلو ون
مُردارِ نَس کرِ اَکھ اَکھ گژاے

عیسیٰؑ سُند خرا ے گژھِ کعبس
تَس تو تہ فرق ماگژھِ سرساے

# حکایت ۲

اَکھ دانا شخص اوس پننین شُرین نُصیحَت کران زِ میانو ٹاٹھو! کارکسب گژھِ وارٕ، بیٚچھُن تِکیٖازِ حکومتس نٔہ دولتَس پیٹھ چھُنہٕ کانٛہ بھروٗسہٕ۔ سونس رۄپَس چھُ آسان کیٚنہٕ نتہٕ کیٚنہٕ خطرٕ۔ یا تہٕ ہیٚکَس ژوٗر نٔنہٕ کھیٚیَس اَمیرِ انسان (خواجہ۔ مالک) اَکہ نَتہٕ بیٚکہِ ہیتہٕ۔ البتہٕ ہُنر چھِ اَکھ وُزی نٔہ دارناگ۔ نہٕ اَکھ پوشیدٕ ؤنی دولت۔ اگر ہُنرِ وانِس غُربت ییہٕ تَس چھُنہٕ پرواے تِکیٖازِ ہُنر چھےٚ پانٔز یانے اَکھ دولت۔ یوٗتنٕ گژھِ تنہٕ چھَس یوان قدر کرَنہٕ تہٕ نفرس پیٹھ چھَس یوان جاے کرَنہٕ۔ بےٚ ہُنر چھُ بیٚچھی کھیوان نہٕ سختی وُ چھان۔

شعر

حاکِم بَننہٕ ماتحتی چھِہ سیٹھا دشوار
یُس نازٕ و نخرٕ ن منٛز بلیٚتھ و ظٔلمس یِیہٕ تَس وار

قطعہ

دِیان شاہَس اندر فتنا بَپا گو
ژٕلیتھ رۄد پٔرنہٕ اَکھا در جاۓ تنہا
بنیٚاۓ اَتھ منٛز امیران و وزیران
عقلمند گر بیستنہٕ ہندی شُرکی نِیسنگاہ
وزیرن ہندی بے آسی بے عقل شُری
گدائی کرنہٕ لگی عبرت چھُ کوتاہ

## حکایت ۳

اَکھ عالِم اوس اَکِس شہزادَس پرناوان۔ سُہ اوس تَس سیٹھا لایان تہٕ لیٚتہٕ وان۔ اَکہِ لٹہِ ییٚلہِ نہٕ تَس توٚژھ روزٕ ٹمی کرٕ مالِس نِش اَمِچ شکایتھ۔ تہٕ دآدی لد جِسمہِ پیٹھٕ ژٕلِن پلو تھوٚد۔ مالِس گوس سیٹھا اَثر تہٕ اَتہٕ نوٚون سُہ وۄستاد نادِتھ۔ تہٕ وۄنُن زِ عام لوکن ہِندین شُرین چھُکھ نہٕ ژٕ یوٚت لایان یوٚت میٚانِس نیچوِس سزا دِوان چھُکھ۔ اَمیٚک وجہ کیٚا چھُ۔ ٹمی وۄنُس زِ تہذیبہ سان کتھ کرٕنۍ تہٕ رٕژی پاٹھۍ وۄتھُن بہُن چھُ قریبے سارِنۍ لوکن ہِند خاطرٕ ضروری، البتہٕ بادشاہ سِند خاطرٕ چھُ یہِ زیادٕے اہم۔ تِکیٚازِ یِہُندٕ کٔرِتھ چھیٚ فورن مشہور گژھان تہٕ لوکن

ہنرَن کتھَن چھُنہٕ کانٛہ اعتبار آسان۔

قطعہ

فقیرَس اُسی تن ہتھ عیب آسن
زٕ نٲنہہ ما دوستن تامتھ لگس پے
دوٚن گوٚ یوٚد بادشاہَس آسہِ کُن عیب
تیمیٚ لگہِ مُلکہٕ ہیتے مُلکہٕ پارٕسے

لہاذا چھیتے دوستادَس کوٚشِش کرٕنی زِ شہزادن ہندی اخلاق
سپدن درُس۔ خُداکرِن تہٕنزِ پرورِش رٕتی پاٹھی۔

قطعہ

یُس نہٕ لوکچارَس ادَب ہیچھنو وتھَن
بالغَس کتہ آسہِ نیکی تَس اندر
اُدرِ موٚرے یُنتھ ہیکِھ نیٚتھ وَرتھ دِکھ
ہوٚچھ تہٕ تھ مانار روٚس زانٛہ گژھہِ سبزر

فرد

بیٚمہ نہٕ سختی زاٚج زانٛہ دوستادٕ سنٛز
تَس زمانُک ظُلم ہیٚیہ پٔرتھ ساتہٕ گھنٛز

بادشاہَس آیہ عالمہٕ سنٛز کتھ تہٕ تمی سُند تدبیر سیٹھا پسند۔
خلعت کوٚرنَس عطا بیہِ دِژنَس ترقی۔

# حکایت ۳

مےٚ وُچھ مغرِبس منز اکھ وۄستاد اسٕہ ٹھا شرارتی تہٕ کیتھ گوٚر۔ اَمِہ علاوٕ اوس بدکردار تہٕ بدمزاج یُوت زِ مُسلمانَن اوس تَس کُن وُچھتھ آرام راوان۔ تمۍ سُند قرآن پرُن اوس ٹُکن ہُند دِل سیاہ بناوان۔ یِتھو شَونِہ نِن کُٹھن تہٕ کورِین ہِشز اکھ جماتھ اٲس تِمۍ سُندِس پنجس منز پھیشیاہ مژ۔ کانٛسہِ اَکِس اوس نہٕ کُنہ کرنک یا اسُنک طاقت۔ گراوس اکی سُندِس روٗہ پہٕ تھپس ٹھپہِ دِوان تہٕ گراہ بیاکِس شیشہٕ ہیوٗہ گوڈِ موچھہِ منز رٹان۔ بہرحال دیان لُوکو زیِنہ اَمی سُندِ نفیچ یہِ خیانتھ تہٕ تِمو لوے ہس نہٕ زٕ ڈھنکھ گُڈِ تھ۔ اَمہِ پتہٕ گوٚو کھ مدرس اکِس نیک اِنسانس حوالہٕ۔ سہٕ اوس سِٹھاہ پرہیزگار، نیک خصلت تہٕ عقلمند۔ کُنہ تہٕ اوستہٕ ہُنگہٕ منگہٕ کران۔ نہٕ اوس نزِہ کتھا کران یِمہِ سِتۍ کانٛسہِ تکلیف واتِہ ہے۔ شُرین یُس اوٚتانی وۄستادُ سُند خوف دِلَن منز اوس سُہ گو ختم۔ یِم ملکن ہِندی صِفت وُچھنہٕ گوٚ پرتھ کانٛسہ اُٹ کہٕ شیطان بنِتھ تِمو لگی اکثر گِندنہٕ تہٕ ژھرے مشقہٕ اکھ اَکِس کلس ٹھاسنہٕ۔

بیت ؎

وۄستاد بیٚلہٕ آسہِ بے آزار
شُری بنن مدآری در بازار

دوٚیہ ہفتہٕ پتہٕ گوٚس بہٕ بییہٕ اَمہِ مدرسہٕ کُن۔ گوڈنِیُک ماشٹر اوسکھ مَنہٕ نووُتُت تہٕ بییہٕ واپس اوٚنمُت۔ مےٚ گو دِل تنگ تہٕ پوٚرُم لاحول ولا زِ بییہٕ چھُکھ شیطان واپس اوٚنمُت۔ اَکہِ تجربہٕ کار بُڈِن پوز میانہِ کَنَن تہٕ اسان اسان ووٚننم:-

مثنوی ؎

دیان اَکی بادشاہن نژوو مدرس
نیچو دِژِنَس مشق سو تہِ شیٚر ژورِ دس
لیٚتو کھن سو نہٕ واتہِ ہینی مشقہِ اندر
ظُلم وو ستاد شُتدُے اَیژ چھُ بہتر

## حکایت ۵

اَکِس شہزادس آو پیٚنِنِ ہِندِ واریاہ مال وراثتس منز اَتھی، تمی ہیٚتر بدکاری تہٕ عیاشی کرٕنی۔ تہٕ فضول خرچی ہینووُن پنُن کار۔ مختصر پٲٹھی کانٛہہ گونہٕ ترووُن نہٕ کرٕنہٕ روٗس۔ کانٛہہ نصیحت تہِ ترووُن نہٕ۔ اکہِ لٹہِ کرٕمس نصیحت تہٕ وونُس زِ گوڈ برٛاہ آمدنی ہنز مثال چھےٚ وسہٕ وِنہٕ آب تہٕ خرچچ مثال چھےٚ پیان گرٕ ژٕچ یانے زیادٕ خرچ کرُن شوبہِ تمس یُس مقررٕ تہٕ سیٹھاہ آمدنی آسہِ۔

قطعہ ؎

خرچ زھوٗٹراو چھُے بُد آمدن کم
وناں یِیِ مولوی آسان ہر دم
اَکرنے رُود بیٚیہٕ گژھِ خشک سأی
ہوٗکھِت گژھِ دجلہِ وُری یُس منز یک دم

عقل تہٕ ادب گژھِ مدِ نظر تھاوُن۔ گِندُن درو کُن گژھِ مُنشراوُن تِکیاژِ پیٚلہِ دولتس خارخطتی پیہٕ تیٚلہِ چھُ انسانس مُصیبت بوان تہٕ شرمندگی تلنی پیوان۔ اُمی لڑکن ماٗنی نہٕ کتھ اَمہِ موکھہ زِ نَس اوس گیونگ گِندُنُک تہٕ کھین چینُک شیٚر زامُت۔ مثانہِ گنھہِ

کوٚرُن اعتراض تہٕ وٕنن۔ وُنی کینہٕ کیٚس آرامس تہٕ بیٚوٕ وٕتہٕ مُصیبت چھ پریشانی سیٚتی گیٚنڈِ گرُن چھُنہٕ عاقلن ہِنٛزِ راے مُطابق۔

مثنوی ؎

گنڑھی کوٚ مالہٕ وول خوش بخت اِنسان

مُصیبتہٕ کے خیالے ٹھلی پریشان

ژٕ گنڑھ کرہ بار عاشا ساسہٕ نے ڈاس

یگاہ گیاسیدِ یکھک تراو وسواس

بیٚیہٕ وَنتم یہٕ کیتھہٕ ہیکہٕ پوٚت روٗزِتھ بیٚیلہٕ زَن بہٕ مُروت کرِس منٛز ساروے کھوتہٕ اعلیٰ مقامہٕ وول چھُس تہٕ سخاوتُک کمر چھُم گوٗنڈمُت تہٕ سارنے لکن ہِنٛزِ ژٕ یو بیٚیٹھ چھُ فقط بخشاے لِبتہٕ ہٕنشد تذکرٕ۔

مثنوی ؎

گوٗیِس سخاوتَس منٛز مشہوٗر

آمہٕ لِتشہٕ پرٕ تہٕ تَس ہیوٗن دوٗر

جایہٕ جایہٕ بیٚیلہٕ ووت چونُے ناو

بُتھہٕ لدِتھ دروازٕ بَند موتھاو

مٔے توٚگ بوزُن زٕ میانی نصیحت چھیٚے تہٕ تَس اثر کران تہٕ میون گرم تہٕ توٚت شاہ چھُنہٕ تمی سِندِس تُرنِس شمشیرِس بیٚیٹھ کارگر سپدان۔ مٔے تراو تَس نصیحت کرٕنی تَس نش ہیوٗتُم لوٗب تہٕ عاقلن ہِنٛزِ کتھہٕ بیٚیٹھ کرُم عمل۔ زٕ یہٕ ژٕے بیٚیٹھ فرض چھُ تہٕ وال نکھٕ اگر تمہٕ بیتہٕ تہٕ اوٕ مانہٕ تہٕ کانہٕ ژٕ چھکھ بُری۔

قطعہ ؎

بہ زانہ زِ بوزِم تہٕ کانٛہ اَکھ نصیحت
بیٚیس تام رٕژ کٔنہ ژٕ روز واتناوان
وُچھکھ عنقریب بہ مغرور اِنسان
پھیشومُت زانٔس تہ گوٚمُت پریشان
اَتھن ژٔڈی ہیوان آسہِ افسوس کھیوان
نصیحت تہٕ رٕژ کٔنہ اوسُس نہٕ بوزان

واریاکالا گٔژھتھ وُچھ مےٚ تمِ شٕتُر بدحالی منز واتہٕ۔ سُہ اوس جنٛدٕ شٕبران تہٕ مینٛچہ سوٚمبران۔ تمِ شٕتُر یہ کمزور حالت وُچھتھ آو مےٚ عار نہٕ مےٚ زونُم مُناسب بیٚہ جُس حالس منزٕ تمی شٕترن زخمن نٔون نترٔاوان۔ دِلہٕ شُتری ووٚنُم۔

مثنوی ؎

کم ذات اِنسان ییلہِ گژھہِ مَست
کیٛا زانہ آسہِ ما زانٛہ تنگ دست
ہر دٕس کُل اَسہِ ہیو پٲگرا وان
منز وتہِ چھُس شٕتُر یِن چھانان

## حکایت ۶

اَکہِ بادشاہن نژوو بیٛن اَکھ نیچو اَکس اُدیٖبس نِش نہٕ ووٚنُس زِ بیٚیس کرٕ تہٕ تژھ تربیت یُژھ کانٛہ بنِس سُہ نیچوس گران چھُ۔ اُکس وری یس کٔرٕ تمی تس سٕہ ٹھا کوشش مگر حاصل نہٕ کینٛہہ نہٕ ادیبہٕ ہنٛدی شُرکو اَتی علم وادبس منز شُند دس کمالس۔

بادشاہَن رۆٹ ادیب تہٕ تَس گوناراض زٕ ژٕ سے کرٕ کتھ مۍ سٕتی وعدہ خلأفی۔ ادیبَن وۆنُس زِ عالم بناہس پَرِ زانُن زِ تربیت چھیٚ ہِنِش آسان مگر طبیعت چھ ہیوٚن ہیوٚن آسان۔

قطعہ

کُنہ اُندرے یُد چھُ ہیران سون
پرٕ نتھ کُنے مشرٕ آسہِ ماموٚ ہیوٚد سون
یوٚد چھ تارکھ گاشراوان پرٕ نتہ اندس
جاے کانٛہہ تھُزرَس چھیٚ وانقع کاشہ چھ لون

## حکایت ۷

اَکی باکمال پیرَن ووٚن اَکِہ دوہہ پنٕنِس مُریدَس زِ ہیتھ کُنی اِنسانس روٗزی یَس سٕتی واٹھ چھُ اگر تِمیتھ کُنی روٗزی دِنہ واَلس سٕتی تیتھ واٹھ آسہِ ہیس تبٕلہِ تھُد ہے ملکَن تھوٚد تھہنٛد مرتبہٕ۔

قطعہ

خدایَن ما مُشرٕ نکھ ہیٚلِ ژٕ اوسکھ
فقط اَکھ آبہٕ بھیوٚرا نظرِ نِش دوٗر
بخشنے عقل، ژوٚ بیٚیہٕ حِس تہٕ دِیت نے
حُسن ہیٚیہٕ زلو تدبر کُنی تہٕ منظوٗر
اَکھَن دٕ اوٚنگجہ دِژنے بُڈ چھیٚ نعمت
پھٕکِن دون نرٕ تہٕ کوٗر نکھ مست و مخموٗر

ووں ژُھکھ ہا عقلہٕ رستیو کیا زِ نالان
زِ روزی دِیُن مشی ماچھا یہِ دستوٗر

## حکایت ۸

مےٚ وُچھ اکھ گرٕ لوٗستا پننِس نیچوٗس وَنان زمیا یہِ گوٗبر قیامتکہِ دوہہ ییرٕ ژھنے زِ ژےٚ کیا کوٗرتھ ہٕ زِ زٕ کمہٕ خاندانک ژُھکھ یا نے ژےٚ ییرٕ ژھنے زِ زٕ ژےٚ مثنر کیا کمال چھُ نہٕ زِ چون مول کُس چھُ

قطعہ

غلافس کعبہٕ کِس لُکھ بوسہٕ دِلوان
چھُ تبرُک نےٚ زِ ریشم ناو چھُی تتھ
بناوان حیس معززپاک تےٚ تھُز
معزز پاک تےٚ تھَدِ پایہِ صحبت

## حکایت ۹

داناہو چھُ لیوٗکھمت زِ بیچ چھُنہٕ نتھٕ کُنی دُنیاہس لوان، ییتھٕ کُنی باقےٚ جانور یاد چھِ سیدان بلکہٕ تِم چھِ ماجہِ ہندِ شکمکی اندرِم حِصہٕ کھِوان، تمی پتھٕ ییدٕ ژٕ ستھ ییبر ینبران تہٕ جنگل کُن روانہٕ سِپدان۔ بیچ پتھِس آلس مثنر بم مسئلہٕ چھِ تِم چھِ توے تتہٕ آسان۔ اکہِ لٹہٕ ووٚن مےٚ یہِ اکس بزرگس۔ تمی ووٚن زِ یہِ کتھٕ بزٕ آسنس ییتھٕ چھُ میثون دِل شہادت دِوان تہٕ امہِ وَراے گژھِ تہٕ نہٕ آسُن نِکتبا زِ لو کچارس پننِہ ماجہِ ستی یہِ سلوٗک کرنہٕ مو کھے چھِم تمی ییدٕ تھٕ بینی

ظُلمس منز مشہور سپدان۔ قطعہ ؎

کران اوس عامؔ قلاہ نیچوس نصیحت
وَنے بو بوز گو بریاپ چھے بہ رژ کنتھ
وفادار ییس تہٕ آسی پننہ نے ہُشد
تمِس نِش دوستی ہشنز تھاوِ کُس سنتھ

مثل ؎

بچس یِرژ ھو کھ زِ وندس کیاز چُھکھ بہ ہنبر بنبران نمی وونکھ
زِ رینہٕ کاٹس کُس عزت چھُم واتان زِ وندس ینر بیٹیہ ہنبر۔

## حکایت ۱۰

اکس درویش سنز زنانہٕ آس گو بہ کھور۔ بیلہ وقت وتس فقیرن
وون زِ اگر عمری دُم تام بنیام بہ ہنچو لہاذا اگر مے لڑکہ زاو بہ کیشر ھا
بتیمہ جنّد علاوہ مے سانتہٕ ننتھ چھے بہ نِ باگراو فقیرن۔ قدرتی زاس ہنچو۔
وعدہ مُطابق کرِن فقیرن دعوت۔ اَمہ پتہٕ کینہٕ وری گژھنتھ آس
بہ شامہ سفر بیٹھ واپس تہٕ پوکس اُمی سندِ محلہٕ کنی۔ تمی سنز خبر اتر
کرِم دریافت۔ لوکو وونہم زِ سہ چُھ گنڈوالن جیلس منز بند کور مت۔
مے پرژ ھمکھ زِ وجہ کیا چھُہ۔ تور وونہم زِ تمی سندی ہنچوی اوس
شراب چوٗمت تہٕ لڑائے کرِتھ تہٕ کُس تانی اوسُن سور مُت۔ بینہٕ اوس
شہر منز ژولمت۔ اوے سو کھ نژ اوس ہاس ماٗلس بریڈی ناٗلی۔ مے
وونمکھ زِ بہ بلاے اُنی تمی بانس زور خدایس مُنگتھ۔

قطعہ ؎

اگر گو بہ کھور نَنے زلوِ پڑ ستہٕ وَقتے
سرٕ بہ یُس ظالم اَظلم چھُے آسان
عقلمند زانہٕ اَمہِ کھو تہٕ یُثر غنیمت
زِ زٕلوِ یوٗدشہٕ تِمُس نا اہل نادان

# حکایت ۱۱

لو کچارس منز پڑزھ میٚنے اَکِس بدِس بوڈ گُرٕ ھنج ڈلیل۔ تمی ووٚننم زِ کتابَن منز چھِے ترٕ یے نِشانٕی لیکھِت۔ اوٚل بیٚداہ وُہرٕ گرٕھُن۔ دوٗم، راتھ کیٚتھ شیطان لگُن۔ تریِیم، موٗئے زہار ریٚن۔ حقیقت چھِے یہ زِ اَمِچ چھِے اَکے نِشانٕی سو گٕیہ یہ زِ انسان روز نفسک غلام بنتہٕ بجایہ زِ یاد خدایہ سٕنٛزِ رضا جوئی منز۔ بیٚیمِس منز نہٕ یہ صِفت آسہِ، تحقیقہٕ والین نِش گو نا بالِغے۔

قطعہ

آبہٕ بھیوٗر زٕ تچھن دوٚیَن بیٚلہ رٕود
ماجہِ ہِنٛزِ یٚڈ منز بنیوٗ اِنسان
زِ تچھن وُرِیَن ہیوٚ چھُن نا ادب
عاٗقلن نِش ماشہٕ گو اِنسان

قطعہ

جوانمردی، مہربانٕی بناوان آدمس اِنسان!
جِسم تٕ شکل چھُنہٕ تھاوان کانہٕہ قیمت بہٕ کیتھ تھو یاد

ہُنر آسی تہٕ چھکھ اِنسان ژھرِ ے صوٗرت کری کیٛاژ ہے
چھیٖے صوٗرت بَر در و دیوار بے جان یوٚد دِ ہس ژ ے واد
بُزرگی یِس اندرَ نے آسہِ وَننتم کیٛا حصَر آسہٕ سِس
شہٕ بے جان صوٗر تھا مانٛن وَننتم کیٛا چھُ اَتھ چون واد
کرُن حاصِل فقط دُنیا ہُنر وَننتم چھیٖے اَتھ منٛز کیٛا
بیٚیس رَنٛز وکھ ژِ دِل یوٚد وے وَتی پٔر تھ کاتہٕ ژھیٖے زندآباد!

## حکایت ۱۲

اَکہِ وُری بہٕ گو وہ کھلی جَس گرٛھن والین پانہٕ وائٹی تناز تہٕ بہٕ
تہٕ اوسُس اَتھ جماژ منٛز۔ یہٕ زرگو بی ژِ اَسہِ کوٚر پانہٕ وائٹی سَخ جگرٛڑ تہٕ
لبکہِ لبکھ۔ میٚے وُچھ اَکھ وَتنہٕ ڈ سوار اَکھ یُس تہٕنس سار تقبس ونان
اوس ژِ یہٕ چھیٖ تاجب زِ ہُسی ڈنڈُک ہینٛو مُت شطرنجُک پیاد چھُ
سارے بوٚر ڈُک سفرطے کران تہٕ وُزیر بنان یعنے سیٛٹھا مرتبہٕ لبان
مگر وہ کھلی یکبن وائی حاجی ٹکی سارِی ہیٚے جنگس تہٕ تِم گئے یٔرونٛہی یہ
کھوٚ تہٕ بیٚٹھے۔

### قطعہ

وَننہٕ تَس حاجِس سَناوان یُس بیٚیَن
عیب لوٗکن ہندی کران یُس فاش تَے
حاج چھُے یَس وَتھ چون بیٚیمہ ژاپی کنٛڈی
راتھ دوہ بیٚیمہ بور چونُے سور تَے

•

# حکایت ۱۳

اَکھ ہیوٗنڈاوس آتشبازی ہِشر کاٗم ہیچھان۔ اَکی دانا ہَن وۆننس زِ چاٗنی یاٗر اَسے نَرچ بنیمِژ چھِنے چانہِ خاطرِ چھُپنہٕ یہِ شغُل ہیچھُن جان۔

بیت ؎

یوٗس آسہِ رِژ کتھ کر سوے بَیان
آسہِ نَے رِژ کتھ وَٹھ سائے زبان

# حکایت ۱۴

اَکِس بے وقوفس کوٗرُن اَچھ دود۔ سُہ گو دانِد ڈاکٹرس نِش علاج کرُنہِ۔ دانِد ڈاکٹرن تژوونس سُے دَوا اَچھِن یُس سُہ گُپن نژاوان اوس تہٕ سُہ گو اوٗن۔ یہٕ تَنازٕ ووت اَکِس حاکمس نِش۔ تمی وۆنُس گژھ سائے ہیتِمس واتہِ نہٕ کانہہ سَزا، تکیاز اگر نہٕ یہٕ خَر آسہِ ہے دانِد ڈاکٹرس نِش ماگژھِہ ہے۔ مقصد چھُ یہٕ زِ یُس اَکھا ہے تجربہٕ اِنسانس کانہہ بَڈ کاٗم مَتہ نِہاوِ شرمندہ گژھِہ علاوہ چھُ سُہ داہَن نِش سیٹھا بے قَل مانہٕ یوان۔

قطعہ ؎

عقلمند نِہاوی نہٕ زانہہ بے وقوفس
متہ کانہہ اعلیٰ تہٕ سَقدِ پایہ کار
وُگوٗیُس ووناں آسہِ یوٗدوَے چھُ وۆر
وَہنِس کُس ژھ کریا یہٕ اپشم سَبار !

# حکایت ۱۵

اُکس بُزرگ امامس موٗد نیچوٗ۔ لُکوٗ پرٛژھہس قبر بیٹھ کیا تھاووس لیکھت۔ تمیٚ ووٚننکھ زِ قرآن شریفکی آیہ چھ سیٹھا تھدی تہٕ مُقدس۔ امہِ کھوتہٕ زِ تمہ بِن قبر پیٹھ لیکھہٕ۔ نہٕ کُنہ آسنکھ پیٹھی پکان تہٕ ہوٗنی آسن امہِ پیٹھی پھرٛکان۔ اگر ضرورٕ کینہٕ لیکھُن چھُ نیٚبلِ چھُ یہِ بانکھ کافی۔

قطعہ

دِل گوٗ خوش لوٗگ باشہِ کرنے
بیبلہِ بیبلہِ دزمنس پھیوٗر سبزار
یارا وو تھ سائے کر جھکرا
آمُت قبرے ہیانہِ بہار

# حکایت ۱۶

اکھ نیک شخصا پوٗک اُکس اُمیرس کنی۔ تُس اُکس نوکرس سزِ زِنگہٕ گنڈِتھ سزا اوس دِوان۔ اُمیرس ووٚنن۔ گوٚبرِ یا زِ چُھنکھ خُدا بِن پننِس حُکمس پابند تھوو مُت دولت عطا کرِتھ۔ اُمہِ دولتک کرِ خُدائیس کُن شُکر تہٕ اُمس پیٹھ مہ کر یوٗت ظلم بنان چھُ زِ پگاہ قیامتک دوہ ما آسہِ یہِ نوکر چانہِ کھوتہٕ رٕتِس حالس منز تہٕ ژٕ آسکھ شرمندہ تہٕ رُسوا۔

مثنوی

غلامس ظُلم حد کھوتہٕ زیادٕ مو کر
بُجھِتھ دِل سُے دِپان گو ظُلم اکبر

ژ ئے ہیو ژمت موٚلی سہٕ رو پیئن تو نہٕ کیا گو
ژ ئے ماگوٚر ہتھن شہٕ پاٚدا چُھکھ نہٕ داور
چلا وکھ کوٚت کالا حُکم شاہی
ژ ئے کھونہٕ تے چُھی خدا یے بحر تے بر
ژ چُھکھ ارسل نہٕ آغوشس نہٕ ماٚلِک
مہٕ مُنشراوُن خدا چُھی بوڈ نہٕ برتر

حدیث شریف چھُ زِ فرموو آنحضرت صلعم یوز سارِ وے کھونہٕ بوڈ حسرت چھُ قیامتک دوہ ییلہٕ اکِس غلامس جنتس نِن نہٕ ژمُ شُند بدکار مالکھ ییہ جہنمس نِنہٕ۔

قطعہ

یُس ژ ئے نوکر تا بعداری کری
تس مہ کر ہیتہٕ دژ نہٕ شرار کتھ چھا وطیر
یلی گژھکھ شرمندہ قیامژ دوہ
آسہٕ آزاد ژ ئے مگر آسکھ اسیر

# حکایت ۱۷

اکِہ وُری بہٕ اوسُس بہٕ بلخہٕ پیٹھہ بامیان گژھان۔ وتہِ اوس ژوٗرن شُند سخ خطر۔ وتہٕ ہاوُک اوس اکھ نوجوانا یُس تیر لاین دول سلح سامانہٕ گنڈِتھ نہٕ سیٹھا طاقت ور اوس۔ دہ موہتوی نہٕ ہکہٕ ہن نہٕ ژمی شنز کمانہٕ ہیٹھہٕ زانیتھا نہٕ نہٕ تمِس ذرہٕ منز اسمان ہاوتھہ یکہ اوس نخا نہٕ ماحرسان نہٕ نازِن منز بیلیٖو ژمت۔ زمانک سرد گرم اوسُن نہٕ وُچھمت نہٕ

۱؎ ارسل نہٕ آغوشس آسی زِ غلام۔

سفر اوسُن نہٕ زانہٕ کوٚر مُت ۔ بہوٗدرَن ہندِ ڈو پچ آواز آسٕس نہٕ کَنن گمژٕ تہٕ سوارَن ہنزَن تلوارَن ہِنز چمک آسن نہٕ وُچھمژ ۔

شعر ؎

دُشمنَن اوس نہٕ زانہٕ کوٚر مُت اُسیر

جنگ نِش بے خبر وُچھمُت نہٕ تیر

قوی تن اوس جوان تہٕ بہٕ یکہٕ وَٹہٕ یکان تہٕ تُس بڑوِن دیوار مُتھہِ اوس بیوان قدرتی اُسی لہروان بتھے کُٹن تُس لوڈ کلا نظرِ اوسُس گژھان سہٕ آسی بڑا اُٹھہٕ آنان ، مطلب بیٛمہٕ بیٛمہٕ چیزک خطرٕ اوس باسان سہٕ اُسِن نابوٗد تِوان کرِتھ نہٕ تھبِکنہٕ آسی ونان ۔

بیت ؎

اَتھن ہوٚستا میٚے بتن گژھہِ مُقابل

اَتھن شیرا میٚے نِش ہاوَے کڈرس ٹھِل

اُسہٕ آسی پی لہ وَنان زِ اَکہٕ کنہٕ بیتہٕ کنہٕ دژاے ڈاکوٗ جورا تہٕ ہبوٗ نکھ اَسہِ بیچھ حملہٕ کرُن ، اَگَر آس لوٚر اَتھَس منز تہٕ بیٚس اَس مُشکِل ۔ بہٕ ووٚتھس اَمس جوانَس کُن زِ کیا چھکھ سوچان دُشمن چھُ بڑوٗنہٕ کنہٕ ۔

بیت ؎

ژِ یکھ ہاو مردی تہٕ بیٚہ ہاو زور

دپان ووت دُشمن پانے بہٕ گور

میٚے وُچھ پانہٕ زِ تیر کمان ہیوٗ تِمس اَتھہٕ منز تہٕ اُڈی جِن تانی کرِنس تھرِ تھرِ ۔

فردٕ

کٲبَ دار یُس چھِیر حُض موبہٕ واٗلِس
ضرورٕی چھُنا دِرٕ جنگ وجدا لُس

ستے باسیٹھٕ وزٕ امہٕ ورأے چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ زِ سِلاح ساماہتہٕ تہٕ یَلپوٗ زِ ھنٛوکھ اُتی تنژاوِ تھ تہٕ باپہٕ ژلُوتہٕ بچاوو ژوٗ۔

قطعہ

بڈِ ین کارَن ژِ سوٗز کھ بُڈ ری بہوٗ در
اَنَن یم شیر تا ستھ زالہٕ لاگِتھ
جوانس آسہٕ یوٗد طاقت بدَن دوٗر
وُچھِتھ دُشمن ازٕ یس تھر بنْد گرتہٕ ھِس ستھ
لڑٕن زانَن یمن آسہٕ آزمائش
عقل یس آسہٕ تسے ہیکہٕ شرع زٲنتھ

# حکایت ۱۸

منٛے وُچھ اَکِس اَمیر سُندہٕ نیچوٗ مالٕی سُنزِ قبرِ بیٹھ اَکِس درویش سُنٛدِس لڑکس ستی بحث کران زِ میانِس مالٕی سُنز قبرٕ چھُنٛد صندوٗق چھُ کینژُو۔ بیٹھِ چھُس بیوٗر رنگ دار۔ فرش چھُس کینژوٗ سُنزِ چھُس فیروز جیہ کُنہٕ لاگِتھ۔ اَتھ ستی کیا کرٕ چانِس مالٕی سُنزِ قبرٕ مان تس چھُنے زِ سیر بیٹھِ لاگِتھ تہٕ مِٹیٛزِ موٗٹھا چھِکِتھ فقیر سُنٛدی لڑکن بیٛلہٕ بہٕ بوزٕ شہ ووٗتھس۔ یِژتانٕی جون مول یموٗ گو ہوٗ کینژو ٹلہٕ حسرٕ کتھ کرِ میٛون مول آسہٕ نوٗتانٕی جنتس منٛز ووتمُت۔

فردس

یَس خرَس ما لکھ لدِ لوّت بار
بے شک آسہِ سُے تیز رفتار

قطعہ

فاقہِ ہوّت درویش سختی ژائج بیٚیمی
مَرنہِ بیتہ آرام بے شک واتِر تَس
دولتس منٛز یُس غرق گو زان سُے
آخرت مُشکِل مرُن دُشوار تَس
قیدی گژھِ آزاد آرام باسہِ تَس
بیٚلی اسیر گژھِ قیدی زَن اَژِ دوزخَس

## حکایت ۱۹

مےٚ بوٗزژھ اکِس بُزرگس، بیٚیمہِ حدیثِ شریفُک معنے اَعدیٰ
عدوك نفسك التی بین جنبك۔ دوّبنم۔ یُس دُشمنَس
ژ احسان کرکھ سُہ بنی ژےٚ دوس۔ بغٲر چون نفس یتھٕ کیٚنیاز تَس
بوٚت نرم وَرتاوکھ تیٚز کری سُہ ژےٚ مُخالفت تہٕ بنیوٚت یہ ژےٚ
خلاف وُتھنہٕ

قطعہ

کم خور اِنسان بنہِ ملائیکھ
جاروآے ہشدی پاٹھی لیٚتیہ بتہِ گٔژ
یَس ہشد مانگھ بنہِ تابع
نفس البتہٕ جاری پیٚنی

# سعدی ہشر کتھ اکس درویشس ستی۔
# مالدآری تہٕ فقیری ہندس موضوعس پیٹھ۔



متے وُچھ اکھ شخص درویش لاگتھ مگر اصلی اس نہ تس منز درویشی ہنز بوے تہ۔ اکس مجلسہ منز بہتھ۔ ناکار کامن گن لوگمت تہ شکایتن ہنزد فتر اکھ وُلمت۔ تہٕ امیرن ہندِ تاواوس اڈ زاد ڈاکران۔ اتھی منز ووتُن بہٕ تانی ز درویشن ہندِ طاقتکی اکھ چھ ییند تہٕ امیرن ہندِ ہمتکی کھور نہ چھ پھٹی ہتی۔

بیت

شخص یس چندس چھنے نہ کھنڈ ہار
دِلہ ڈری کنجوس چھی مالدار

چونکہ بہٕ چھس بُزرگن ہنز مہربانی تہٕ سخاوتہ ستی پوت وومت، متے آیہ نہ بہٕ کتھ پسند تہ وومس۔ دوستا۔ امیر لوکھ چھ غریبن ہنز آمدنی، درویشن ہند امیر، زیارت کرن والین ہند دُعا، مسافرن ہنز چھپن جاے۔ تمے چھ کوب بوزلن وآلی بیبین ہند آرامہ خاطر۔ بنس والن نیلی اکھ بیلہ لوکٹو لوکٹو پینی ریڈ آسہ کر منز تہ بیٹھ نے مہربانن ہند حصہ چھُ موتڈن، بڈن، ہمساین تہ رشتہ دارن وانان۔

## نظم

اُمیرَس مالدارَس مال و دولت
کران اَتھہٕ رۄٹ چھہٕ لوکَن بیبہٕ سخاوت
لبکھ کرٕ دَرجہٕ تِہنٛدِ ے چھَا لوکٕٹ کتھ
نمازٕ ے سۄ نتہٕ سبوٗد تِتھی بیٚھ ژٕ تے نخوت

اُمیرن چھُہ نمازٕ پرٕنک تہٕ تہٕ زکواۃ دِنک نہٕ طاقت آسان۔ تِکیازِ تِمَن نِش چھُہ مال تہٕ آسان، صاف پاک یَلوٗ دِلوٗ نہٕ آسان۔ عزت تہٕ قایم آسان نہٕ دِل تہٕ لوٗت آسان۔ عبادت کرٕنُک طاقت چھُہ پاک کھیٚن چیٚنس مٔنزٕ۔ نہٕ عبادت چھےٚ صاف یَلوٗن منٛز دُرست پأٹھی کرٕنہٕ یوان۔ تِکیازِ ژھوٗرٕ ے معدہ کیا ہیٚکہِ کرِتھ۔ چھوٗنے اَتھہٕ کُس خیٖر ہیٚکہِ واتناوِتھ۔ یِژٕ بدٕین منٛز کھور کَم سأل ہیکَن کرِتھ نہٕ بوٗ چھہِ ہوٚت اَتھہٕ کیا مدٕتھ ہیٚکہِ بیٚبس کرِتھ۔

### قطعہ

| | |
|---|---|
| رٔتس آسان پریشان | صُبحُک یَس نہٕ کینٛہہٕ سامان |
| رہے ریتہٕ کالَس سوٗ میراوان | وَندٕ سے فارغ پأٹھی کھیوان |

فراغتَس تہٕ فاقَس چھُنہٕ واٹھے۔ تہٕ تنگدستی منٛز کُس اطمنان ہیٚکہِ اأستھ۔ اَکھ گنٛڈِ خفتَن نمازِ ہِشٕز بٔبت بِیا کھ آسہِ خفتن کٔرِس بتَس بٕراران یہِ نہٕ سُہ گوٚ تہٕ اَکُے۔

### بیت

یَس آسہِ کھیٚن چیٚن تَس روزِ دِل
یادِ خُدا کرِ تَس مأ بِل

لہذا چھے تمن لوکن ہنز عبادت زیادٕ قبول سپدان ہم اُمیر
آسن تکیاز تہندٕ دِل چھُ لوت آسان۔ خدایس کُن مشغول آسان
تہٕ پریشان نہٕ۔ زندگی ہندی ساماناہ چھکھ میسر آسان تہٕ عبادت چھ
دِل دِتھ کران۔ عرین ہُند قول چھُ۔ خدایس چھُس پناہ منگان تمہ
شکسہٕ نشہٕ یُس انسانس تلُک بیٹھ چھُ کران بییہ تس انسانس ہنز
ہمسایگی نِشہٕ یُس نہٕ مائے تہٕ محبت آسہ۔ حدیث شریف چھُ زِ
شکس تہٕ مُفلسی چھِ دوشوی جہانن ہنز رُسوائی۔ سہ ووٗتھم زِ
زٔنے چھے سو کتھ لوٗزمہ مگر یہ کتھ تہٕ زِ حضورو چھِ فرمووُمت
فقیری بیٹھ چھُ مے فخر۔ مے ووٗنمس کرزِ ہوٗیہ۔ حضرتن ہُند
اِشارٕ چھُ تمن فقیرن کُن یِم خدا تعالاِ ہندِس یتھ ہنس کلہٕ تھٕ داران تہٕ
تمی سِندین مصیبتن نن دار چھِ روزان نہٕ زِ یمن لُکن کُن یِم درویش
آبہٕ خرقہٕ چھِ نالی لاگان تہٕ بیین آتھہٕ داران۔

رُباعی ؎

ڈولہٕ منز آوازِ رُوس وَن بنہٕ کیشا
نور کُنیت ساماناہ کینہٕ کر دوستا
لایحس لِتھ، کرزِ طمہس لار ووتی
نالی تسبیح خرقہٕ یارن ئلی گکا

نقلی درویش چھُیہٕ لوٗنانی سوکھ۔ بیٹھان لوٗنانی تہٕ تمی ہنز کام
کُفرکِس حدس تام واتان چھے۔ تکیاز فقر بیٹھ کُفرس تام
واتن چھُ سیٹھا لیوٗکھ۔ بییہ چھُیہٕ دولتہٕ وراے ممکن زِ ینتھ تُس
کیاہ کو اُسی بلوٗ لاگِتھ یا کانہہ قیدی کیاہ کون آزاد کرِتھ۔ اُسی

غریب کتہٕ واتو نتھ در جس۔ یکیاز پیٹھم اَنتھہٕ تہٕ لوٗنم اَنتھہٕ چھُنہٕ ہیوٚہ۔ مطلب دِنہٕ وول آسِتھہٕ تہٕ رٹن وول اَنتھہٕ چھےٚ بیوٚن بیوٚن۔ زٕ چھکھ نا وُچھان زِ خدا تعالا سِند چھُ قرآن شریفس اندر جنتہٕ کین لکن ہِشرن نعمتن ہُند ذِکر بیتھہٕ کٔنی کوٚر مُت زِ یم گٔے نم لکھ یِہند رٔوزی مُقرر چھ۔

فرد

تزلیتھہ ہتنن پوان چھُ خوالس منز
لیکنہٕ دُنیا سوزُرے آبس منز

یُتھے مٔے یہ کتھ وٗنی مَس تَس آو جانِ مَنس بیٹھ زبٲنی ہِشز تلوار کڈِتھ تہٕ بے شرمی ہِندِس ماذانس منز لوٚگ ژھالہٕ مارنہٕ تہٕ ووٚننم زِ ژٕ یے کرِتھ بینتی تعریف یمَن اُمیرن ہِندی زِ بیزارتش دٔر پوٚکھ سیٹھاہٕ وننتھہ بے ہوٗد کتھ۔ زِ انسانس چھُ وہمہٕ گژھان زِ یم یانے اُمیر چھ بڑتھ داذ بک دوا تہٕ رِزقہٕ گُچھہ ہِشز کوشر۔ یم چھ سیٹھا کم نفر یمن تکبر چھُ، غرور چھُ۔ پانٔی پانسَ وُچھن وٲلی تہٕ بیٚیَن نفرت کرن وٲلی مال و دولتہٕ کِس نشس منز ہیتہٕ آمتی۔ سفارِ شو ورٲے تہٕ کاشہٕ کتھ مانان۔ نفرتہٕ ورٲے تہٕ کانسہٕ کُن وُچھان۔ عالمن چھُ مُسافرن ہِشز نظر کران۔ تہٕ فقیرن چھُ مُفلِسی ہِندِ طانہٕ دِوان محض تمہِ دولت کِس بل لٔوتس پیٹھ یوسہٕ تمن چھ۔ اَمی شانہٕ شوخی سیتی چھ یم بڑتھ کانسہِ تحقیرس بہان تہٕ کانسہِ کُن تہٕ کلہٕ پھران۔ یم چھ عاقلن ہِندِ اُمہِ وَنتہٕ زِنش بے خبر زِ یُس عبادتہٕ رٔنگی بیٚیَن بیتھ آسہِ تہٕ دولتہٕ رٔنگی ثروتہٕ آسہِ سُہ چھُ ظاہری طور اُمیر مگر اصلی چھُ سُہ غریب۔

بیت

دِیارٕ وون بخیٖل کری بوٚد دانٕہس گٔن رٕنٛج نظر
زانتن خرٕ شُند فلانا شکل و صورت کیٛا کرِس

ہئے ووٚنمس زِ یُتھین لوٚکن گژھہِ نہٕ مذمت کرٕنۍ ۔ یِم چھےٚ سخی
آسان ۔ سُہ ووٚتھم زِ چون ؤنُن چھُہ صحی ۔ تِم چھ پوٚنسہٕ مُرید آسان تہٕ
اَمیُک کیٛا فایدہ چھُ ۔ زٕ وٚہرٕ اُزُ شُند اوٚرکھسہِ ژٕ ہ یا سے مگر رۄدٕ نژاو
نہٕ کیٛنٛہہ تہٕ آفتابُک اگر اَسنہ نہِ نژاون تہٕ کانٛسہِ ہیٚکہٕ گاشہِ زِ ژٕ ۔
طاقت کٔس گٔرِس چھِ کھسِتھ مگر یکہٕ ناداں چھسہٕ کیٛنٛہہ ۔ خُدایہٕ سُندِ
خاطرٕ چھینہٕ اَکھ قدم تہِ ہیٚروٗشہٕ کٔن ہکان ۔ نہٕ منت تھاوہٕ ورٛاے چھینہٕ
اَکھ پوٚنسہٕ تہٕ خرچ کران ۔ مُصیبت تٕلِتھ چھ پوٚنسہٕ جمع کران تہٕ کنٛجوٗسی
وٕرنٲوِتھ خرچاوان ۔ نہٕ سیٹھا حسرت کھینہٕ چھُ پوٚنسہٕ ہیٚتی نژاوِتھ
گژھان ۔ یہِ زٕن بُزرگو ووٚنمُت چھُ زِ بخیلہٕ سُند روپیہ یعنے پوٚنسہٕ
چھُ زُمینہٕ تَلہٕ نیٖران ییٚلہِ سُہ بانہٕ زُمینس ووٚتھمُت چھُ آسان ۔

شعر

اَکھا محنت کرِتھ سوٚ سبران دولت
یِوان ہیٛا کھا وُڈٕاوان عائشہ سان تِتھ

بہٕ ووٚتھہٕ سٔس دٕر جواب زِ اَمیرن ہِنٛزِ کنٛجوسی ہُند پے چھُنے زٕہے
گدائی سببہٕ لوٚکمُت تِتہٕ ییُس یلا لایچ آسہِ تٔس تِش چھُ سخی تہٕ بخیل
گُنے ۔ کہہٕ وٕچھِ چھِنے خبر زِ سون گٔس چھُ تہٕ ہیٚچھ وُنے زانہٕ زِ کنٛجوٗس
کُس چھُ ۔ سُہ ووٚتھم زِ اَمیر لُکھ چھ دٕروازن ہیٚٹھ راچھٕدر تھاوان
یِم زٕن سیٹھا ظالم تہٕ سنگدِل آسان چھ ۔ تِمہٕ نے اَنٛتھہِ چھ لوٚکن
جواب کرناوان نہٕ نیک تہٕ باتمیز لُکن ہیٚتھ چھ یِم راچھٕدر ظُلم

روا تھاوان تہٕ تمہٕ نِے اُتھہِ وَنہٕ ناوان زِ بیٚیتہ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ حقیقت تہِ چھےٚ پیہاۓ۔

بیت ؎

بیٚیمس تہٕ عقل ہمّت سونٛچ آسی

پوٚزُے ووٚن ڈیٚڈی وانَن گرٕ چھُ خاۓلی

مےٚ ووٚنمس دَراصل چھُکھ زٕ وومید وارِن ہیند دِسی ننگ آمُت تہٕ نوٚرے چھُکھ فقیرَن ہند پوٚرُفعوسِتی وَدَنس کھوٚتمُت۔ تہٕ بہٕ کتھ چھےٚ عقلِہ تہٕ وتُرہِی زِ پوٚدوَے سٕبکِہ ماۓدانٛچ ساٚرے سبکھ سوٚن بنہِ فقیرٕ سٕنزٕ اَچھ کیٛا بیٚیہِ پوٚرٕ نہٕ۔

شعر ؎

مالِ دُنیا کھیتھ تہٕ مایہِ لالچیس ییٚڑٕ زِ نہیے

کرٕ پوٚر شبنم پھبروٚے سٕتیٚ بیٛکِہ ۔ تہٕ بیٛرِ ناوتھ کہنے

بیٚیتہ بیٚیتہ تہٕ زٕ کانٛہہ مُصیبت زدٕ اِنسان وُچھہِ ہَن تیٚہیٚ دُنیاہُک ٹیٚپھیچھ زٕ ہمت آسہِ، تسٕ آسہِ لالچہ سوکھہِ کامن منٛز ووٚتھمُت تہٕ ہینہٕ آمُت تہٕ آخرٕ تُنک آسہِ نہٕ کانٛہہ خوف تہٕ حلال حرامُک آسہِ نہٕ اِمتیاز ے۔

قطعہ ؎

ہوٚنِس پوٚدوَے لایکھ کٕنی

نوش گزھِہ زہرٕ باٗدی جی چھُم

توبوٚدس منٛز آسِکھ لاش

کم ذات وَنہِ نعمت اُنی ہم

البتہٕ اُمیر اِنسان چھُ خُدایہِ سُنٛد منظورِ نظر آسان تہٕ حلال زٕ بہٕ

موکھ چھُ سُہ حرامہٕ نِشِ بچنہٕ آسان۔ خیر مےٚ یوٚدوے یہ
ثبوٗت دِتھ تہٕ وضاحت کٔرِتھ ثابت دیُت مے یہٕ کٔرِتھ مگر اتھ
کتھِ بیٚٹھ چھِم پژھ زِ انصافس کام ہیتھ وٕنکھ ژٕ یہن ژٕ زیٚے چھے
یہٕ ازتانی زانہٕ کانہہ شخص وُچھمُت یُس غریبی ورٲے کُنہ
وجہہ آسہِ دھوکہٕ باز بنیوٗمُت یا قید لوٚگمُت یا آسِن کانٛسہِ
بے گناہ شُند بَردژٕ زوٚگمُت، یا کانٛسہِ کیا آسکھ غربتہٕ ورٲے
زوٗر بیٚٹھ اتھہٕ ژوٚگمُت ہنکباز بہوٗدر چھِ مجبوٗری سبٕے یوٗر ژٕ ٹالان
رٹنہٕ آہتی نہٕ تہندین ژٕ ننین آے گڈی کرِ یہٕ بنیہٕ کٔنی چھُ توٚن انہ
ٹاکار ژٕ غریب مشر ببیلہٕ کانٛسہِ نفسِ امارکُنہ جیژچ خاہش چھُ
کران، اگر سُہ پاک ہبکہ یہٕ روٗزِتھ تنبلہِ چھُ گوٚنہس مشر ہیتہٕ
بوان۔ ہنکبازِ شرم گاہ نہٕ یڈ چھِ واٹھ تھاوان یعنی تم ژٕ چھِ اُکی سے ماجہ
ہندی زٕ شری۔ یوٚتانی اکھ ہنِنہ جایہ برقرار آسہِ تنبلے چھِ بیا کھ نہٕ بننہٕ
جایہ قائم روزان۔ مےٚ چھُ بوٗزمُت زِ اکھ دَرویش اوٚ جھکھ اُکس
نٔرکس ستی ناجایز کران۔ شرمندہ تہٕ گو کُنہ کُنہِ گژھ ھنک تہٕ
اوسُس ہیبت۔ سُہ وَوٚنھکھ اے مسلمانو! مےٚ چھُنہٕ طاقت ژٕ ثنیھر
کرہ ہا۔ صبر کرنہٕ اوسُم یہٕ کینہہ طاقت۔ ییتھ کیا کرہ۔ اسلامس مشر
چھےٚ یہٕ رُہبانیتس نہ جاے۔ اطمینان تہٕ آرامکی ہم سامانہٕ اُمیرن
حاصل چھِ تِموٚ مشر چھُ اکھ یہ نہٕ زِ تِمن چھُ ییژتھ راتہٕ اکھ معشوٗقا
لیکرِ آسان نہٕ ییژتھ دو ہیہ نوے جوانی حاصل کران، یس معشوٗقس
کُن وُچھتھ ییژ زوٗن صبح تہِ نھاران چھُ تہٕ لوٚتی لوٚتی پسری نژاون
دول سروٗنہ شرمندہ گژھِتھ ژٕ ہیس جاے چھِ رٹان۔

بیت ؎

دوسنٛن ہند خوٗنہٕ پیٚنچہِ لوٗڑ تاوٕی ہتی
اوٚنگجہِ ٹیٚنڈٕی گٕلالہٕ رٔنگہٕ رٔنگتاوٕی ہتی

لہاذا چھُ ناممکن زِ یِمن خوٗبصورت برٛوشہٕ کیٚنہٕ آسِتھ کیٚشا گژھہِ کاشہٕ ناجاۓ بِزِ کامِن کُن یا کیٚشا وو تھٕس کاشہٕ یدراے ۔

شعر ؎

جنیچہِ خوٗرِ یَس دِل نیٚنتھٕو لوٗ ٹے
تَس کیٚشا بِنہِ بیچہِ کاشہٕ معشوق

عام طور چھِ غریب لُکھ گوٗنہہٕ سیٚتی پنُن پاک دامن گنٛدٕ کران تہٕ بوٗچھہِ ہتی چھِ بیٚیہ سٕتی ژوٗٹ تھپہ نوان ۔

بیت ؎

ہِشکاری ہوٗنِس بیٚیلہِ بَتہٕ ماز
بِژھہِ کیٚشا حلال چھا حرام

پرہیزگارن ہیٚنز اکھ جماعتھ چھےٚ مُفلِسی موکھہٕ فسادٕ س منٛز ہینہٕ آمٕژ تہٕ پنُن عزت چھُکھ برباد کوٗر مُت ۔

فرد ؎

بوٗچھ سیٚتی روزنا پرہیزگاری
غُربت کھوٗرِ کوٗتٕہ اَپوٗر تاری

تہٕ یُس ژھٕٹے بیہ وو مُتھ زِ اَنیر لُکھ چھِ غریبَن ہندِ خاطرٕ پنُن تَر بند کران ۔ تہٕ حاتم طے اوس جنگلی علاقک روزن وول اگر زٕن شہ شہرُک بسکین آسِہ ہے، بیچہِ ونت ہندِ ڈسی بیہِ ہے

تنگ نہٕ تم ژُہٕ ہنٛس زچہٕ۔ یہٕ زَن مٮ۪ے "دیوانِ طبیاتس" منٛز لیوٗکھمت چھُہ۔

شعر

میائی ووہ بید تراو ییتھ تراوُن سٕری

بوچھ ہوٗت وَن کارِ ثواب کیشا کری

سہٕ ووٗنھم زِ مٮ۪ے ییہ نہٕ زاتھہٕ تہندِس حالس ییٹھ رحم۔ مٮ۪ے ووٗنمس زِ ژٕ تیٛے کیازِ چھکھ مالدارَن ہنٛد مایِچ ژُرِتی۔ اُسی دوہ نوٗرے اُسی اُتھی بخشس منٛز آورِی تہٕ اَکھ اَکِس ستی لڑان۔ یُس بیٛاد سہٕ بڑوشہٕ پکان اوس بہٕ اوسُس سہٕ تیٛنچ کوٗشش کران تہٕ شہٕ ہٮ۪لہٕ بادشاہ ییتھہِ اَنہٕ ہٮ۪ے بہٕ اوسُس ییتھہِ وُزیر لاگان۔ آخر ہیوٗر تمی ہیمنٛک سہٕ سوُرے سٹیلہٕ تہٕ تختکی ساری تیر گاٮ۪س خالی۔

قطعہ

ییتھنہٕ تراوکھ چیوٗ غلہٕ خورَس بروٗنھہٕ کنہٕ ہتھیار زاتھہٕ
ووزمہٕ گنٛتھہٕ بیٹھہٕ ہیٹھ زلوٗنمہٕ چھُہ گیاٮ۪س ساتہٕ نتھ
دِین سر بیٹھہٕ معرفت یُس آسہٕ شاعر ٹیکھ گیوان
نیبر قلس پٮ۪ہرہِ دِیتھ اَندرہٕ ما کاتھہٕ راچھہٕ تتھ

آخر رۆدِ نہٕ تَس ترِش کاتھہٕ تبوٗ تھانہٕ مٮ۪ے تیوٗشہٕ ذلیل کرِتھ۔ ووہ نی ہیٛنز تمی دست درازی نہٕ چکھہٕ چکھہٕ کرُن۔ جاہلَن ہُنٛد چھُ یوہے طریقہٕ زِ ہٮ۪لہٕ مقابلس دران چھیہٕ ہٮ۪لہٕ چھِ جھگڑ لاگان۔ ییتھہِ کِنی مُرژِ گوٗر آذر ییٛنچوٚس ہیوٗ کنہٕ تبوٗت پیش کرِتھ سہٕ لوٗگ لڑائے کرنہٕ۔

(آیہٕ کریم)

اگر ژٕ پوٚت پھیر کھہٕ نہٕ ہٮ۪لہٕ کرِتھ بہٕ کنہٕ کنہٕ ہسہٕ لوٗگم ییکہٕ ژارنہٕ۔

نائس کرِنم تۄرِ پچھِ مےٚ پھٹراوس ہوٚ تگئی۔

قطعہ

بہٚ تس ستی سے اوس مےٚ ستی ژوان
خلق آسی دوران آسناہ کران
کتھے سانہِ پوٗز تھ یہ سوٗر بے جہان
دندن تل اوٗنگج ہیتھ تہٕ جارتھ کھوان

موخصر بیٚواسہِ یہ مُقدمہ قاضس نش تہٕ تژوو فاصلہٕ تسی پیٹھ۔ یتھ زن مُسلمانن ہندِ زنٛیٹھ کاشہٕ جان فاصلادِیہ تہٕ اُمیرن تہٕ غریبن ہنٛز فرق کرِ بیان۔ قاضی بیٚلہِ ساٗنی حالتھ وُچھ تہٕ دلیل بوز۔ کلہٕ تژوون بون کُن تہٕ سوٗنچا کرِتھ وٚوٚتھ۔ ژےٚ کرِی تھ دُنیادارن ہنٛدی تعریف، بوز، ییتہٕ تس پوشس چھُ آسان کوٗنڈ تہٕ چھ ننتھ ستی آسان۔ شراب ییتھ چھُ خمار تس ستی تان اڈ دگ تہٕ کران۔ خزانس چھُ ییٹھ کنہِ سَر پھ آسان۔ یتھ بادشاہس لایق موغتہٕ آسان نتیجہ چھُ آدم کھاو مگر مَچھ تہٕ آسان۔ دُنیاہکس لذتس ستی ستی چھُ موٗنک لرز تہٕ آسان تہٕ جنتہٕ چین نعمنن تُھتھ چھُ تمن چیزن ہنٛد دیوار کُھرِ زِیم چیز اِنسانہٕ سنٛدس نفسس گوٚبی چھِ باسان۔

بیت

بیٚمی تہٕ دُشمنہٕ شُند ظُلم سوٚر زانہ کیا گیبہ دوٗستی
چھی خزانہٕ تے سرپھ بیٚبہ پوشن تےٚ کوٗنڈ ستی ستی
ژِ چھُکھ نا باغس کُن وُچھان، اکہ اند چھ بڈی مشک تہٕ بیٚبہ طرفہ ہوکھی ہتی کلی۔ یتھے کٔنی چھ اُمیرن منٛز اَڈی سکر گزارتہٕ

اُڈی ناس پہاس کرن وٲلی تہٕ درویشن منز اُڈی صبر کرن وٲلی تہٕ اُڈی تنگ دِل۔

شعر

اگر رٕود پھیرہ پن سرتی موخت بتہٕ ہے
ژھوٹو بیٚٹھ تہٕ مٕنزی بازرو موخت پڑنہٕ ہے

خداتعالاسٕند دربارکی ٹاٹھی چھ تِم اُمیر یمن منز درویشن ہندی صِفت آسَن تہٕ تِم درویش یمن منز اُمیرن ہِنز ہِش ہمت آسہ۔ تہٕ درویشن منز چھُ سُہ بہتر یُس تہٕ اُمیرن ہٕند پرواے آسہ کران یُس خدایس پیٹھ بھروسہ کرُن کٲفی آسہ زانان پتہٕ کوز تِمہ درویشس کُن ژکھ ہوٚت روخ تہٕ وٚدتِنس۔ تِہے چھُنس وونمت زِ اُمیر لُکھ چھ تِم کامہ کران یمن ممانعت چھےٚ۔ بییہ چھ تِم گِندنس درو کرنس سٕنی مست۔ اوٚ، کیہہ چھ بیٚنھی تہٕ، بم کم ہمت، ناشُکرگُذار تہٕ کھٕپل تہٕ سو مبرن وٲلی تہٕ خرچاوَن وٲلی چھ تِہُنز مِثال چھےٚ بینہٕ کُنی زِ اگر رٕود بییہ تہٕ یا طوفان تہٕ عالمس ڈہتھ تِم کرن ناتہٕ غریبہٕ سٕند کاشہٕ وایہ۔ تہٕ تہٕ کھوژن خدایس۔

شعر

اگر کاشہٕ ناسُن چھُ مارہس تہٕ مری نن
مےٚ اُسن سےٚ کیا غم کھوژ با کُلغ ملرن

شعر

چھ کِنیا کجاوَن اندر وٚنشہِٕ نین پیٹھ
وُچھن کیاز بِتھ کُن تِمن بم وتی ژٹی

فرد

کمپنس پننز زٹ پچھ یس سُہ ہنتھ ژوٗل
دوٗین کیا ہے غم چھُم عالم تہٕ زن گوٗل

کینہٕ لُکھ چھ بنتھی تہٕ مگر کینہٕ چھ تِتھی زِ یہند دسنز خان وِسرآوِتھ
چھُ آسان تہٕ سخاوت تنگ اَتھہٕ چھکھ بلہٕ آسان یِم ییتھی مشہوری تہٕ
بڑھان چھ تہٕ مغفرت تہٕ ژھانڈان چھ۔ تِم چھ صاحب دُنیا تہٕ تہٕ
صاحب آخرت تہٕ۔ تِم چھِ تِتھین بادشاہن ہندین غلامن ہندی
پاٹھی آسان یمن خدا یہٕ سند مدد تہٕ حاصل چھُ آسان تہٕ یِم لُکن ہِندی
مالک تہٕ چھ آسان تہٕ اسلامہ کِس سرحدن ہِندی راچھدر تہٕ چھ آسان۔
تِم چھِ حضرت سلیمان علیہ السلام سِندِ مُلکی وارث تہٕ سارِنے بادشاہن ہِندِ
کھو تہٕ انصاف والی۔ ییتِہ کیاہ ونہٕ چھ کامیاب آسان سہ گو اتابک
ابوبکر بن سعد زنگی۔ خدا تعالیٰ تھآوِن تس ہمیشہ زِندہ تہٕ تمی ہِندِ تس
جنڈس کرِن راچھ۔

قطعہ

سول تہٕ ما ییچھو ہے ییتھ آسہٕ تِتھو نا مہربان
یِتھ سخاوت آدمس ییتی تھاو مژ چھے ژِہے روا
یام یوٗژھ تمی ذاتِ پاکن عالمس بخشس کرنی
تاج دِیت نے تخت دِیت نے سروری کرنے عطا

ییلہ قاضی آوت تس ووت تہٕ سانہٕ قیاسہ نیبری لوگ
مُبالغکی گری نزنا ونہٕ تہٕ اَسہ تہٕ ذرا اَتھ قدر تہٕ کِس فالہ فضلس نن۔
تہٕ بڑون ژھن مُشرآوِتھ۔ تہٕ جنگ جدلہ بدل ہیتھ نرمی کام۔ تہٕ
معافی ہند غرضہٕ نژوو اَکھ اَکِس کھورن ییتھ کلہٕ۔ تہٕ کرِ اَکھ اَکس

ہیٹھِ نۃ بمَن دوٕن تشارَن ہیٹھ وانۂ تاٰوکتھ اٹھ دَس۔

قطعہ

فقیرا سہٕ کر دُنیاہِچ زانٛہہٕ شکایت
شکایت کرَن وول اَزلے چھُ بد بخ
اُمیراژ یٔتے پوٗژ مُنت چھنے بوٗد خُدا ئِن
لبکھ دیِن دُنیا اگر کھیکھ تہٕ نعرۍ چکھ



# (اَٹھم باب) وۄتھنہٕ بیٚہنہٕ ہِندی طریقہٕ

## حکمت

مال چھُ زِندگی ہِندِ آرامہٕ خاطرٕ۔ زِندگی چھِنہٕ مال جمع کرنہٕ خاطرٕ۔ اَکِس عاقلس پرٛژھکھ زِ نیک بخت کُس وَنو تہٕ بدبخت کُس گو؟ سُہ وۄنُن کھہٕ زِ نیک بخت گو سُہ یُمی کھیوٚو تہٕ وۄو۔ تہٕ بدبخت گو سُہ یُس موٗد تہٕ ییٚتھ کُن ترٛووُن۔

شعر

مہ پرٛ نس نمازِ جنازے ژہٕ ہرگز[۱]

یُمی مال کوٚر جمع نعٔرِ چھُن تہٕ ہرگز

## حکمت

حضرتِ موسیٰ ہِن کٔر قارونس نصیحت زِ ژہٕ کر لوکن ییٚتھ تیتھے کٔنی احسان ییٚتھہ کٔنی خدا ہِن ژےٚ ییٚتھ احسان کوٚر۔ تمی تھوو نہٕ اَتھہٕ کُن کَن تہٕ تمی سُند انجام چھُی ژےٚ کٔنن گومُت۔

۱۔ یہٕ چھُ محض تنبیہ نہٕ زِ حکمِ شرعی۔

## قطعہ

بیٚمِہ نہٕ خرچوو مالُ زر بیٚیِہ کوٚرنہٕ حاصِل نیک نام
زِندگی بیٚمِہ راوِ راوے مال جمع کرٕی کرٕی
یوٚد یٚرِھان چُھکہ کرٕ بہ حاصِل تور کیٛتھ کیٛتہٕ زادِ راہ
کرٕ زانکھ روٗٹ کانٛہ بے کسِ یوٚد خُدا یوٚتٕر مُت زٕ نےٚ چھُ

عربہٕ کین ہُندقول چُھ زِ سخاوت کرِو مگر زِیوٚ بیٛٹھ مہٕ ہیٚیو۔ نیکیاز امیٛک اجر چُھ نو ہی واتان یعنے خرچ مگر ونا ولی مہٕ کرِو نیکیاز امہٕ ستیٚ واتہ تو تو مہٕ امیٛک فایدٕ وایس۔

## قطعہ

رِکرٕ مک گُل یوٚد دِکھ کُنہٕ جایے
لشِجہٕ نتھ زِیٛٹھن اسمان تام
یوٚد وَے تمہٕ کُے کھل چھُے کھیوٚن بیے
وَن وَن ہو کرٕ ہوکھہِ مُلہٕ سان

## قطعہ

خُدایس کُن شُکر کرٕ روز مشکوٗر
زٕ وُرتاوان نیکی چھُے بہ انعام
مہٕ تھاوِ منت یِتھین دِیہٕ بشتر عبادت
مُکن خدمت کرٕ کتہٕ زٕت چھُے زٕ سےٚ انجام

## حِکمت

دون اِنسانَن چُھ سیٹھا تکلیف واتان۔ حالانکہٕ تِم چھِہ سیٹھا

زَنگہٕ زَنگ کران۔ اَکھ سُہ بیٚیمی جمع کوٚرِ تہٕ کھیٛوان نہٕ بیٚیا کھ سُہ بیٚیمی پوٚر مگر عمل کرٕن نہٕ تَنہٕ بیٚیٹھ۔

مثنوی ؎

عِلما بیٚیمی پوٚر زٕوٚرُ زٕوٚرُئے
نادان، بے عِقل بیٚیمی "نا" کوٚرُئے
نَے بَتہٕ مُحقق آسہٕ زِہنھ
وَنٛٹھا کِتابہٕ بورا سیتھ
کاڑِہ روٚس حیوان گیٛا زٕلنے
زیٚژن نَے علمُک بور گیٛا مٕلنے

## حکمت

علم چھُہ مذہب بیٚچھناوُنہٕ تہٕ پَرناوُنہٕ خاطرٕ نہٕ زِمالِ دُنیا جمع کرُنہٕ خاطرٕ۔

شعر ؎

بیٚیمی عِلم کُن تٕرٕو تقوئی دینُ و پیر ہیز گاری یے
پھلہٕ مپھلہٕ اثمار سوٚ میٛرن یان زولُن ناری یے

پند نصیحت ۔۔ نا پرہیز کرن وول عالم گو مثالی یکناوَن وول اوٚن۔ بیٚیمہٕ سیٚتی باقے وَتہٕ وُچھن مگر پانہٕ روزِ سُہ اَنی زہٕ ہیل کران۔

بیت ؎

بیٚیمی تیٚزرا ورِ وانُس بے کاری اندَر
تُس فقط گو ضایہٕ سوٚرے مالِ زر

**پند نصیحت** مُلک چھُ دانہٕ وستہٕ خوبصورتی لبان تہٕ دین چھُ پرہیزگارن ہندِ دسۍ خوبصورت بنان۔ بادشاہ چھ سیٹھاہ زیادٕ محتاج عاقلن ہندِ نصیحتکی تہٕ عاقل چھہٕ نہٕ تتی محتاج بادشاہن ہندِ دربارکی۔

قطعہ

بادشاہا بوز نصیحت کانہہ زٕ یتے چھے درکار نے!
بوز سارے عِلمہٕ کھوتہٕ افضل نصیحت چھےٚ یہ کتھ
دانہٕ س روس ہیٚکہٕ نہٕ حاکم زانہہ مُفرر کانہہ کرِتھ
گرچہ دانا حاکمی ہر دم دِوان چھےِ لمتھ تہٕ لتھ

حکمت

ترٛین چیزن چھےٚ نہٕ پائداری۔ مالس نہٕ رنجار تہٕ وراے عِلمس نہٕ بحث وراے تہٕ مُلکس نہٕ سیاسی ندبیرٕ وراے۔

قطعہ

کُنہٕ وزِ نرمی سان کر کتھ
امہٕ ستی کانسہٕ ہُند دِل زینکھ
کُنہٕ وزِ قہرس چھے ہینیٚ کام
میچھر پٔرتھ وزِ چھُنہٕ بر حق

## حکمت

بَدن بیٹھ رحم کرُن گو نیکن بیٹھ ظُلم کرُنس برابر تہٕ ظالمن معاف کرُن گو کمزورن سٟتی زیادتی کرُنس برابر۔

بیت ؎

کمیٖنس یوٚد کرکھ ژٕے راے چھِہ آری
بنی عِمِ آشر پِئنز گُنہِ ساتہٕ ماری

## پند نصیحت

بادشاہن ہِنز دوستی بیٹھ گژھِہ نہٕ اعتبار کرُن۔ شُرِین ہِنزن بیچھن کتھن بیٹھ نہٕ گژھِہ یژھ کرِنۍ۔ تِکیازِ بادشاہ چھِہ دُستی خیال بدلاوان تہٕ شُری چھِہ اکی سہے راتس منز بگران۔

شعر ؎

مٟیتھ نہٕ دِل دِکھ نَس یمِس واراہ چھِہ دوست
سارِنٕے ہُند دوس چھُنہٕ کانٕسے تہٕ دوست

## پند نصیحت

راز چ کتھ گژھِہ نہٕ دوسنس نِش وننی۔ یوٚدوے زَن دوست سٹھا چیرِ نہٕ آسہِ۔ کیا پتہ چھُہ زِ کُنہِ وِزِ بنی ژٕ بیے دُشمن تہٕ نیٖشتھ نقصانا واتہٕ ناوی یُتھ نہٕ دُشمن تہٕ ہیکہِ سِی واتہٕ ناوِتھ۔ تہٕ دُشمنس تہٕ گژھِہ نہٕ پژنِتھ زِنگہٕ تکلیف واتناوُن ممکن چھُہ زِ پگاہ بنی سُہ ژٕے دوست۔

**پند نصیحت** یوسہ کتھ راز آسہِ تھاوِنی سو گژھہ نہ کانٛسہ تِس ظاہر کرِنی چاہے دوستہٕ کیازِ آسہ نہ تکیاز تَس دوستَس تہِ آسَن باقہٕ دوست تہٕ یِتھے کنٛی روزِ یہِ سِلسِلہٕ چلان۔

قطعہ

ژھو یہٕ کرِنی چھےٚ اَمہِ کھوتے بہتر
راز پانٛہٕ وَنتھ ونکھ بیٚیِس اسباب
یُتھنہٕ کانٛسے وَنکھ یہٕ چھا ممکن
بندِ گرکھ گوڈ تہٕ بتہٕ زانِتھ سیلاب

فرد

یوسہٕ کتھ نہٕ زانِہ نتہِ وانہٕ وَنتی آسہ مناسب
پوشیدہ تہِ زانِتھ پزِ نہٕ وَنتی کتھ چھِ مناسب

## حکمت

یُس کمزور دُشمن چانٛ تس اعتماد کرِس متہٕ تس چھنہٕ اَمہِ ورآے کانٛہ ارادٕ آسان زِ سہ بنہٕ اکھ طاقتور دُشمن۔ دوستہٕ سٕتی دوستی بیچھِ نہٕ چھےٚ نہٕ پزھ تہٕ دُشمنہٕ سٕتی میچھن کتھن کیا بھروسہ چھُ تہٕ لوکٹس دُشمنس یُس مومُولی سمجھہٕ تمہِ سٕتی مثال چھِ تَس اِنسانہٕ سٕتی یُس مومُولی نارِ ریھہٕ کُن توجہ نہٕ دِتھ نتھ یتھے کنٛی تراوِ۔

قطعہ

ہیکہٕ کھےٚ وونہٕ اُزِ کرِ ژھنہٕ نار    غافل روٗد کھ وونتہِ گژھِ کار

تیر چلاوِتھ دشمن پاوٗن • ییتہٕ بڑو تھٹے پھُٹری اوزار

## حکمت

دوٚن دشمنن درمیان گژھِ تھٕ کتھ کرٕنی زیوٚ دوٚے تمہ دوست بنن تہٕ ییتھی نہ شرمندٕ گی تھلنی۔

بیت

دوٚن زنین ہنز لڑائے زانتن نار
زیٛن تنھ سوٚمبران چوٚغلی خور بار
سمکھن دوشتوٚے بیٚلہِ کینژن کالی
شرمندہ تہٕ بیٚیم زوٚن گژھِ خار

بیت

ہر زیٹھ اوٗنی ہر تیز راونی
پان زالن چھُنہٕ عاقل مُند کار

•

دوستس ستی بیٚلی کرکھ کتھ ہوش تھاو
بیقہ دشمن بوزِ کتھ ژے گوش تھاو
ژھایہ دوسہ کر کتھ مگر ہوشیار روز
یتھ نہ دوسہِ ستی آسہِ کانہہ تنھ ہوش تھاو

## حکمت

یُس دشمنس ستی صلح کرِ تس چھے دوستس اہندا دنک ارادآسان۔

شعر نَس دوستَس نِش ہیوّن گژھِ دوٗر
چانِن شِتریَن ہِتھی یُس پوٗز

## نصیحت

ییٚلہٕ کانٛہہ کاٗم کرنُک ژ ِیے ہیٚبٕت آسی تیٚلہٕ گژھِ نیُٛتھ
تدبیر کرُن ییٚتھ تکلیفہٕ وَرآے سو کاٗم اَنٛد واتہِ۔

شعر
وَرناو نرمی یُٛتھ نہٕ کانٛہہ اَکھ جانہٕ دُسی گژھ ننگ
یُس آسہِ یِژھان دوٗستی نَس ہِتھی مو کر جنگ

## حکمت

دَیان یوٚت نام پوٗنسہٕ ہِتھی کاٗم ییٚنہٕ تووٗنانی گژھ ہٕ جان خطرس
منٛز تراوٗن۔ عرب ہٕ کیٚن ہُنٛد قول چھُہ۔ آخری تدبیر تُلوارا استعمال
کرٕنی۔

شعر
ییٚلہٕ تدبیر ساٗری ییٚن بیٚتھر
اَدٕ تلوار وابِنی چھِہ بہتر

## حکمت

دُشمن ہِنٛز کمزوٗری ییٚچھٕ گژھِ نہٕ انصاف کرُن۔ نکیاز اگر
سُہ طاقت لبہِ سُہ ترادِی نہٕ ژ ِیے یلہٕ۔

بیت ؎

ییٚلہِ دُشمن وُچھہٕ ہن کم طاقت
ییٚنہٕ گونٛژھن وٕر دِکھ مس روز کھ
پیٚژ ننہٕ اُڈی جیٚرِ چھیٚ آسان وس موجود
بییٚہ زُو آسان پیٚژ ننہٕ اِنسانس

## حکمت

یُس کانٛسہِ بدِ اِنسانس مارُنہٕ چھُ لوکن تمی سنٛدِ مُصیبتہٕ نِش نجاتھ دِوان۔ تہٕ تس خدایہ سنٛدِ عذابہٕ نِش بچاوان۔

قطعہ ؎

خطا بخشن چھُ رُت تہٕ کوٚت بہتر
کرکھ ییٚنہٕ ظالمس زخمن ژٕ مرہم
روٚ چھیٚ بیٚمی سٕرپھ بییٚہِ منٛز کس خبر کیا
ظُلم کوتاہ بہٕ یرٕ اولادِ آدم

## حکمت

دُشمن سنٛز نصیحت ماننی چھیٚ بڈ بارٕ غلطی۔ البتہٕ بوزُن چھُ جان تاکہِ ژٕ کرکھ نہٕ تنہٕ تنہٕ تِی چھُ دُرست ننہٕ۔

مثنوی ؎

کرکھ ییٚنہٕ کام یُس دُشمن وَنی کر
پییٚ افسوس کھیٚوٚن سینک ژٕ اینٛز

ڈچھُن گُن یُد دِپی یکھ آسہِ سیٹھ زوٚکھ
ژِپھِر روٗخ پیٚیر کھوٗر ہیٚر یا پیٚتھ

## نصیحت

حدٕ کھوتہٕ زیادٕ شرارت کرنہٕ سیتی چھُ لوٗکن منز خوف پادٕ گژھان تہٕ بیٚیہ سوٗتہٕ مہربٲنی کرنہٕ سیتی چھُ روب وۄتھان یَتہٕ گژھہِ تیٚنژ اسختی وَرتاوِنۍ زِ لُکھ گیٚیہ گژھن نہٕ ژھیٚتہ بیزار۔ تہٕ نہٕ گژھہِ تیٚنژ نرمی کرٕنۍ زِ گرٕ کرنہٕ۔

بیت ؎

چھیٚہ سختی تہٕ نرمی دو نوٗرے روا
دِوان یُس چھُ نِشترسہٕ لاگان دوا
عقلمند چھُنا زیادٕ سختی کران
نہٕ نرمی کرِتھ زیاد عزتس بھران
نہٕ کھالان پانس ہُے حدٕ سہٕ کٲف
زلالتھ پانس تہٕ زانان چھُ حٲف

نظم ؎

ڈیان وۄن نوجوانَن بابہٕ صٲبس
نصیحت کرنہٕ زِ ٹھو واتے ہیٚتے پانس
دۄیُس نمٕ نیک مردی زیادٕ موکر
گژھی اَدٕ رامہٕ ہوٗن لاغر تہٕ ابتر

## حکمت

زٕ اِنسان چھہٕ پَننہٕ مُلککی تہٕ پَننہٕ مذہبکی دُشمن، اَکھ شہ یُس اندر نہٕ پُرد باری آسہِ تہٕ بیٚاکھ شہ پرہیزگار یُس بےعِلم آسہِ۔

شعر ؎

خُدایا بننِ مہٕ تیتھٕہ حُکمران
بجا چون فرمان یُس نا آنان

## نصیحت

بادشاہس پزٕ نہٕ بنن دُشمَنن ہیٚنٛز نیٚوٕ نٕ خشمس لاینہٕ یُن زِ تمی سِندین دوستن تہٕ روزِ نہٕ تَس ہیٚنٛزٕ اعتماد۔ شرارُتک نار چھہٕ گوڈٕ شرارت کرن وٲلِس پانسے زالان تہٕ بیتہٕ ریٚچ ریہہ دُشمنس تام واتیا نہٕ واتیا۔

مثنوی ؎

چھُنہٕ آدمس جان مغرُور آسُن
میٚنگن مَتہٕ تکبُر شرارتہٕ ہنٛدٕ تھاوُن
دَتوٚ کیٚا زٕ خاکی چھُکھ یا زِ نار
جہالت تہٕ تُندی ژٕ بیٚتے چھےٚ بیٚنٛز یار

قطعہ ؎

بُزرگاہ وُچھم بیلقانس اندر
کوٚرُم عرض کرٕی توٚ جہالت سٕے دوٗر

ووُنمُ تمی ژٕ بن خاکہِ کی پاٹھ کھٹی نرم
نتَے علم مبٔتِرِ منز دَفَن کر ژٕ پوٗر

## حکمت

بد دُعادِنہٕ وول اِنسان چھُ تنخفس دُشمن ہٕندس اَتھَس مَنز گرفتار زِ یوٚت گژھِ تمیٚ ہٕندِ سنز ہر تشہ ہیٚکہِ تہٕ مچھِ رٕژِتھ ۔

بیت

اگر واتہٕ اسمان بد خوے اِنسان
ئدی موکھہ تنتہِ تہٕ سٔہ روزی پریشان

## حکمت

ییٚلہ ژٕ ییٚ باسی زِ دُشمن ہٕندس فوجس گبہٕ چھلہٕ چھانگر ژٕ روز مُطمین تہٕ ییٚلہِ تِمَن اتِفاق بنہٕ تمہِ سانہٕ گژھِ نہٕندس شرس کھوٗژُن ۔

قطعہ

ژٕ گژھ دوستن منز آرامہ سان بیٚٹھ
وُچھکھ یام دُشمن کران آسہ جنگ
وُچھکھ یوٚد تِمَن آسہ اتفاق گومُت
سلح تھاو در دست گژھکھ ییٚنبہٕ تنگ



## حکمت

دُشمن بیٚلہٕ ساریٚ تدبیر ازماوِتھ ناکام چھُ گژھان پتہٕ چھ دوستی ہٕنز زنجیر ہِلاوان ۔ تہٕ دوس لاگِتھ چھُ سو کام کران یوسہٕ نہٕ کانٛہہ اکھ دُشمن ہیٚکہ کٔرِتھ ۔ سرپچہٕ سُنٛد کلہٕ گژھِ دُشمن سٕنٛدِ اَتھہٕ سٟتۍ وُٹھن تکیازِ اَتھہ منٛز چھ نہٕ فایدہ ، اگر اَتھہِ زور گژھہِ تہٕ مَرِ سرپچ تہٕ اگر سرپچھ زور گژھِ ژٕ سٟتۍ وۄتھی دُشمنس نِش ژٕھنٛپھ

فرد

مہٕ گژھ غافِل چھُ یُوٚد کمزور دُشمن
سُہس ہیٚیِتھ حملہٕ کرِ ہیٚکہِ جبیرِ ییہٕ تس

## حکمت

ہیٚمہِ خبرِ سٟتۍ دِلس تکلیف واتہٕ سو خبر گژھِ ہیٚمہِ سٟ بیٚیِتھ نَہ واتِنۍ ۔

فرد

بُلبُلا خوش خبرَ اَن بہار آو
بَد خبر راتہٕ سو غلہٕ سٟ کُنٛژ کھاو

•

**نو قطہٕ :** بادشاہ گژھِ نہٕ کانٛسہٕ ہٕنز بد دیانتی تِتھہٕ باخبر کرُن ، صرف تمہِ وزیر سٟتۍ ژٕ سٟتۍ پوٚز پٔژھ آسی زِ بادشاہ مانہِ جون تتھٕ واتِ پانہٕ سٟ نقصان ۔ مثنوی

کتھ کرُنک ژٕ کر آغاز
ییٚلی باسی تنتھ ہیٚیِر بم تنر

کتھ اِنسانَس ٹیڈ دولت
کتھِ ستی بیتہِ راوی عزت

## نصیحت

یُس کانٗسہِ نو درہَس نصیحت آسہ کران سُہ چھُ پانہٕ نصیحتُک محتاج ۔ دُشمن ہندس دھوکھس منز گژھ ہے نہٕ تہٕ پُن تہٕ تعریف کرَن وأنِس ہندِ سببہٕ گژھ ہے نہٕ مغروٗر سیدُن نکیاز تُہی چھُ مکرُک زال وہرو وُنت نہٕ تُہی چھُ لانچُک دامن شیوٗر مُت ۔

## نصیحت

بیقل چھُ تعریفو ستی تتھے کُنی خوش گژھان ینتھٕ کُنی مارٕ جانورس پھوکھ کھالنہٕ ستی پان وہٹان چھُ ۔

قطعہ

ییتہٕ بوزکھ کتھِ گرٕ ی ہندی تعریف
یوٗد آسس ژٕٹے نِش کانٗہہ حاجت
یوٗد مطلب تس زانہہ گو نا پوٗر
ہتہٕ ییٚدی چانٕی گشتری یہ عادت

## حکمت

کتھٕ کرَن وانٕس یوٗ تانی نہٕ کانٗہہ نقص کڈِ، تُمی ہنز کتھ روزِ نا دُرست ۔

شعر

نادانَس تعریفن لاگ زوٗر
ییٖنہٕ آسی نَنگرِ چھیُس کنٖھہٕ گوٗر

## حکمت

پڑھنہٕ اُکس چھِیے پننی عقل سیٹھا تُھزنہٕ بێین یاںن سیٹھا مٲری موٗند باسان۔

نظم

یہوٗدِس تہٕ مُسلمانَس بحث لوٗگ
اَسُن میٖنۍ آو ڈلِشنہٕ جنگ و جدلا
مُسلمانن وَوُنُس طنزَن اگر نَے
صحی میٲنی آسہِ کتھہٕ تیلِہ مَر یہوٗدیا
قسَم توراتہٕ کےٚ کھیتھ وَون یہوٗدَن
غلط اےٚ آسہٕ تیلِہ چھُس مُسلمانا
سُہ کُس وَنہٕ یٲنی یانَس چھُس بہٕ بےٚ عقل
مِٹے بوٗد عقلہٕ ہٕند پڑھنہٕ کاشہٕ نِشانا

## حکمت

دہ اِنسان ہیکَن یکہٕ وَٹہٕ کھینہٕ بیٚنہٕ مگر زٕ ہوٗنی چھِیہٕ اُکس ٹُکرِس پیٹھ ہیکان گُذارہٕ کٔرِتھ۔ لالچی چھُ دُنیاہُک مال کھیتھ تہٕ بوٗچھہِ بوٗچھہِ کران تہٕ کِفایت شعار چھُ اکی زوٗچہِ ستی صبر سیدان۔ داناہ ہوٗچھ

وڈنمُت زِفقیری اندر قناعتہٕ سان دوہ گُذارُن چھُ بہتر مالدآری اندر اُمیرانہٕ زندگی گُذارنہٕ کھوتہٕ۔

شعر ؎

بو چھہ ہُتس اُندر یَس زُلہِ ژو جیہ سِتہٕ بو چھہ تےٚ
لالچی اَچھ روزِ تَشنے یوّد دِہس سَوۄرے جہان

مثنوی ؎

بیٚلہِ بابہٕ صابٕنہٕ نور کُن لاٴ جسم سکھر
کرُم نمُی اَکھ نصیحت یُژ چھیےٚ بہتر
چھےٚ شہوت نار اَتھہٕ نِش دوٗر گژھہِ ہیوّن
یِتہٕ یان نارِ جہنمہٕ نِش ژِ نفاو بیوّن
اَنکھ کُتہٕ تاب اَتھہٕ نارُس بہٕ زالی
چھلکھ یوّد آب صبرُک اُزی بچاوِی

# نصیحت

یُس اَکھ طاقتہٕ وِزِ نیکی کرِ نہٕ توتوٲنی وقتہٕ چھُس سختی تُلنی۔ مرُدم آزآری کرن وول چھُ سارِوے کھوتہٕ بد نصیب کُنہ کرِس اَتھہٕ روٗٹ بامتھ مُشکلِس منز آسہِ گیر۔

## حکمت

یُس چیز وُتاوِلی مشز عاصِل سپدان چھ سُہ چھُنہٕ پایدار آسان۔

قطعہ

مےٚ چھُ بوٗزمُت ژ تجھِہ وُری ین مشز
میٹھ چینچ سپدان اصلی چین
دو ہِیسے مشز مرد شُتگی بناوان
سون قدر و قیمت تمہِ کےٚ ژین

قطعہ

کو کر یوٚت زلوٗون ژ ھنڈان داہنہٕ پینسے
چھُ امہ سببہ آدم سیٹھا بد تمیز
ہُشیار وُلی گو مگر روٗد خامے
بزرگی خودی ستی بنیٚو مُت ہُہ چیز
چھُپے شیشس قدر کیا چھُ بر نہٕ جایہ یاف
چھِ نایاب لعل و جواہر عزیز

## حکمت

صبرٕ ستی چھپے واریاہ کامہِ نیران نہٕ بےٚ تاب چھُ بُتھہِ کنہٕ
وُکراونہٕ یوان۔

مثنوی

مےٚ وُچھ یانہٕ آہستہ یُس اکھ پکان
دِژن بازی تس یُس نہٕ اوُسے دوان

ؑ اکھ شہر۔ اتی کُن لکھ

دُ مُنزِل دَوَن وول گُر بیہو ژھکِنھ
یکان وُونتھ ڈیو ٹھُم لوّت لوّت بہ مُنزِل

## نصیحت

نادانہٕ سُند خاطر چھُنہٕ ژھو بیہ ورأے کانہہ چیز بہتر تہٕ ہرگہ اتھ طریقس پیٹھ پوٗ گمُت آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ نادان رٕو دمت۔

قطعہ ؎

اگر نے عِلم چھُے ژ یئے خاموش روز
لبکھ اُتھی اندر کامیابی ژ بوز
زبانے چھیئے رُسوا کران آدمس
چھُہ یُس ڈوٗن خالی سُہ لوّت آسہِ پوٗر

ابیات ؎

دِوان بے قِلاہ اکھ خرس اوس تعلیم
سُہ اوس راوران راتھ دوہ اُتھی اندر
وَوُنس داناہن اکی کران کیا ژ چھکھ
بہ گیٚبہِ بے قلأزی گژھس کیا اَنز
ہیٚچھتیا زانہہ بہ حیوان گفتار چون
یمَن نشِ خاموش روزن ژ بہر

•

دِوان یُس نہٕ سوٗنچِتھ کتھن ہُند جواب
غلط آسہِ تمُی سُند اکثر جواب

کرٕکھ یانہٕ سوٚنچنہٕ تہٕ سمجھ ژٕ کنہ
ننہٕ روز جیوان ہٕنزی پاٹھی اَیتھ

## نصیحت

یُس پانَس کھوتہٕ زانَن وألِس ستی اَمہٕ موکھہٕ بحث کرٕ زِ لکھ دَپن یہ ژھیٚ زانَن وول۔ سُہ ژھیٚ لوٗکَن دِوان ہاوِتھ زِ سُہ گوٚتاہ جأہِل ژھیٚ۔

فرد

کرٕ یام کانہہ زیُٹھ ژٕ ییٚنہِ ستِن سُخن
ژٕ یوٚد با خبر زیادٕ تِتھی تھاوکن

## حکمت

یُس اَکھا بدٕن ستی ووٚنہِ بیٚنہہ سُہ ہیٚکہِ نہٕ نیکی ووٚچھنہٕ یا نیکی ہُند پھَل کھیتھ۔

ابیات

ملأیک بیٚنہہ یوٚد با شیطان
خیانت ہیٚچھہٕ راوِ تَس یارٕ زان
بدس نِش نیٚدی روٚس ہیٚچھکہٕ کیا ژٕ وَن
شوان ژھا پکو رامہٕ ہوٚن زانہٕ ٹھکن

## نصیحت

ٹھکَن ہنٚدی پوٚشیدہ عیب گرٕ ژھن نہٕ ستی کڈٕزِ تنکیاز اَمہٕ ستی گرٕ ژھن نیم رُسوا نہٕ ژٕ گرٕ ژھکھ یانہٕ بے پڑٕھ۔

## نصیحت

بێیمہٕ اُکی علم پوٚر مگر تتھ پیٹھ کرِن نہٕ عمل تُمی شنز مثال چھےٚ تتھ زِ بێیمہٕ زمین ووے مگر بیٚول وۄنُس نہٕ کینٛہہ۔

## حکمت

بےٚ ہمت جسم چھُ ہیکان عبادت کرِتھ۔ تہٕ گوجہ ورائے دلٕس نہٕ چھُنہٕ کانٛہہ قیمت۔ نہٕ یہ نہٕ چھُنہٕ ضروری زِ کُس لرٕنس منز طاق آسہِ سہ کیٛا آسہِ کارُ باری طریقس منز نہٕ طاق۔

بیت

بڑی صوٗر تھا آسہِ برقس اندر
جُملے برقہٕ بڈٕ نانی پردس اندر

## حکمت

اگر ساری شب شبِ قدر آسہٕ ہن، شبِ قدرِ روزِ ہےٚ نہٕ کانٛہہ قدر۔

شعر

اگر لعل پژتھ کانٛہہ گُنیا آسہِ ہے
فرق کیٛا کنِین لعل نےٚ باسہِ ہے

## حکمت

یہ چھُنہٕ ضروری زِ کُس شکلہِ کنی رُت آسہِ سہ کیٛا آسہِ دِلہٕ کنی نہٕ رُت نکیاز اصلی معاملہٕ چھُ گوجہٕ ہشُد نہٕ زِ کنجہٕ ہشُد۔

قطعہ

ژھِس منز چھِ اخلاق ہاوان عیان
چھُ گوٗنا علم آدمس در نہان

مگر باغ طِنس ژمی سِندس ہوش تھاو
چُھنا سَہل سہلے یمُتیک پَے لگان

## نصیحت

یُس بڈین سیتی لڑ آے کران چُھ سُہ چُھ پانہٕ سے رکھ

قطعہ

والان۔

ژُ زانان بیُن پان بوڈ موٗ ہیٚنبوا
چھ شارِس اکِس زِے یوان نظرِ تے
سُہ جلدی بیُن کلہٕ زخمی کرے
موٗ نڈِس یُس دِیی ٹھوٗلُ تس کیا چُھ پَے

## حکمت

یہس سیتی اکھ مِلہٕ ناوُن تہٕ شمشیرِ مُنش لا بینی چھپے نہٕ

عاقلہٕ سِنز کام۔

بیت

کرِ کھ یُتھ تہٕ طاقتورس سیتی ہر
نرم لاگ یوٗڈ ڈیشہٕ ہن زور وَر

## نصیحت

یُس کمزور انسان طاقتورس سیتی لڑِ سُہ چُھ پان مارنس اندر

نیپنس دُشمن سُند دوست قطعہ

نا بہٕ گلاس چھنا طاقت ذرا جنگ لڑُن سیتی بہو دُرنے

آسہِ یُس کمزور نادٲنی مو کھے
ییمنس سنتھ اَد اتھہ ِیلہِ ناوِ سُے

## حکمت

یُس نہٕ اکھ نصیحت بوزِ تس چھُ ملامت بوزنُک ارادہ آسان۔

شعر

بیٚلی نہٕ تھاوکھ نصیحتس کُن کَن
اُس وَنٕڑھ بوٗد کری کاشتر ھاوِ تَن

## حکمت

بے ہُنر چھُنہٕ ہُنر مندَن کُن وُچھتھ ہیکان یعنے ہُنر مندَن برداش کرِتھ ہیکان۔ ییتھہٕ کُنہ بازرِ ہوٗنی شکارٕی ہونِن وُچھتھ چھ بوان نہٕ بروٚنہٕ کُن چھکھ نہٕ ییتھ ہیکان۔ یعنے بیٚلہِ کمینہٕ انسان ہُنر مندی منز زینتھ چھُنہٕ ہیکان ییتہٕ چھُ سُہ نہتہ عیب جوئی کرنی ہوان۔

بیت

چھُ حاسد وَنان بیٚکی سُند بوٗز ایٚز
مُقابل لگِتھ زِیو کلان تس چھِنہٕ تَتے

## حکمت

اگر نہٕ رَڈ ییتہٕ آسہِ ہے کانہہ جانور بچسہِ ہے نہٕ زالس منز۔ بلکہِ شکارٕی وُہراوِ ہے نہٕ زالے۔

بیت

نَربن تَنے زَنگن بیٚریڈی تراوان چھِ رَڈ
ییڈل گیا عبادت کری اَچھس نہٕ زیڈ

## نصیحت

دانا چھ واریاہ کالی غذا کھیوان تہٕ عبادت گذار چھ اُڈے ید تھاوان تہٕ پرہیزگار چھ نیوٗتے کھیوان ییٚمہِ ستی زِندہ ہکن روٗز تھ۔ تہٕ نوجوان چھ توتانی کھیوان یوتانی نہٕ تراٚمی تلنہٕ ییہِ۔ بڈ چھ توتانی کھیوان یوتانی تِمن عارف وَسیہِ۔ رِند تہٕ رفتبا ے چھ توتانی کھیوان یوتانی تِمن شہ بندی گژھان چھے تہٕ ساری بانہٕ خالی چھ گژھان۔

شعر

چھنا دون شبن ید لیسے زاشہٕ نیٚندر
چھ اکھ راژ فاقے تہٕ دوٚیمہِ بے چین

## حکمت

زنانن ستی مشورٕ کرُن گیہِ تباہی پھیرنی۔ تہٕ فسادین ستی سخاوت کرٕنی گو گناہ۔

شعر

راسہٕ ہوٚنن ستی ورتاوُن رحم
تیرنے پیٹھ گو کرُن ظُلم و ستم

## حکمت

یس اکِس دشمن برونٹھ کنہٕ آسہِ اگر تہٕ تس مارنیٚ بلہِ چھ سہ پانے بانس دشمن۔

بیت

کنہٕ پیٹھ سرپھ اکس متر گئی ‌ ‌ سے نہٕ مارُن چھے بیوقوفی تنی

اَگِہ جماعژ چھُ اَتھ مُخالِف وۄنمُت تہٕ سوٗ نچمُت یعنے اگر قیدی قتل آسن کرِنی، اَتھ سِتۍ زیر لاگنۍ چھُ جان تکیاز اَمِہ کنِتھ ہُند چھُ سِنو شَس اختیار۔ مارِتھ تہ ہیٚکِیکھ تہٕ زۄتھ نہٕ ہیٚکِیکھ۔ اگر یک دَمے مارنہٕ بنِ ممکن چھُ زِ ہیٚکِیچ کانٛہہ وَنتھ روزِ اتی تہٕ سوٗ کمی پوٗرٕ کرٕنی بنِہ ناممکن۔

مثنوی ؎

زِندہٕ مارُن لوکٹ کتھا ژہے زان
موٗرِ دَسے ما ہیٚکہٕ بخشِتھ جان
تیر بازَس صبر کرُن لازِم
نیرِ یُس دٔراو چھُے نہٕ باز بوان

## حکمت

یُس دانا جاہِلَن سِتۍ ہیتہٕ بیہہٕ تَس پَزِ نہٕ عزتُک توقع تھاوُن تہٕ اگر کانٛہہ جاہِل پنِنہ زبوٗ ہیتہٕ زور عاقلَس بیٹھ زور گژھِ نتہ سِتۍ چھےٚ نہٕ کانٛہہ حیرانی تکیازِ شہ زانتہٕ ژٕ اکھ کنٛی بوسہٕ مو غتہٕ پھُٹراوان چھےٚ۔

بیت ؎

ژھو کیس شاہ اَنِتھ اَندر جھُنہ کیتہ تہٕ دِل مُل
لگے یوٗد کاوسے سِتۍ قید بُلبُل

قطعہ ؎

اگر دیہِ کانٛسِس اَنجان تکلیف     بہ زُرس ناز کھسنی بیٚہہ ہارِ تے دِل

کٔنے سِتی پیٛالہٕ سونہٕ سُنٛد بھٕٹ تہٕ پھُٹٕی تَن
سونٛس مول وَسہِ نہٕ نَے تھٔدِ کٔنہِ ہِشٕرے بِل



## حکمت

اگر اکِس دانِہَس جاۓلَن نِش کیٛتھ چَلہِ نہٕ اَتھ مَنٛز غوطَن گژھِنچ چھَنہٕ ضرورت بَکیاز سارنہِ ہِشر آواز چھُنے نہٕ ڈولہٕ کرِ شورِ مَنٛزی شَی نیران تہٕ عطرِ ہِنٛد مُشک چھُ رُو ہیٛتہٕ پھکس مَنٛز غیب گژھان ۔



مثنوی ؎

چھُ نادان آسہٕ بوٛڈ گردن رٔٹِتھ نٕخوٚد
دبوٗن عقلمند بے چار ہٕنے دوٚد
خبَر ما چھِس زِ آہنگِ حجازی
وَزان واراہ چھُ سوٚت از طبلِ غازی



# حکمت

مونٛعنہٕ یوٚدوے رَبہٕ مِنزٕ تہٕ وُسی ہیٚیہ تَوتہٕ چھُ مو نعنے تہٕ لزٕہ یوٚدوے اسمان نہٕ کھسہِ تَوتہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ قیمت ۔ قابلیت اَسنہٕ نےٚ تربیت واتِس تہٕ تَس پیٹھ چھُ افسوٗس تہٕ ناقابلس تربیت دِنٕی گوٚ وقت راوُرُن ۔ خاکسترچ خاصیت چھےٚ اعلیٰ نکیشازٕ نار چھُ کھَد پایُک جوہر لیکن پانہٕ چھُنہٕ تَمِچ منزٕ کانٛہہ جوہر تمی چھُ سیٹھٕ برابر ۔ کھَدُک قیمت چھُنہٕ گنہٕ مو کھہٕ بلکہِ چھےٚ تمچ ذاتی خصوصیت ۔



مثنوی

کنعان[1] بے ہُنر اوس بے ترتیب
تہٕ اولادِ نوح[ع] ون حسرٕ کیا چھُ تمچ
ژٕ یڈی بابہٕ سندی کھراو ہری کیا تھٕٹکان
خلیلا[ع] زِ آذر[2] کنہٕ ڈین گُل پھولان

---

[1] حضرتِ نوح[ع] پیغمبر سُند نیچو ۔

[2] حضرت خلیل اللہ[ع] پیغمبرُس آذر بُت ساز سُند نیچو اوس ۔

## حکمت

مُشک گو سہ یُس پانے مُشکاوِ نہ زِ بیٚمکی تعریف عطار کرِ۔ عاقلہ سِنٛز مِثال چھِ عطرِ ڈٔبہ یُس زھو پہ کرِتھ پننہِ کمال ہاوِ نہ۔ بے فِل چھُ آسان مدآری سِنٛدِ ڈولکی یُس ٹھٔس یُس سٹھا وزان چھُ مگر أندرٕ چھُ زھور ے آسان۔

قطعہ

جاہِلَن منٛز عالما بوزُن
یُہ زِ یارِ مِثال کرُنٛ بَیان
زَن انٛہِن منٛز نازنین اَکھ
یا چھُ زَن مَندَرس منٛز قرآن

## نصیحت

وُمرِ ہُشد دوس پَزِ نہ اکی سے زِہس منٛز راوُرُن۔

بیت

بَنان وقت گُذرِتھ کنٔے لالہ پھوٚل
کرُکھ یُنٛبہ نہ جلدی تمہ پھٹر کھ زِ کنٔے

## حکمت

عقل چھِ نفسہ کِس اَتھس منٛز تِتھے کٔنی گرِفتار یِتھہ کُنہ عاجِز اِنسان مکار زَنہِ ہِندس اَتھَن منٛز گرِفتار چھُ آسان۔

شعر

خوٚشی ہُند بَر چھُ تَتھ خانَس دوٚیے بَنٛد
کران بیٚیہِ آسہِ ژٔتی ژکھ ژکھ تُلان گٔنٛد

# نصیحت

کمزور اِنسانہٕ سٟتۍ راے چھیٚے مکر تہٕ جود تہٕ بے تدبیر اِنسانہٕ سُنٛد طاقت گو جہٕل تہٕ بے قلائزی۔

شعر

حاکمَس گژھِ عقل تَے تدبیر آسُن بیٚیہِ تمیز
بے فِلَس جنگہٕ جنگ خدایَس سٟتۍ بیٚیہِ نہٕ کانٛہہ نَہٕ چیز

# حکمت

یُس شخص اِنسان پانَس تہٕ کھیٚیہٕ تہٕ بیٚیَن تہِ کھیاوِ سُہ چھُ تس عبادت گُذار سٟندِ کھوتہٕ بہتر یُس یور کُنے نِوان آسہِ تہٕ سوٚمبراوان آسہِ۔

# نصیحت

یُس تہِ کانٛہہ تُکُن ہاوَہٕ موکھہٕ ترکِ لذات کرِ سہ ڈوٚل حلالہٕ نِش تہٕ گو حرامَس کُن۔

شعر

دَے گارنہٕ موکھہٕ تَے آسہِ زامُت عابد کوٚنَس اندکافَس
اَنہٕ گژھِ مشروٗن نتہٕ کیاہ ییہِ نظرن مشرٕنمٕ سے بیچارَس

## حکمت

گار گارے چھُ ورنگ سمان تہٕ بھبیر بھبیرے چھُ سمندر بنان۔ یعنے یس اکس نہٕ طاقت آسہٕ تہٕ سُہ چھُ یانس لاینہٕ آمژ کنی سنیاٹ لنہ تھاوان ییتہٕ زَن موقہٕ ییہٕ وزِ دُشمنس سوے کنی لاینہٕ کاڈی کڈٕ۔

بھبیر بھبیرے سمان بنان ڈریاو
تم زلان بیتہٕ بیوان سمندر ناو
رٔژھ رٔژھ بکہٕ وٹہٕ سمہ یبار
پھوٚل پھوٚل سو مبرکھ بنہٕ انبار

## حکمت

عالمس یژ نہٕ بے وقوفہٕ سنز بے وقوفی بیہٕ برد باری کام ہینہ۔ یکیاز اتھ منز چھُ دو نوٚنی طرفن نقصان۔ عالمہٕ سند ہیبت تہٕ حیا نہٕ دو تھہِ تہٕ جاہلس ہُر جہالت۔

شعر

کمینس یاد کر کھ زِ بے مہربانی
ہُری تس کبر مو کلس آن مانی

## حکمت

گناہ یسند ڈسی تہٕ ییہٕ، چھُ برائی تہٕ اگر عالمن ہند ڈسی سرزد سپدِ تہٕ گو زیادے دو کھہٕ یکیاز علم چھُ شیطانس ستی لڑنک ہتھیار۔ تہٕ ہتھیار واُلس ییلہٕ قید چھِ گران سُہ چھُ زیادے شرمندہ گژھان۔

مثنوی ؎

جاہِل نادان چھُے رُت یار
تس کھوتہٕ پۆز وُن یُس بدکار
جاہِل اُچھ گاشہٕ رۄس ییٚو دُسی
پۆز وۄن پھوٚٹ پیر پہٕ کے دُسی

## حکمت

زُو چھُ اُکِس شخصس پیٹھ قایم تہٕ دُنیا چھُ دوٗن ناپۆدن منز پھٔستھ۔ دُنیا بدلہٕ دین کٔنن والی خر آسان نکیشا زِنم چھ حضرتِ یوسفس کِنان تہٕ مۆلی تہٕ اور کھیں ہیوان۔ قرآن چھُ:۔
اے اِنسانو ہمہٕ اوسمے تا ژسٔے وعدٕ ہیوٚ تمُت زِ بیٚہ ژٕ شیطانس منز عبادت کرکھ۔ بیت ؎

ڈیِس دُشمن ہِنٛدِس پیٹھ تژووکھن یار
ژسٔے تژووتھ نوٗر لولہٕ اندر روٗٹھ تار

## حکمت

شیطانس چھیٚہ اخلاصہ والین بزرگن پیٹھ زور چلان تہٕ بادشاہس تہٕ مُفلسن پیٹھ۔

مثنوی ؎

بے نمازس چھُنہٕ زانتھ ووز مس بزکھ
فاقہٕ پھِر بوٚدوے پریشان آسیہ سنخ

یُس نہٕ نکھہ والان ئمی سُند زانٔنہٕ فرض
کرُ ادا کرِ تھی سُہ ہیکہِ چوٚنے قرض

فرد

رٔٹہٕ وزِر رٔٹہِ بوڈ تنگارا دوٚن زٕ ہنن ہیٚند وزنہٕ تے
اورِ دِنہٕ وزِ بیٚب کری والپس دپی اکھ مٔج مٔتے چھے

## حکمت

ییٚمی سُند دستہٕ نہٕ لکھہ زِندگانی منٛز حق نمک گژھن، مرتھ
ہیٚن نہٕ تس ناو نہٕ۔ دچھہِ ہُند لذت زانہِ موٚنڈ، میوٕ وول نہٕ حضرت
یوسف علیہ السلام سہ دژاگہ کینہ دوہن یٚڈ برِتھ غذا کھیوان ناکہِ بوٚچھہ ہُنہی
مشہ تس نہٕ۔

مثنوی

عاشقن منٛز بُس یالیہٕ آو
سہ کیا زانی فاقک ناو
سکینن ہُند زاتان حال
یس آسہٕ بانس گولمت نیٚال

قطعہ

اسپ تازی چھے گژھن وُچھ ہوش کر
زِنی مزوٗرس بندگوٚمُت زِہ منٛز چھُ خر
منٛگ مہ ہمسایس غریبس نارِ رٔزھ
دِہ دِیکھ نیٚران چھُ تس دارِ ہُو نیٚبر

## نصیحت

کمزور لاغر فقیرس گژھہِ نہٕ دژاگس منٛز حال پرژھن بلکہِ

گژھِس مرہم کرُن تہٕ کینژھا نفد دُین۔

قطعہ

بأر خرٕ رٕ بہ بھوّٹ تہٕ یا منھ ڈیشہٕ ہَن — عار یی نے ٹھفنہ نزدیک نس گژھکھ
یام ہوّک ہَس نوّکھ تہٕ تئیلی مجبوٗر چھکھ — خرٕ لمِنھ کھالِن ژٔ تٔے تئیلی تمنھ کیا چھِ شکھ

# حکمت

زٕ کتھٕ چھےٚ بلکُل عقلِ خلاف۔ اکھ اثیرٕس لیکھ ہنٔنہ رِزقہٕ
عَلاوٕ کھیوّن تہٕ بیبٕہ وَقتہٕ برٕوٗنہٕ مرُن۔

قطعہ

تقدیر چھُنہٕ اکھ رٕژھ بدلان
زِبوّ نیری بد یا نیک کتھا
واوس چھُ ملائک یکتاوان
بجِہ ژونگےَ زھبوِ تس کیا پروا

# نصیحت

اے رِزق ژھانڈن والہِ بیٖہہ ژٔتے واتی رزق پانے
پریشان مہٕ گژھ تہٕ اے بنی آدم موتہٕ نِش کوَت ژٔ لکھ۔ ژٕ
ہیککھ نہٕ اجلہٕ نِش پان بچاوِتھ۔

قطعہ

ژٕ ژھانڈکھ رزق یا تہٕ ژھانڈکھ زٕ شہے
خدأیس چھُ برٕ تھٔ کأشیہِ ان واناوُن

سہس یدٲژکھ دٕر دہان کیا چھُ غم
مرٕکھ نہٕ اگر تَس ژٕ آسکھ بچاوُن

## حکمت

بدکار أمیر گوسو نہٕ مایہ کرٕتھ مینٛژ تُجھ تہٕ پرہیزگار درویش چھُ ہینٛز وٕلنہٕ معشوق۔ ژُہ یوزتن حضرتِ موسیٰؑ سُند خرقہ یتہٕ دٕجہٕ چھ لاگتھ تہٕ ژُہ بوزتن فرعونٕ سُند ریش یتہٕ موختہٕ جٕرِتھ او وس۔ نیکن ہنٛزِ سختی تہٕ تکلیفہٕک روخ چھُ آسان خوشی کُن تہٕ بدن ہنٛز دولتھ تہٕ مال چھُ تمن شرمندگی کُن نوان۔

روننہٕ کیٛس آسہٕ بھوٗد تہٕ دولتھ بے شُمار
دِل شِکستس ہیٛکہٕ نہٕ دلجوئی کٔرِتھ
یاد رٔٹھ مرتن تہٕ دولتھ ہیٛکہٕ نہٕ کانٛہہ
ستی نتھٕ ہیٛکی نیٛرِ یٹنہٕ آخرہ مٔرِتھ

## حکمت

حاسِد چھُ آسان خدایہٕ سِنٛزن نعمتن اندر کنجوٗسی کرن وول۔ توٗے چھُ سُہ بےٚ قصوٗر بندن ستی دُشمنی وزناوان۔

قطعہ

خرٕ دمانا ہوٗکھ بحث کرٕ وُن دُ چھم
عیب چینی جان اِنسانس کران

تَس دۆپُم یُدوَے ژِ چھکھ بَد نِخ لعین
نیک بختَس کیٛا خطا کیٛا چھکھ پیران



## قطعہ

حاسدَس ییٚہ زانِہ کرَکھ ژِ دُعاے بَد
تَس بَلاے آمِژ پننی یا نَے مُمتنِھ
تَس بڑونیے آمتی سٔری دُشمن ژِ سِنھ
کیا کرُن چھُے دُشمنت تَس عِتی ژیٔے



## حکمت

بد عقیدہ شاگرد گو غریب تہٕ مُفلس عاشق۔ وَنہٕ
نہ پچھانَن وول بکہٕ وُن گو یکھو رۆس جانورَ تہٕ بے عمل
عالِم گو بٔے پھل کُل۔ تہٕ بے علم عبادت گُذار گو دروازہ
رۆس گرَہٕ۔ قرآن کہِ نازِل سپدُنک مقصد چھُ جان عادات
ہیٚچھِن نہ زِ سواد پرِنی۔ جاہِل عبادت گُذار وو کھلی پکن وول
تہٕ سوٚن بٔے عمل عالِم گو شوٚنگمُت سوار، سُہ گنہگار پُس

پننن گونہن ہنٕز بخشایشہِ مو کھہِ اَتھہِ ژٕلان آسہِ چھُ
مغرور عبادت گُذارٕ سِند کھوتہٕ بہتر۔

بیت

سرم دِل دار فوجی رُت چھُ کیشا
عالمس نِش آسہِ یُس ظالِم سیٹھا



قول

تَس اُکس پرٕژھایکھ زِ بےٚ عمل عالِم کیُتھ چھُ آسان۔ سُہ
وۆنُکھ سُہ گیہ ماشچھہِ رۆس ٹُلرٕ۔



بیت

بدنو ماشچھہِ رَسہِ ٹُلرے وَن
ماشچھہِ رۆس کوٕ چھکھ ٹۆپچھ لاین

•

# قول

بے مروت مرد گِتھ زُ نہ تہ لالچی عبادت گُذار گوڈاکوٗ۔

قطعہ

مکرٕکی جامہٕ کوٗ چھی لاگِتھ
نامے اعمال کوٚر مُتھ سیاہ
اتھ رٹ لالچہ نِشہٕ وونی بیتھ
ٹرکِ چھِپہٕ زیٹھی کینہٕ ژھوٚڈی نتھ کیا

## حکمت

دوٚن اِنسانن چھُنہٕ ڈلک حسرت نیران تہٕ نہ چُھکھ کھور
رٕبہٕ اُندر موکلان ۔ اکھ سُہ سوداگر یُس ناو آسہِ چُھٹمُت تہٕ سُہ
مالہٕ وول یُس بدمعاشن سِتی وو تھہٕ بیٹھ آسہِ ۔

قطعہ

دِوان نے صدقہٕ آسکھ مالہٕ سے ژٕرے
ژبیے ہاری خوٚن یوٚد درویش جائیز

کرٕ کھ گرٕ بار پننٕے پانٕہ یُر باد
ژٕ نتہٕ بَد معاشہٕ نٕے سٕتنٕی یکھ مہ ہرگزٕ

گوڈٕنٕی ہٕسی یرنہٕ ہُند تعمیر یاکرٕ
اَوے ہٕسی واٹٕلی سٕے سٕتنٕی لاگ یارٕز

•

# حکمت

خلعتِ شاہی یوٚدوَے سیٹھا قیمتی چُھ مگر پننی ژٹ چھےٚ آسان تمہِ کھوتہٕ باعزت، یتھےٚ کُنٕی یوٚدوَے اُمیرٕ سٕتٕی نعمت میٹھ چھےٚ مگر پننہٕ بوٕلنچ زوہ چھےٚ تمہِ کھوتہٕ مزٕدار۔

## بیت

ژٕ پننہٕ نٕے اَکتہٕ زٕینکھ ژوٚٹ تہٕ گوجان
مو نگرہٕ کیا سوچ کری یا صاحبِ شان

# حکمت

یہ کتھ چھیے غلط تہٕ عقلمندن ہُنز رایہ خلاف زِ وُہمہٕ موکھہٕ دوا کھیوٚن یا تمہٕ وتہٕ کُن زٕوٚن ہنبرٕن یوسہٕ نہٕ وَنہٕ آسہِ۔ امام محمد غزالیؒ[1] چھُ ییس یژھ زعلمس اندر کیتھہٕ کٕنز و اَتو توٚہی اَتھ منفاس۔ تمو وُنکھ زِ یہ نہٕ مے خبر اَسس تہٕ مولوٗم کرنس منز زانم نہٕ زانتہٕ حقارت۔

## قطعہ

عقلہٕ وُژ آرام واَتی بَس نیٚلی
ییٚلہِ حکیم حاذقس ہاوکھ ژہٕ پان
یِی نہٕ زانکھ یژھ بیٚنِس معلوٗم کر
تیٚلہِ بَنکھ عاقل ہُری حشمت تہٕ شان

---

[1] ایرانکہٕ غزالہ گامُک روزن وول بُقدِ پایُک اسلامی عالِم تہٕ بُزرگ۔ وفات ۵۲۰ ھ۔

# حکمت

بیتہٕ کنھہِ مُتعلِق زٕ تہٕ یقینٕ کامِل آسی زِ امیُک بَتاہ لگہِ ضرور سو پرژھنٕس منز گژھہِ نہٕ جلدی کرٕنی۔ تکیازِ بیَخہٕ پاٹھی چھہٕ شاہی دَبدبہٕ ختم گژھان۔

قطعہ

پیٚلہِ معلوٗم گو لقمانس[1]

داوُد[2] شیٚستھر بناوان موم

پیتہٕ کو پرژھہِ ہس کیا فائیدٕ

پیٚلہِ کنھہٕ پانے گیہِ معلوٗم

**قول:**۔ یُس اکھا دن ہتی وو تھہٕ بیٚیہ اگر چہ تہندی عادت رٕژٕ نہٕ، البتہٕ تہندِ عادتہٕ مُطابِق رٕژٕ رنگٕ، تکیازِ اگر کانہہ انسان اُمے خانس منز نماز پرٕنہٕ گژھہِ تس وَنٕن تونتہٕ ساری شرابی۔

مثنوی

بنوُستھ پان پنہٕ نُے بیانہٕ نادان

تھوٗستھ نادانہٕ سے ہتی کیاز زٕ بیے زان

نصیحت دانہٕ و گرٕ ہم ونِکھ کتھ

بنا نادانہٕ ہشتر زانہٕ زٕ بے رٕٹکھ وتھ

---

۱۔ اکھ بوڈ حکیم تہٕ دانا، کیٚنہہ چھہٕ امس پیغمبر گنزران۔

۲۔ اکھ پیغمبر۔ اِمِس اوس اتھس منز شیٚستھر نرم گژھان (معجزٕ)

ژ دانائے دَبر آسنِتھ بنِکھ خَر
بےٚ شونڈ آسکھ گژھکھ وارَے ژِ ابتر

## حکمت

وۄنۍ سنٛز بُردبآری چھےٚ اَمہِ کِنتھٕ سِتی تہٕ نَنان زِ اگر کانٛہہ لوکُٹ شُر نہٕ تَس رزِ تقصیھ کَرِ تہٕ ہیتہٕ لۄدِ میل یکہِ ناوہ پس شہ پھِر نہٕ کلہٕ ہرگزتہٕ البتہٕ اگر تِمِنہ جایہ کانٛہہ خوفناک ڈرِ بُتھہٕ یہہ تہٕ شَرٕ یٹینٛز ھِ آپارٕ نیرُن۔ وۄنٹھٕ دِلس دۄرسہٕ تہٕ پھِر موڑنہٕ آمہِ پیتہٕ کرِس نہٕ زانٛہہ تہٕ تا بعد آری تکیاز سختی وزِ نرمی کرِ ژ چھےٚ نہٕ جان تہٕ وۄنمت چھکھ زِ دُشمن چھُنہٕ نرمی سٟتی دوست بنانٕ بٕلکہ چھ یتھہٕ کٕنی تس زیادَے لالچ ہُران۔

قطعہ

وَرتاو نرمی بُس ژ یےٚ سِتِن بن نمِس ژےٚ خاکِ پا
دُشمنِی لۄدِ تھاوِ ژےٚ سِتی لَدِ نمِس برسرژ خاک
نرم گفتار چھُنہٕ تَس سِتِن کرکھ بُس تُنٛد خو
ریگ ماے سٟتی کھبہٕ لَدِ چیز کرگژھِ صاف و پاک

## حکمت

بُس اکھا ببَبن یرۄشہٕ کیٚنہٕ ہقدِ ہقدا آمہِ موکھہٕ کنتھہٕ کرِ ز میٛون بچر گژھِ نوٚن لُکن نشِ چھ تمٕہ ہِندِ جہلک ننر گژھان۔

قطعہ

عاقل توت تام ما کرِ کنہ
یوت تامنہ نے پرژھنس حال
کنہہ گوڑ وُنی تن پنز پنز کنہ
پرژھ تس کرِنی کینژ محال

## حکمت

مے اوس اکیس پوشیدہ جایہ زخم تہ پیر بزرگ اوسم پرژھ
دوہہ پرژھان زِ کیا ڈیل چھیے مگر یہ اوسم نہ پرژھان زِ زخم
کتہِ نس چھیے۔ مے زون زِ سُہ چھُ امہ موکھہ اتھ پرہیز کرِتھ زِ
پرژھتہ نانگ ناو ہیون چھُنہ مناسب تہ داتھو چھُ وونمت زِ
یُس اکھ نہ سوچتھ کتھ کرِ تمی سُنز کتھ چھیے انسانس تکلیف
واتہِ ناوان۔

قطعہ

ییہ نہ توت تا متہ مژر کھ آس
یوت تام کتھِ منز شک آسی
پنزس پیٹھ بند تے روز کھ
اپنس آزادی باسی

## حکمت

اپنز وُنی گو زخم کاری لاین۔ اگر زخم بلہ تمبک آکھ چھُ
نوتہِ موجود روزان۔ ژ ہتس چھیے نازیبلہ حضرتِ یوسفؑ ہند یو
ع حضرتِ یوسفؑ ہند یو باو ییلہ یوسف کرِ پرس منز نتر وونہ ماِ لس وونکھ
رامہ ہوُن شند قصہ اپنہ بیتہ گوڑ نہ مالی بمن زاتہ بھروسہ ( باقی صفحس پیٹھ )

بایَو اُینز ووٗن بیتہٕ رٕوٗدتہٕ تِہنٛدِ سس پُزِس بیٹھ نتہٕ بھروسہٕ تہٕ مالی
وٕونکھ زِیہِ چھُوٗتوٗہ پننہِ خاطرٕ پننہِ مننہٕ کستھ بتاوِتھ۔

قطعہ

یمِس پوٗز وننس گُمٕش آسہِ ہاؔل
غلط نے گژھِس معاف کرنس سُری
اگر اوس مشہوٗر اپز پُور کاشِہ
وَنے پوٗز تہٕ تس کُس ساٗ باوَر کری

# حکمت

ظاہِر پاٹھی چھُ ساری سے کائناتس منٛز آدم سارے پادشاہ
کھوتہٕ بہتر تہٕ سارے پادشاہ منٛز ذلیل ہوٗن نتہٕ عقلمند لوکن
نِش چھُ بچھانہِ وول ہوٗن نہٕ شُکری کرٕن واٲلِس اِنسانہٕ ہِشُد
کھوتہٕ بہتر۔

قطعہ

ہوٗنِس مێٹ نو منہٕ ہرگز
پوٗد کُنی لا یہٕ ہَس ہنتہٕ بارے
وُمرن کم ذاتس دِکھ سنگ
رَزِھہِ موکھ ٹکسارس کھارے

# حکمت

نفس رَچھَن واٲلِس نِش ہیکہٕ نہٕ کاشہٕ ہُنر آسِتھ تہٕ بے ہُنر

د (باقی بیتیم صفحہ) حالانکہِ ستہِ وُہری بیٹِہ قحط ووٗتھ تہٕ یوٗسف اوس بیٹِہ ملکُکی فرمانروا
بنیومُت تمی ووٗن تمن بینن لوے عزیز ستی اَکُن مگر حضرت یعقوبس بیٹھ نہٕ یہِ کتھ۔

اِنسان ہیکہِ نہٕ سردار بَنِتھ۔

مثنوی

ییٚنا یُدوٚلُس ژٕ وُرتاوکھ رسم زانٕہ
ژُلِسلا یُدوٚلہٕ سے ہیوٚہ چھےٚ نہٕ بییہ کانٕہ
بتِکھ یوٚژ دانٕدِ سُتھ ہیوٚہ ژٕ سے وزن دار
ژٕ نےٚ سارن بوٚر خرِ سُتھ دی پانٕھی تن دار

## حکمت

اِنجیلہِ اَندر چھُ درج کر اے بنی آدم اگر ژٕ امیر بناوتھ ژٕ گژھکھ مالُس منز پھیٚٹتھ اَسمہِ نِش غافِل۔ اگر فقیر بناوتھ تیلہِ گژھکھ تنگ دِل تہٕ یادِ خدایک میٚچھر ہیکھ نہٕ محسوس کٔرِتھ۔ نہٕ عبادتھ موکھ کٔرِتھ کُرکھ دوٚہ دوٚہ۔

قطعہ

گٔیہِ چھُکھ دولتس منز ژٕ ھالہِ ماران
گٔیہِ چھےٚ تنگ دُستی نوٚن ہاران
نوٚشی منز یا غمُس منز چون یی حال
مَشی کر پان روزکھ دٔے تہٕ گاران

## حکمت

خدایہ سُنز پزٕھ تہٕ پزٕھ چھےٚ اُکس اِنسانس تختہٕ بیٚٹھ والان تہٕ بیٚیس کاژٕ ہندِس شکمس منز تہٕ صیح سلامت تھٔاوِلان۔

بیت ؎

ہیا نزاوکھ کرُن زانتہٕ یاد الحق
چھُو یونُسؑ[۱] گاڈِ شِکمس منز تہٕ آسکھ

## حکمت

اگر خداتعالا پننہٕ قہرچ تلوار تُنی کڈِ۔ نبی تہٕ ولی کرن تزھیپہ
تزھیپھ تہٕ اگر رحم تہٕ مہربانی ہُنٛد اِشارٕ کرِ۔ بدتہٕ وائن نیکن
ہندِس رونتیس۔

قطعہ ؎

قیامتس دوہ کرن یوڈ قہرچ کرِکھ
نبی تامنہٕ ہکن نا معاف بیٛدتھ
منگُس رٕحیم نظر کرُنک اِشارا
گنُہگارن تہٕ بخشایش چھُ بوڈ رہتھ

## حکمت

یُس تہٕ دُنیاہس منز ادب ہیٛچھی ہیٛچھی سیٛبرو تہٕ بیٹھ پکہٕ سہ
گژھہ آخرتس منز عذابس گرفتار۔ (قرآن)
اُسی چھہ گنہگارن یڈ عذابہٕ بروشہ لوکٹہ عذابک مزٕ ہاوان۔

فرد ؎

بُزرگ ہُسے کری یُس گوڈٕ نصیحت کری ادٕ بڑڈی یوڈ دے نے زٕ ہکہ پنہٕ

۱ حضرتِ یونسؑ پیغمبر

# نصیحت

قسمتہٕ وأنی لکھ چھہ پرٲنۍ لکن ہندیو یہ قصو تہٕ تہنٛز و مثالو
نِشہٕ نصیحت حاصِل کران امہ برونٛہ زِ یوٚت وأنی کتھا کرن تہنٛز
حالتھ مِثالہٕ یا ٹھی پیش تہٕ ژور چھہٕ نوٚت نأنی اَتھہٕ پیتھ رٹان
یوٚت نأنی نہٕ یمن اَتھہٕ ژٹنہٕ پیہ۔

قطعہ

چھُنا کانٛہہ جانوٗر پھل کھینہٕ وسان بوٚن
وُچھان پیٚیلہٕ پیا کھ بند گومُت چھُہ زالس
وُچھتھ پیے شُتھ مُصیبت رکھٹہ نصیحت
بنکھ پیہٕ ژرے مِثالا اتھاو نتھ حبس

# حکمت

یُس اَند شُدے بدا عتقاد آسہٕ شہٕ کتہ بوز پیے سنٛز کتھ
تہٕ یُس نیک بختی ہنٛز رز پانس کُن کمان آسہٕ تس چھُنہٕ نور کُن پکنہٕ
وراے کانٛہہ چارٕ۔

قطعہ

خُدا دوستن ہنٛز تاریک راتھ
دوہکی پاٹھی روشن چھُہ نتھہ آفتاب
چھُنا زورِ بازو چلان اَتھ اَندر
خدانے ژتے بخشی چلیا تور داب

•

رُباعی؎ کرِ کس گِلہٕ کُس ژٕ تےٚ ہیوٚہ داوٕر
کانٛہہ چھُنہٕ ژٕ ہیٚتے ٹھوٗد نے بالا تر
یَس وَتھ ہاوَکھ وَتہٕ کُس ڈالیس
یَس راہِ راوَکھ تَس کُس رٕہبر

## حکمت

نیک انجام فقیر چھُ بد انجام بادشاہ سِنٛدِ کھوتہٕ بہتر

بیت ؎

سُہ غم بہتر خوٗشی پتہٕ روشہہ یُس ژٕ وسنز کھ
خوٗشی تنتھ کیا حسرٕ بیمہِ پتہٕ لگی بژ کھ

## حکمت

رٕ آسمان چھُ زٕمینس بیٹھ رحمتُک ورُشن کران تہٕ زٕمین چھےٚ آسمانس لٕژھ تہٕ میٚٹش کھاران ۔

(عربی): بانہٕ مَتنز چھُ نیِ نیران یہ ننتھ منز آسیہ ۔

فرد ؎

ژٕ ہے نَے میٚون آسی پَسَند خوےِ بَد
پنٕن خوےِ نیکی کرکھ یُتھ نہٕ رَد

## حکمت

خُدا تعالا چھُ پتہٕ تھ کینہٕ وُچھان تہٕ پرد پوٗشی کران تہٕ ہمسایہِ چھُ وُچھنہٕ ورآے شوٗرِ محشر ٹنلان ۔

بیت ؎

اگر آسہٕ ہتھ لوکھ زانان عیب
زِ تہیں کانٛسہٕ ہُنٛد عیب گژھہِ ہے نہٕ غیب

## حکمت

سون چھُ کانہہٕ مشتر کھُدآے کرِتھ ہیران تہٕ کنجوسہٕ سُنٛد
اتھہٕ مشتر ہیرِ تیٛلی ییلہِ تٕس زُو ہیر۔

قطعہ ؎

کنجوسَ تےٚ کمینو کھیو نہٕ روٗژ ھرُکھ
دوٗیکھ بوچھہٕ یِڈ برِتھ کھینہٕ کھوتہٕ چھےٚ بہتر
وُچھکھ دوہہٕ اکھ زِ دُشمن سُنٛد یہٕ انجام
چھُ سون مو جوٗد سونہٕ وول قبرِ اندر

## حکمت

یُس نہٕ کمزورَن پیٹھ رحم کرِ شہ چھُ پانہٕ ظالمَن ہندِ سٕس
زالس منشز پھسان۔

مثنوی ؎

مُنانٛسب چھُنہٕ زِ طاقت ور پہلوان
بہ مردی روزِ کمزورَس تسا وان
ضعیفس یُنہٕ نہٕ زخمی زاشہٕ کرکھ دِل
کری بیٛا کھا ز تےٚ ظالِم بدلہٕ نقصان

## حکایت

اَکھ درویشا اوس دُعاکران تہٕ مَنگان زِ اے خُدا بہٕ بدن بیٛٹھ کر تہٕ رَحم تِکیاز نیکن بیٛٹھ چھُے ژٕ ئے پانٕہ رحم کورمُت زِ تِم چھِتھ ژٕ ئے نیک پاد کرِی ہتی۔

## حکمت

ییٛلہِ کانٛہہ مُژ کرِی وِ وٕ نقان چھےٚ عاقل چھُ پان بچاوان تہٕ ییٛلہِ صلح وُچھان چھُ عاقل چھُ کھور ٹھٕہراوان تِکیاز اوٚت تانی چھےٚ سلامتی نِبٕس بیٛٹھ آسان تہٕ وِ وٕنی چھُ مَز ہمشہ دربا وٕس آسان۔

## حکمت

زٲری چھُ نزربو تہٕ چھِکہِ بیٛزھان مگر تُمر بدلہٕ چھُس نزربو نہٕ ییکہٕ بنیران۔

بیت

چھُ میداتہٕ کھوتہٕ جان نےٚ یا تہٕ نیوٗر
چھےٚ لاکم بیٛنِس اَتھہٕ گرِس کیٛا قصوٗر

## حکایت

بیٛمی ساری وے بڑو تہٕ بلہٕ وَن ٹوٗ یہٕ کام کرِ تہٕ کھورِس اَتھس واج لاج سُہ اوس حمشید۔ لکو وُنہس زِ ژٕ ئے کیٛشاز لاجِتھ کھورِس اتھس واج بیٛلہِ زَن فضیلت دِچھِنس اَتھس چھےٚ۔ وُ نکھ زِ دِچھِنس اَتھس چھےٚ دِچھن آسنہٕ زینت کافی۔

قطعہ

فریدونس چینکی اُنی نقش گر
نقش کرنوونمی اٰچیمن ژووا پاری
چھکھے دانا یدن ون نیک تعلیم
چھے نیکن نیک بختی از ازل لٲری

## حکایت

اکس بزرگس پرژھکھ ڈچھنس انکس اے پیٹر فضیلت چھیے تہٕ وٲج کیاز چھکھ کھورس انکس لاگان۔ سہ وونکھ زِ تو ہرِ چھنا خیرز فضیلتہٕ واُلی چھ ہمیشہٕ نا وو مید روزان۔

شعر

چھ تس طاقت رزق دِژن زیاد یا کم
بجز بخشن بییمِس قسمت چھ تس کم

## حکمت

بادشاہن شوبہٕ تس انسانہٕ سٕنز نصیحت کرنی یس نہٕ پننہ کُلک ہانبہ آسہ نہٕ نہٕ رو بین ہنز لالچ آسہ۔

مثنوی

بییمی روٹ نمی سٔند دامن محکم
تس چھیے نہٕ لالچ نے چھس کانہہ غم

ع۱ اکھ بادشاہ

سون وو ہنزاو تس قدمس قدمس
ٗبتھٕ آسیہٕ تلوار ہٲبتھ چھُپنہٕ تس

## حکمت

بادشاہس تر کٲم چھےٚ ظٲلم دفع کرٕنی تہٕ کٹوالہٕ سنٕز کٲم
چھےٚ خوٗنخارن خوٗن کرُن۔ تہٕ قٲضی چھُ چیند ژوٗرن اصلاح
کرٕنہٕ موکھ آسان۔ تہٕ ننتھی ژٕ انسان گژھن نہٕ زانتہٕ قٲضِس
نِش یِم پانےٚ صلحس بیٹھ راضی سپدن۔

قطعہ

کٲنسہِ ہِنز حق یوٚد آسی برسر
نکھٕ وال صلحن یِنہٕ روز کھ ہیتھ
یُس نہٕ مرضی پننےٚ دِیہٕ باج
تس ہین جبرن جٕ مانہٕ ستی ہیتھ

## حکمت

ژو کرٕ ستی چھےٚ پزٕنہٕ کٲنسہِ ہندی دَند موٗنڈان مگر قاضین
ہندی دَند چھےٚ شیریٚنہٕ یعنے رشوتہٕ سٕتی موٗنڈی گژھان۔

شعر

یَس دِکھ خربزی ہیوٗل ژٕ رشوت
ناوس سہٕ لیٚکھےٚ پالیزٕ اکھ ہتھ

# حکمت

ٗبڈ کانہِ چھُنہِ گوشہٕ نشینِ تہٕ ریٹائر گٲمتس کٹھواِلس لگن
تنگ کرنہٕ نشہِ توبہٕ کرِہ تہٕ وٲرِ اَسے بیٹھہِ کانہہ چارٕ۔

بیت ؎

گوشہِ نشین یوٚد جوانا سُے بنے مردِ خدا!
یُس نہٕ بُڈِ شٕہو ہیوٚک وُہِتھ نشہِ کَنہ تاجب چھُ کیا

# حکمت

اَکِس دانا اِنسانَس پرٛژھکھ زِ یمن کُلین خدائن پھل دیُت
یمن چھُنہٕ کانہہ اِنسان آزاد ونان، البتہٕ چھِ سروس آزاد ونان۔
یُس نَے پھل چھُ۔ اَتھ اندر کیا راز چھُ۔ سُہ ووٚتھکھ زِ پھل دار
کُلین چھُ پننہِ آمدنی ہُند وقت مُقرر۔ کانہہ چھِ پھل آسنہٕ سببہٕ
تازٕ آسان تہٕ کُنہہ پھلُک آسنہٕ سببہٕ موٚنچھاہتی مگر سروس
چھنہٕ یہ حالت تِ سُہ چھُ پرٛتھ وِزِ خوش آسان تہٕ آزاد آسُنک
چھُس یوہے صِفت۔

قطعہ ؎

یہ کیٛنژھا گوتہٕ گوتھ بیہٕ مہٕ دِل ہار
خلیفس پتہٕ تہٕ دَجلہ روزِ آباد
اگر دس چھُی سخاوت کر خِضر گُل[1]
اگر نے چھُی سرو ہیوٚہ روز آزاد

[1] خِضر گُل ہیوٚہ سخی بن

# حکمت

زِ اِنسان مۆدی حسرت ہیتھ ، اَکھ شہ یَس اوس نہٕ کھیتون ہٕ
دوٚیِم شہ یُس کیٚہہٕ زانہٕ ہے مگر ورتووُن نہٕ۔

## قطعہ ۔۔

فضیلتہٕ وول یوٚ دوَ ے آسہِ کنُجوس
سٕرٕی آسَن کران تَس عیب چینی
سُخی اٗ سِتھ اگر ہَتھ عیب آسَن
سخاوت تَس کران چھَے پردہ پوٗشی

